# وۄنت

(تنقیدی تہٕ تحقیقی مضمونن ہٕنٛز سۆمبرن)

ڈاکٹر مشعل سلطانپوری

پننِس سیٚٹھہٕ ٹاٹھِس مأژِس "لالہٕ صأبنِہ" ناوٕ

یُس مالیٚن ہنٛدِ باپتھ پٕزی پأٹھی اکھ نوٚمونہٕ اوس

کتابہِ ہُند ناو — وۄنت

مصنف — ڈاکٹر مشعل سلطانپوری

کمپیوٹر کمپوزنگ — الکتاب سرینگر

چھاپ خانہٕ — جے کے آفسیٹ دہلی

سرورق — الکتاب

چھپنٕ وٕری — 2007

تیداد — 550

مول — 189/-

کتاب میلنٕگ پتہٕ:

۱۔ کتاب گھر، کلچرل اکیڈیمی، مولانا آزاد روڈ سری نگر

۲۔ مشعل سلطانپوری، جٹی روڑ خواجہ باغ بارہمولہ۔ کشمیر

۳۔ بہار پبلیکیشنز۔ جٹی روڈ خواجہ باغ بارہمولہ کشمیر
193101

یہ کتاب سپز حکومت ہندچہ انسانی وسیلن ہنز ترقی باپتھ وزارژ ہند محکمہ تعلیم کہ ہندوستانۍ زبانن ہندِ مرکزی ادارٕ (لیس منسا گنگوتری...... میسور۶ جایہِ واقع چھُ) طرفہٕ منظور کرِتھ ادا کرنہٕ آمتہِ مالی مدتہٕ ستی چھاپ تہٕ منظوری ہُند حکم دراو زیر نمبر F-51-5(2)2005-2006/KAS/GRANT بتاریخ ۷/نومبر 2006 تہٕ آو مصنفس سوزنہٕ

ڈاکٹر مشعل سلطانپوری

Name of the book: "**Vont**"

Author: Dr. Mashal Sultanpuri



No. of copies printed: 550

Computer composing: Alkitab, Srinagar

Press: JK Offset Press, Delhi

Title: Alkitab

Price:

Book available at:

(1) Kitab Ghar, Cultural Academcy,
M.A. Road Sgr.

(2) Dr. Mashal Sultanpuri, JettyRoad, Khwaja Bagh,
Baramulla.

(3) Bahaar Publications, Jetty Road, Khwaja Bagh,
Baramulla

" Published with financial assistance from the Central Institute of Indian Languages (Ministry of Human Resources Development, Department of Education, Govt. of India) Manasagangotri, Mysore - 6 vide Sanction order No: F-51-5(2) 2005-2006/KAS/GRNT dt: 07-11-2006

# فہرست

# دٔسلابہٕ

مےٚ کور پٔتھن ادبی سفر شارونہٕ سٕتۍ شروٗع، اردو تہٕ کأشرِ دوشوٕنی زبانن منز۔
شارٕ ہیٚژ ورتاوبہ تمے، یم مُروج آسہٕ۔ وژُن، پد، مثنوی تہٕ زیادٕ پہن غزل۔ وُنہٕ
اوسس پرأنی، شاید اوسم نہٕ میٹرک تہٕ کوٚرمُت۔ وٕنۍ گوا کھڑا پھ أسم، نصأبی کتابو
علاوٕ اوسس اورک یورک تہٕ کینہہ پران۔ کأشرِ زبأنی منز موجودٕ لولہٕ مثنوی تہٕ جنگ
نامہٕ أسی گرن منز پرنہٕ یوانے، صوٗفی شاعرن ہُند کلام تہٕ اوس گیوٚنہٕ یوان۔ امہٕ
نیٚبر اوٗسس اردو ادب تہٕ پران، یٖیمہٕ کنۍ اکہٕ دوٚیہٕ پھرِ اردوٕ پأٹھی مضمون لیکھنس
گُن کل گیم۔ یم چھپے تمہٕ زمانہٕ ''اُستاد'' رسالس منز۔ کلچرل اکیڈیمی ہٕندی
''شیراز'' تہٕ اطلاعات محکمکی ''تعمیر'' ہو یورسالو دژاتھ سازس بیٚیہٕ زیرِ پتہٕ آوموقہٕ
ادبی نشستن، تہٕ کانفرنسن ہٕندِ باپتھ مقالہٕ لیکھنک تہٕ یتھٕ پأٹھی پوٚمےٚ شارونہٕ نس
سٕتۍ سٕتۍ نثر تہٕ لیکھُن۔ یہ نثر اوس نہٕ تفریحی تہٕ نہٕ تخلیقی، کم کاسہٕ فکشن تہٕ زیاستر تحقیقی تہٕ
تنقیدی نوعیتُک۔ لیکھنک پرنک سلسلہٕ روٗد تیوٚتا آور گٔژھتھ زِ وِزِ وِزِ لیکھی متۍ
مضموٗن بیٚتر، ترتیب دِنس تہٕ چھاپ کرنس گُن گونہٕ ظوٗنے، گُنہ وِزِ اے گو تہٕ پرن
والین ہٕندِ شوقُک پیمانہٕ وُچھتھ اوس تسلا گوھان۔

وٕنۍ یٖیلہٕ وُمر ہُند دُپہر ڈٲلی متس تہٕ کینہہ کال گو تہٕ دوہن ہیوٚت پیشن
تژاوِتھ دگرس گُن پکُن، مےٚ پیوٚ خیال زِ یم چیز لیکھنہٕ آمتۍ چھ، تم پزن ژھانڈٕنی

گاڑنی تہٕ ترتیب دِتھ چھاپ کرٕنی، ییتھ یِم کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ جایہٕ، کأنسہِ نتہٕ کأنسہِ نِش محفوظ روزن تہٕ ضایہٕ گوھنہٕ نِش بچن۔ اتھ ستی اگر یموٕ ستی کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس تہٕ کینہہ میلہٕ رُتے گو۔ بنان چھُ کأنسہِ کأنسہِ لکھأرِس یا طألب علمس واتہِ فأیدِ تہٕ۔ ستی اگر کُنہٕ کُنہِ مضمونہٕ ستی کینہہ سوال تہٕ وو تلن، دویمن لکھن والین وُتش تہٕ لگہٕ، موخصر کتھن واش نیرِ تہٕ نثری سرمالیس بُرژر سپنہٕ، لگہٕ ہاڑے سپدن ثأبت۔

مےٚ چھِ مختلف موقن پیٹھ یِتی مین ژتجھن پنژٕہن وٕری ین منز ہتہٕ بٔدی مضموٗن لیکھی متی، کینژٕن ہندی چھنہٕ مسودے موجود، کینژن أسی نقل کرِتھ، پوٗز نوکری دوران ڈیرٕ ڈیرٕ پھیرِتھ تہٕ یِتی مین وٕری ہندٕ بن دولا بن لگِتھ گے تم راوِس تل۔ یہ کینژٕ ہا میلان چھُ، تہٕ چھس سوٗمبراونچ کوٗشش کران۔ خدایس خوش گو، چھپاونچ سبیل تہٕ نیرٕ۔

ازتاں چھِ یتھن مضمونن ہنٛز اکھ سوٗمبرن "وِبژھنے" عنوانہٕ دَہ وُہ وٕری بوٗنٹھ شایع سپز مژ۔ بیا کھ سیٚنٛی پرُس پیأری سے "میزان" ناوٕ چھاپ۔ یہ چھےٚ ترٛیم سوٗمبرن یُس "وونت" ناوٕ ترتیب دنہٕ آیہٕ، تہٕ وومید چھےٚ جلدٕ ے واتہِ چھاپ سپدِتھ پرن والین تام۔

ییتھ سوٗمبرنہٕ منز چھِ دہ مضموٗن، مختلف موضوٗعن پیٹھ۔ یِم مضموٗن چھِنہٕ زٕ ٹھم زٕ ٹھی تکیازِ یُس مضموٗن کُنہٕ ادبی محفلہٕ منز یا کُنہٕ کانفرنس منز پرنہٕ ییہٕ، سُہ شوٗبہٕ اَمے ہوٗنٛراد، نتہٕ چھِ بوزن وألی بور گوھان۔ وٕنٛ گو کأنٛہہ مضموٗن چھنہٕ تیٚتھ ییتھ اڈم زدٕ گرٕ مٕو آسہٕ۔ مےٚ چھےٚ کوٗشش گرٕمٕژ زِ مضموٗن لیکھنگ مدا گژھ پوٗرٕ گوٗھن۔ کینٛہہ مضموٗن چھِ بالکل موخصر، تکیازِ تہند موضوع اوس ژھور چرچی منگ کران۔ مثالہ پأٹھی "منشی پریم چند تہٕ ترقی پسند تحریک"، "کأشُر شیرازٕ، لل دید

نمبر'' ''کاشُر زبأنی منز ترجمن ہُند رول'' بیٚترِ۔

زیرِ نظر سوٚمبرن یمن مضموٗنن پٮ۪ٹھ مشتمل چھےٚ تم پرِتھ باسہِ زِ کیشوٗن تھٕبن گوٗشن چھہِ گاش ترٛاونہٕ آمُت، یمن کن امہِ بروٗنہہ توجہٕ گوٚمُت چھنہٕ۔ مثالہِ پأٹھی ''آزادنس کلامس منز تصوف'' یا ''مورخ حسن سُندلیوٚکھمُت جغرافیہ کشمیر''، کلہم پأٹھی چھےٚ سارِنے مضموٗنن منز مےٚ پننہٕ آیہ کتھ کرٕنۍ پوٚز زبان ورتأوی ہنٛ عام فہم، موضوعکہِ مناسبتہٕ وٮ۪یہٕ وِنی تہٕ پزٕ یٕ ؤنی۔

میأنی زِٹھی بأے جناب محمد یوسف ٹینگ صأبن، یُس کشیرِ ہنٛد بن بہلہِ پایہِ لکھاربن منز گنزراونہٕ یوان چھُ، پوٚر ریٚٹھ وأنسہ أستھ تہِ یہ مسودٕ تہٕ سوز کھپنٛز توٗثرات، مےٚ آیہ نہٕ پزٕ زِ تموتلاتہِ قلم تہٕ لیٚؤکھ کھاپٕزی پأٹھی۔ تہند چھُ ایحسان، کتابہِ ہُرے یہِ تہند یولفظوٚستی قدر ییٚمہِ گٕنزِ یہٕ تہندِ شکر گزار چھس۔ ہندستأنی زبانن ہند مرکزی ادارٕ نے مأٰلی مدد کرِ ہا۔ خبر یہ سوٚمبرن ہیکہ ہاتہِ چھپتھ تمہِ ادارُک شکریہ کرُن چھُ لأزِم۔ نادر کأشر افسانہٕ نگار بشیر اختر رؤ دسبٹھاہ دلچسپی سان چھپایہِ ہنٛدبن مرحلن منز مےٚ اتھٕ روٹ کران، تہند تہِ شکریہ۔

مشعل سلطانپورؔی

ورمُل

۱۰/اپریل ۲۰۰۷ء

# پیش کلام

کأشرس ادبس منز چھُ پروفیسر مشعل سلطان پوری تیُتھ جہوٗل تہٕ بسیلر پاسل ادیب ، یہُند اعتراف سارِنے چھُ ، مگر تمن پشنے کرن وول تہٕ پزٕھ پرتیتھ عطا کرن وول ثبوٗت چھُ وُنہِ گملہٕ کہِ پوشہِ بۆٹکی پأٹھی پانس اندرٕ رے ژمتھ ہمتھ ۔ تمن ووت ازوٗری وادزمانہٕ شأعری کران مگر تسند نمایندٕ کلام چھُ وُنہِ شیلفس (Shelf) پیٹھ نمودار گژھنے ۔ حالانکہِ تسند یوٗ کینژٕ وباتوٕ ے چھُ تسند ناد تہٕ ندا آژھ نأوِتھ ، مانہٕ نو ومُت ۔

تنقیدس منز چھےٚ تسنزٕ اکھ سۆم سۆمےٕ کتاب وبژھنے بازرد ژاہرٕ ۔ مگر تمن یوٗ تاہ وُنن چھُ یا برونہے وٕنتھ مو کہ لوومُت چھُکھ ، سُہ چھیٚنہٕ تتھ پوٗرٕ ترجمأنی کران ۔ تمو چھُ ترجمہٕ تہِ گرٕمتۍ تہٕ ادبہ کنٕین بأقےٕ ذأژن تہِ گونہِ کرمژٕ ۔ مگر أمیُک کانٛہہ تفصیلی تہٕ سوبوت نقشہ چھُ وُنہِ غأبس تلےٕ ۔ تہنٛد بو اتھوتٕرۍ واریہن لوکٕٹن بڈٕ ہن ادبین ساہتہٕ اکیڈیمی ہندۍ تہٕ بیٚیہٕ وارِیاہ انعام ۔ مگر تہنٛد پنُن دامانہٕ چھُ وُنہِ ژھۆرُے ۔ حالانکہِ تمن گژھِ ہے یہ سرخرویی تہٕ عزت افزأیی وارِیاہ برونٛہہ حأصل سپدٕ مژٕ آسنۍ ، گُنہِ سفأرشہِ یا کوفأرشہِ ستۍ نہٕ بلکہِ پننہِ کارنامہٕ ، کرٕ اوتہٕ تہٕ ادبی کاوشہِ ہنٛدِ زورٕ ۔

1 تِتھین مضموٗنَن ہنٛزٕ سومبرَنہٕ ، ''وبژھنے'' تہٕ ''میزان'' چھےٚ برٕونٛٹھے چھاپ گمٕژ ۔ زٕ شارِ سومبرَنہٕ تہٕ ''دُبرائے'' تہٕ ''ہی وَن'' ۔ اَمہِ علاوٕ ہ بیٚیہ تہِ کینٛہہ کِتابہٕ ۔

بہر حال یہِ چھُس از تہٕنٛز زیرِ نظر تنقیدی تہٕ تحقیقی مضموٗنن ہنٛزٕ سۄمبرن ''ووٗنت'' وُچھان تہٕ یہِ کتاب ہنٛزٕ صۄرژ منٛز بوٗنٛٹھ کُن پٮ۪نس خیر مقدم کرِتھ اتھ متلق کیٛنہہ ڈٔسلأیہِ حرف لیکھنس اکھ اعزاز تصور کران۔ البتہ چھُم افسوس زِ یُس مسوٗدٕ[1] مےٚ بوٗنٛٹھ کنہِ چھُ، اتھ چھےٚنہٕ سو جانانہٕ صۄرتھ۔ دستخط چھُس تیٚتھ زِ میانِبن وٲنٛسٹھ أچھن چھےٚ ژھاپنھ پیٚوان۔ پٮ۪ٹھٕ سیأہی ہُند لوٗن پھٔش تہِ پۄر پوٗرا۔ بہر حال یہِ کیٛنٛژھاہ مےٚ أتھی آوتھ متلق ونہٕ اکھِ زٕ کتھٕ۔ گوڈنچ یہ زِ یم سأری مقالہٕ چھِ ژھۄٚنٛڈ ژھۄٚنٛڈ تہٕ پرٕنی، اکھُتےٚ یاد کرٕنی لایق۔ تقریباً زٕ درجن مضموٗن وارٮ۪ہن رنگن تہٕ گون درگون موضوٗعن پٮ۪ٹھ۔ اتھ حدس تام زِ کیٛنہہ مضمون چھِ بلکل نٔوی تہٕ سأرسےٚ کأشرس ادبس منٛز چھُنہٕ تمن وُنہِ تہِ کانٛہہ جوڑٕ مثلاًنی تون حاجی محی الدین مسکین سرایہِ ٹٮ۪ٛر تہٕ تسنٛدِس ''تاریخ کبیرس'' پٮ۪ٹھ مضموٗن۔ ژھۄٚنٛٹےٚ پٮ۪ہن، مگر تتھ منٛز یہِ بڈ کتاب آنکہ وِنہِ ہنٛز کہوچہِ کھارنہٕ آمٕژ تہٕ أمِکی عیب (ثواب تہٕ ما آسیٚس کانٛہہ) اکہِ اکہِ نٔنی کڈنہٕ آمتی۔ أسی کأشر ادیب چھِ یژھن کتابن ہنٛد چمڑٕ جلد تہٕ زبأنی کتابتک پژون اندازٕ وُچھِتھ یکدم یمن ''پزرنامہٕ'' زأنِتھ پننِس قلمس یہنٛد اہربیہِ ناوان۔ مگر مشعل سلطانپۄری صأبن چھُ پننہِ دوہدِشی زندگی ہنٛز نرم کلأمی پبجہِ تل تھأوِتھ أمِچ اصلیت نٔنی کڈنس منٛز راست گفتأری کرٕمٕژ۔ گوڈنیٚتھےٚ چھُ تسنٛد یہِ بیان پرن والیٚن کٔیت اکھ انکشاف ہیٚو کہ اتھ کتابہِ أسی زٕ حصہٕ لیکھنٕکی سنٛز کرنہٕ آمتی۔ مگر دوٕیم حصہ چھُ نہٕ ہتہٕ وادٕوری گژھتھ تہِ کأنٛسہِ وُچھِت، دوٕیم زِ اتھ منٛز چھ صرف ماقبل تأریخ دانن ہُند وُنن پھِرنہٕ تہٕ پھِرنہٕ آمُت تہٕ ورقن ہنٛدی ورق تہنٛد یوٕعأن تہٕ غأن لفظوٕستی برنہٕ آمتی۔ مگر تمن بچارن ہُند ناوتام تیٚنہ درج کرنہٕ آمُت۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اقتباس نقل کرنہٕ بروٗنٛہہ لیکھنہٕ آمُت۔

[1] مُسودٕچ یوسہٕ فوٹو سٹیٹ کاپی جناب ٹینگ صأبس سوزنہٕ آمٕژ أس۔ سو أس ناصاف یہٕن وٕژھمٕژ۔

''نقل است'' یا ''گویند'' امہِ ءتی چھےٚ اکھ اصل کتھ ونن والیٚن ہنٛز حق تلفی گژھان، دوٚیم عبارتک سوٗرے اعتبار ڈٔسی پایہٕ بنان تہٕ تڑیم توٲریخ نویسی منٛز لچر گی تہٕ ''دِتھف تہٕ نہٕ دستار'' ہش سور بو ایتھ پڑیتھان یوسہٕ میانی کنہٕ از کتابہٕ نہٕ ٹیلی وژن سیریل تہٕ فیچر لیکھن والیوٚ بےٚ شرمی سان عام گرہش چھےٚ۔ ییتہٕ تم موضوٗعک سورے مل مایہٕ تہٕ متن کأنسہٕ بچارٕ برونٛہمس لیکھن وٲلس نشہٕ لوٗٹہٕ انان چھ تہٕ پتہٕ چھس پننی اٲدرٕے موہرلاگتھ موہرٕ تہٕ دیار پچاونک مال مسروقہٕ بناوان۔ افسوس زِیمن ادارن منٛز چھِنہٕ پاس کرن وٲلی تہٕ اتھ ادبی رہزنی کُن توجہ دِوان تہٕ اتھ تدورکرنک کانٛہہ پایے کران۔ انگریزی محاورٕ مطابق ماآسہٕ تمن ''اتھن تیل ملنہٕ یوان'' ییتھ سورے تہنٛد بوزالیوٚ منٛزی رٕسہٕ وسہٕ۔

بہرحال یہ کتھ آیہٕ منٛزی۔ مشعل سلطانپوری صأبس چھُ تاریخ کبیر کس تحقیقی اندازس پیٹھ صحی اعتراض تموچھ مشائخ، سادات، علما، شاعر، مجذوب تہٕ باقےٚ عنوانن تل بیان کرنہٕ آمتین بڈٕہن انسانن ہنٛز درجہ بندی متلق تہٕ سبٕٹھا اہم سوال تُلٕمتی تہٕ امہِ ءتی گژھ اتھ صنف ادبس منٛز اکھ بامقصد ہل چل پأدٕ۔ البتہٕ چھِ تم کتابہِ ہنٛز سہل فارسی عبارژ بجا طور تعریف کران۔

مشعل سلطانپوری چھُ مورخ حسن کھوٗیہامی سٕنزٕ کتاب ''تاریخ حسن'' کہِ گوڈنکہِ جلد یعنے ''کشیر ہند جغرافیہ'' ہِچ تُلنے تہِ زبر پأٹھی گرہش۔ تم چھِ ونان زِ ڈوگرٕ مہاراج زنبیر سنگھ نس وقتس تہٕ شاید ژرژنس تل کِنہ لیکھان تہِ چھےٚ تم کشیر اکھ ملک مأنی ہرٕنہ زِ گِنہِ ریاستک اکھ حصہ ٹیکہ چھُ سہٕ پننس کأشر آسنہٕ کس جنونس منٛز جوٗم کُن نظر تُلنس تہٕ وائے کران، تِکیازِ یہٕ ''بدلے ہِتلی واراہ'' اوسکھ کینہٕ ؤری برونٛہہ کشیر نکھہٕ اوٚنمت تہٕ تڑوپ تینہٕ شرٕنی ءتی دیتُمت، ٹیکہ کہِ شمشیرِ ہنٛدِ پتہٕ

ستی ۔ اتھ مضمونس ستی چھِ مشعل صابنہٕ حاصل مطالعکی کیٚنہہ واریاہ تارکھ پژ بزلان
یم عام طور تواریخی مسودن ہِند بن ژھایہِ ہلبن منز چھانبر گژھان چھِ ۔ اکھ نۆمونہ
یہ زِ ''موغلو اوس تیٚوت فوج کشیرِ منز تھوومُت زِ پربتھ گنوہن کأشرن اوس اکھ فوجی
کلہٕ دِگنس''
مشعل صابن چھ مجبور تہٕ آزاد ہوبن مانڈ متنن موضوعن پیٹھ لیکھان تہِ کیٚنہہ
بلکل سرتارٕ کتھِ لیچھ منٛز ، مثلاً یہ کہ مجبورن گری وژن ، باتھ ، غزل بیتر (شار ہیٚژ)
استعمال مگر تمہِ باوجود کرِ کھ بےٚ شونکی پاٹھی نوٚعیت بناوٕنکی کیٚنہہ تجربہٕ ۔ اتھ سلسلس
منز چھِ تم ''تھاوتو کن ہامتہِ لالو ، لولک ونے افسانا'' مثال دوان ۔ اتھ منز چھ اکھ
شعرٕ کس تہٕ بیا کھ بیٚیس بحرس منز ، تم چھِ اتھ اردو فارسی کس ترکیب بندس ستی
ہشر دوان ۔ مشعل صاب چھِ ونان زِ امہِ ستی گو کأشرِ اظہارُک بیٚتر وسیع تہٕ امیٚک
دأیرٕ تہِ زِٹھیو ۔ تہنٛدِ ونہٕ مطابق کۆر مجبورن پنہٕ نبن تژ انن منز تہٕ ہیٚک نۆو تجربہٕ ،
یُس نہٕ وژن تہٕ نہٕ غزلس ستی رلان چھُ ۔ تہٕ ہرگاہے کأشر نظم أمہِ منزی لہٕ آسہِ ہے
نہٕ دژاہمٕ ، نہ آسہِ ہے رأہینٛز ''قعر دریا سلسبیل'' تہٕ نہ نأدِم سنٛز ''نابد تہٕ ٹٹھ
ونہٕ'' لیکھنہٕ آمٕژ ۔
کتابہِ منز چھِ معاصر شأعرن علاوٕ سانبن کلاسیکی سخن گوین متعلق تہٕ لیکھنہٕ
آمُت ۔ مضمون چھ عام طور موخصر یہ چھےٚ اکھ خۆبی زِ أمہِ ستی ہیٚکہِ سون طألب علم
اندرِ مین سرن اسرارن ہنٛز زان پأدٕ کرِتھ ، مگر خأمی زِ کتھن چھنہٕ واش نیران ، پۆز
تو تہِ چھےٚ یمن منز وأنجہِ گاشہٕ چِہ زِژ پژٕ تژ اوان تہٕ نوبن کتھن تہٕ بحثن کنٛی
تژ اوان مثلاً ''لل تہٕ شیخ نورالدینؒ سُند کلام چھُ دۆن مختلف زمانن ہُند ۔ باسان
چھ لل چھینہٕ عوامس تیٚو تاہ نکھ یۆتاہ شیخ العالمؒ چھُ'' ، یتھے کٔنی احد زرگر تہٕ صمد میر

مضمونس منز یہ زوتہٕ وُن بیان ''کاشر بن ہندبن صوفیانہٕ تصوراتن ہُند آگر چھُنہٕ مےٚ چھرا اسلامی باسیومُت ،اتھ منز چھُ ویدانت ،شیوازم، بدھ مت تہٕ باقےٚ فکرن تہٕ فلسفن ہنٛزن جوین ہند آب تہٕ رلے مُت''

اُخرس کرٕ بہٕ پروفیسر محی الدین حاجنی لیس پٹھ شیرازٕ کس حاجنی نمبرس متلق مشعل صابن یہ تازٕ مگر غیر روایتی بیان نقل ''کینٛژ ولکھار بو چھُ وژھ وانجہٕ پٔنٛن سُہ حباب ژھوٗٹمُت یُس بنہٕ حاجنی صابنہٕ زندگی منز باوُنٹ تمن ہمتھے گژھ ہے، یہ چھابُز دلی کنہٕ کینہٕ پروری'' (ہورتھ تہٕ سیٹھاہ ہورن)

مشعل صابنٕ یہ کتاب چھےٚ ٹیٹھ کتھ ونہٕ نس تہٕ تتھ پٔوٚز تحقیقی تہٕ تنقیدی ثبوٗت ڈکھِ تھاونچ اکھ رژ تژاے قایم کران۔ یہ نے یژ موخصر آسہِ ہے، یہ بنہِ ہے واریاہ وتہٕ ہاوکھ۔

جوم

۴؍اپریل ۲۰۰۷ محمد یوسف ٹینگ

# یہ ہن تہٕ

''وۄنت'' ناوٕچ یہ کتاب چھےٚ مشعل صابنن مضموٗنن ہنز سومبرن۔ ابلتہٕ چھِ تم کاشرس عوامس منز بحیثیتہِ شاعر زیادٕ ویدی تہٕ تہٕ مقبول تہِ۔ اما تمیک مطلب گوٚنہٕ ہرگز زِ مضمون نگاری اندر کیا چھِ تم کم پایہ۔ مےٚ چھِ ستمہٕ تہٕ اُٹھمہِ دہلہِ ہندی تم دوہ نظرن تل ییلہِ یم کاشرس شیرازس اندر بحیثیت مضمون نگار مستقل پاٹھی چھپان اَسی۔ یہند ہن مضموٗنن اَسی شیرازٕ کمبن پرن والین ہندی ذٕسی جان آوبھگت سپدان۔ تہٕ شیرازُک ادارٕ تہٕ تمہِ کھوتہٕ زیادٕ اوس شیرازُک قارٕی راہی ،کامل، ٹینگ ،مرغوب، مشعل، ناظر، آتش، ساقی تہٕ نازکی بیتر ناون ہُند متلاشی آسان۔ یہ ونہٕ ییٚژ ہن تہِ زِ تمہِ دورکیو یموتہٕ باقٕے لکھاریوٚ نہٕ صرف کاشرس نثر نگاری وُتش دیٚت بلکہ گرِ کھ ادبی تہٕ تواریخی ماٗدانن ہندی مختلف پڑاو تہِ مقرر۔ سارِوٕے کھوتہٕ بڈ کتھ زِ یمو حضراتو کرنو وعام ان پڑ کوشر پننہِ نس ثقافتی ورثس ستی زانی یاب۔ سُہ کوشُر یُس اوتام ژھٕٹھی پرناونہٕ باپتھ پننہٕ نس ہمسایس اکہِ حسابہٕ کھور رٹنس مجبوٗر اوس۔ اَمی مالہٕ ہندیو قلم کارو بنوو کشمیر یونیورسٹی ہُند کوشُر ڈیپارٹمنٹ چالو کرُن ممکن۔ ییتہِ پتہٕ اَزُکی قلم کار درااے۔

مشعل صابس چھُ تحقیقس تہٕ تنقیدس متعلق پننُ الگ نظریہ۔ یمن چھُ Inferenceاپاٗدٕ کرنک بٔڈ خصوٗصی طور کتھ ونہٕ ٹنگ یا کتھ پلناونک اندازٕ یُس

نہ زبردستی ہُند قائِل چھُ ۔ شاید اوٚکنہٕ زِیمن چھُ مشرقی ریوایژن ہُند زیادٕ باس۔
مغربی تہذیبن کوٚ تاہ بُرژر کوٚر ادبس تہٕ فنس، کانٛسہِ ہیکہِ نہٕ تمہِ نشہِ انکار اَستھ۔
البتہٕ چھُ یہ تہِ پزر زِ یوٚتاہ وُسجار مغربی ادبن شوشہٕ باَزی تہٕ محض
Show man اِزمس دیُت سہٕ اوس ییٚتہٕ پتھ کالہٕ مفقود۔ خاصکرِتھ اَمی ہاوباون
واتہٕ نوور بوایژن تہٕ اقدارن دِدارٕ۔ شاید چھُ تمہِ کُے نتیجہٕ زِ ازکل چھُنہٕ سائلم کتاب
پرنس کانٛہہ مول۔ از چھِ صرف Objective سوالن ہُند جواب لیکھنہٕ نس پیٹھ
آیی، اے، ایس افسر تہٕ بنان تہٕ بینک کلرک تہِ۔ حالانکہ کُنوہمہِ تہٕ وُہمہِ صدی
عیسوی اندریم تہٕ وِلایتی افسر کشیرِ ترٛی، پننہِ ذاتی Observation حسابہٕ لیچھِ تمو
کشیرِ ہِندس توارِخس تہٕ ادبس پیٹھ تہِ کتابہٕ۔ تہٕ ییٚتہٕ کس ثقافتس تہٕ جغرافیاہس
پیٹھ تہِ۔

ازچھُ ٹیلی وِژنُک تہٕ انٹرنیٹُک دور۔ اَمی بنوو دنیاہ لوٗکُٹ۔ اماپوٚز سہٕ دور تہٕ
واتہٕ نوٚون اندیٚیتہِ نس سوچس تہٕ احساس زیادٕ دخل اوس۔

"وونت" چھےٚ پرٛنی لایق کتاب اتھ اندر چھ کاشرِس ادبس تہٕ ثقافتس
نسبت واریاہ گوشہٕ ننہٕ راونہٕ آمتی یمن پیٹھ نہٕ کتھ کھیٚنی پزِ۔

کھریو کشمیر بشیر اختر:

# للہٕ دیدِ ہندی تذکرٕ نگارتہٕ مورخ

سوٚ پایہِ بٔڈ شخصیت یس کأشرِ لوٗکھ لل دید، للہِ مأج تہٕ للہٕ ایشوری بیٚتر ناوٕ وٚ کنہ زانان چھ۔ چھےٚ کشیرِ ہنٛز روحأنی ادبی عظمتچ اکھ علامتھ۔ أمی سند تذکرٕ چھُ مختلف کتابن منٛز میلان تہٕ یم کتابہٕ چھےٚ سنسکرت، فارسی، انگریزی، اردو تہٕ کأشرِ زبأنی منٛز لیکھنہٕ آمژ۔ یمو منٛز چھےٚ کینٛژن کتابن ہنٛز حیثیت تأرٟیخی تہٕ کینٛہ چھِ محض تذکریمن ہنٛز رنٛگی تأرٟیخی حیثیت دِتھ ہیکو۔ کینٛژن کتابن منٛز یم حالات میلان چھِ تمن چھِ أسی محض أنٛکہ وٕنی کنٛز لل دید ہندی حالاتھ مانان مثالہِ پأٹھی راجٕ ترنٛگنی، بہارستان شأہی تہٕ حیدر ملکنٛ تأریخ کشمیر کتابن منٛز دِتی حالاتھ۔ کینٛژن کتابن منٛز چھُ لل دیدِ ہند ناوٕ ہیٚنہٕ آمُت پوٚز زبنہٕ وٕری یمہِ عالمہٕ گرٕ ھنگ سنہٕ تہٕ تأرٟیخی حالاتن نہٕ دِنے آمتی مثالہِ پأٹھی تذکرۃ العارفین تہٕ بابا نصیب الدین غازی صأبن نور نامہ۔ کینٛژو مورخو تہٕ تذکرٕ نویسو چھُ پتیمبن مورخن تہٕ تذکرٕ نویسنیٚ ہندی بیان نقل کٔری متی مثالہِ پأٹھی محمد اسلم منعمی، اوٚکنی کرٕ بہٕ تمنیٚ تذکرن تہٕ تأرٟیخن ہند ذکر یم لل دید ہندی حالاتھ بیان کرٕ نکس سلسلس منٛز خاص اہمیتھ تھاوان چھِ۔

کلہن سنٛز راجٕ ترنٛگنی یوسہٕ تمیٚ سنسکرت زبأنی منٛز منظوم اندازس منٛز لیچھی پکناوٕ پتہٕ زونہٕ رازن بوٚنٛٹھ۔ یُس حصہ تمی لیوٚکھتھ چھِ ونان زأنہٕ ترنٛگنی۔ یتہٕ چھنہٕ لل ماجہِ "ہند زمانچ تأریخ تہٕ نہ چھُ زون راجٕ تسند ہم عصر اوسمُت۔ یہ تأریخ چھےٚ بڈشاہ سٔندِ زمانہٕ ۱۴۵۹ ءیس منٛز لیکھنہٕ آمژ یانے لل دیدِ ہنٛدِ زمانہٕ پتہٕ ہتھ شتھ

ؤری۔ اتھ منٛز چھُنہٕ للہ دیدِ ہُند ناو ہیٚنہٕ آمُت۔ یِمہِ زمانک یہ واقعہ بیان سپُنمُت چھ تتھ زمانس منٛز چھےٚ للہ دید جنٛگلن تہٕ بیابانن منٛز پھیران آسمٕژ۔ ژٕتی تین یڑھن کیا چھُ شوٗہرتُک پروا آسان۔ تس ما آسہٕ ہن اوٗتان عام وخاص زانأنی تہٕ توے چھُنہٕ تسندِ ناو ہیٚنہٕ آمُت یا ما آسہٕ ہابیٚہ کانٛہہ ہستی تہٕ أسی چھِ ازأنکہٕ ؤنی گنٛز ونان زِلل دیدے أس۔ خأر واقہ چھُ یہ ''یٚیلہِ شہاب الدین شہزادِ پنٛنبن ستی باجن ستی شکارس گژھان اوس تمی وُچھ واگ پشتاکس جنٛگلس منٛز أکس پرس پٔتی گنٛز یوگنبن ہنٛز جماتھا۔ تسند یو دہ یوٚ ستی باجو اوٗدے شری تہٕ چنٛد رڑامرن سوٗنچ زِ رتنبن پتہٕ پتہٕ پکِتھ چھُ پڑ بتھ کینٛہہ لاران تہٕ تم گےٚ یوگنبن گُن پنہٕ نس پیٚش کالس متعلق کینٛہہ زانہٕ باپتھ۔ یِمن نزدیکھ وأتتھ ؤتھی گُریو پیٚٹھ پتھر۔ یِمن یوگنبن ہنٛز زِ چھ یوگنہٕ دیُتٕ شہزادس اکھ شرابہٕ پیالہٕ تہٕ دوٗ ہنٛس چےٚ۔ شہزادن چیٚہ ہناتہٕ دِتُن چنٛدرڑامرس۔ تمی تہِ چیٚہِ أڈ ہناتہٕ دِتُن اوٗدے شری لیس، اوٗ دے شٕری ین چھو سوٗرے تہٕ بیٚیس کیُت تڑ ووٗن نہٕ کینٛہہ۔ یوگنٛز ؤژھ شہزادس زِ ژٕ بنکھ اکھ بوٚڈ فاتح پادشاہ۔ یِمن دوٗن ستی باجن تہِ سپدی دولتھ تہٕ یڑتھ حاصل تہٕ تیمی نہٕ کیٚہنی چھوٗسہ سپدِ واپس واتنے خدالیس حوالہٕ۔ یوگنہٕ ہنٛز یم سارے پیشن گوئی سپٕز صحیح ثأبت''

دوٕیم تأریخ چھےٚ بہارستان شأہی یوسہٕ مغل بادشاہ جہانگیر سٕنٛدِ زمانہٕ ۱۶۱۴ء لیس منٛز سید محمد مہدی سٕندِ ذٔسی لیٚکھنہٕ آیہٕ۔ اتھ تأریخہِ منٛز تہِ چھُنہٕ للہ دیدِ ہنٛد ناو ہیٚنہٕ آمُت تہٕ گول مول اندازس منٛز زونہٕ رازٕ سُنٛدُ ے ہیٚوٕ لیٚو کھمُت اکھ واقہٕ چھُ بیان سپُنمُت۔

''ستھ ہتھ تہٕ ارتأ جہس منٛز بیوٚٹھ سلطان علاوالدین تخٕتس۔ تس أسی زٕ نیچوی اکھ شہاب الدین تہٕ بیا کھ قطب الدین، علاوالدین سٕنٛدس دورِ حکوٗمتس منٛز

اوس أمی سُند بوٚڈ نیچو شہاب الدین جنگلن کُن شکارس گومُت۔ یتی أ سس
ترٛے زٔنی ، جندار، اودشہ راول تہٕ اختاجی باقےٕ لوٚکھ اسی یموئنش دوٗر۔ اَتہِ وُچھ
یموا کھ زنانا یسندِ ڈیکہٕ پیٹھ پرٛہیز گاری تہٕ پاکیزگی نشان اُس۔ امہِ اوٚن شہاب
الدینس نش اکھ شربتُک پیالہٕ دوٚپنس چےٚ۔ شہاب الدینن روٗٹ یہ وٕلی وٕلی تہٕ چیٚین
امہِ منٛز واریا ہنا تہٕ امہِ منٛزٕ ترٛ ووٗن کمےٕ پنہٕ نِبن یتی باجن کیٛت۔ دوٚیو یتی باجو
چیٚی دام پوٚنشہِ پوٚنشہِ تہٕ اختاجیس کیٛت رودنہٕ کہن"
ژوڈرِکی حاڈرٕملی کن تہٕ لیچھی اُٹھی زمانس منٛز تاریخ کشمیر یتھ منٛز یوٚ ہے
واقہٕ نقل کرنہٕ آمُت چھُ۔ فرق چھےٚ یہ زِ سہٕ چھُ علاوالدین نہِ تختس بیہنک وٕری ستھ
ہتھ تہٕ ستہٕ تاجی ہاوان تہٕ ونان زِ شہاب الدین سپن شکارس پتہٕ دوران باقےٕ فوجہِ
نشہٕ الگ تہٕ یتی رودس ترٛے زٔنی۔ یمن ترٛبن باجن ہندی ناو چھُ بہارستان شاہی
منٛز دنہٕ آمتین ناون یتی رلان بیا کھ فرق چھےٚ یہ زِ سہٕ چھُ لیکھان اُکس گوپھہِ منٛز
گیکھ اکھ زنانہ نظرِ۔ باقےٕ بیان چھُ سُے۔
رفیع الدین احمد غافل صأبن چھےٚ ۱۱۳۶ھ یا نے ۱۷۲۳ء یس منٛزیُس
مغل حکومتٕ ہُندِ پتم دوراوس، نوادرالاخبار ناوی تاریخ کشمیر لیچھمٕژ تہٕ اتھ منٛز تہٕ چھُ
شہاب الدیٖن جنگلس منٛز اُکس پرٛہیز گار تہٕ نیکوکار زنانہِ یتی ملاقاتھ کرنک واقہٕ
پیٚتی مین مورخن ہندی پأٹھی لیکھنہٕ آمُت۔
گوڈنچ تواریخ یتھ منٛز لل دید ہند ناو زبنہٕ جائے۔ تہندِ لوکہ چارٕکی حالات
لیٛکھنہٕ آمتی چھِ، چھےٚ خواجہ محمد اعظم دیدہ مری سُنٛز واقعات کشمیر یا تاریخ اعظمی یوسہٕ
۱۱۵۹ھ یا ۱۷۲۵ء یس منٛز مغل خاندانہٕ کین پوٚت واین ہندِس زمانس منٛز لیٛکھنہٕ
آمٕژ چھےٚ۔ محمد اعظم خان اوس خیرالزمان خانٔن نیچو تہٕ شیخ محمد مراد صأبن مُریدیُسند

تارٕیخ وفات چھُ ۱۱۷۹ھ۔ ''واقعات کشمیر'' کتابہِ منز چھِ لل دید متعلق اکھ سُہ واقہ لیکھِتھ یُس پٔتہٕ میٚو مور خو بیان کوٚرمت چھُ۔..................

بیٚیس جایہِ چھُ لیکھِتھ ''ذکر عارفہ کاملہ للہٕ مجذوبہ'' کہ عنوانہٕ ''تمہِ لوٚب سلطان علاوالدین سٕنٛدِ زمانہٕ ظہور، گوڈنیتھ أس أکس شخصہٕ سٕنٛدِس نکاحس منز گرکٕلی زندٕگی گزاران أتھی زمانس اندر ٹوٗٹھیوس دے.........اکہِ دوہہ أس آبہٕ نوٚٹ ہیٚتھ گرٕ یوان۔ خاندارن یُس اسٕنز ن کینٛشن کتھن بوٗٹھے اعتراض کران اوس کوٚڈُس اتھ نٕتس کلہٕ پیٹھے لورِ ٹاس تہٕ پھٹرِ وونس۔ آب رود کلس پیٹھ یتھے پأٹھی معلق۔ پتہٕ بٔرِ تمہ امہِ آبہٕ ستی گرٕکی سأری بانہٕ تہٕ یہ پتھ گُن رود تہٕ دِتُن نیبر دأرِتھ۔ اتھ بنیو واکھ تلاو یُس سبٹھاہ مشہور گو''

لل دید متلق ترٕیمہِ جایہِ یوسہٕ یہ عبارتھ درج چھے تمیٚک مفہوم چھُ یہ ''مشہور کتھ چھے یہ زِ یتھین از وبجہِ بیارِ چہِ جامع مسجد ہندکون چھُ۔ اوٚت وأتتھ گیہٕ دم پوٚر کرأنی بدن ہیٚتھ روٗ ہٕ جلکی پأٹھی ہوٚس منز غاب تہٕ لوٗکوٗ چھِنہٕ امہِ سوا کینٛہہ زِ زنتہٕ کھٔرٕ نارٕ ریٚہا ہیوٚر''۔ یہ تہِ چھُ لیکھِتھ زِ ''میٚژ یوٗزٕ ٹأکی آنہٕ ناٚون تہٕ دوٗ پنٛکھ حال روزٕ بہٕ کھٔتِتھ۔ اکھ ٹوٗک تھوٗون کھورن تل تہٕ اکھ کلس پیٹھ دُبہٕ۔ دوشوے ٹأکی رلے یہ۔ پتہٕ ییلہِ پیٹھم ٹوٗک تھوٚ دتُلکھ اتہِ لوٚبکھ نہٕ کہین۔ حضرت قطب ربأنی علی ثأنی سٕنٛدِس یور تشریف انٛنس دوران چھُنہٕ یہنٛدِ ملاقات ثأبتھ سپدان''

لل مأج کیٚتھ أس تہٕ کرٕ آیہ دُنیہس یہ چھُنہٕ اوٚت تأنی نران۔ عبدالوہاب شایق چھُ فارسی نظمس منز تارٕیخ کشمیر لیکھان سکھ جیون سٕنٛدِس زمانس منز ۱۷۵۴ء پیٹھ ۱۷۶۲ء لیس تأنی۔ اتھ اندر چھُ سُہ لل دید ہندِ زبہٕ وٕری ۷۳۵ھ یعنی ۱۳۳۵ء لیس ہیو۔ مصرع چھُ ع فزون بود بہ ہفت صد سی وپنج محمد اسلم سٕنز تارٕیخ کشمیر چھے

''گوہر عالم'' ناوی ۱۲۰۰ھ مطابق ۸۶-۱۷۸۵ء لیکھنہٕ یوان۔ اتھ اندر چھےٚ لل دبد متلق تہٕ حالات میلان یم نوادر الاخبار تاریخ ہاوان چھےٚ۔ صرف چھےٚ اکھ کتھ خاص سوٗ گیہٕ یہ زِ یتہٕ یُس واقعہ بیان سپنمت چھُ تتھ منٛز چھنہٕ لل دبدِ ہند ناوکنی پوٚز گوہر عالم کتابہٕ ہُند مصنف چھُ شبقہٕ پاٗٹھی ونان زِ یُس عارف زنانہٕ ستی شہاب الدینَن ملاقاتھ کوٚر سوٚ اُس لل دبد۔ عبارتھ چھےٚ یہ ''سلطان شہاب الدین گوپنہٕ نبن امیرن وزیزن منٛز جماتھ ہیتھ شکارس۔ شکار کران کران دراو مرگن تہٕ نیرٛ بن ہند تماشاہ وُچھنہٕ دوٗرتاں، ترٛے زٕنی اُسس ستی، ملک چندار، شہ راول تہٕ ترٛیم سُند ناو چھنہٕ مور خو ہیوٚت مُت، دٕچھِن کھووٗری دِژِ کھ نظراہ گزراہ تہٕ اُکس بیابانس منٛز گیکھ اکھ مٕژ زنانا نظرِ تیمی گرٕ بار ترٛ وومُت اوس تہٕ رابعہ بصری ہندی پاٗٹھی کامل اُس تہٕ یس لل عارفہ ونان اُس۔

ترٛیمس صاحب سُند ناو چھُکھ نہٕ لیوٚکھمُت تہٕ یہ کتھ تہٕ چھےٚ ونٕنی لایق زِ لل دبد چھُکھ رابعہ بصری ہش مانٕی مٕژ۔

''باغ سلیمان'' ناوِ چ بیا کھ تاریخ چھےٚ فارسی نظمس منٛز پٹھان گورنر جُمہٕ خان الکوزی ہندِ زمانہٕ سعد اللہ شاہ آبادی صاٮ۪بن لیچھی مٕژ، اتھ اندر چھِ لل دبدِ ہنٛدی حالاتھ تفصیلہٕ سان میلان، لوکہ چارِ کی حالاتھ، تسنٛز ریاضت، خاندر، کرٕ ٹھی وأروی تہٕ تمن ستی دوہ دین برُن' خاندارِ سٕنٛز تلخی، بیابانن پھیرن، گوپھن منٛز روزُن بیترِ سورے چھُ درج۔ خاص کتھ چھےٚ یہ زِ یمو چھُ سید جلال الدینؒ تہٕ امیر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ یس ستی لل دبد ہندِ ملاقاتگ تہٕ ذکر کوٚرمُت تہٕ یتہٕ ونٕمُت زِ سید حسن سمنانیؒ بنوو کھ مرشد۔

لاجرم چوں رسید میر حسین　　رفتہ در خدمتش براہ العین

تربیت زد چنانکہ باید یافت　　درمقامات قرب و اُنس شناخت

تہنز زبنہٕ جایہٕ تہٕ زبنہٕ ؤرٕ یس متلق چھےٚ یم خاموش۔

مجموعہ التواریخ آیہٕ بیربل کاچرو سٕندِ ذٕسی سکن ہٕندِس دورِ حکومتس منز میاں کرنیل سنگھ گورنر سٕندِ عہدٕ ۱۸۳۵،۳۶ یس منز لیکھنہٕ۔ اَتھ منز تہٕ چھِ لل دید ہٕندی حالات تفصیلہٕ سان میلان۔ اَمی تہٕ چھےٚ سو یوٗگنی یوٚسہٕ شہاب الدینٕس نظر گیہٕ لل دید ےمائی ہٕژ۔ تموواقعو علاوٕ یم بییو تاریخ نویسو لیکھیٕ متی چھُ چھُ یموتسنز زبنہٕ جائے پانٕژ پچھی ہٕژ تہٕ حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ سُند تشریف انُنہٕ کہِ وقتہٕ لل دید ہُند تنوٗرس منز گھٹِتھ روزنُک واقعہٕ درج کوٚرمت تہٕ اُکس بت پرستس ستی یہندِ بحثُک ذکر کوٚرمُت۔ یموچھےٚ حضرت شیخ العالمؒ سٕندِ ب ترٕاونُک تہٕ دود چاونُک واقعہٕ تہٕ لیوٚکھمُت۔ عبارٕژ ہندی کینہٕ جملہٕ چھِ یہ مفہوم تھاوان "امہِ ساتہٕ آیہٕ لل نأوی اکھ نیکو کار زنانہٕ یسند ذکر شریف بوٚنٹھ پہن سپد اور شُرنیٖوٗن ماجہ نشہٕ روٗٹُن پننہٕ کوچھِ منز تہٕ وٕونس کنس تل" یہ زان زیٖتھ فأنی سرایہٕ منزیُن چھُ خدایہٕ سٕنز خوشی، دود چینہٕ سواچھنہٕ چارٕ۔ اَمی سٕنزِ کتھہِ ہند تأثیرٕ ژوٗلس دلس شکھ تہٕ لوٗگ دود چینہٕ ...... یہ صاف ضمیر زنانہٕ زایہٕ ہیٚندی گرِ پانٕژ اُس روزان تہٕ بالغ سپدِتھ کوٚر ہس خاندر" اَتھ تاریخس منز چھُ تمہِ تلاوٗک ناویس لل دید ہندِ آب ترٕاونہٕ ستی بنیو "لل ترٕاگ" درج۔

حضرت میر سید علی ہمدانیؒ صأب تیٖتھےٚ یوان وچھن۔ "حیاہکہِ جذبہٕ لٕج اورٕ یور دونہٕ، کاندروان پیٚوس بُتھہِ، یہ اُوس وُہان، ترٕووٗن اُتھی منز ووٗٹھ۔ کاندرس ژایہٕ نٕٹھ تہٕ لوٗکن ہندِ ہیمہ دِتُن اتھ ٹھانٛڈٕ۔ تیٖتھےٚ سُہ مردِ خدا بوٚنٹھ پکان گوو تہٕ نزدیک

ووت کاندرس دِژن کرٕ کھ۔ پلوان فورَن تہٕ تُندٕ رمنٛز نیرنبر، تس کھڑ یہ بوٚ زِتھ وأنج بوٚ ٹھ۔ تُندٕ رمنٛز دژ ایہ تہٕ پتہٕ روزنہٕ زانٛہہ ووٚلیا''

مہاراجہ رنبیر سنگھ نس زمانس منٛز پچھی گامُر بنڈٕ پورِکی پیر غلام حسن صأبن ژون جلدن منٛز تاریخ حسن ناؤوی کشیرِ ہنٛز تأریخ۔ امہِ کتابہِ ہندِس دۆیمس جلدس منٛز چھ سلطان شہاب الدینس سٟتی لل دیدِ ہندِ ملاقاتُک ذکر، لل دید ہٕندی کشف تہٕ کرامأژ تہٕ چھےٚ تفصیلہٕ سان لیکھنہٕ آمٕژ۔ لل تژ اگُک واقہ، نفی اثبات وبژ ناوُن، وأرِی وِچ سختی، للہِ نلہٕ وٚتھ ژلہِ نہٕ زانٛہہ واقُک پس منظر، سدھ شری کنٹھ سٔندِس بُت خانس منٛز گژھُن، سید جلال الدین بخاریؒ تہٕ سید حسین سمنانیؒ ہوبن بزرگن سٟتی ملاقات کرُن بیٚترِ درج۔ حسن صأبن چھُ لیوٚکھمُت زِ ستھ ہتھ ہجری سنس منٛز کوٚرُن ظہور، زینہٕ جائے أسس سیمپور، أکس برہمنہٕ سٔندِ گرِ پیٚیہٕ تھنہٕ۔ بڈٕ وأتتھ سپدُس پانژہٕ خانٛدر رہش أسس بتس تل نلہٕ وٚتھ تھاوان تہٕ لل دید أس نہٕ کأنٛسے ونان۔ یمو چھُ لیوٚکھمُت زِ لل تژ اگس اوس ۱۳۰۰ھ ٕیس تانی آب۔ یٔتہِ چھکھ لیوٚکھمُت زِ لل دید آیہ ہیرِ پورِ تان جلاالدین مخدوم جہانیاں سٔندِس استقبالس۔ یمو ووٚنہس سید حسن سمنانی صأبس پیار۔ پتہٕ یِیلہِ سید حسن سمنانی صأب یوروأتی، لل دید أیس ستن منٛز لن بتھِ تہٕ تمن نش لٔبن تربیت۔ پوٚتس گٔیہٕ وبجہِ بیار چہِ جامع مسجد ہنٛز دوسہٕ نش نارٕ ریٚہہ ہٕتھ ہیوٚ رکھِستھ۔ حاجی محی الدین مسکین چھُ ۱۹۰۹/۱۰ ٕیس منٛز تاریخ کبیر فارسی پأٹھی لکھان۔ اتھ اندر چھ لل دیدِ رابعہ بصرہؒ سٟتی مشابہت دوان تہٕ ونان زِ سوزایہ سیمپورٕ أکس برہمن گرس منٛز ۷۰۰ھ ٕیس منٛز باقےٚ حالات چھِ تتھے کٕنی نقل سپنٕ مٕتی۔ یم سأری آسہٕ فارسی تأریخہٕ۔ وون گےٚ تم تذکرٕ یم فارسی پأٹھی

لکھنہٕ آمِتی چھِ ۔ پوٚز گویہ زِ تارٟیخو بوٚنٛتھ چھُ تذکرنٕے منٛزٕ لل دیدِ ہٕندی حالات بیان
کرنہٕ آمٕتی ۔ تارٟیخ نویسن ہٕنٛز کام اُس پادشہن ہٕندی واقاتھ لِکھنٕی تہٕ تذکرٕ نویسن
اُس صاحب دل بزرگن تہٕ اولیاہن سٟتی دلچسپی ۔

پرٛانہِ پرٛون تذکرٕ یتھ منٛزٕ لل دید ہٕندی حالاتھ دنہٕ آمٕتی چھِ ، چھُ وَنس
تاں بابا علی رینہ صابن تذکرۃ العارفین زانہٕ یوان ۔ بابا علی رینہ اُسی مشہور
ولی حضرت مخدوم شیخ حمزہؒ سٕندی برادر تہٕ یمو لیوٚکھ یہ تذکرٕ یہٕندی تہٕ باقے بزرگن
ہٕندی حالات درج کرنہ کہِ غرضہٕ ۔ اتھ منٛزٕ گرٕ کھ تمن بزرگن ہٕندی حالات تہٕ درج
یم یمن بوٚنٛتھ اٗسمٕتی چھ یہ تذکرٕ چھُ ۹۷۰ ٔیس منٛز لیکھنہٕ آمُت یعنے لل دیدِ پتہٕ سوا دٕز
ہتھ ؤری ۔ اتھ منٛز چھُ لیکھتھ زِ لل دید اُس سید حسن سمنانیؒ سٕنٛز مُریدہٕ تہٕ تموٚے
اوسہس وۄنمُت کیموہ گرٕھتھ نندٕ ریشس شیرٕ چاوُن ۔ یہ کتھ تہِ چھےٚ گوڈنچہ لٹہِ اُتھی
تذکرس منٛز زِ سید جلال الدین مخدوم جہانیاں تہٕ امر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ صابس
کوٚرُن ستن منٛزلن بُتھِ نیرتھ استقبال ۔ لل دیدِ ہٕنٛزٕ کینہہ کراماژ تہِ چھےٚ نقل کرنہٕ
آمژٕ ۔ اتھ تذکرس منٛز چھِ لل دید مریم مکانی رابعہ ثانی لقب دنہٕ آمُت ۔ اتھ اندر
چھُ لیکھتھ زِ لل دید چھ وۄنمُت ییلہِ حضرت مخدوم جہانیاں یور آئے ۔ بہٕ گیس سٟرٕ
کرِتھ ستن پرٛاون تمن بُتھِ تہٕ بوٚنٛتھ کُن وٲتتھ ترٛووومکھ سرپاے مبارکن پیٹھ ، نعلین
اوسُکھ کھورن تل ، ستھ سجدٕ کرٕی مس تہٕ تیچ گردمژھم اُچھن تموکوٚ رعنا یتھ کلہٕ
تلہٕ ہم تھوٚد تہٕ بیہنو وہس پانس بوٚنٛتھ کنہٕ ۔ پتہٕ ؤتھی تہٕ دراے کشیرِ ۔ بہٕ اُسس ننہٕ
وٲرٕ تمن پتہٕ پتہٕ ۔ کشیرِ وٲتتھ روٗزُم تہٕنٛدِ خاطرٕ بتہٕ یٟمیک فخر چھُم ۔ تموو وۄنہم
زِ امیر کبیر واتی جلدٕ یور تہٕنٛز مریدٕ بنِ زِ ۔ بیٚس جایہِ چھُ حضرت امیر کبیر
میر سید علی ہمدانی صاب سٟتی یہٕندِ ملاقاتُک ذکر میلان ۔

امہ پتہٕ یتھ فارسی تذکرس منٛز لل دیدِ ہنٛز ذکر چھُ سہ گو بابا نصیب الدین غازی صأبن نوٗر نامہٕ۔ غازی صأبؒ چھُ ۱۰۴۷ھ ییٚس منٛز رحمت حق سپنٛزٕ متی۔ یمو چھُ لل دیدِ ہنٛز زہنہٕ جاے پانٛپر پٔچھی ہٕز۔ یتھ متلق گوڈِنکس تذکرس منٛز کینہٕ چھنہٕ لیکھِتھ۔ یموچھُ لل دید شیخ منصور حلاجنی بینہٕ وٗنمُت، اہندِ خاندٕرکی حالات تہٕ وأری ویٚک کرٕتھ بیان کوٗرمُت تہٕ نوٗٹ پھٹر اونکہٕ واقہٕ پتہٕ تلاوُک ذکر کوٗرمت تہٕ تمیک ناوٕلل ترٕاگ لیوٗکھمُت۔ یہندِ زہنہٕ تأریخ چھنہٕ لیکھتھ۔

اہندی مرید بابا داوٗ دمشکواتی صأبن چھُ اسرار الابرار نأوی ۱۰۶۳ھ ییٚس منٛز فارسی پأٹھی اکھ تذکرٕ لیوٗکھمُت۔ اَتھ منٛز چھِ لل دید ہنٛدی حالات تفصیلہٕ سان درج۔ شہاب الدین پادشہن ستی یہندِ ملاقاتُک ذکر کران چھُکھ لیوٗکھمُت زِ یہے اَس لل دید باقے حالات چھِ پیر سٔندِس تذکرس ستی رلان۔ صرف چھِ سید ہ شیر کنٛتس ستی بحث مباحثہٕ ہُریمانہٕ۔ علاوالدین پادشہ سٔندِ تختس بیہنُک وٗری چھُ ۷۴۷ھ ہاونہٕ آمُت۔ تہٕ لیوٗکھمُت زِ لل دید اَس اَمی سندے زمانہٕ۔ اتھ منٛز چھُ تاریخ حسن نأوی اکھ کتابہٕ ہنٛد حوالہٕ دِتھ شہاب الدینہٕ نِ لل دیدِ ستی ملاقاتُک ذکر کرنہٕ آمُت تہٕ لل دیدِ ہنٛز زہنہٕ جاے پانٛپر ہاونہٕ آمٕژ تہٕ رحمت حق سپدنہٕ وزِ دوٗن ٹاکین منٛز غأب گژھنُک واقہٕ درج کرنہٕ آمُت۔

ملا عبدالوہاب نوری صأبن چھُ ۱۱۹۳ھ ییٚس منٛز فتحات کبرویہ نأوی اکھ فارسی تذکرٕ لیوٗکھمُت۔ اتھ منٛز چھِ لل دید ہنٛز زہنہٕ جائے پانٛپر، شہاب الدین پادشہس ستی جنگلس منٛز ملاقات، ہشہٕ ہنٛد ووندٕ میٚنٛزٕر، نوٗٹ پھٹر اونُک واقہٕ، بیٚترٕ لیکھِتھ۔

عجیب کتھ چھے یہ زِ سارِوے پژون یُس تذکرٕ للہٕ دیدِ متلق میلان چھُ تتھ منٛز تہٕ چھُ لیکھِتھ ''نقل است'' یانے لیکھِتھ چھُ یا لیکھنہٕ چھُ آمُت۔ مطلب یہ زِ سہ

تذکرٕ لیکھن وألی تہٕ چھ کینہہ تذکرٕ یا تأریخا مدِ نظر تھأوِتھ پوٗز تم چھنہٕ کُنے میلان۔ امہِ تلہٕ چھُ ننان زِ یہند حال چھ یمو تذکروتہٕ تأریخو بوٗنٹھ تہِ لکھنہٕ آمُت۔

انگریزی پأٹھی چھ جی ایم ڈی صوفی صأبن پننہِ مشہور تأریخ ''کشیر'' منز لل دید ہندی حالات لیکھی مِتی تہٕ یمن بوٗنٹھ کنہِ چھ بوٗنٹھے تذکرٕ تہٕ تأریخہٕ روزِمتۍ۔ البتہٕ چھِ یمو لل دید ہُند تہٕ تُسند کلامُک ییٹکس تہذیبس پیٹھ اثر تہٕ ہوومُت یہٕ تأریخ چھِ ۱۹۴۹ءٕ ہس منز مکمل سپز مژ۔

پنڈت آنند کولٕ بامزئی ہنز تأریخ چھ انگریزی پأٹھی ۱۹۶۳ءٕ ہس منز لکھنہٕ آمژ۔

پنڈت آنند کول تہٕ پی این کے بامزئی چھ لل دید ہنز جایہِ تہٕ زہنہٕ جایہِ تہٕ زہنہٕ وٕری ہس مُتلق باتیٕ تذکرٕ نویسن تہٕ مورخن ستی اختلاف کران تہٕ ونان زِ لل دید ہندی دید بابہٕ اُسی پاندرٹھنکی تہٕ سوزایہِ ژودأہمہِ صٔدی ہِندس نصفس منز۔

یمو علاوٕ یمن انگریزی کتابن منز لل دیدِ ہندی حالاتھ درج چھِ تم گے محبؔ الحسن سٔنز تأریخ ''کشمیر انڈر سلطانز'' یہٕ سپز ۱۹۵۹ءٕ ہس منز شایع۔ ڈاکٹر آر کے پارموسٔنز ''اے سٹیڈی آف مسلم رول ان کشمیر'' یہٕ سپز ۱۹۴۹ءٕ ہس منز شایع۔ ایس سی۔ اے سٔنز ۱۹۴۹ءٕ ہس منز شایع سپزمژ کتاب ''ارلی ہسٹری اینڈ کلچر ان کشمیر'' پریم ناتھ بزاز سنز ڈاٹارس آف وِیتستا یوسہٕ اِمے وٕری شایع سپز۔

لل دیدِ ہند بن واکھن ہنز یم سوٗمبرٕنی تیار کرنہٕ آیہٕ۔ تمن منز تہِ آو لل دیدِ

ہُند ذکر مثالہِ پاُٹھی آنند کوٗلنٛ ''للہٕ یوگیشوری''، گریرسن سٕنٛز ''للہٕ واکیانہ'' سررچرڈ ٹیمپل سٕنٛز ''دی ورڈ آف لالا'' بدری ناتھ پارموشٕنٛز ''اے سنٹ آف لایف'' بیٚترِ ۔ جیالال کول صأبن چھِ لل دید ہٕنٛدٮ۪ن حالاتن پٮ۪ٹھ تنقیدی نظر ترأومٕژ ۔ اردو زبأنی منٛز چھِ عبدالاحد آزاد صأبن لل دید ہٕنٛز زندگی ہٕنٛدی حالاتھ وبژھناونچ محققانہٕ کوٗشش کٔرمٕژ تہٕ تسندس کلامس جان پاُٹھی سام ہیٚژمٕژ ۔ تس پیش نظر چھِ پٔتیمین ہٕندی حوالہٕ اُسیٚمتی ۔ محمد الدین فوق صأبن تہِ چھ خواتین کشمیر کتابہِ منٛز یہندی حالات لیکھیٚمتی ۔ امہِ علاوٕ چھِ حأفظ محمد عنایت اللہ صأبن ''بی بی للہٕ عأرفہ'' نأوی کتابہِ منٛز یہندی حالات درج کٔریٚمتی ، گوپی ناتھ رینہٕنٛ للہٕ واکھ اردو ترجمہٕ ، جے ایل کول جلالی سٕندی للہٕ واکھ ، قاضی نظام الدین خانیاری سٕنٛز کلام للہٕ عارفہ، جیالال کول صأبنٛ لل دید (اردو) کشمیر کلچرل آگرنایزیشن ''علمدار'' بیٚترِ کتابن منٛز تہِ چھِ امِ سند حالات میلان۔

کأشرِ زبأنی منٛز چھِ پروفیسر حاجنی صأبن ''کأشر شأیری'' کتابہِ منٛز امِ سند زبنہٕ ؤری تہٕ مرن ؤری ہوومُت۔ اوتار کشن رہبر صأبن چھِ ''کأشر ادبٕچ تأریخ'' کتابہِ منٛز لل دیدِ ہٕنٛز زندگی متعلق تحقیقی اندازٕ بحث کوٗرمت تہٕ تہندس کلامس تنقیدی سام ہیٚژمٕژ ۔ وشوا بھارتی جرنل ہُک اکھ مضمون یُس شنکر لال کول لکھان چھُ تہٕ کأشرِ سماچار لل دید نمبر علاوٕ چھِ واریہن مضمونن منٛز لل دیدِ ہُند ذکر سپدان روزان۔ پۆز ضرورت چھےٚ اَمِہٕنٛز زندگی متعلق باضأبطہٕ تحقیق کرنٕچ ۔ یُتھ زن یہ نۆرأنی شخصیتھ اُنکہٕ وٕنی ہندِ اؤبرتلہٕ نۆر چھکراوان ئٔنی نیرِ۔

# لل دید تہٕ شیخ العالمؒ............اکھ سرسری تقابلی مطالعہٕ

لل دید تہٕ شیخ العالمؒ چھِ کأشرس تہذیبس تہٕ تمدنس پٹھ سۄن اثر ترٲون واجنہٕ زٕ بہلہِ پایہٕ شخصیژ۔ کشیرِ ہنٛزٕ تم تھکبن لایق ہستی یِہنٛز چھاپ کأشرس مزازس تہٕ کأشرِ ہنٛزٕ سوچن ترٲیہٕ پٹھ ازتام موجود چھےٚ۔ یِمن دۄن شخصیژن ہُند مطالعہٕ چھُ دلچسپ آسنہٕ تہٕ ہنا مشکل۔ لل دیدِ ہٕندی حالاتھ چھِنہٕ وُنہٕ تہٕ پۄرٲ پٲٹھی مولوم سپدتھ ہیکان۔ تہٕ حضرت شیخ العالم سٕنز سوانح یوسہٕ تہنٛزٕ شش سالہٕ تقریبات کمیٹی تیار کٔرمٕژ چھےٚ، وأژنہٕ وُنہٕ پرن واللِن تانی۔ یِمن دۄن ہستی ین ہُند مطالعہٕ کرُن چھُ أہند کلامہٕ کہِ ذٔریہ مۄمکن۔ پۄز دۄشونی ہند کلامٕچ صحی تحقیقی سۄمبرناتہٕ چھِنہٕ دستیاب یِہند کلام یُس اسہِ تام وۄتمُت چھُ، رودوار یِہس کالس زبٲنی زبٲنی پھِرنہٕ یوان تہٕ پتہٕ آویمنہٕ زبٲنی رِوایژن پٹھ پژھ کٔرِتھ لیکھنہٕ۔ لل دید ہند کلام لیۄکھ (سٕہ شیٹھے واکھ) ازبروٚنہہ زٕ ڈاے ہتھ ؤری یانے لل دید پتہٕ ساڈِ ترٕیہِ ہتہِ ؤہری تہٕ راجانک بھاسکرن تہٕ پتہٕ رٔودی بی تہِ کینٛہہ کینٛہہ واکھ ننان تہٕ سۄمبرنن منٛز شأمل سپدان۔ أمی سند کلامٕچ تازٕترین تحقیقی سۄمبرن چھےٚ پروفیسر جیالال کول تہٕ پروفیسر نندلال کول صأبن ترتیب دِژمٕژ تہٕ اردو ترجمہٕ ہتھ چھےٚ جموں وکشمیر کلچرل اکیڈمی شایع کٔرمٕژ اتھ منٛز چھےٚ سبٹھاہ کوٚشش کرنہٕ آمٕژ زِ یہ گژھ تحقیقی اہمیژ ہنٛز اکھ سۄمبرن بٔنٛنہٕ تہٕ واکھ گژھن تحقیقی اوٚ صۄلو درج سپدنی۔ توے

چھِ یمن واکھن تژٕے حصہٕ کرنہٕ آمتی ۔ گوڈنکس حصس منز چھِ تم واکھ درج یمن متعلق ترتیب کارن پٲر پژھ چھےٚ زِ یم چھِ لل دبدِ ہنٛدی تہٕ گرِتھ تہٕ چھِ اتھ حصس منز تم واکھ میلان یم حضرت شیخ العالمس ستی منسوب چھِ ۔ مثالہِ پأٹھی یہ واکھ ۔

تلہٕ چھےٚ زِیُس تے پیٹھٕ چھکھ نژان | ونتہٕ مالہِ من کیتھٕ پژان چھےٚ
سوٗرے سوٚمبرِتھ بیتہِ چھےٚ موژان | ونتہٕ مالہِ ان کیتھٕ روژان چھےٚ

حضرت شیخ العالمؒ سنٛد کلام چھُ تہنٛدے وقتہٕ ملا احمدن اوسمُت ترتیب دیُت مُت پوٚزاز چھُنہٕ یہ کُنی میلان ۔ واریہس کالس سینہٕ بہ سینہٕ چلان روٗزِتھ چھُ یہ ریٛشی نامن منز درج کرنہٕ آمُت ۔ پتہٕ گرِ محمد امین کأمل صأبن ’’نور نامہٕ‘‘ ناوی اکھ سوٚمبرن مرتب تہٕ اسداللہ آفاقی صأبن بیاکھ سوٚمبرن ۔ حال حالے چھےٚ حضرت شیخ سٕنزِ شش صد سالہٕ تقریبات کمیٹی موتی لال ساقی صأبس اتھِ اَہنٛدِ کلامچ کلیات (گوڈنیک حصہ[1]) ترتیب دیأوِتھ شایع کرٕمژ ۔ ساقی صأبن تہٕ چھےٚ بڑٕ مجنتہٕ سان کأم کرٕمژ تہٕ دلِ دِتھ ریٛشی نامو منز حضرت شیخہٕ سُنٛد کلام ژورمُت ۔ پوٚزامہِ باوجود ہیکونہٕ اتھ اکھ تحقیقی کارنامہٕ وٕنتھ ۔ لل دبدِ تہٕ شیخ العالمہٕ سٕنٛدِ بو یمو ترتیب کارو چھےٚ رِوایتس جاۓ پژھ کرٕمژ تہٕ درایتس کُہ پہن کأم ہیوٚژمژ ۔ بہر حال دوشوٕنی شخصیژن ہنٛدِ کلامُک مطالعہٕ کرنہٕ خأطرٕ چھُنہٕ یم تازٕ ترین سوٚمبرنہٕ نظرِ تل تھاونہٕ روٗس چارٕ تہٕ کینہٕ ۔

لل دبد تہٕ شیخ العالمؒ سنٛدِ کلامُک مطالعہٕ کرنہٕ وِزِ چھُ یہنٛد زمانہٕ یہنٛدِ ماحول یہنٛز زندگی تہٕ یہنٛز تربیتھ تہِ نظرِ تل تھاوِنی ۔ ادے گژھِ نتیجس وأتتھ ہیکتھ یہ وُچھتھ ہیکو زِ اسنٛدِ کلامُک نتیجہ کیا چھُ ۔

[1] پتہٕ چھپیو وامیُک دوٚیِم حصہٕ تہٕ

لل دید تہٕ شیخ العالمؒ سُند زمانہٕ چھُ نکھٕ نکھٕ اَستھ تہٕ مختلف۔ لل دید ہٕنز وأنسہٕ ہٕندس أخری ھس منز چھِ حضرت شیخ العالمؒ تھنہٕ پیٚوان تہٕ یُس أکی سُند أخری زمانہٕ سہٕ چھُ بیٚیہ سُند ابتدأیی زمانہٕ۔ اَمہٕ کِنہٕ چھُ یمن دون ہُند کلام دون مُختلف زمانن ہُند کلام۔ لل دید چھےٚ أکس برٛہمن گرس منز زٕنم لبان تہٕ شیخ العالمؒ أکس مسلمان گرٕس منز۔ أکس چھُ شیوٕمت زانٕن والین ہُند ماحول باگہٕ یوان تہٕ بیٚیس اِسلام تہٕ شرع پالٕن والین ہُند۔ لل دید ہٕندِ زمانہٕ چھُ بیٚیہ اِسلام آمُت آسان تہٕ تسنز زِندگی دوران تہٕ چھ مسلمان اولیائہٕ مبلغ کشیر واتان (تہٕ کینٛہہ وِریو ایژ وِکنہٕ تس ستی ملاقاتھ تہٕ گران) پوز اِسلام چھُنہٕ پھلیوٕمت آسان یا عام گوٚمُت آسان۔ لہذا چھُنہٕ لل دیدِ ہٕندِس کلامس پیٹھ سیٚدِ سیوٚد اِسلامُک کینٛہہ اثر۔ أگر تیٚوتھ کانٛہہ وٚاکھ تس ستی منسوب چھُ یتھ منز اِسلامی تلمیح یا اصطلاح موٚجود چھےٚ سہٕ چھُ میأنہٕ خیالہٕ اِلحأقی نہٕ زِلل دید ہٕند پنٕن۔ لل دید ہٕندِ کلامُک آگر چھُ شیوٕ اِزم تہٕ شیخ العالمؒنہٕ کلامُک اِسلام۔ أتھ چھُنہٕ کانٛہہ شَکھ زِ شیخ العالمؒنِس کلامس پیٹھ چھےٚ کُنہٕ کُنہٕ شیوی فلسفُک چھاپ، تہٕ یہ چھُ مُمکِن تہٕ۔ تِکیازِ سہٕ اوس کاشُر بیٚیہ تہٕندس زمانٕس تام شیوٕ اِزمُک سبٹھاہ اثر اوس تہٕ تَس پیٚو شیوٕمت زانٕن والین ستی تہٕ واسطہٕ مِثالہٕ پأٹھی پننین خلیفن ستی۔ پیٹھ لل دید ہُند اثر یوسہٕ تسنز روٗحأنی مأج مانہٕ یوان چھےٚ تہٕ یَندی واکھ تسندِ زمانہٕ لوٗکن زیوِ پیٹھ آسہٕ ہن۔ وَن گویہ اثر چھ سبٹھاہ کم۔ شیخ العالمنؒ لب ولہجہ چھُ خطیبانہٕ تہٕ تبلیغی تہنٛدی مخأطب چھِ اکثر باقٕے لوٗکھ تہٕ سبٹھاہ کم پنٕن پان۔ لل دید چھےٚ اتھ برعکس پننٕسے پانس مخأطب سپدان تہٕ پننٕے حال واحوال ونان۔ پننٕی تجربہٕ بیان کران تہٕ تہنٛزے کامیأبی یا ناکأمی پھران۔ بیٚین سبٹھاہ کم مخأطب سپدان تسندی اکثر واکھ چھِ فلسفیانہٕ تہٕ یہند اندازِ بیان چھُ ؤرگہٕ، اتھ منز چھےٚ نوٗزُک خیأٚلی تہٕ معنی آفرینی

فنکأری تہٕ تخلیقی ریٖہہ نظر گژھان ۔ شیخ العالمہؒ سُند کلام چھِ اکثر سبد بن سادن لفظن منٛز، کتھ باتھ ہِندس اندازس منٛز تہٕ عام فہم ۔ اہند کلام نظرِ تل تھاوِتھ چھُ باسان زِلل دبد چھینہٕ عوامس نکھٕ تیٚژاہ، یُوتاہ شیخ العالمؒ چھُ ۔ کتھ چھےٚ صاف زِ حضرت شیخس چھ گامہٕ گوم پھیرن پیوٚمُت تہٕ لوکن ستی واسطہٕ پیومُت ۔ تمن چھُ تھٕنز زندگی نکھٕ زوٚزِتھ وچھنٕک تہٕ مشاہدٕ کرنٕک موقہٕ میوٚلمُت ۔ تہٕ لل دبد چھےٚ لوٚکن ژھایہِ روٗزمٕژ ۔ تِہندس کلامس منٛز چھنہٕ عام لوٚکن ہنٛزٕ زندگی ہند مشاہدٕ ۔ یہ بیٚن اُستھ تہِ چھِ یمن منٛز واریاہ کتھٕ مشترک ۔ دوشوے چھِ ریاکأری تہٕ ظاہردأری خلاف رسمی عبادتس فضوٗل زانان، ہاوباوٕچ عمل مولہٕ والان، انسانس اتھ کُن مأل پھران زِ خدایس نکھٕ واتنکی سامانہٕ کر ۔ دُنیچ زندگی چھےٚ ناپایدأر تہٕ اچھ مالے ڈالی وتہِ، دوشوے چھِ خدایہِ سُندِس واحدانتیس پٹھ زور دوان ۔

دوشوے چھِ رٕژِ عملہِ کُن مأل پھران تہٕ پٔرتھ عملہِ منٛز اخلاص ورتاوُن ہیٚچھناوان، خدایہٕ سٕنٛز قودرتھ وُچھتھ حأرتٕک اظہار کران یا تلاش حق ضروٗری زانان تہٕ اتھ تلاشس منٛز رہبریانے پیٚر یا گورٕسٕنٛز اہمیژ ہند باس دِوان ۔

بہ دمہٕ گوڈٕ تمن واکھن ہُند حوالہٕ یم ہشے شکلہِ منٛز یا موموٗلی پھیرِ فرق ہیتھ دوشوٕنی بزرگن ستی منسوٗب چھِ ۔ مثالہِ پأٹھی یم واکھ ۔

۱۔

شو چھےٚ تھلہِ تھلہِ روزان      مازان ہیٚنٛد تہٕ مسلمان

ترٕ کھاے چھُکھ پٔنن پان پرٔزان      سو چھےٚ صاحبس ستی زأنی زان

یہ چھےٚ أتھی شکلہِ منٛز دوشوٕنی ستی منسوٗب

۲۔

شو چھےٚ زأویُل زال وہأرِتھ      تی چھےٚ مرُن ترِتھ کتھ

زندِ نے مرکھ اِدِ کوٗ زِ مُرِتھ   پانہٕ منٛز پان کڈ وبۄاُرِتھ کتھ

(شیخ العالمؒ)

شُو چھے زاُویٖل زال وہاُرِتھ   کرٛزن منٛز چھے ٹرِتھ کبتھ

زندِ نے وچھن اِدِ کبتھٕ مُرِتھ   پانہٕ منٛز پان کڈو وبۄراُرِتھ کتھ

(لل دید)

۳۔

ژٕے دِوٕ گرتس ڈُرتھی سرزکھ   ژی دِوٕ دِتھ کرٛزن پران

ژٕے دِوٕ ٹھنہِ روستے وزکھ   کُس زانہِ دِوٕ چون پرمان

(لل دید)

ژٕے دِوٕ درتھس تہٕ گرتھن پژکھ   ژٕے دِوٕ کرٛزن ہُندے چھاپنھ

ژٕے دوٹھنو روستے وزکھ   کُس چھے پوٗنی تہٕ کس چھے پاپھ

(شیخ العالمؒ)

میون خیال چھُ زِ یم ترٛ شوے گرٛھن لل دیدِ ہنٛدی آسنی۔

وون نموٗ اُسی تم واکھ یم اُکی سے موضوعس متعلق چھِ۔ لل دید چھے فرماوان ؎

اوم لُکے اکھشر پوٗرُم   سُے مالہِ روٗٹُم وونٛدس منٛز

سُے مالہِ کنہِ پیٹھ گوٗرُم تہٕ ژورُم   اُسس ساس تہٕ سپنس سون

(شیخ العالمؒ)

راتس دوہس کلماہ پوٗرُم   تی زن تورُم تلکی سون

راتھ تہٕ دوہ کنہ پیٹھ پوٗرُم   اوسس ساس تہٕ سپنس سون

(حضرت شیخ العالمؒ)

لل دید چھےٚ شیو فلسفہٕ کُنہِ یِیمہِ کتھِ ہُند اظہار کران زِ کائیناتس منٛز چھِ پرٛتھ اندٕ شِوسنٛزٕ ے جلوٕ گری۔ تس سوا چھُنہٕ کہینٛہ

دِشہِ آیس دِش دِشہِ ژٕلِتھ ژٕلِتھ ژوٗتُم شُنہٕ اِدٕ داوِ

شوٕ ے ڈیوٗٹھُم شایہِ شایہِ میلِتھ شِیےٚ تہٕ ترٕ ے ترٕ وہمس تہٕ شوٕ ے دراو

تہٕ شیخ العالمؒ تہٕ چھُ یوٗہے مفہوم یتھ واکھس منٛزٕ انان۔

یُس اوس ییٚتہِ سُے چھُ تتہِ سُے چھُ پرٛتھ شایہِ رٕٹِتھ مکان

سُے چھُ پیادٕ تہٕ سُے چھُ رتھے سُے چھےٚ سورُے گٔنِتھ پان

یا یتھ واکھس منٛزٕ۔

پوٗزٕ یُدٕ بوزکھ پانٛژھ نوٗ مور کھ نتہٕ ماز نوٗ مور کھاسُے چھےٚ نِماز

شوس تہٕ شُنہِ یہس میل یُد کرکھ سدوسُے چھےٚ دۄتھر نِماز

لل دید چھےٚ رسمی عبادژ ریاکاری تہٕ ظأہر دأری خلاف، تِہٕندی کُنہِ چھےٚ مُرژٕ پوٗزاتہٕ قوربأنی تہٕ رسمی عبادتھ تہٕ سو چھےٚ خبردار کران۔

دیو وٹا دِوَر وٹا پٮ۪ٹھ بوٗن چھ یکہٕ واتھ

پوٗز کس کرکھ ہوٗتہٕ بٹا کرمنس تہٕ پونس سنگاتھ

ظأہری رسوم چھِ بے مانے۔

گُش پوٗش تیلٕ دِپھ زل ناگژھے سدٕ باوٕ گورٕ کتھ یُس منہِ ہیئے

شمبھوٗہس سورنتی پننہِ پرژھے سُے ڈٔلی زِ سنہرا کرٕ ے

بےٚ جان چیزس جاندار وٕنٛدُن چھُس نہٕ پسند۔ اُکس شخصس ییٚلہِ مورتی نش کٕٹھ ماران وچھان چھےٚ سو چھےٚ فرماوان۔

لزٕ کاسی شیت نوٲری ترن زل کری آہار
یہ کٲمۍ وۄپدیش کوٚرے بُتھا اژتین وٹس سبز تین دِیُن آہار

تہٕ شیخ العالمسؒ تہٕ چھےٚ یہے کتھ ناپسند۔

عاصہ تہٕ دُور چھےٚ جوٚرمتےٚ رشہٕ تہٕ بوٚ غصہٕ چھی بوٚرمُت پان
دُہلۍ بتہٕ چھی ہورمُتےٚ کوٗزانہٕ اتھِ کتہٕ لگی ایمان

بیٚیس جایہٕ۔

انٛدر کرودھ تراوکھ نتہٕ نبر کرٛول کنٛدے
انتہٕ مل کاسکھ نتہٕ چھوٚنہٕ ووتھ بیٹھ کنٛدے

دوشوٚنی بزرگن نش چھےٚ خدائے ژھانڈنہٕ باپتھ رہبر، پیر یا گوروآسنس سبٹھاہ اہمیتھ۔ لل دید چھےٚ ونان زٲی سندے اشارہ ہیوٚت مےٚ دےژھانڈُن۔

گورن ووٚنم کنے وژُن نبرٕ دوٚپنم اندر اژُن
سُے مےٚ للہٕ گو ورکھ تہٕ وژُن توے ہیوٚتم ننگے نژُن

تہٕ شیخ العالمہٕ سُند واکھ چھُ

گورٕ کتھ چھےٚ نابد تہٕ ٹنگ یوٚد روژی ژےٚ پژٕی
گرٕژھتھ گور گورس منگ تووٚ ندس شیہلتھ پِیٔی

تقدیرس پیٹھ چھےٚ دوشوٚنی پژھ۔ اہند خیال چھُ زِ یہ یسندس ڈیکس لیکھتھ آسہٕ تہِ چھُ تس واتان۔ یہ واکھ چھُ لگ بھگ ہشے شکلہٕ دوشوٚنی ستۍ منسوٗب۔

ہانہٕ کیازِ چھکھ وُٹھان سکہ لوٗر امہٕ رٹہٕ ہاہالہٕ یکٕی نہٕ ناو
لیوٚکھ یہ نارٲنی کرمنہٕ رکھ تہٕ مالہٕ ہیکی نہٕ پھرِتھ کانٛہہ

(لل دید)

لۆر کتھ وُٹھکھ سکبے آبہٕ وانہِ رٕکھے پُکی نہٕ ناو

تہٕ کُس کأستھ ہامالہِ ہبکے یہ لأنی ڈبکے لکبھنے آو

(شیخ العالمؒ)

حضرت شیخ سُند بن باقیٕ واکھن منز تہِ چھِ امیک اظہار سپنمُت ۔

کینژُن دژاو صاحی کرژر لأنی لیکھتس کیا کیتھ کرے

کانٛہہ کوٚرُن چھوٚن تہٕ کینژن بُرژر آسہ نے ارژر کوٚ پژھ پزے

دوشوے چھِ خدایسنز وتہِ منز جذبات تہٕ خأہشہِ ٹھٲری تہٕ رٲژی زانان تہٕ

تأکید کران زِیمن پیٹھ گژھ قو بولبُن ۔لل دید ہُند یہ واکھ چھُ مثال ۔

مارٕکھ مارٕ بوٚتھ کام کروٗد لوٚب نتہٕ کان بٔرتھ مارنے پان

منے کھمن دِکھ سہٕ وبژارٕ شم وشے تھند کیا کبتھ وردان

تہٕ حضرت شیخ تہِ چھُ یی ونان ۔

کأم کروٗد لوب مُہہ تہٕ مداہنکار چھے دوزٕخن نار چھے دوان بژاے

کرے تہٕ کارن وند دار چھے چندس دیار چھی موکر ضائے

حضرت محمدؐ ہوادار چھے ییٚتہِ وبژارس بیہیہ پانہٕ خدائے

رٕوحانیتکی یم دوشوے گاشہٕ منارٕ چھِ دعویٰ کران زِتمو چھُ دٔے سوٚرمُت تہٕ

امہٕ پتھ سبٹھاہ کینہٕ ژولُمت ۔لل دید یہمہِ آیہ ۔

شےٚ وَن ژٔٹتھ شش گُل وُزم پرٕگٔرتھ ہوٚزم پوٚنہٕ ستی

لولکہِ نارٕ وأنج بُزم شنکر لوٗبُم تے ستی

تہٕ حضرت شیخ یتھ شرٛوکس منز ۔

ژیوٗنم گُنم ژھوٚرُم تہٕ گوٚرُم پرٛگوٗ وٕنیہہ اہوٗرُم مےٚ

دُہلی دبس نفس مورم گارا ہوٗرُم تہٕ سوٚرُم دٕے

یہ زن پیٹھ کنہِ وننہٕ آو، لل دید ہندس کلامس پیٹھ چھِ حاوی شیوازم، تٕر کاشاسترٕ تہٕ سوچھےٚ نہٕ فقط فلسفہٕ ژکاوان ۔ امیک اظہار چھُ تسند بن تجربن ہنٛزی بنٛیائز پیٹھ سپدان ۔ سوچھےٚ اکثر پنٛنس پانس مخاطب سپدِ تھاۍ کتھ ٹلان ۔

۱۔

اومکار ییٚلہِ لیہِ اوٗنُم وہی کوٚرُم پنٕنٕ پان

شےٚ ووت تر أوتھ ستھ مارگ روٗزُم ییٚلہِ لل بہٕ وأژس پرکاشتھان

۲۔

یے شےٚ ژرے تمے شےٚ مےٚ شیامہ گلا ژرے وبن تأژس

یوٚ ہے بِبن بھید ژرے تہٕ مےٚ ژٕ شیٚن سوأمی بہٕ شےٚ مُشس

۳۔

اسہِ پوٗنذِ زوسہِ زامہِ نتھے سنان کرتیر تھن

ؤہرِ ؤہرس نوٚنےٚ آسے نشہٕ چھی تے پرزانتن

۴۔

ٹر سلل کھوٚت تہٕ ٹرے ہم ترے گے ببن ابن ومرشاہ

ژیتنہ روباتہٕ سب سے شوے ژرا اژر زگ پشا

حضرت شیخس پٹھ چھِ یہ اثر ٹاکارٕ لبنہٕ یوان۔ ووں گو تسٕندس کلامس پٹھ چھُنہٕ حاوی۔ تسند اکھ واکھ چھُ پٹھ کنہٕ لکھِہ متہٕ ژورمہٕ واکھ سبد سیوٗ دعکس۔

یَخ تُل کتُر تہٕ شین تم بیوٗن بیوٗن پاٗدٕ گری آشین

یامتھ کھوتھ پوٗری گٔژ رو تامتھ تمن ترٔبن اکُے گو

شیخ العالمؒ سٕندس کلامس پٹھ یہ اثر چھُنہٕ تاچھ کتھ۔ کشمیر منز ووت اسلام تہٕ تصوف یکہٕ وٹہٕ۔ وحدۃ الوجودس تہٕ شیوازمس چھُ واریاہ ہشر۔ شیخ العالمن چھ بیین شرٕ وکین منزٕ تہِ ووٗنمت

تیمی ہیوٗت تھند برتل زاگن تس پٔنز شربتھ چاوے

چھس پاٗتھر بیوٗن بیوٗن تہٕ لگے ماگن سہٕ یُس ٹوٗٹھ تہٕ سُے اوٕ پزاوے

شیخ العالمؒ سٕندس کلامس منز چھے یسلہٕ پاٗٹھی اسلاٗمی تبلیغ چہٕ مثالہٕ نظرٕ گژھان۔ تموٗ چھ اسلاٗمی عقیدس پٹھ زور دیتُمت۔ تہٕ شرع پالنٕک تاٗکید کوٗرمُت۔ کیٹہٕ مثالہٕ چھے یم

اول اٗلف گٔنے اللہ اولہٕ پتٕھ اٗخر زوال نہٕ تس

ب گو محمدؐ رسول اللہ قیاٗمو شفاعت کرِ امتس

۲۔

روزٕ تہٕ نماز طے کر یہ دَے کر دمس ووٗنو

یوٗد جنتھ گوٗھی کرے کر چھے مجننتھ توٗت کڑ تھوٗنو

۳۔

ہمہٕ اٗسی زِتہٕ شال زن پکٕ زے شرعک سوٗتھ ژٕڈ زبنہٕ زات

ژھاڈھ نے زاأنۍ زِبتھ تلہٕ پھٹِ زے　　　وبدس تہٕ روز کھٹِ زبنہٕ زات

اسلأمی عقیدٕ وبۆھناونس تہٕ عبادژس پٮ۪ٹھ زور دنس ءستی ءستی چھُ تہندس

کلامس منز خوفِ خدا۔ خوفِ عقبیٰ، گونہو نشہٕ بچنُک احساس، فقرٕت تہٕ نفس کُشی

بیٚتر موضوع میلان۔ انداز بیان چھ تبلیغی تہٕ واعظانہٕ، مقصد چھُ دلچ کھے کاستھ

خداژھارنُک تلقین کرُن۔

بندٕ موماز ونن تہٕ دیارن　　　خوے تھاو ژورن یارن ءستی

پانژوق نماز پڑھ موماژن　　　تتہٕ پیٚتہٕ دپان لگن ءکتی

یُد بوے آسی اسلامنی　　　تۆ کھوتہٕ ذات کانژھ پڑنی مو

لل دبد ہندس کلامس منز یوسہٕ فنکأری تہٕ نوزک خیأل، تخلیقی جوش تہٕ

فکرِ ہنز بأریکی چھے تمہِ کنی چھے تسند شأعرانہٕ مرتبہٕ تہٕ سبٹھاہ تھۆد۔ وضاحتہٕ خاطرٕ

چھے اکھ زٕ مثالہٕ سبٹھاہ۔

آمہِ پنہٕ سٔدرس ناوِ چھس لمان　　　کتہٕ بوزِ دَے میون میٚتہٕ دِیہ تار

آمین ٹاکین پۆنی زن شمان　　　زُو چھم برمان گرٕ گژھ ہا

ہچو ہارنجہ پیٚژو کان گوم　　　ابکھ چھان پیوم یتھ رازدانے

منز باگ بازرس قلفہٕ روٗس وان گوم　　　ترٕتھ روٗس پان گوم کس مالہ زانے

یِژھ مثالہٕ چھے شیخ العالمہٕ نس کلامس منز تہٕ نظرِ گژھان۔ وونی گو تہند کلام

چھ مبقدار کنی لل دبد ہندِ کھوتہٕ جاد پھن اسہِ نش موجود تہٕ اتھ منز چھُ یہ آٹہٕ نۆناہ

باسان۔

گمبر پرکتھ کران چھم گراوٕ　　　امبر پر ژھیوٗنم باوٕکس

| | |
|---|---|
| ئرئ گوم گر تہٕ ووٚکھٕلۍ گیم ناو | بار گوٚبیوم تراو کس |
| یرُون وژھاس چیرٕ ونہٕ ناوے | آولن ولمہٕ کنہٕ لگہٕ بٹھے |
| نابد ژھنیام سدرٕ کانٛز پاوے | میٹھیا کانٛز کنہٕ نابد ٹٹھے |
| سنگر لوٚستس کانگر ژھیوٚم | گجن پیوٚم نتہٕ لدس کیاژ |
| پھل ڈیرٕ ترأوتھ مل ڈیرٕ ووُم | کل بود کھییہ نم دبن کیاوٕراتی |

آواگون چکرک یُس تصور لل دید ہندس کلامس میلان چھُ تمِچ مثالا چھنہٕ شیخ العالم سٕندِس کلامس منٛز کانہہ ۔لل دید ہندس کلامس منٛز چھُنہٕ موتُک سُہ خوف یُس شیخ العالمہٕ سٕندِ بن شروکین منٛز چھُ۔لل دید چھےٚ موتس شکس دنک اعلان کران ونان ۔

| | |
|---|---|
| گیانکۍ امبر پرٕتھ تنے | یم پدللہِ وٕنی تم ہرٕد أنکھ |
| کارِنی پرٕنوکی لے کوٚر للے | ژٕتھ جیو تہٕ کأسن مرن شانکھ |

اتھ برعکس چھ شیخ العالمؒ ونان ۔

| | |
|---|---|
| موتھ چھےٚ سہہ تے کوٚتو ژٕلی زے | کھبلہِ منٛزٕ کڈی ژأرتھ کٹھ |

تمِ چھِ قدمس پتھ دُنیاہچہِ ناپایدأری ہنٛد احساس دوان ۔

| | |
|---|---|
| ڈاے گز زمین لانہِ چھےٚ پانس | لرٕلویہِ لرٕ لرٕتھ کتھ کٔرے |

پننہِ یاوٕنکۍ تہٕ لوکہٕ چارٕکی یم وبداکھ شیخ العالمہٕ سٕندِ بن شروکین منٛز میلان چھِ تمِ چھِنہٕ لل دیدِ ہندس کلامس منٛز کُنے نظرِ گژھان۔دراصل چھ شیخ العالم امہِ کنی امیک باس دوان زِ پرن وول کرِ آخرت سرٕنچ کل تہٕ پننس حالس منٛز گژھنہٕ مس۔

انسان دوستی ہنز تاثیم چھےٚ دۄشوی بزرگو ڈِژہمۍ ۔لل دید ہند واکھ چھِ ۔

پرِتہ پان یِمۍ سۄم مون یِیمۍ ہیۆ مون دِبن کیوراتھ
یِیمۍ سے اُدے من ساپنن تِمۍ ڈیۆٹھے سُرٕ گرِ ناتھ

تہٕ شیخ العالمہٕ سُند شار چھُ ۔

پرِتہ پان یُس ہیٚیے وبندے سُہ بوٚوِ سبندے ترِتھ دراو

شہرِ آشوبٕچ (صنفہٕ رٕنگی نہٕ موضوع رٕنگی) مثال چھےٚ لل دید ہٕندس کلامس منزٕ اکس جایہ نظرِ گژھان ۔

گاٹلا اکھ وُچھم بوچھِ سِتۍ مران پن زن ہران پوہنہِ واولہِ
نیشہ بوٚد اکھ وُچھم وازس ماران تنہٕ لل بہٕ پژاران ژھبنم ناپژاہ

تہٕ شیخ العالمہٕ ہٕندس کلامس منز واریہن جاین ۔

سوزنن سبہ بتہٕ نہٕ پوشان کوزنن ڈیۆٹھُم مازتہٕ پولاو
پاژ ڈیۆٹھُم کنن کشان راز ہونزس ڈیٹھم پرنان کاو

پژھے تلخی چھےٚ شیخ العالمہٕ نس کلامس منز کیتیٚون جاین طنزٕ پاد کرنک باعث بنے مۄت یوسہ لل دیدِ ہٕندس کلامس منز نہٕ آسنس برابر چھِ ۔

یتھ مضمونس منز آو موضوٗ رٕنگی یمن دون شخصیون ہٕندس کلامس اکھ موختصر سام ہینہٕ تہٕ دۄشوٕنی ہندِ کلامک اکھ سرسری تقابلی مطالعہٕ پیش کرنہٕ ۔ دۄشوٕنی ہُند کلامک فنی پہلو وبوٚھنا ونچ گرنہٕ مےٚ کُنہِ کوشش، تکیازِ مضموٗن سپدِ ہے سیٹھاہ طویل ۔ یہند مکمل تقابلی مطالعہٕ چھُ اکھ پورِ کتابہٕ ہٕنز منگ کران یوسہٕ فرصتچ کام چھےٚ تہٕ خداین اے وبوٚ ژھ، کنہٕ ساتہٕ کرو کوشش ۔

# نعمہٕ صاأب تہٕ وہاب کھار بُٔثی یتہِ سریت پسند شاعر

جُز چھُ پننہِ کلہِ نشہٕ جُدا اگۄڈھتھ بیٚیہ اتھ کُلس تاں واتنہٕ تہٕ اتھ سٟتۍ میٖل گۄڈھنہٕ خأطرٕ اضطرابس منز روزان۔ انسان سُند روح تہِ چھُ اکھ جُزیُس پننس کُلس یانے روح الارواحس سٟتۍ میلنہٕ خأطرٕ بےٚ تاب تہٕ بےٚ قرار آسُن گژھہ، رۄچ یہۓ بیقرأری تہٕ اضطراب چھُ تصوفچ بنیاد بنان۔ یہ اضطراب چھُنہٕ کأنٛسہِ أکس شخصس یا کأنٛسہِ أکس قومس تامے محدۄد۔ تۄے کٔنۍ چھ صوفیانہٕ خیالات مختلف صوٗرژ منز پرٛتھ کُنہِ قومس منز نظرِ گژھان۔ ''تاریخ مشائخ چشت'' کس اکوہمس صفس پیٹھ چھُ درج زِ ''تصوف کے خیالات کا اظہار ہر ملک، ہر زبان اور ہر مذہب میں ہوا ہے۔ ظاہر سے ہٹ کر باطن کی طرف متوجہ ہونا انسانی فطرت کا تقاضا ہے''

ظأہرٕ نشہٕ پٔنُن توجہ ڈألتھ بأطنس کُن مأیِل گۄڈھن یدوے انسأنی فطرٕژ ہُنٛد تقاضہٕ تہِ چھُ پۄز اتھ رجحانس چھ کُنہِ قومکی یا مُلککی خاص سیأسی، سمأجی تہٕ اقتصأدی یانے مختلف قسمکۍ ظأہری حالات تہٕ ہم پأیی کران۔ یِتھی حالاتھ چھِ کُنہِ تہٕ زمانس منز پیش یتھ ہبکان تہٕ لگن چھِ امہِ وِزِ پننہٕ بأطنی تربیژ کُن جاۓ پہن کل گۄڈھان۔ بأطنی تہٕ رۄحأنی تربیتھ چھےٚ اصلس سٟتۍ وأصل گۄڈھنہٕ خأطرٕ سبتھاہ ضۄرۄری۔

مختلف قومن ہٕندی یِم صوفیانہٕ خیالات یا یہ رُوحأنی اضطراب چھُنہٕ ہوے انداز بوٚنٹھ کُن یوان اتھ چھُ پرٛتھ کانٛہہ قوم پننہٕ پننہٕ طریقہٕ پیش کران۔ یوٗ ہے وجہ چھُ زِ انگریزی مسٹی سزم، ایرأنی تصوف، ہندوستأنی ویدانت تہٕ کأشر شیوی ازم چھُنہٕ پانہٕ وأنی واریاہ ہشر تھأوِتھ تہِ عأن تہٕ غأن اکھ أکس ہیوٗ۔ أسی چھِ چونکہ مختلف قومن ہٕندبن یمن صوفیانہٕ خیالن انگریزی پأٹھی ترجمہٕ کرٕنی وزِ مسٹی سزم ونان توِ کُنہٕ وُچھو زِ انگریزن نش کیاچھےٚ اَمِچ تأریف۔ انسایکلو پیڈیا یا برٹانیکا کس شُرأہمس جلدس منٛز چھُ اکوٗنزأہمس صفس پیٹھ اتھ متعلق لیکھتھ زِ مسٹی سزم چھُ

"A phase of Thought rather perhaps of fealing , which from its nature is hardly susceptible of exact definition. Its philosophical side is to grasp with the endeavour of human mind the divine essence or the ultimate reality of things, its religious side to enjoy the blessedness of actual communion with the highest _____ it maintains the possibility of direct intercourse with the being of beings ............mysticism is not a name applicable to any particular system. It may be the outgrowth of many different modes of thought and feeling............ when a religion begins to ossify into a system of formulas and observances, those who protest in the name of heart religion are not infrequently known by the name of mystics"

امہِ عبارژ ہنٛزِ یِم کتھِ مےٚ جاۓِ دیہِ وُنہِ باسانِ چھےٚ تمو منٛز چھِ اکھ یہ زِ مسٹی سزم چھِ خیالٕچ یا ایحساس سونٛچ یتھ نہٕ پننہِ فطرٕژ کُنہٕ کانٛہہ شقبہٕ تأریف سپدِ تھےٚ ہیکہ، دوٚیِم یہ زِ مسٹی سزم ہیکو نہٕ کُنہ خاص نظامس وٕنِتھ یہ ہیکہِ

ایٚحساس تہٕ خیالہٕ چیٖن وارِہن مختلف تراین ہُند نتیجہٕ اُستھ۔

گوڈنچ کتھ زِ تصوفس ہیکہِ نہٕ کانٛہہ شبقہٕ تأریف سپدتھ چھِ مےٚ امہِ کنٛی صحی باسان زِ امیک تولُق چھُ فکر یا فلسفہٕ کھوتہٕ جاد وجدانس سٟتۍ تہٕ یہ چھُنہٕ قال بلکہِ حال تہٕ حال ہیکہِ نہٕ صاحب حال سُندِ ذٕسۍ تہِ بیان سپدتھ تہٕ تسٕنز چھنہٕ کتھےٚ لیس نہٕ اپٕچ شود بود ےٚ آسہِ۔ دوئیم کتھ زِ یہ ہیکہِ نہٕ کُنہِ نظامُک ناوٕ اُستھ چھِ امہِ کس معنہ ہس تیٚوٚت وستھ دوان زِ اتھ منٛز ہیکہِ پٔزتھ کُنہِ قومُک تصوف یتھ۔

یتھ مضمونس منٛز چھنہٕ یہ گنجایش زِ مختلف قومن ہٕند بن صوفیانہٕ خیالن ہُند ببن تہٕ ہشر ہیکہِ وبٕزھناونہٕ یتھ تو کنٛی یموٚ اٟسۍ کشیرِ ہند سےٚ تصوفس کُن۔

یتھہِ کنٛی کُنہِ تہِ قومس پنٛنۍ رُوحٲنی تصورات آسان چھِ تتھےٚ کنٛی چھِ اسہِ کأشرِ بن تہِ اُسۍ ٲسۍ۔ ییٚمہ ساتہٕ تہٕ اسلام کشیرِ ووت، ییٚمہِ قومکۍ صوفیانہٕ سوچُن اوس ویدانتی، بودی تہٕ ترکا سوچُن تزٕ ایوٕ سٟتۍ ووتھ بولو بمت۔ کشیرِ منٛز اسلام واتناوَن وٲلۍ تہِ یێتہٕ یہ نوٗر پھٲلاوان وٲلۍ بزرگ اُس حسن اتفاقہٕ کنٛی نہٕ صرف پننہِ وقتکۍ مشہوٗر عالم تہٕ مبلغ یأتی ٲسۍ کہِ بہلہِ پایہ صوٗفی تہٕ۔ امہِ کنٛی لوٗگ یێتہٕ کس صوفیانہٕ سوچس نہٕ صرف اوٗرت بوٗرت سگےٚ یوت ٲسۍ کہِ اُمۍ ہیٚز اکھ نوٗ شکل تہِ رٔنٛگ تہٕ یتھہِ کنٛی گو اسلامس سٟتۍ تصوف تہِ یُس زَن اسلامہٕ نشہٕ کانٛہہ الگ چیز اوس نہٕ جان پأٹھۍ پننۍ موٗل ذرراوان۔ بیٲلس تہِ میوٗل مناسب زمین تہٕ آب وہواتہٕ زمینہِ تہِ آو یہ بیول براہ۔

یہ اُوس سہٕ زمانہٕ ییٚلہِ اسلام دنیاہہ کِین مختلف مُلکن منٛز پھٲلیومت اوس تہٕ مختلف قومن ہنٛدۍ علوم اُسۍ ترجمہٕ رٔنٛگۍ امہِ کس ادبس منٛز شامل سپدۍ مٕتۍ۔ عٕلمن تہٕ فلسفن ہند بو یمو ترجموٚ سٟتۍ تہٕ مختلف قومن نزدیک ینہٕ کنٛی اٟسۍ اسلامی تصوفس منٛز

مختلف رۄحانی تصورات تہٕ خیالات تہٕ شامل سپنمتی ۔ یمہٕ کنٛی یہ قرۄن اولی کین مسلمانن ہندِ تصوفہٕ نشہٕ ہنا مختلف بنیو ومُت اوس تاہم اُسی مسلمان صۄفی وٚنہٕ تہٕ علمکی تہٕ عملہٕ ہندی ٹھکنٛی لایق نۆ مۆنہٕ ۔ تِم اُسی علم تہٕ حاصل کران، شریعت تہٕ پالُن ہیچھ ناوان تہٕ باطنی دُنیا ہکبن سیرن تہٕ محرم سپدان روزان۔

اسلام یور واتنہٕ اُمِچ تبلیغ سپدنہٕ تہٕ اسلامی تصوف کہٕ اثرٕ ستی یتہٕ ریشیٚن تجدید سپنٛز تہٕ یتیکی رۄحانی تصورات زبردست پاٹھی متاثر گئے تتہٕ رۄدی کشیرِ ہندی گوڈنکی صۄفی بزرگ تہٕ تتھی وتہٕ پتھ پکان یوسہٕ وتھ یور ینہٕ والبو صۄفی بزرگو یمن ہاوۄمژ اُس تہٕ تیچ مثال تموپانہٕ پیش گرمژ اُس۔ وقت گذرنس ستی ستی گو ییتیک نۆ وریشت تہٕ یور ووتمُت ایرانی اسلامی تصوف اکھ اَکس نکھہٕ ینہٕ چہ کوٗششہٕ منز اکھ اَکس پیٹھ اثر اندازٕ سپدان۔ ستی رۄدی تم رۄحانی خیالات تہٕ ووتلان یم اسہٕ ویدانت، بودازم تہٕ شیوازم نشہٕ پانناوی متی اُسی تہٕ ووں سانہٕ لاشعورک حصہٕ بنے متی اُسی۔ یم اُسی کُنہٕ شعورس کُن تہٕ وسان تہٕ سانہٕ زبو اظہارلبہٕ نِچ کوٗشش کران۔ نتیجہ دراو یہ زِ یم ساری تصورات گئے رَل تہٕ کاشرِ تصوفچ اکھ نۆو ے صورتھا آیہ بوٚنٛتھ کُن۔

تصوفس چھِ زٕ پہلو۔ فکری تہٕ عملی ۔ امیک فکری پہلو چھُ خودا، کایناتھ تہٕ انسان سٕنز اصلیژ تہٕ انسانی زندگی ہندس مقصدس ستی تعلق تھوان تہٕ عملی پہلو یمن تصوراتن ہنز بُنیاز پیٹھ رۄحانی ترقی ہندی منزل طے گرِتھ خدا لیس نکھہٕ واتنچہ وتھ ژھانڈنہٕ ستی وابستہٕ ۔ اسہٕ چھےٚ کاشرِ تصوفہٕ کین یمن دوشوٚنی پہلون منز یہ نۆ صورتھ نظرِ گژھان۔ امہٕ کس فکری پہلوس منز چھےٚ اہم جائے وحدۃ الوجوٗدس نظرلیس۔ یہ نظریہ اوس نہٕ کاشرِ ذہنہٕ خاطرٕ نۆ و۔ توحیدُک احساس چھُ ویدانتس منز

تہِ میلان تہٕ پتہٕ چھُ وارِ وارِ تتہِ ہمہ اوس فلسفہ تہِ پاُدٕ گژھان۔ اتھ سلسلس منز
چھُ رِگ ویدُک یہ اقتباس تصدیق کرنہٕ خاطرٕ کأفی ''وارِیہن جاین شولہ وٕنی اگنی
چھےٚ کُنی۔ اکوے سریہ چھُ سارنےٚ پێٹھ پرِبزلان سُے اوشا چھے سارنےٚ
گاشراوان۔ سُے یُس اکھ چھُ، یم سأری رِپھ چھِ تِسندی''۔ اپنشدتہِ چھُ اتھ
نظریس گوڈبران تمہِ کِنی اگر آتماپنٕن پان زانہِ سُہ تہِ برہمن چھُ اکُے۔ اسلأمی
تصوفہٕ کہِ وحدۃ الوجود نظریہ کِنی چھُ وجوٗد صرف اکُے سُہ گوذات خداوندی کاینا تکہِ
باقٕے سأری چیز چھِ تِسند بن صفتن ہنٛدی مظأہر تہٕ شیٚوٗن۔ (اش یوٗن)
یتھہِ پاٹھی سدرٕکی ملرٕ ٹھبنل، تہٕ آوٕنی یانے آبہ چہ مختلف شکلہِ ژکہِ آب چھےٚ تہٕ آبہٕ
نشہٕ الگ چھےٚ نہٕ یہنٛز کانہہ کُنٛی یتھےٚ۔ یتھے پاٹھی چھُنہٕ کاینا تکِبن سارنٕے چیزن
تِسندِ وۄجودٕ رۄس وۄجوٗدٕے کاینا تہٕ کہِ اُمی مایا آسنکی تصورن ونہٕ نأوی کأشرِ اتھ
کاوِینہِ وول۔

یوٚتان کأشر تصوفکہِ عملی پہلوک تعلق چھُ اتھ منز تہِ چھ ریاضتکی واریاہ
طریقہٕ رل گأمتی یمو منزٕ کینٛہہ اسلأمی تصوفہٕ کس ریاضتس تہٕ کینٛہہ ویدانت تہٕ
شیوازم کس یوگس منز میلان چھِ۔ اتھ منز چھُ حبسِ دم تہٕ تہٕ شش کل تہِ، ہمسہٕ گھ تہِ
(شہن ہنٛدس اتہٕ گتس ستی معبود گارنچہٕ عملہِ للہ ہنٛدِ ناو) نفی اثبات تہِ، پرٛیتاہار تہِ
(منک گنہ تہِ حواسہِ عناصر نشہٕ الگ سپدِتھ ہیکُن) تہٕ ہوش در دم تہِ۔

کشیرِ منز گےٚ ژکن ہنٛدِ دور حکومت پتہٕ تِتھی سیأسی تہٕ سمأجی حالات پأد،
زِ تصوفک رجحان گو سبٹھاہ عام۔ واریاہ لُکھ گےٚ یِہے وَتھ رٹنہٕ۔ تم اُسی دُنیاہ نش
کینٛژھا مایوس گأمتی تہٕ کینٛژھا بیزار۔ تمن اگر سکوٗن لبنہٕ خاطرٕ کانہہ جاے پناہ
باسیوو سُہ اوس تصوف۔ تصوفچ یہ وَتھ رٹن والین منز اُسی عألم تہٕ تہٕ تاجر تہِ۔

دستکارتہٕ تہٕ ہُنر مندتہِ غرض زندگی ہندبن مختلف شوٚبن ستی تعلق تھون والی لُکھ۔

یمن منز اُسی واریاہ صاحب تِتھی تہِ یم شائیرٕ اُسی لل دید تہٕ نُنٛدٕ ریشس پتہٕ خواجہ حبیب اللہ نوشہری، میرزا اکمل الدین بدخشی، صاحب کولؔ، روپہٕ بھوانی، شاہ قلندر، مومن، سوچھ کرال، شاہ غفور، شکر ریوٚش، رٕحم صأب، رحمان ڈار، نعمہٕ صأب، شمس فقیر، وہاب کھار، کرشنہٕ رازدان، اسد پرے، تہٕ ویشنہٕ کول یہ سلسلہٕ رُودونیک تاں چلہٕ وُن، صمد میر، احد زرگر احمد راہ تہٕ درویش عبدالکریم چھِ یے دورکی صوٗفی شائیر۔

یموشائیروکری روحأنی دنیہس منز پنٕنی متی تجربہٕ بیان کرنس ستی ستی، خودایہ سٕندس عشقس منز پنٕنی بے قرأری تہٕ یہ وَتھ سران سران پانس پیٹھ گزرٕمتی مختلف وأری داتھ شارن منز پیش۔ نعمہٕ صأب تہٕ وہاب کھارتہِ چھِ تِتھنٕی شأیرن منز شمار سپدان۔

نعمہٕ صأبنس صوفیانہٕ کلامس منز چھُ وحدۃ الوجوٗدُک نظریہ جایہ جایہ نظرِ گژھان۔ یہنٛز نظم "سوٗرے چھُ معراج" چھِ اکھ قأبلِ ذکر مثال۔ یہ نظم یتین پیش کرٕنی چھ مےٚ مناسب باسان۔

| | |
|---|---|
| چشمن چشمہٕ گوم آب گوم ژوٗرے | سوٗرے چھےٚ معراج |
| آبہٕ نشہٕ آب دراو، آبے چھ سوٗرے | آبے چھُ صاحب تاج |
| پانے چھُ آفتاب | پانے چھُ مہتاب |
| پانے چھُ پرٛزلتھ سراج | وحدتھ تہٕ کثرتھ وبہٕ نوتوٗرے |
| گرزنٛ گوم تتہِ تہراج | یژھ سان کتہِ آس پرٛژھ چھُس لوٗرے |
| ڈژھ بودِمس مجاز | پانے چھُ قأصد پانے چھُ پادشاہ |

پانے چھُ صاحب تاج

عشقہٕ موت یار پانس نشہٕ کھورُن حشمتہٕ ڈیٛشنس تاج

رنگہٕ رنگ بیرنگ ہر رنگ چھُ پانے نعمس چھُ کیا احتیاج

یٮ۪مہٕ نظمہِ ہندِ گوڈنیک شار چھُ یوٗنانی فلسفہٕ کس نوکتس کُن اشارٕ کران یٮ۪مہٕ کنی تمام موجوداتن ہند اصل آب چھُ مانٕنہٕ آمُت باسان چھُ تصوفس منز چھِ یم خیال تہٕ رَل گاٮ۪تی اُسی متی۔

اہند بن شارن ہنز باقٕے کینہہ مثالہٕ یمن منز یہ نظریہ درینٹھ گوھان چھُ، چھےٚ یم۔

کُنے دراو کُنُس نیشہ کنے اوس سوریوٗنہٕ زانٕہہ

ووٗن دیہ نعمہٕ پانس نیشہٕ بہٕ کمہِ شیشہٕ چوونس مے

ساقٕے منز مے خانس مے اوس چیوان پانس

سُے مے ہرٗدو کانس پیمانہٕ وبہٕ نوتتے

یمن مثالن منز ''دِلیس ناد لایہٕ سُے چھُم نیشہٕ'' یا ''ووٗن دیہ نعمہٕ پانس نیشہٕ'' ہوی مصرٕ چھِ اتھ کتھِ کُن اشارٕ کران زِ نعمہٕ صاٮ۪ب چھِ وحدۃ الوجود کس نظریس پیٹھ پڑھ تھاون وألس تتھ فرقس منز شأمل یم ''انا ہس'' پیٹھ زور دوان چھِ تہٕ ذات حقٕک ظہور خاصہ ذأتی اُسی تن یا صفأتی پانسے منز وچھنٕکی قأبل چھِ۔ منصوٗر حلاج چھُ امی فرقٕک پیشوا۔ کینٛہہ صاحب بصیرتھ شہودی بزرگن ہُند ونُن چھُ زِ یہ چھنہٕ کانٛہہ الگ مسلک بلکہ خداشٕ ہانڈنہٕ کس سفرس منز صرف اکھ مقام یتھ عینیت ونان چھِ حضرت شیخ مجدد الف ثانی چھِ فرماوان زِ میٛتہٕ سپز اتھ مقامس

پٹھ وأتتھ پرٛھے کأفیتھ[1]۔ اتھ مقامس پٹھ وأتتھ چھُ باسان زِ خدائیس وغأر چھِی نہٕ بییہٕ کُنہِ کنہِ وجود۔ یہ چھُ جذبہ چہٕ حالٔژ منٛز خدائیس تہٕ کاینأتس درمیان عینیتک توٗلُق درینٛٹھ ینہٕ کٕنٛز باسان۔ پوٚز یہ نسا چھُنہٕ حقیقی بلکہٕ یہ چھُ دراصل سالکہٕ سٕنٛز اکھ نفسیأتی حالتھ أمس باسناوان۔ امہِ مقامہٕ بوٚنٛٹھ پکتھ چھِ کاینأتھ خدائیس نشہٕ بیوٚن پوٚزتس مقابلہٕ غأر حقیقی باسان تتھے پأٹھی یتھہِ پأٹھی انسان تہٕ تسنٛز ژھائے چھِے بہرحال بیٚس جایہِ چھُ نعمہٕ صأب وحدۃ الوجودکِین فنا والبن ہندی ہم خیال۔ یہ مثال وُچھو

زانٛہہ تہٕ ووتس نہٕ نہایتس   گژھو فنا ژٕ فناچھاو
تی مے وُچھم منہٕ کس خطس   پیوم ژیٚتس لتس چھُ میون ناو

دپوٚ زِ نعمہٕ صأب کیا آسہن اتھ مقامس وأتی متی پوٚزتمیک باس چھُنہٕ امہِ شارٕ ستی لگان۔ یہ چھُ صرف اکہٕ آرزو یہ ہند اظہار مولوٗم سپدان پوٚز یہن چھِے ٹاکارٕ زِ تم چھِ فنا والبن ہندی حأمی۔ اوٚت تاں اگر نعمہٕ صأب اکہِ نتہٕ بیکھ رٕنگی وحدۃ الوجودٕکی حأمی باسان چھِ یہ شار چھُ تہندس ایجأدی آسنس کُن اشارٕ کران۔

دریائے محیط نوٚن ییلہِ گو   سوٗرے تمہِ منٛزٕ پأدا گو
تی چھُ تازٕ تہٕ نوبہٕ نو   اتھ ناو عالم حأرِتھ پیوٚ

حضرت بایزید بسطامیؒ (متوفی ۸۷۵ء) یموطیفوریہ خانوادٕچ بُنیاد ترأو تہٕ یموا سلأمی تصوفس منٛز فنا ہُک تصور أنتھ وحدۃ الوجودکس نظریہس مستقل شکل دِژ، أسی خدایہٕ سٕندس محبتس منٛز گاٹہٕ جارس کأم ہینہٕ بجایہٕ جذب و مستی پٹھ زور

[1] رسالہ وحدۃ الوجود مولانا شیخ محمد تھانوی، مرتبہ ثناء الحق

دوان۔ اتھ روحانی حائژ یا کائیژ پوٗ سکرناوتہٕ پتہٕ بیہٕ اصلی حائژ پٹھ یُن آوصحو قرار دنہٕ۔ نعمہٕ صائبنس کلامس منٛز چھُ اتھ کن تہِ اشارٕ کرنہٕ آمُت۔ پوٗ زیم چھِ صحوس کُن ینہٕ خاطرٕ طبیبس مدد منگان نہ زِ پننس روٗحانی کمالس۔ یہ مثال وچھو۔

| | |
|---|---|
| خارٕ خارٕ چھُم میون ہیوٗ حال گس چھُیے | ہا طبیبو ونتہٕ سکرس کیاوئے |
| ہوش نشس عشقہٕ شرابہٕ مس چھُیے | ونتہٕ ہے ویٚسی بالہٕ یار میون کرییے |

عدم تہٕ وۄجوُد کی تصور اتھ چھِ اسلامی تصوفس منٛز تہٕ میلان امہٕ کس فلسفس منٛز تہِ، شیوازمس منٛز تہِ۔ حضرت امام غزالیؒ ین تہِ چھُ اتھ سلسلس منٛز پنہٕ نین خیالن ہُند اظہار کوٗرمُت تہٕ محی الدین ابن عربی ین تہِ۔ تہند خیال چھ زِ خوداین کوٗر دنیا عدمہٕ نشہٕ پاڈ امہِ خاطرٕ چھِ تر کاہس منٛز لفظ شُنٛی یا نے اباویانہٕ آسُن۔ یہ چھُنہٕ بودن ہُند شُنٛی لیس خالی آسنگ باس دوان یانے Void چھُ بدری ناتھ کلاصائبن چھُ لل دید بیٚین فلسفن ہتی ہشر "مضمونس منٛز اتھ نسبتھ لیوٚکھمت زِ" یہ چھُ سہ شُنٛی لیس خالص شوٗعوٗری تہٕ آنند روٗپ چھُ۔ یتھ اُسی شِو فلسفس منٛز پرم شوونیُس شیٚیہ تر ہو عنصر وہیوٗ رچھُ[1]۔ لل دید ہٕندس یتھ واکھس منٛز چھُ "کینہ نہٕ" لفظ یتھے شُنہِ خاطرٕ استعمال سپُد مُت۔

| | |
|---|---|
| گورس پرٛژھام ساسہٕ لٹے | لیس کینہ نہٕ ونان تس کیا ناو |
| پرٛژھان پرٛژھان تھچس تہٕ لوٗسس | کینہ نس نشے کیاہتام دراو |

بقول امین کامل "محض کینہ نہٕ (عدم محض) چھُنہٕ بذاتی کانٛہہ چیز، تکیازِ عدم محض اندرٕ ہیکہِ نہ کینہ تہٕ چیز وۄجود لبتھ، عدم چھُ دراصل کنہ چیز کہِ ظاہر

[1]۔ شیراز، لل دید نمبر ص ۱۹۸

گۆھنہٕ بوٗنٛھم حالتھ، سہ چھُ موجود آسان امابوٚز ظاہر چھُنہٕ آسانی سپدمُت

ا؎

نعمہٕ صابنس کلامس منٛز تہٕ چھُ "کینٛہ نہٕ" اُتھی معنہٕ ہس منٛز استعمال

سپدمُت مثالہٕ چھےٚ یم ۔

کینٛہ نہٕ کس بحرس کینٛہ نہ کُے کِنار — کینٛہ نہٕ کس کنارس پیٹھ شالہٕ مار

رنگ آمیز گُلی گوٚھتہٕ چھاون — مارٕموٚت یار درچنار انتن

کینٛہ نہٕ کس بحرس کینٛہ نہ چی ناو — ناو تراو کینٛہ نہ چی شاہی پراو

واوٕ نشہٕ ناو صبرٕ ژےٚ تراوتن — مارٕموٚت یار درچنار انتن

نعمہٕ صابنس کلامس منٛز چھِ کینٛہ شارتھی تہٕ میلان یموٚ ستی کاشرٮ۪ن ہندس

لاشعورس منٛز شیوی تصوراتن ہنٛز نشان دٕہی سپدان چھےٚ اکھ مثال چھےٚ یہ ۔

سنگ تہٕ گنیانہٕ مٹھ حارتس — نیر کلس منٛز مینٛز ناو

شوٗبہٕ شنیا تتہٕ خدمتس — پیوم ژنبس تس چھِ میون ناو

انسان چھُ عالم امرتہٕ عالم خلق دوشوٚنی ہُند اکھ سر۔ یہ اگر پننہٕ دلُک اٗنہٕ صاف کرِ، ساری خدائی کمالات ہیکہٕ اُتھی منٛز وُچھتھ توے چھُ اُمی سُند وۄجود عالم صغیر۔ اگر یہ ذِکر تہٕ فکرٕ ستی عالم امرٕ کی عناصریا نے قلب، روح، سرا خفی، واخفی، بیترِ بیدار کرِیم اُمی ہٕندی سےٕ وۄجودس منٛز ژھپتھ چھِ، یہ ہیکہٕ خدایہٕ سُند جلوٕہ وُچھِتھ۔ پتہٕ نہ روزِ زمان تہٕ نہ مکان ساری حد بندیہ گژھن ختم۔ نعمہٕ صاب چھُ اتھ سلسلس منٛز ونان ۔

ا؎ صوفی شاعر، جلد اکھ ص ۵۹ (آگر)

خام لد دیگہٕ پوٚحتہٕ نیری منٛز شیے ہائے نعمو شیٚین طرفن میٛل چھیے

دل ژٕ کر سرِ دلسےٕ منٛز کل چھیے ونتہٕ ہے ویٚسی بالہٕ یارمیون کریےٚ

نعمہٕ صأبہٕ نس کلامس منٛز چھنہٕ روحأنی تجربن ہند کانٛہہ سبز انظرِ گوٚھان۔ خأرتمن آسنایم تجربہٕ سپدی ہتی تہِ، سپدِ ہتی اے آسنکھ، بیان ماہیٚلکھ نہٕ کٔرِتھ تِکیازِ کانٛہہ تجربہٕ اظہارس تاں واتناونہٕ خأطرِ چھُ نہٕ رُوحأنی بجرِ ے یوت کأفی۔ یہ چھُ فنس پیٹھ بے پناہ دسگاہ آسٕنچ منگ تہِ کران۔ امین کأمل صأبن خیال تہِ چھُ زِ اہندس کلامس منٛز چھنہٕ تیُتھ کانٛہہ خیالُک یا اظہارُک نوبر میلان یُس کم ازکم پرنہٕ وِزِ انسانس متأثر کرِ، یہندی غزل چھِ فنی لحاظہٕ تہِ سبٹھاہ کمزورا۔ یہندی خیال تہِ چھ سیٚو دسادے تہٕ زبان تہِ۔ کُنہٕ کُنہٕ جایہِ چھُ باسان زِیمن چھنہٕ تصوف کین مقامن تہٕ زأوی جارن ہنٛزتہِ پیٚٹھ پزٕ تہٕ ہ زان آسمٕژ۔ مثالہِ پأٹھی، سألکن چھِ رفعات طے کرنہٕ وِزِیعنے عالم خلق پیٹھ عالم امرس کُن سفر کران مختلف مقاموتہٕ حالو گنٛزرُن پیٚوان۔ ناسوت چھُ گوڈنیک حال تہِ لاہوٗت اُخری۔ پوٚز نعمہٕ صأب چھُ ونان ۔

لاہوٗتہٕ نشہٕ ناسوٗت بن مطلب ملکوٗت جبروٗت بن

ہوٗہس تہٕ ہاہس اندر سن مارِ موٚت یار در چنار انتن

یہ کتھ چھےٚ ثیٖنہٕ وِنی دوان زِ ذأتی تجربہ بدلہٕ چھِ بوز بوزأنی کُنٛزیمن حالن کُن اشارٕ کرنہٕ آمٕت۔

ییٚتہٕ ییٚتہِ نعمہٕ صأبن عشق الٰہی لیس منٛز پننہِ بےٚ قرأری ہُند حال بوومُت چھُ تتہِ چھُ تسندی شار جادٕ متأثر کران۔ یتھین شارن منٛز چھےٚ لفظ ژأرتہِ جان تہٕ گدازٕچ کأفیتھ تہٕ۔ امیُک اندازٕ ہیکہٕ یمو مثالو ستی سپدِتھ ۔

الماس بۆ رمُت چھُن أچھر والن تلواسہٕ ستھِن گاٚجنس بال
بےٚ زِرہ کُس واتہِ تہٕر غربالن وُنہٕ چھم زالن آس نے عار
وپر ہُند دود دژام ژیر ہُند رنگ گوم زلرِبو ییر ہم زاٚلیٚ ئے لو
پشان پشان مورمےٚ آم نشان ٹاٚرِی ہو گرِ نم کزاٚلی ئے لو

نعمہٕ صاٚبس یم روحاٚنی تجربہٕ سپنہٕ متی چھِ تمن ہُند اظہار چھُ کُنہِ حدس تاں تھنٛز "یہ لۆبم تہٕ رووُم" نظمہِ منٛز سپنٛمت تمو چھ تمثیلی تہٕ علامتی اندازس منٛز کینٛہ سر باونٛچ کوٚشش کرِمژ، یم علامژ چھینہٕ وبکھرِلی کہِ وبزِ اکھ مثال چھےٚ یہ۔

اتھِ وازس دے چھلہٕ نووُم اوٚنمہٕ پولاو دمہٕ کیوٚ گیوٚ
دم ہتھ دیگہِ پھرن دیووُم وژِ تھووم افسوس میوٚ

وہاب کھارنس کلامس منٛز تہِ چھُ اسہِ سےٚ کاٚشر تصوف تہٕ تمکی اسرار ژھایہِ گتی کران نظرِ گوٚھان یُس اسلامی تصوف، ایراٚنی تصوف، یوٗناٚنی فلسفیانہٕ خیالات، ویدانت یا شیوازم تہٕ ریشتہِ چہِ ملہٕ مشہٕ ستی تیار گوٚمت چھُ۔ ولٚ گو تہٕندی تجربات چھِ نعمہٕ صاٚبنہٕ کھوتہٕ ہناسٕنی پھن باسان۔ تہٕند انداز بیان چھُ تس اکس شخصہٕ سُند تیمی کیاہتام ژلمُت چھُ تہٕ لیس پتھ کیاہتاں گزریمُت چھُ یہ انداز بیان چھُ سیٹھاہ کم براہ راست۔ یہ چھُ نہٕ فنی لحاظہٕ تیوٚتاہ تھوٚد پوٚز پُر اثر چھُ اتھ سلسلس منٛز چھےٚ یہنٛز نظمہٕ "سہٕ کُس پتے گوم"۔ یا گرِ ھہ بنٛن تہٕ "رس کتہِ لۆ گیوٚ" قاٚبل ذکر۔ ساٚلکس چھُ ماٚلکہٕ سنٛز وتھ سران سران پنٛن پان پھن پوان تہٕ اتھ سفرس منٛز خون جگرٚ کی ژاٚنگی زاٚلنی پوان۔ اوے چھُ تس ہیکان کینٛہ بوزنہٕ یتھ۔ وہاب صاٚب چھُ ونان۔

پیوم ظلماتہٕ گہہ سُہ رتے کے ہٹہ زاجام شمع
گوم پتے کس سُہ تے چھِ کیا لال ظلماتس اتھ

اتھ جایہِ چھنہٕ ظأہری حواس اکار بکار یوان۔ اِکُے چیز چھُ مدد دِتھ ہیٚکان سُہ گیہِ دِلچ صفأیی۔ دنیأوی معاملن ہندی ذٔری یہِ چھِ یتھی دُنیا ہس منٛز لگہٕ ہار۔

ہتھ تے ساس نے منگہٕ نو تتہِ تے یاکن زبو درکار نسا تتہِ
حأرِتھ وُچھِتھ تے حأرتن چھُس تے ایخلاصن یکسان کوٚر تتہِ

چونکہِ وہاب صأبن تعلق چھُ کأشرِس تصوفس ستی تمہِ کٔنی چھُ گیے وحدۃ الوجودس کُن اشارٕ کران تہٕ گیے وحدۃ الشہودس کُن ییٚمہِ ساتہٕ سُہ یہِ ونان چھُ۔

کُنے وُچھہن سرحدتہٕ بازٕر عاشق لتس چھ ڈیشن
کُنے وُچھہن ترتہٕ واوس ولہٕ وُن کینٛہ تہِ ماتنے
کُنے وچھہن نابود نیے شود بود گٔرِتھ زان
کُنے وچھہن اندٕری تہٕ نبری خبر کس کیاونے

سُہ چھُ وحدۃ الوجودُک تصور دوان تہٕ ییٚمہِ ساتہٕ یہِ ونہِ

لچھ بٔدی اَپنے پأدا گٔری نے کینٛژھن کأسن کھٔے کینٛہ خستہٕ خراب ہے

یا

وفأیی چھس نشہٕ شہودِ نٔنن اسرار گژھ نشہ مشہودِ
فنأیی اَخر آباد بنن اسرار گژھِ منٛزٕ محیطٕ

سُہ چھُ شہودبن ستی رلان۔ اَتی چھُ سُہ۔

ہا گوسانیو پرٕ ژرام رام　　　شوٗئمِ تھےٚ لبکھ آرام

شیواز مس نکھ یوان تہٕ اُتی ۔

مقام محمود سرٕ کرتن تےٚ　　　پأغام تمہِ کےٚ چھےٚ رحمتھ

لاڈیتھ شہ چھےٚ پرٕزنادتن تےٚ　　　چھُس حاأرتن تےٚ وُچھتھ حاأرِتھ

ونان ونان۔ اسلامی ایراأنی تصوفس چھِ سفر بہ خدا وتہٕ ہُند اُخری منزل

پرٕاونک ماأل پھران۔

اُکس جایہِ چھُرا اسلامی تصوفچ اہمیتھ تھٔکنٕہ بیان کران زِ۔

تیمی ییتہِ شریعتھ پولنے سےٚ گو مسلمان

طریقتس وچھان گوھتو میلتھ چھُ ہنہِ ہنے

حقیقتس وون دیوٗ وارٕ پاأٹھی بہاروٗچھ شولان

میخانہِ ماأری فتھ عاشقن چاوان پیمانہٕ روزتو چھنے

تہٕ بییس جایہِ شیوی فکر گوڈبران ونان زِ۔

جوگس تہٕ شیناہس چھےٚ ملہٕ ون تےٚ　　　واأرانہٕ نیرتھ وُچھ وحدتھ

کثرتھ تو رچھنہٕ سو چھےٚ تمہِ بوٗن تےٚ　　　چھُس حاأرتن تےٚ وچھتھ حاأرِتھ

وہاب صاأب تہٕ چھُ انسانس عالم اصغر مانان ییمہِ کنٕہ ساأرےٚ کایناتھ تس

پننےٚ پان چھُ تہٕ لہٰذا چھےٚ پننے پانچ زان ضوٗروری ۔

تُسند یہ شارٕ چھُ اُتھی کُن اشارٕ کرن ۔

دل چھےٚ شالہِ مار چشمہٕ چھےٚ پھموار

نشاط وُچھنہِ دزایہِ راتھ آیہِ لولو

روحاأنی سفرس منزیمن لواأزی من ہُند ساألکس خیال تھوٗن پوان چھُ تمن

کُن تہٕ چھ وہاب صابن اشارٕ کوٚ رمت۔ گوڈنچ کتھ چھےٚ یہ زِ سائلکس چھُ اتھ وتہٕ پیٹھ قدم تھاوُنی وزِ پنن سورٕے ہیوٚ چھمُت مثراوُن پیوان۔ عقلہٕ ہُند ژونگ ژھبتہٕ کرُن پیوان تہٕ دِلک شمع زالُن پیوان۔ تس کانٛہہ کتھ فِکرِ تری تن یامتہٕ، پزٕھ چھس کرٕنی۔ کُنہٕ کتھِ چھس نہٕ اُمہٕ کنٛی نکار کرُن زِ یہ کیا چھنہٕ تس فِکرتران یا عقل کیا چھنہٕ اتھ باور کران یتھن چھُ قوران شریفس منٛز بیان سپُنمت حضرت خضرؑ تہٕ حضرت موسیٰؑ سُند قصہٕ یاد پیوان۔ حضرت موسیٰؑ چھِ مُرسل اُسی متی تہٕ مُرسل سُند شان چھُ نٛی لیس تھوٚد۔ حضرت خضرؑ اُس نبی۔ مرسلس آو حُکم زِ نبی لیس نشہٕ کرتربیتھ حاصِل تہٕ ییلہِ حضرت موسیٰؑ ہن اکہٕ دویہ لٹہٕ پیر سِند بن کارن ہُند وجہ مولوٗم کرن ہیوٚت پیرن ترٛو وٚ مریدٕ ے۔ وننہٕ چھُ یوان زِ قلمس آو لیکھنگ فرمان۔ الفہٕ پتہٕ ب لیکھُن ییلہِ تمی پس وپیش کرن ہیوٚت زبٕ ے آلیس ژٹنہٕ۔ وہاب صاٗب چھُ ونان۔

قلمن کوٚر تکرار رووس تتہٕ گفتار

زبو ژھینٛ تہٕ رتھ گوس بانہٕ خدازانہٕ تہٕ کیا گوٚو

سائلکس چھِ امہٕ وتہِ پکنس کانٛہہ تہِ وتہٕ ہاوُک تہِ ژھانڈُن پیوان۔ یئندِ رووس تس نہ چھ وتھ اتھ یوان تہٕ نہ مقامس واتان وہاب صاٗبُن یہ شار چھ اتھ تائید کران۔

رہنما پیرٕ ستی ہین ورگس اژھ وچھکھ خال یکسان

بجائے نہا واُقف گژھکھ بازار یِیٕ ونے

سلوٗکس منٛز چھنہٕ کُنہٕ تہٕ مقامس پیٹھ پننس حاصل گمتس سرمایس پیٹھ فخر کرُن روا۔ اتہٕ چھ ہمیشہ سراپا نیاز روزُن تِکیاز بقول رحم صاٗب۔ "سُہ دے پُرناز ونیسی ئے"۔ اتھ کُن اشارٕ کران چھُ وہاب صاٗب ونان۔

دب لۆگس ؤسی پہ‌ٕ بوٗنہٕ کنے   شۄز کھوٗت اسمان زۄن کھیٚنے

أمی زۄنہِ نیٚوٗنم بی کمی   کھا جاو تیٚمی وولے تمی

شاعری ہٕنٛدِ فنہٕ کہِ لحاظہٕ چھےٚ وہاب صأبنس کلامس منٛز کُنہِ خأمی۔

کینٛژن جاین چھےٚ بحر پٹھان تہٕ کینٛژن جاین اہُند کلام نثرس نکھہٕ واتان۔

عبدالاحد آزادُن وُنُن چھُ زِ ''تِھٕمن بزرگن شوبہِ شاعری ہٕنٛز پابندی عائد

کرٕنی''یِژھن خأمین ہٕنٛز مثالہٕ چھنہٕ جاے۔ مےٚ باسیوو وارِیاہن جاین اہٕنٛدِس

کلامس منٛز خوش یوٗنی موسیقیت تہٕ نفیس روأنی۔ امہِ خأطرٕ کرٕ بہٕ اہنٛز نظمہِ ''بوٚ مبرس

ناگہٕ نندر چھم''منٛز اکھ زٕ مثالہٕ پیش۔

دأدی لد ہو گیم ہن ہن   أمی عشقن لأیی نم سن

عشقنی ہانکل چھم   یارٕ یکھنا تھاوکھ کن نألی

بوٚ مبرس ناگہٕ نندر چھم

دل ہے گرٕھی ووبألی   ذاتھ مے ژھار ہی مألی

ژھأگس مےٚ زورٕ روزٕلم   ڈنگ دِتھ ژٕلی پاتألی

بوٚ مبرس ناگہٕ نندر چھم

وہاب صأبنہِ صوفیانہ کلامہِ منٛزٕ چھےٚ أمی سٕنٛز اکھ زیٹھ نظم ''طوطہٕ'' سبٹھاہ

مشہور، اتھ چھِ کینہہ حصہ یم مختلف بحرن منٛز لیکھنہٕ آمتی چھِ۔ یہ چھ شاعری منٛز

تیکنیکُک اکھ عجیب تجربہ، یہ لیکھنس منٛز چھُ لگہٕ بأتن ہنٛز، پدتہٕ وژنٛچ تیکنیکہ مددہہنہٕ

آمٕت۔ یہ نظم چھےٚ سازس پیٹھ بوزنس ستی تولق تھوان۔ ڈیلیل چھےٚ علامتی اندازس

منٛز ونہٕ آمٕژ۔ تیمہِ ستی تصوفہٕ کِہن کینٛژھن اسرارن ہُند پےٚ میلان چھُ أخرس پیٹھ

ونہٕ بہٕ زٕ کتھٕ اکھ زٕ کأشرِ شأعری یا کأشرٕبن شأعرن ہنٛدِ کلامہٕ کس کُنہِ تہٕ پہلووس

پیٹھ کتھ کرٕنی وِزِ چھُ اکھ بوٚ ڈ مشکلا یہ پیش یوان۔ سہٕ گوٚ یہ زِ اہُند کلام چھنہٕ سورُے

دسیاب۔ یہ میلان چھُ تتہِ چھنہٕ قأبل بروسہٕ تِکیازِ تتھ منز چھےٚ کتابچہٕ غلطی تہٕ مختلف وقتن پٹھ مختلف آیہِ چھاپ کرنہٕ آمُت، دوٕیم یہ زِ تصوفس پٹھ کتھ کرٕنۍ گیہِ تس شخصہٕ سٕندِ خأطرٕ أنکوٕنیا کرٕنۍ لیس نہٕ یہ دُنیاہ ویوٚ دُے آسہِ۔ لہٰذا مأنۍ تومیأنۍ تہِ یہ اکھ أنکوٕنانہٕ زِ قطعی تہٕ فاصلہٕ بندرائے

# کأشرِن صوٗفی شأیرن منٛز احد زرگرُن مُقام

کأشرِس ادبس منٛز چھُ صوٗفی شأیری ہُندِ سرمایہ سٮ۪ٹھاہ باگہٕ بوٚرُت تہٕ اتھ
سرمالیس چھُ شیخ العالمؒ تہٕ لل دید ہِندِ زمانہٕ پیٹھٕ از تان پٔرتھ کانٛہہ صوفی شأیر پننہٕ
مقدوٗرٕ بٔرژر کران روٗدمُت ۔ یمن صوٗفی شأیرن ہُند سوٗرے کلامہٕ یا پٔرتھ کانٛہہ
شأیر یوٚ دوے تخلیقی زوٗزبہٕ وول چھنہٕ یوٚز کانٛسہِ تہٕ شأیر سُند کلام چھنہٕ کلہم پأٹھی
امہِ روٗس تہٕ ۔ سارِنے صوٗفی شأیرن ہِندِس کلامس منٛز چھ موٗللی تہٕ تخلیقی زوٗزبہٕ
تھاون وألی شارِ نظرِ گوہان تہٕ ۔ یتھہٕ پأٹھی چھُ پٔرتھ کانٛسہِ صوٗفی شأیرسُند کلام قأبلِ
قدر ۔ اتھ کتھِ چھنہٕ کانٛہہ شک زِ تصوفک مأدان چھُ سارِنے صوٗفی ین سرٗ دتہٕ
موضوع چھُ مشترک یوٚ زاتھ مأدانس منٛز سپدے ہتی تجربہٕ چھِنہٕ ہوی تہٕ امہِ لحاظہٕ
گژھ موضوٗع کہٕ ورتاوک اندازتہٕ مختلف آسُن ۔ اتھ جایہ چھےٚ شأعرانہٕ مہارتھ
بکار یوان ۔ یُس تہٕ شأعرس فنی مہارتھ ژٕرآسہِ ، تسُند کانٛہہ تہٕ موضوٗع ورتاونک
انداز آسہِ بیٚیِس شأیرس نِش مختلف ۔ تصوفک موضوع ورتاونہٕ کس اتھ اندازس منٛز
چھےٚ یک رنگی تہٕ ہشر زیادٕ تہٕ وکھر یرتہٕ وبکھوار سٮ۪ٹھاہ کم نظر گژھان ۔ یہ اعتراض
ہیکہٕ سارِنے صوٗفی شأیرن ہِندِس کلامس پیٹھ سپدتھ شاید اوٚ کنٕہ زِ فنس پیٹھ چھنہٕ
پٔرتھ کانٛسہِ صوٗفی شأیرس یوٗرٕ یوٗرٕ رقودرتھ آسنٛچ شہادتھ میلان ۔ خبر أمی احساسن
ماچھُ احد زرگر "سوخن أنزٕرنی سٮ۪ٹھاہ دشوار" ہیوٚ مصرٕ ونوو مُت ۔

شأیرن منٛز چھِہ تم شأیر اکثری یتس منٛز آسان ییم نہٕ پننہٕ آسنک باس دِتھ

ہیکان چھِ تہٕ یہ کتھ چھنہٕ صوٗفی شاعرن ہندی سے سلسلس منٛز صحی۔ پننہٕ آسنک باس چھُ سے شاعر دوان یُس أسی کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ حسابہٕ پزٕ زناوِتھ ہیکون، جذبکہٕ شدتہٕ کنی، بیانہٕ کہٕ وکھریرٕ کنیٖ موضوٗع ورتاونکہٕ مختلف اندازٕ کنی، تجربہٕ کہٕ پزرٕ تہٕ علامژن تہٕ استعارن ہندِ بہتر کنی بیتر۔ یہ چیز مدنظر تھاوِتھ ییلہٕ أسی احد زرگرُن کلام پران چھِ، اسہٕ چھنہٕ کانٛہہ موہوٗسی سپدان۔ اتھ کتھِ ہکبہٕ نہٕ نکار کرنہٕ ییتھ زِ احد زرگرنہٕ صوٗفیانہٕ کلامُک واریاہ حصہٕ چھُ رِوایتی۔ تقلیدی تہٕ بیانکہٕ ہشر چہ کمزوری ہند شکار۔ مثالہِ پأٹھی یہ شار۔

چھُ کینٛہ نے منٛز ذراتن حے　　چھُ کینٛہ نے ہفت ناگن پے
وچھُم کینٛہ نے مے دیدن تل　　چھُ کینٛہ نے کینٛہ نچی ہیٚتھ کل

یُوٗزامہِ باوجود چھِن سہٕ أسی تٕسندِ کلامہٕ کنی پزٕ زناوِتھ ہیٚکان۔ أمی سُند کلامکی کم گون چھِ تِم یموٗ کنی سہٕ أسی پزٕ ناوان چھِن۔ یمو گونو منٛز چھُ گوڈنیک گون کانٛہہ تجربہٕ بیان کرنک تٕسند نرل اندازٕ۔ مثالہِ پأٹھی چھِ سو چھِ کرال اکھ تجربہٕ ییمہٕ آیہ باوان۔

پنا　کھاجوم　ستہٕ　سوس　پران　گوس　ہواللہ
تمیک　معنہٕ　زانن　غوث　پانے　اوس　بہٕ　پیمانے

تہٕ صمد میر ییمہٕ آیہ بیان کران۔

اتھ وتہٕ　ووتھرے　بہٕ　توسے　　ہنہٕ　ہنہٕ　ژھانٛڈتھ　بہٕ　پیوسے
ستہٕ　سوس　پن　کھاجامے　　ذرٕ　ذرٕ　چھُم　ہر　نامے

تہٕ ییتھے تجربہٕ چھِ ژوٗن ہنٛز جایہ دوٗنی مصرن منٛز احد زرگریتھہٕ پأٹھی ونان۔

نبر زالان سوندراہ ژۄن بۄونن　　　اندر رکھالان یندراہ ستہٕ ساسی پن

یتھ شارس منز چھےٚ نہٕ اڈ پھُچہٕ ئلو کہ مکمل تہٕ سرِ تو بوٚت شبیہ بوٗنٹھ کُن آمٕژ۔

شأیر چھُ وُچھناوان پوٚز پانہٕ چھُنہٕ امہٕ تماشک حصہٕ باسان۔ لفظ ژأر چھےٚ فنکارانہٕ ،نبر ،سوندر، أندر، یندر لفظن ہندترنم تہٕ سازٕت چھُ من وولساوان تہٕ کمہٕ کھوتہٕ کم لفظن منز چھےٚ پوٚرِ پوٚر رکتھ وننہٕ آمٕژ۔

بیٚاکھ تجربا چھُ شمس فقیر یمہٕ اندازٕ بیان کران۔

رنگہٕ ریون دژاو رنگہٕ یونہٕ ٹلی تے　　　سنگدل وُچھتن چھس نہٕ میأنی مائے

ہاوِنا دیدار ہیٚہ نا ملی ئے　　　للی ئے کرسہ لولہٕ متہٕ لاے

تہٕ یتھےٚ تجربہٕ چھُ احد زرگر یمن لفظن منز پیش کران۔

چنگہٕ ساز بوزان سنگدل ڈلی یے　　　ہنگہٕ دار کھوٚن دِتھ حوٗرٕ تو شان

پرٕنگہٕ خوتوٗن وُژھ رنگہٕ یارٕ ئلی یے　　　ولہٕ ینبر زٕلی ئے آلہٕ وے پان

شمس فقیرن چھےٚ صرف اکھ شبیٚہہ ووتلاوِمٕژ تہٕ شار چھُ صرف اکھ وبد اکھ بنیوٗمُت۔ لفظٕ سازٕ تس چھِ صرف زٕ ڈٕکھی رنگہٕ ریٚون تہٕ سنگدل۔ اتھ برعکس چھِ احد زرگرنس شارس منز چنگہٕ ساز، سنگدل، ہنگہٕ دأر، پرنگہٕ خوتون تہٕ رنگہٕ یاربل ہوی لفظ اکھ سنہٕ وُن سروٗ ریاٗد کران تہٕ أکی سے شارس منز چھےٚ شیٚےٚ شبیٚہہ ووتلاونہٕ آمٕژ۔ کینٛہ متحرک تہٕ کینٛہ سأکن، کینٛہ زوزہتہٕ تھاون واجنہٕ تہٕ کینٛہ نُند بانہٕ یموٚ ستی شارک مول سبٹھاہ ہُرے مُت چھُ۔

یہ لفظ سازٕت چھےٚ احد زرگرتہٕ کلامچ اکھ ٹاکارٕ خوصوٗصیت۔ یمہٕ چہ بیٚیہ اکھ زٕ مثالہٕ دِنہٕ نامنأسب باسن نہٕ۔

پڑھ ہند تأویز مَژھ مژراو　　تژتاو عشقنہٕ پان بُزناو

وڈِھ وأنجہِ زٕے عالم تژاو　　نۆرٕ ڈٕری یاوٕ منزٕ پأرتن ناو

بندن بندن چھُم چون خاشو　　ژنڈن باغ وۄتھراوے یو

رنڈن ہتی چھُکھ ماران ماشو　　گاشو ستھ گاش ونڈے یو

ڈاکٹر حامدی کشمیری چھِ ییٚمہِ کتھِ کُنۍ احد زرگرنہِ کلامُک مول ہرٕ راوان ''زِ تٔمی چھُ تصوفکۍ واریاہ نوکتہٕ رۄمأنی اسرار پرستی منز تبدیل کٔری متۍ'' میون خیال چھُ زِ یہ وصف چھُنہٕ احد زرگرنسے کلامس ہتی مخصوص۔ یہ چیز چھُ کم وبیش سارنٕے صوٗفی شأیرن ہنٛدس کلامس منز نظرِ گژھان۔ وں گو صوٗفیانہٕ تجربہ مأدی دُنیہہ ہِکی تجربہٕ باسناونس منز چھِ احد زرگر سبٹھاہ کامیاب۔ جدأیی ہنٛدی ژٕہی چھِ ییتھ دُنیاہس منزٕ تہِ سبٹھاہ کرٲٹھی باسان تہٕ تمہِ دُنیاہ ہِچ چھنہٕ کتھے۔ ییٚمہِ ساتہٕ احد زرگر تھٔن ژِیہٕن ہنز کتھ کران چھُ۔ اسہِ چھُ باسان زنتہٕ ارنہِ مال پننس أشی سٕنزِ جدأیی منز وبد اکھ دوان یا نے بالکل مأدی دُنیہ ہِکی تجربہٕ ہوی۔ اکھ مثال وُچھو۔

ژۄرِ ژۄرِ کۄتاہ اۄش بوتراوے　　مۄرِ نار للہٕ وان گوم یژ کال

ہۆر پھیر زردی عشقہ آوتاوے　　وۄلہٕ کأئلی راوے کھکھ ارمان

نتہٕ چھِ جدأیی منز عاشقہٕ سٕنز حالتھ بیٚیو صوٗفی شأیروتہِ بیان کٔرمژ۔ مثالہِ پأٹھی شمس فقیرُن یہ شار ؎

لألہِ نہِ کُٹھِ یم پیالہٕ مےٚ ڈٔلی یے　　سالہٕ نے تیم سُہ بے پروائے

ناٰلہٕ متہٕ رٹہٕ ہن پیہ ناژھلی یے    لٔلی یے گٔری توس لولہٕ متہٕ لاے

یاسو چھ کرٛالُن یہ شار ؎

لیُن برتل روزے دُچھنس    تُتھی ترٛاوے ڈُلہٕ گونیے

گرٛژنۍ نو ہیرٛ تھس کرٕ ہے    ژوٕنۍ تونۍ

خدایہٕ سندس موجبتس منٛز یم سفر سالۍ کس ٹُلنۍ پیوان چھِ تہٕ یم کرٛ تھی منزل

سُہ طے کران چھُ تمیُک اظہار چھُ نعمہٕ صائبن یتھ شارس منٛز کوٚرمُت ؎

لوٕلکہِ گرٛٹہٕ مےٚ گنہِ پیشہِ    فرہاد تیشہ کیا لیہِ ہا

یتھ میانہِ جویہِ آب ہمیشہٕ    کمیو شیشہٕ چووتھس یے

اتھ برعکس پٔری تو احد زرگرُن یہ شار ؎

ترٛٹہٕ عشقنہِ برسر پانہٕ ہیوونس    گرٛٹہٕ کڈنس پٔرنس پان چھوونس

گٹہٕ گُم شدانوار پننہٕ لولو    تام لوچھر گوم پننہٕ پننہٕ لولو

اندازٕ ہیکہِ کرنہٕ یتھ زِ پانگرٹہٕ پہنہ ینس تہٕ کنہِ گرٛٹہٕ پہنس کرٛہ فرق

چھےٚ۔

احمد بٹہٕ وأری چھُ اکھ تجربا بیان کران یہ شارونان ؎

دمہٕ ستمن توسہٕ کوٚت یے    غمہٕ ستمن کتہٕ نے آو

قوم چنس نالی جامہٕ چھوٚت یے    میون موٚت یے سأئلس دژاو

تہٕ أتھی سلسلس منٛز چھُ احد زرگرونان۔

شاہ توس وۄنیوم آمن پننہٕ نے

لوگُم کنہٕ نُے سپُدم فان

توسہٕ کٔتِھ چھوٚت جامہٕ بناونس تہٕ آمن پنن شاہ توس وۄننس یوسہٕ فرق

چھےٚ سو فکرِ ترٛنی چھنہٕ مشکل۔ ظاہر چھُ زِ احد زرگرن چھُ پنٛن نوزُکھ تجربہٕ بڈٕ جان مثال دِتھ بیان کوٚرمُت۔ آمہِ پنٛن شاہ توس وۄنُن ہٕکہِ کرٕتھ کٲم چھےٚ تمیٚک انداز کرُن چھُنہٕ دشوار۔

سو چھ کزالُن شار چھُ ۔

گوپھِ پنٛنے ژاویس چلس ژھپہٕ ژھپرے مےٚ گینٛدُ مے

گوپھ چھےٚ گاٹہٕ میلتھ گُلس زٕنبلس کیا وُچھ ہے

تہٕ احد زرگر چھُ ونان ۔

ٹکُرو یوٚر ہیتھ ژایہِ چلس انٛدر اٹز راوان

زٕلرۍ گیوٗر کوٚر نفس ژھلس سٔے مےٚ دلس کان

انداز کریو احد زرگرٕنی شبیہ ہٕکہِ ماٗری منٛز تہٕ مکمل چھےٚ۔ زٕلرۍ سُند ٹکر بن ہُند دشمن آسُن، تتھے کٔنی یتھ پاٹھۍ نفس امارٕ تہٕ روحانی طاقتھ حاصل کرنس منٛز رُکاوٹھ ترٛ اوان چھُ۔ یہ شار چھُنہٕ سو چھ کرالنہِ شارٕ کی پاٹھۍ محض اکھ بیان باسان بٕلکہِ اکھ صورت حال موٚحسوس کرنٕچ دگ۔ یوسہٕ أسی تہٕ ژینان چھِ تہٕ شاعر سٔندِس تجربس منٛز شامل سپدان چھِ۔ احد زرگرنہِ کلامہٕ چہِ واریاہ شبیہ چھےٚ تتھے پاٹھۍ زیادٕ جاندار تہٕ صاف۔ وچھو یہ مثال ۔

ژھپہِ بیوٗٹھ گوسائی تھپہ رٹنہِ واو ژھپہٕ میوٗٹھ کرتھ کسبس سنٛیاو

سپہ روٗٹھ سپُن مائیل سونس ہے ویٚبی تہِ وتم باوٕ کس

کاشرِ ادبُک اکھ اہم نقاد محمد امین کامل چھُ احد زرگرنہِ کلامُک مول سرٕ کھر کران تسنٛز شاعری ہندس أکس خاص گونس کُن اشارٕ کرتھ تتھ کھوژ ناون شاعری Horror Poetry ناو کران۔ میوٗن خیال چھُ زِ یہ چیز چھنہٕ کاشرِ شاعری منٛز

نۆوھض شیخ العالمٕ سنٛدس کلامس منٛز تہٕ چھُ کُنہٕ کُنہٕ یہ چیز ژھایہٕ گتی کران (تلہٕ چھے

زِبُس تہٕ پٔتھ چھکھ نژان) بیترٕ تہٕ احدرزرگرُن ہم عصر شاعر صمد میرتہٕ چھُ ونان زِ

ع بوے مأرِتھ بنی خوے آدم

وں گو احد زرگرن لہجہ چھُ مختلف۔ یہ لہجے چھُ کھوژ ناون وول بے باک تہٕ

تژگر۔ یہ لہجہ چھُ احد زگرن کلام پرٛزناونس منٛز سبٹھاہ مدد دوان تہٕ یُتھ لہجہ چھُ

کأشرِ شأیری منٛز گوڈنچہ لٹہٕ اسہٕ بوٛنتھ کُن یوان۔ ڈاکٹر حامدی کشمیری سُند یہ ونن

چھُنہٕ غلط زِ "یہ چھا کھ بدلے لہجہ، مأنتھِر دار، حأکمانہٕ تہٕ پُرتأثیر" سُہ چھُ تم کتھہٕ

ونان یم اسہٕ بلکل وکھوٗ باسان چھے، وکھوٗ ےنہٕ، شریعتہٕ چہٕ زبأنی منٛز کفرٕ چہٕ

کتھہٕ، بداخلأقی ہنٛز کتھ۔ پوٗ زیہ ماچھے نژچ زبان۔ یمن کتھن چھُ بدل مانہٕ۔ یمن

چھ علامژن ہنٛدی پردٕ تہٕ اشارن ہنٛز ژھایہٕ۔ وُچھو یہ مثال۔

| | |
|---|---|
| لیس ستی نکاح چھے با تدبیر | تسنٛزے ببہٕ چیوٗ دامہٕ دامہٕ شیر |
| یُتھنہٕ گانٛگل کری کانٛہہ اغیار | کأفر سپدِتھ کوٗرم اقرار |

صوٗفی شأیرو چھِ اکثر وبیشتر جدأیی ہنٛدی وبد اکھ دِتی متہٕ تہٕ باسان چھُ زِ

سأری چھِ وُمبرٕ وُمبران دوٗرِرکہٕ نارٕ دزان روٗدی متی یم وبد اکھ چھِ احدزرگرن تہٕ

دِتی متی پوٗزکُنہٕ کُنہٕ چھِ باسان زِتس چھُنہٕ دوٗررے یوت باگہٕ آمُت ئلی کہٕ چھس

وصلکی ژیہی تہٕ اتھِ آمتی۔ اکھ مثال چھے یہ۔

| | |
|---|---|
| مونہٕ میٹھی دِتی مس کھورن تہٕ اتھہٕ نے | کھونہٕ کھونہٕ للہٕ وُم رونہٕ موٗت یار |
| تنہٕ تن میلتھ بیٹھی خلوتہٕ نے | ہوٗرٕ وُچھ گتہٕ نے منٛز دیدار |

احدزرگرس چھنہٕ شایرٕ ہنٛزن مروج صوٗرژن منٛز کانٛہہ خاص تبدیلی

کٔرمو۔ تمی چھِ وژُن غزل تہٕ پدمشے ہیٛو ورتاوس منٛزانہٕ موٛ۔ یوٗ دوے کُنہٕ کُنہٕ یہ

خیال چھُ سپدان زِ ظوون چھُس گومُت اوُن پوٚز شعوٗری لحاظٕ چھن نہٕ کوٗشش گرٕمژ۔اوردو گیٖتُک فارم چھُس باضے متاثر کران تہٕ سُہ چھُ یتھ پاٹھی شارونان۔

اسہِ ونہٕ حوٗرے مس وِنہٕ موٗرے

کھس وِنہٕ ٹوٗرے شرنے دژام کوٗنے ونیٖسی دلبر خبرے آم

خالک تسلسُل تھاون واجنہِ مثالہٕ چھےٚ ءکتھن صوٗفی شاعرن ہنٛدس کلامس منٛز میلان۔ییٚمہٕ کنٛی اہنٛد بن کینٛژھن چیزن تہٕ نظمہٕ وُنن پیوان چھُ۔مثالہٕ پاٹھی وہاب کھاران "طوطہٕ" رحمان ڈاران "دشش رنگ" احمد بٹہٕ وارِنی "نے" بیٚترِ۔

احد زرگرنہِ مسلسل کلامچ مثال چھےٚ اکہٕ نُندن۔اکہٕ نُندُن چھُ باقے کینٛژھو شاعرو تہٕ ووٗن مُت۔مثلن رمضان بٹن بیٚترِ۔پوٚز احد زرگرن اکہٕ نُندن چھُ پننہِ قسمُک اکھ خاص چیز۔اتھ منٛز چھِ احد زرگرنی فنکاری نٔنی نیران تہٕ تسنٛز شاعرانہٕ مہارتھ چھِ واش کڈان بوزنہٕ یوان۔اکہٕ نُندن چھےٚ اکھ تمثیل،اکھ ڈلیل اتھ منٛز چھےٚ منظر کشی ہنٛز گنجائش تہٕ تہٕ جذبات نگاری ہنٛز تہٕ۔کردار وو تلاونچ تہٕ تہٕ تجسس پاداکرنچ تہٕ تہٕ احد زرگر چھُ پزتھ جایہِ اکس کامیاب شاعر سُندِ شکی یتہٕ بوٗنتھ کُن یوان۔

جوٗگی سُند سراپا بیان کرنہٕ باپتھ ییٚتہٕ صمد میر گوٗتاں شارونان چھُ۔تتہِ چھُ احد زرگر صرف یم ژورمصرٕ ءٔنتھ کتھ اٚنزراوان۔

ژھوٹہٕ کشکول ہتھ چھکھنا پھیرانو لوٗٹہٕ چھے دردس مس پریشان

گوٗٹہٕ دار کھرٔ او چھکھا ٹھس مارانو جوٗگی مستانو وونِدیو جان

احمد زرگرُن اکہٕ نُندن پران چھےٚ اسہِ شبیہ سازی ہنٛز جان مثال تہٕ نظرِ گوٗڑھان۔ یہ شارو چھی تو۔

پوٚر کوٗر پوٚر بر جوٗگی گفتارن سوٚر ژولہِ بٹے نوٗر پھوٗل زن

وۄر ہیتھ ٹکراہ آیہِ گُلزارن بُسرے نارن زأ جنم تن

احد زرگرن چھےٚ اتھ تمثیلہِ منز ڈرامأیی کأفیتھ پأدٕ کرنچ تہٕ کوٗشش کٔرمٕژ تہٕ اسہِ چھُ کینژھن جاین یہ باسان زِ زنتہٕ چھُ یہ واقعہِ سانہِ نۍ أچھن بوٗنٹھ کنہِ سپدان۔ مثالہِ پأٹھی ہانٛٹھ بٹہٕ نہٕ۔ ہُند گوبہِ کھوٚرٕ بأسنۍ وِزِ دوٚن بأژن ہنز کتھ باتھ۔ بٹہٕ چھُ پرٛژھان۔

حال ونہِ بٹہ نی ڈال چھکھ ماران زالہٕ نشہٕ ما گۍ ییٚلہِ گردن
نالہٕ نےٚ تھکھ گوٚی ییٚہ ولہِ زارن بسرے نارن زأ جنم تن

تہٕ بٹنہِ ہُند جواب نہٕ لفظن منز ٲسی کہِ۔

خندٕ آو بٹہٕ نے ژھیہٕ گرہُشارن رنٛدٕ زانہِ مانے یمن حرفن

یمن جاین مأنۍ سٔندی، ماجہٕ ہنٛدی تہٕ بینن ہنٛدی جذبات ہاوٕنک موقعہٕ چھُ آمُت تتہٕ تہٕ چھُ احد زرگر اصلس سپٹھاہ نکھٕ روزان مثلن اکہٕ نُندن مأرنۍ وِزِ۔

ماجہِ ہیوٚتنس موٚے پرٛاٹھنۍ متہٕ مارتن اکہٕ نُندن یے
یتھے پأٹھی مأنۍ سٔندی جذباتھ۔

رامہٕ گوپالس اوٚش ہیے دارن تام وۄتھ تھالس منز اوٗنُن اَن
دوٗ پٕنس کیا کھمہٕ گأجس زہارن

اکہٕ نُندن ژھارٕنۍ وِزِ ہوٗگی ستٕر کرٕ کھ بوٗزِتھ چھُ رامہٕ گوپأنۍ یہ حالتھ سپدان۔

رامہٕ گوپال بوٗن ووتھ لارن کُجہِ مالہِ بوٗزٕلی دزٕ ایہِ تھاران
ولو جو گیو کھسوٗ ہیوٚ رُگن یے

اکہٕ نُندن زبتھ ییٚلہِ سُہ رچھنہٕ یوان چھُ تہٕ کمہِ آیہِ چھُ رچھنہٕ یوان؟ تس

کم لوٗز چھےٚ کرنہٕ یوان۔ یہ ننہِ ییمہِ شارٕ تلہٕ۔

گہہ منہِ پھلہِ نےٚ منز تھاوٕانی گہہ کھونہِ منز چھس للہٕ ناوان
گہہ رونہِ منز لس منز تھاوٕانی زاواکہٕ نُندنےٚ عالی شان

یمو سارِو ے مثالو تلہٕ چھُ ننان زِ احد زرگر چھُ صوٗفی شاعرن منز اکھ خاص مقام تھاوان۔ یہ ونہٕ نہٕ تھوٗ دمقام یہٕ ونہٕ پتہٕ زِ سُہ چھُ سبتھاہ بوٗڈ شاعر۔ نہٕ یہ زِ سُہ اوس پننہٕ نبن ہم عصر شاعرن سرس۔ پوٗز یہ خیال چھُ مےٚ ضرو زِ سُہ چھُ پننہِ کلامہٕ سِتی پننہٕ آسنک باس دوان۔ تس چھےٚ پٔننی پہچان، تسند کلام چھُ تیُتھ ییمہِ کٔنہ سُہ باقیٚ صوٗفی شاعرن منز پرٕ زٕ ناونہٕ ہیکہِ۔ یتھ تہٕ صوٗفی شاعرن ہندس کاروانس منز پٔنن پان نوٗن کڈُن چھینہٕ کانہہ سہل کتھ۔

# احد زرگر تہٕ صمد میرنہِ شاعری ہُند اکھ تقوبلی سام

احد زرگرس تہٕ صمد میرس چھےٚ ؤری پانژہ مرِ زِٹھ کانسہ۔ زہنہٕ حسابہٕ تہٕ تہٕ مرنہٕ پتہٕ۔ وانسہِ ہنز پیٹھ ہن فرق ہیکہِ نہ میانی۔ کنی دون شاعرن ہم کال مانس اشکال ترأوِتھ۔ یمن دونہٕ ؤنی ہُند زمانہٕ چھُ قریب قریب اکُے تہٕ فکر ہُند تہٕ فنک مأدان تہٕ اکُے۔ تہٕ گویم أسی دوشوے صوٗفی تہٕ دوشوے شاعر۔ یم أسیاہ گوڈٕ صوٗفی تہٕ پتہٕ شاعر؟ کنہٕ گوڈٕ شاعر تہٕ پتہٕ صوٗفی؟ یہ ؤنُن چھُ ہنا دشوار۔ یہ بحث چھُ تمن سارِنے شخصیٖژن متلق چلان رٕودمُت یم اکی ساتہٕ دون مأدانن ہٕندی شہسوار أسی ہتی چھِ یانے یمو فلسفس تہٕ شاعری، تصوفس تہٕ شاعری یا دیٖنیاتس تہٕ شاعری منز ہشی ناماواری پزٲوِمژ چھےٚ۔ اتھ مسلس ہیکہِ یمہِ سوالہٕ ستی ہنا گٔینی ہش نیرتھ زِ شاعری چھا ذٲری یہ کنہٕ مقصد؟ میون خیال چھُ زِ شاعری چھےٚ کیٛنژن لُکن ہٕندی کنی صرف اکھ ذٲری یہ، مقصد نہٕ کینہہ۔ یتھہِ پأٹھی زبان اکھ ذٲری یہ چھےٚ، پٔتن خیال بیٛیس تام واتناونک۔ یمن لُکن شاعری کھوتہٕ تھوٚد کانہہ مقصد بوٗنٹھ کنہٕ آسہِ تم چھِ تتھی کُن جادٕ مأیل آسان۔ وُں گو یمہِ ساتہٕ یتھی لُکھ ذٲری یہ زانی تھےٚ سٕہی۔ شاعری ہٕندس مأدانس منز نظرِ گژھان چھِ، امہِ مأدانکی موکل چھِ تمن اگادِ گژھان زِوٗ چھو یتہِ گٔس طےٚ کرِتھ درود۔ علامہٕ اقبالنؒ دژاے سبٹھاہ بارو زِمےٚ متہٕ مأنی تو شاعر پوٚ زکھو چن کھارنہٕ رِوٗس ترٕووکھ زِ أسی ترٲوون احد زرگر تہٕ صمد میر۔

میأنٔی رائے چھےٚ زِیم لُکھ شأیری صرف اکھ ذٔرِ یہ زانان چھِ تہٕ یمن امہٕ کھوتہٕ کانٛہہ تھوٚد مقصد بوٚنٛھ کنہٕ آسان چھُ یمن تہٕ چھِ زٕ ذٔرِ۔ اکھ دوٚر چھُ زأنِتھ مأنِتھ شأیری اکھ ذٔرِ یہ سمجھان تہٕ بیاکھ دور بے خبر پأٹھی أتھی ذٔرس منٛز چھِ احد زرگر تہٕ صمد میر شأمل۔ یہنٛد اصلی مأدان چھُ تصوف، وُن گو یمن چھےٚ قودرتن بیاکھ نیامتھ تہٕ بخشمٕژ۔ سوٚ گیہ شأیری۔ پٔنٕنۍ وأرۍ داتھ تہٕ تجربہٕ باونٕچ صلأحیتھ۔ یوسہٕ نہٕ پرٛتھ کانٛسہٕ أسِتھ ہیٚکہٕ۔ نتہٕ چھا اتھ کتھِ نکار کرُن موٚمکن زِ تِہنٛدِ کھوتہٕ تھدِ پایکۍ صوٗفی تہٕ آسن وٕتھی ٕتۍ۔ بہر حال چونکہ یمن نٔش چھِ شأیری صرف اکھ ذٔرِ یہ تہٕ سُتہٕ نہٕ زأنِتھ مأنِتھ ٹلۍ کہٕ بے خبر پأٹھی تمہٕ کِنۍ پزِ نہٕ اسہٕ یمن نٔش شأیرانہٕ بجرُک، فنہٕ کہٕ تھزرُک، تکن گری تہٕ ہونر مٔندی ہُنٛد کانٛہہ توقع تھونۍ۔ یِیتہٕ ہیٚکہٕ یہ سوال وٕتِھتھ زِ یہٕ کیا زِ چھُس ونان یم أسۍ نہٕ شعوری طور شأیری اکھ ذٔرِ یہ زانان۔ جواب چھُ یہ زِ تصوفک دُنیا چھُ سِرن ہنٛد دُنیا یاتہٕ سِرِ چھٕنہٕ نوٚن گژِھتھ سِر روزان اکھ فارسی صوٗفی شأیر ونان۔

چشم بندو گوش بند ولب بہ بند
گر نہ بینی نورحق بر من بخند

اتہٕ چھُ ژالُن تہٕ وتراوُن، نہٕ زِ باوُن یا ٹاوٹاو کرُن۔ یہ چھُ جرم سہ جرم یتھ کلہٕ پھوان چھُ دیُن شیخ سرمد سٔندی پأٹھی یا کأٹھس پھوان کھسُن، مُتس منصورٕ سٔندی پأٹھی۔ توے چھُ سوچھ کرٛال ونان۔

نوقطہٕ پھو عأنس تہٕ غأن پیوٚس ناو      غأن سپُن محرم کوٚرن ٹاوٹاو
تمہٕ شٕچھِ منصور مارنہٕ آو      ناو در آب تے آب در ناو

صمد میرنی رائے تہِ چھینہٕ امہٕ نشہٕ مختلف۔ سُہ چھُ ونان۔

صمد میر موٗژ کرفاش      وپراو چھکھے آکاش

تہٕ احد زرگرتہٕ چھُ اُتھی ووج دوان

زرگر احدیو زبو نبمگلاو      من ورالورا دیدٕ پٔرزناو

گوھنہٕ گوٗھی تھے گوٗھتھ سرٕ عارٔی فن      رنٛدٕ بن زندگی سرٕ کرتن

یم چھ خاموشی ہُنٛد تلقین کران۔ سرٔنہٕ راونہٕ تہٕ ٹاوٹاو کرنہٕ نشہٕ باز تھاونچ کوٗشش کران۔ یوٗ زیہ گرٔنی وِزِ تہٕ چھِ تمن زبو موٗراوٗنی، لفظ ورتاوٗنی تہٕ زبأنی کأم ہیٚنٛز پیوان۔ یتھُے تم یہ کران چھِ، تم چھِ سأنس دنیاہس منٛز اژان تکیازِ یہ زبان چھےٚ مأدی دُنیاہچ زبان۔ تمن چھُنہٕ شاید اوٗگن ظون آسان۔ تو ے وٗن مے زِ شأیری چھِ تمن سأنس دنیاہس اژنک اکھ ذٔریعہ یوٗ زغأر شعوری پأٹھی۔ اتھ دنیاہس منٛز یوسہٕ یہ پابندی باوٗژ پیٚٹھ چھے، اُمی کنۍ چھنہٕ یم سدِ سیوٗد وضأحتی اندازس منٛز پننٛز کتھ وٗنتھ ہیکان یمن چھے پردن وٗلی وٗلی کتھ کرٕنی پیوان تہٕ وُٹھی وُٹھی وٗنن پیوان تہٕ یوے چیز چھُ یہنٛدس کلامس منٛز شأیرانہٕ حُسن پأدٕ کران یوسہٕ اُسی یہنٛدِس کلامس منٛز ژھانٛڈان چھِ سہ چھُ بیٚیہ تہٕ کینٛژٕ ووجہو کنۍ پأدٕ گوٗمت آسان۔ اکھ یہ زِ تصوفک دنیا چھُ روٗحأنی دنیا، مأدی چھُنہٕ، تیٚتھ کأنٛہہ کتھ ہکونہٕ وٗنتھ یمہِ دنیاہچہِ زبأنی منٛز۔ دویم یہ زِ اتھ دنیاہس منٛز صوٗفی ین ہندی تجربہ تہٕ چھےٚ نبرل یہنٛد بار مأدی دنیاہچہِ زبأنی ہنٛدی لفظ ژألتھے ہیکان چھِنہٕ تہٕ بقول غالب

آبگینہ تندی صہبا سے پگھلا جائے

تژیم یہ زِ یم تجربہ بیان کرنس پیٚٹھ چھےٚ پابندی۔ ہوٗ پأرٕ چھےٚ تجربٕچ نارٕ بُسر چھوٗرٕ کرناوان تہٕ اکھ عجیب دگ مأدان متھناوان تہٕ نالہٕ دیاو ناوان اتھ

حالس منز ہینہٕ آمُت اے کرِتہٕ کیا کرِتس چھِ یم سارے مجبوری وناوان تہٕ دُٹھی دُٹھی وناوان۔ اُتھی چھُ امین کاُمل صاب ابہام ونان، سہٕ ابہام تہٕ یُس حسن چھُ ہیٚکہِ سہٕ ابہام۔ یتھ مانے آسی نہٕ۔ یتھ اہمال پزِ وُنی تم چھِ لیکھان ''ابہام گونہٕ ہرگاہ کانہہ باتھ یا نظم سرِ نیر آسہِ ہیتھ یا تمہِ چہٕ علامژ نوہ آسن یہِنْدِ سمجھنہٕ خاطرٕ انسانس غور و فکر پیٚیہ کرُن ہیٚکہِ ابہام یتھ اُسی مضرتہٕ خطرناک چھِ ونان گویاتہٕ بے مانے شار ونی یا اکھ موضوع تہٕ خیال تتھٕ پاٹھی بیان کرُن یتھ میک واتنیار ناکام آسہِ رُودمُت تہٕ یُس انسان انتہاٰیی کوششہٕ باوجود کُنہِ صورتس اندر لیتھ ہیکہِ نہٕ'' (صوٗفی شاعر جلد ترٛے) ییٚتہٕ چھُ یہ وُنی ضوٗروری زِ میانہٕ خیالہٕ گوسے ابہام یتھ نہٕ کاُمل صاب ابہام ونان چھِ تہٕ یتھ تم ابہام ونان چھِ سہٕ گومیاٰنی کُنہِ اہمال۔ مے چھُ باسان زِ کاُمل صابن آسہِ ابہامس متلق پننہٕ رایہٕ پتھ وِ پانہٕ تہٕ نظرِ ثانی کرِہژ۔ اُسی چھِ صوٗفی شاعرن ہنْدبن تمنیٚ تجربن تاں واتتھ ہیکان یم اسہِ ماٰدی دنیاہس منز سِدتھ ہیکن واللین تجربن ہوی باسان چھِ۔ یہ چھنہٕ تیوٗتاہ واتناوبر چہٕ ناکاٰفی ہندقوٗ صوٗریوٗ تاہ ماٰدی تہٕ غاٰر ماٰدی دنیا ہکہٕ ہیٚزرک، تجربن ہنْد وٚکھوارک تہٕ سانہٕ دنیاہچہٕ زباٰنی ہنْز تنگی تہٕ چھوٚنی رُک قوٗصوٗرچھِ۔ ییٚتہٕ چھُس یہ بیٚیس کتھِ تہٕ پھُٹ کڈِنی یژھان سوچھے یہ زِاُکی سنْز دُٹھتھ کتھ ونی چھے بوزن واٗلس کاٗکل باسان ہیٚیہ سنْز نہٕ۔ اتھ چھنہٕ فرق کرنہٕ خاطرٕ یہ ظاٰہر کانہہ میٹوا۔ آں وَنن واٗلس اگر خلوٗص آسہِ نُنی پاٹھی چھُ فکرِ تران زِ کاٰکل چھنہٕ۔ بوزن واٗلس چھِ باسان زِمیانہٕ اکتر امہٕ کُنی، لحاظہٕ کُنی یا پنہٕ نے نہٕ واتہٕ نہٕ کُنی چھنہٕ یہ شخص کھُلہٕ پاٹھی کتھ کرِتھ ہیکان۔ وِ اگر کتھ کرن وول تکن گری ہاوِ۔ بوزن وول تہٕ چھُ صاف زِتران زِ یہ شخص چھُ ژھلہٕ گوٚرڈ ابل، بدنیت تہٕ پنُن پان چھنہٕ پننے کتھِ بند کرن یژھان۔ صوٗفی شاعرن منْزتہٕ چھے تجربن ہند خلوٗص، پزِ داد چ تہٕ

دگہٕ ہنز تہٕ سیز رٕچ پزرچ یہ فرق مختلف جاین درینٛتھ گژھان صوٗفی شاعرِ چھِ یہ زن
مےٚ بوٗنٛتھ پہن وون پرٕ دن وٕلی وٕلی کتھ کرنس پیٛتھ مجبور آسان ۔ یم پرٕد چھِ آسان
تمثیلن ہنٛدی، تشبیہن ہنٛدی، استعان تہٕ علامژن ہنٛدی تہٕ یم ساری چیز چھِ شارٕ
مہرنہٕ ہنٛد گہنہٕ ۔ اُمس مہرنہٕ ہنٛد روح چھُ جذبٕچ گرمی خلوٗصک شوٗز تجربک پزر،
دادِچ دگ، فکر ہنٛد سنبرتہٕ وونٛدٕچ بے قراری تہٕ اُمی سنٛد جسم، لفظن ہینٛد پاراو، لہجک
آہنگ آوازن ہنٛد زیرو بم زبانٛی ہنز روانی تہٕ بیانک میچھر ۔ یم گون ییلہٕ اُسی
احد زرگرس تہٕ صمد میرنس کلامس منز ژھاران چھِ اسہٕ چھنہٕ مویوسی سپدان ۔

مےٚ وۄن مضمونہٕ کس ڈسلابسےٚ منز زِ صمد میرن تہٕ احد زرگرن زمانہٕ تہٕ اوس
اکُے تہٕ ماحول تہٕ ۔ یہنٛدی صوفیانہٕ تصورات چھِ ہوی باسان تہٕ یہنز فکر ہنز لنگ لنجہٕ
چھےٚ پانہٕ وانی رلان ۔ کاشرٕ بن ہنٛدِ صوفیانہٕ تصورن ہنٛد آگُر چھنہٕ مےٚ چھرا اسلامی
باسیومُت ۔ اتھ منز چھِ ویدانت، شیوازم، بدھ مت تہٕ باقٕے فکرن تہٕ فلسفن
ہنزن جوٗین ہنٛد آب تہٕ رلیومُت ۔ کاشرٕ بن صوفی شاعرن ہنٛد اکھ تصور چھُ '' کینہٕ
نہٕ '' اتھ ہکو اُسی شُنیہ وٕنتھ ۔ یہ چھنہٕ بودن ہُنٛد شُنیہ یا نے Void یہ گو عدم ییمہٕ نشہٕ
بہٕ بقول امین کامل '' کُنہِ چیز کہِ ظاہر گژھنہٕ برٛونٛہم حالت '' تو ے چھےٚ اتہ متلق
للہٕ دید و نان زِ '' کینہٕ نس نشے کیاہتام وزاو '' تہٕ سو چھِ کرال ۔

| | |
|---|---|
| کینہٕ نے اوس کیاہتاں اوس | گینہٕ نس معنہ چھِ کینژھا |
| کینہٕ نک معنہ زانان گوس | پانے اوس بہٕ بہانے |

صمد میرس چھُ اتھ نسبتھ یہ خیال ۔

| | |
|---|---|
| چھُ کینہٕ نے عرش و سماوات | چھُ کینہٕ نے لوح قلم دوہ راتھ |
| چھُ کینہٕ نے کتھ دِس سجدے | ونے بوزم ینے کینہٕ نے |

تہٕ احد زرگرس تہٕ چھ یتھے ہیو تصور

چھُ کینہہ نے ہفت ناگن پے چھُ کینہہ نے منز ذراتن ے

چھُ کینہہ نے کینہہ نچی ہیتھ کل وچھم کینہہ نے مےٚ دپدن تل

بیا کھ تصور چھ سیاہی ہُند۔ مےٚ چھُ باسان یہ چھےٚ کینہہ نچی دوٕیم صوٗرتھ۔ ماٗدی دنیاہس منزٕ تہٕ یوٚتاں سانہِ نظرِ ہُند حد چھُ تمہِ اپور چھُ اسہِ گٹہٕ زوٗل باسان۔ أسی چھنہٕ ژٕنتھ ہکان امہِ اپور کیا چھُ۔ خبر صوٗفی شاعر یتہٕ ماچھِ تتھ دُنیاہس یمیک حال اسہِ موٗلوم سپدِتھ ہکہِ نہٕ سیاٗہی ءسٔتی تاٗبِر کران۔ بہرحال یہ تصور چھُ احد زرگرن یتھہٕ پاٹھی پیش کوٚرمُت ۔

سیاہ چھے ناو سیاہ ڈٕری یاو سیاہ موج گیرٕ ساٗلس دژاو

سیاہ ژاکہِ وارِ ژھٹہٕ مارس بوٚمبر گوٚمُت سیاہ کارس

تہٕ صمد میرن یتھہٕ پاٹھی ۔

سیاہ مُلکس اندر سیاہ ڈٕری یاو سیاٗہی منز کیا صمد میر ژاو

سیاہ آگرٕ گژزان کولے لولو سوندرے چھم نوزولے لولو

صمد میر چھُ یتے ونان زِ کرُتمی دُچھ سیاہ مُلکس منز سیاہ آگرے کولہٕ گژزان پوٚز احد زرگر چھُ سیاہ ڈٕری یاوس منز سیاہ ژاکہِ وارِ کیتھ ساٗل کرنچ تصوریتہٕ بوٚنٹھ کنہِ تھاوان۔

وحدۃ الوجود چھُ قریب قریب سارنے کاٗشر بن صوٗفی شاعرن ہُند نظریہ تہٕ یہ چھُ پرٛتھ کانٛسہِ صوٗفی شاعرن پننہِ آیہِ بیان کوٚرمُت۔ صمد میر چھُ ونان

پانے چھُ بونہٕ تے پانے چھُ ہیرے پانے چھُ پانس ونان اسرار

(یانوٗن دراودر شکل انسان) یہ چھُ اکھ موحتاط اندازٕ پوٚز احد زرگر چھُ سبٹھا

بے باکی سان احتیاطکو ٹھری چھکرِ تھ یہ کتھ کران۔ وچھو

می لوٗد آدم می ڈِتس جان　　　　می زاو محمدؐ می وۄن قوران

می نشہِ نوٗن دژاو ملک الجبار　　　　کأفر سپنتھ کوٗرم اقرار

یہ بیٛاکھ جلوٗنہِ بوٗ رُت تہٕ قلندرانہٕ لہجہ چھ کأشر صوٗفی شأیری منز گوڈنچہِ لٹہِ احد زرگرنہِ ڈُسی پأدٕ گومُت۔

کأمل صاب چھُ احد زرگرنہِ شأیری ہٕندی گون گنزراوان یتھس کلامس ''لرزاون شأیری یا نے Horror Poetry ہٕند ناو دوان تہٕ لیکھان زِ ''تمن تشبیہن، استعارن تہٕ علامژن ہٕند ورتاویم اکھ خوفناک فضا پأدٕ چھ کران تہٕ کأشرس ادبس اندر لرزاون شأیری ہنز گوڈنچ مثال چھےٚ بنان'' چھ احد زرگرنہِ کلامچ اکھ خاص خوٗصوٗصیت۔ یہ کتھ چھےٚ میأنی کنہٕ صرف لہجہٕ کہِ وِتھہ ار کنہٕ صحی۔ تشبیہو استعارو تہٕ علامژو کنہٕ نہٕ۔ اتھ سلسلس منز دمہٕ بہٕ احد زرگرنہِ کلامہٕ منز زٕ مثالہٕ تمے یم کأمل صأبن دِژمژ چھےٚ۔

گنہِ کر پنہٕ نس اولادس　　　　ہنہِ ہنہِ ماز تژاو ڈری یاوس

پٔژ یئے من پُٹن گری زِ نہار　　　　کأفر سپدِتھ کوٗرم اقرار

یس ستی نکاح چھےٚ یا تدبیر　　　　تسنزے بہِ چھو دامہٕ دامہٕ شیر

یُتھنہٕ گانگل کری کانہہ اغیار　　　　کأفر سپنتھ کوٗرم اقرار

یمن شارن منز چھنہٕ اولادس، مازس، نہار کرنس، نکاحس، دامہٕ دامہٕ شیر چینس تہٕ کأفر سپدنس سُہ مانے یُس لغوی یا اصطلاحی حسابہٕ یمن ستی مخصوص چھُ۔

شائرن چھُ یمن پٔنن مانے دیُتمُت۔ یم چھِنہٕ شخصی علامژ ے یاژ ٲسۍ کہِ تصوفکہِ دنیاہچہِ علامژ تہِ۔ اولاد گو نفس، تسُند ماز گو تسٕنز خاہشہِ، نہار کرُن گو یمن خاہشن چھلہِ چھانگر کرِتھ خوش سپدُن۔ نکاح گو پیرس ستی بیتھ۔ تسٕنز بہِ شیر چۄن گو تسٕندِ ے ہدایتہٕ پکُن تہٕ تسٕنزِ ے پڑھ پیٹھ پلُن تہٕ کافر سپدن گو بقول اقبال ''شعلہ بن کر پھونک دے خاشاک غیر اللہ کو'' خو دالیس رؤس سارِنے پڑھن نکاریانے لاہچ اصلی حالتھ۔ سوے یتھ منز شیخ سرمد صرف لا الہ یانے اوٗ ڈے گلی مہٕ پران اوس، لہٰذا چھنہٕ یمن مثالن منز لفظ، تشبیہ یا علامژ کھوژ ناوان ٲسۍ کہِ احد زرگرن لہجہِ۔ یُس قاہرانہٕ، لہجہ باسان چھُ تہٕ یہ لہجہٕ چھُ کاشرِ شاعری منز پزی پاٹھی نوٗ ونتہٕ چھےٚ یژھےٚ کتھ صد میرن تہٕ وٲنۍ ہژ۔ مثال چھےٚ یہ۔

کھۄ حرام موے وۄزلی ژٕ ے سرہم    بوے مارِتھ بنی خوٚ ے آدم

دیوٗ طلاق روے زن دوٗر کرتم    بوے مارِتھ نبی خوٚ ے آدم

تصوف کس دُنیہس یانے روحانی عالمس منز سپدٕ یمتی تجربہٕ چھِ صد میرن تہٕ احد زرگرن دۄنوٕ یو سانہِ مادی دنیاہچ زبان ورتاوِتھ تمہِ آیہٕ پیش کری متی زِ واتناورچ ناکامی چھےٚ خالے مۄحسوٗس گوٚھان۔ واریاہن جاین چھِ یم تجربہٕ زنتہٕ مجازی عشقکی یا مادی دنیاہکی تجربہٕ باسان۔ مثالہِ پاٹھی دوٗ ررک زر، زرٕنک تجربہٕ یُس احد زرگر یتھ پاٹھی پیش کران چھُ۔

بندن بندن چھُم چون خاشو    ژندن باغ وۄتھراوے یو

رندن ستی چھُکھ ماران ماشو    گاشوستھ گاش وندے یو

دوٗ ررک زرژ النگ تجربہٕ بیان کران کران چھےٚ باضے ارکنہٕ مالہِ ہنٕز ہش

شبیہہ بوٗنٹھ کُن یوان ۔

ژورِ ژورِ کوٗ تاہ اوٗش یو تراوے      موٗر للہٖ وان گوم یژ کال
ہوٗرِ پھیر زردی عشقہٖ آمہٖ تاوے      ولہٖ کاٗلی راوے کھبکھ ارمان

صمد میرن تہٖ چھےٚ یتھے عالمکی تجربہ بیان کرنہٕ وِزِ ماٗری منز شبیہہ پاٗدٕ کرِتھ

وچھو......۔

وُچھان وُچھان لوٗسم لیے پشان سُہ کرِیے
پُشتھ اوٗشس اُنجم تیٕ مُشتھ مےٚ گوپان

یا ۔

کف میانہٖ پڑھ ہند شِنہٖ کھوتہٕ پزون یے
گف چھٕنہٕ دکہٕ دِین چون
تھف نے تژاوے دامانہٕ ژھیوٚنیٔ
تتہٖ مالیُن یے میون

یا ۔

پتہٕ یم ہس چھٕم دوٗرن      ہتہٕ وُچھتہٕ اتھ چھس موٗرن
متہٕ ژلتم لول آمے      ذرٕ ذرٕ چھٕم ہرنامے

صمد میر چھُ ہمیشہٕ دوٗرٕ کی وبد اکھ دوان تہٕ یم وبد اکھ چھُ پُر اثر۔
احد زرگرن تہٖ چھِ یتھی وبد اکھ دِتی مُتی یوٗ زباسان چھِ زِلتس چھُ گُنہٖ گُنہٖ دوٗرِ رُک نار
ژھیوٚ مُت تہٖ۔ اکھ مثال چھےٚ یہ ۔

مونہٖ میٹھی دِتی مس کھورن تہٖ اتھ نےٚ      کھونہٖ کھونہٖ للہٖ وُم رونہٖ مُت یار
تنہٖ تن ملہٖ وتھ پیٹھی خلوتہٕ نے

پننس ماشوقہٕ سند بن ژھایہٕ گتھٕ ہنز شبیہہ چھےٚ دونویو شاعرو پیش کرمژ۔
پۆز اتہ چھ احد زرگر کُنہٕ کُنہٕ صمد میرس بروٚنہہ نیران صمدم میرن چھُ اکس جایہٕ ووٚنمت ؎

ہارون وُچھ مے کار نوٚمر اوتھ      ناروُن ترٚاوِتھ بوٚن تے
وٚنہٕ وِنہٕ کُس وُنی بہیہ یتھ نیٚالیس      منہٕ دوٚ پنم دِ ے کاس

اتھ مقابلہٕ وُچھتو احد زرگرنہٕ کلامہ منز یہ مثال ؎

چنگہٕ ساز بوزان سنگدل ڈلی یے      ہنگہٕ دارِ کھوٚن دِتھ حوٚر توشان
پژنگہٕ خوٚتوٚن وُژھ رنگہٕ یارٕ بلی یے      ولہٕ یتھ زلی یے آکہٕ وے پان

سائلکن یم کرٚاٹھی منزل حقیقی عشقہٕ چہٕ وتہٕ منز طے کرنی پیوان چھِ تہٕ یمو ازمائیشو نیرُن پیوان چھُ تمن ہندی تجربہ بیان کران چھُ صمد میر وننان

ع۔ نارِ نیرِتھ پیٚیم کھارٕ ریرن    یا ع    حالہٕ اکہٕ لاگنم کرٚالہٕ سُندی پن

یا

گِژھہ ییتہٕ یارس یارلاگُن یے      پیژ بنہٕ نار و تر و ن

یا

ییرس تہٕ نارس میٚل ییلہٕ گژھی      شیرس موٚژی بیور

یم کرٚاٹھی منزل طے کرنی چھِ ''ناخوٚنہٕ ستی اسمانس کھننس'' یا ''دوٚ ابرہ مارنس'' برابر

احد زرگر چھُ یمن تجربن ہنز باوتھ ییمہٕ آیہ کران ؎

ترٚٹہٕ عشقنہٕ برسر پانہٕ ہیوونس      گرٚٹہٕ کڈنس پرٕنس پان چھوونس
گٹہٕ گُم شُد انوار پننہٕ لولو      تام لوچھر گوم پننہٕ پننہٕ لولو

یا یہ ونان زِ ''ئوتاوعشقنہِ پان بزناو'' ظاہر چھُ زِ دوشویو چھےٚ مختلف تشبیہہ ورتاوہو تہٕ بیوٚن بیوٚن شبیہہ ووتلاوہو تہٕ یتھین چھےٚ صمد میرنہٕ شبیہہ زیادٕ جان باسان۔

نوزُک خیاٗلی چھےٚ دوشوٕنی شاعرن ہندس کلامس منٛز نظرِ گژھان پوٚز یتہٕ احدزرگر معشوقہٕ سُندِ یِنگ اندازٕ پننہِ شیشو ہیرِ زاوِیل ٹھس گژھنہٕ ستی لاگان چھُ تتہٕ چھُ صمد میر ماشوقس داتھو کھراو لاگتھ اتھ ستہٕ پاوٕ شیشو ہیرِ کھسنُک التجا کران۔ یِیمہِ کنٛزیادٕ واضح، صاف تہٕ روشن شبیہہ بوٚنٹھ کُن یوان چھےٚ۔

احدزرگرن شار چھُ یہ ؎

اوجہِ شیشہِ ہیرِ زاوِیل ٹھس گوم

پوٕرِ پاٗدِ حبس گوم رووُم ہوش

تہٕ صمد میر چھُ دون ژون جاین یہ شبیہہ پاٗدکران ؎

ستہٕ پاٗوٕ شیشو ہیر داتھو کھرٛاو پادن ترٛاو

کھس وارٕ اسہِ دی فارخطی یے پاروٗتی یئے لو

زونہٕ ڈبہِ بیٹھکھ نشہ بگوتی اتی نظر ترٛاو

صمد میرنس اکس غزلس متلق چھُ کاٗمل صاٗب لکھان زِ ''اتھ اندر چھِ صاف خیالات، روان الفاظ، بروٗر جذبہ تہٕ شاعرانہٕ آہنگ موجود'' تہنٛدی کنٛی ہر گاہ اہنٛدِ کلامہٕ منٛز کانٛہہ چیز پوشہٕ دُن چھُسہ چھُ پزٕی پاٗٹھی یوہے اکھ مسلسل غزل۔ یہ کتھ اوٚک طرف ترٛاوِتھ زِ یہنٛد کلامہٕ منٛز چھایوٚ تے یوت پوشہٕ دُن رکنہٕ بیٚیہ تہٕ کینٛہ (یہ اندازٕ ہسکو توہی شاید میون یہ مضمون بوٗزِتھ کرِتھ) ونہٕ بہٕ یہ زِ برپور جذبہ تہٕ شاعرانہٕ آہنگ آسنہٕ علاوٕ چھِ شاعرن اتھ منٛز مختلف شبیہو تہٕ علامژو

ستی پٔنٕن تجربہ بیان کرنس منز کامیأبی حأصل گرہٕ۔ اکھ شار چھُ یہ۔

یتھ چرخہٕ پٔندرس توسہٕ کرٛوم     وٕرٕ تلہٕ رود اُوم
پوٗل گوسہ بازر مول ؤستھ گوم     وہتہٕ راوُن پیوم

یتھےٚ تجربہ یمہٕ ساتہٕ احد زرگرس پیش کرُن پیوان چھُ۔ سُہ چھُ یوٚتےٚ
یوت ونان۔

شاہ توس وونیوم آمنٕ پنہٕ نےٚ
لوگم کنہٕ نُے سپدُم فان

بیاکھا اکھ تجربہٕ پیش کرنس منز چھُ صمد میرن بیان ڈیوٗلتہٕ بےٚزوٗ

اتھ وتہٕ وٕتھرے توسے     ہنہٕ ہنہٕ ژھأنڈتھ پیوسے
ستہٕ سوس پن کھاجامے     ذٕرٕ ذٕرٕ چھٔم ہرنامے

یپأری چھُ احد زرگرن یہ شار اتھ مقابلہٕ بلند۔

نبر سوندرا زالان ژون بونن     اندرٕ ینٛدراہ کھالان ستہٕ سوسن پن
شبیہ سأزی چھےٚ احد زرگرنس کلامس منزٕ تہٕ دریٹھ گژھان تہٕ صمد میرنس
کلامس منزٕ تہٕ یتہٕ احد زرگرتھی شار ونان چھُ زِ۔

واوِ چھٕکھ پھیران گوشن گوشن     گرٛاوِ سانہٕ نِکھنا مارکھ گرٛاے
تاوِ دل ڈٔدی اسہٕ آرٕ ولہٕ پوشن     چھا فراموشن پوشن پأیے

یا

زأل ہارٕ دِنس گیہ اسہِ سفید پوشن     چھا فراموشن پوشن پأیے
تتہٕ چھ صمد میر یتھہٕ پأٹھی شبیہہ وتلاوان۔

زم ہٕرتھ دراو ژٔندر تارک کوٗم گرِتھ اوچھے لرے
یونہٕ نألی سہندرے ڈبکس خط پرٕیمہٕ پاروتہٕ گتھ کرے

پۆز احد زرگرنہٕ سارے دسیاب کلامک مطالعہٕ کٔرِتھ گونہٕ مےٚ صمد میرنین

یمن دۄن شارن ہُند جواب کُنہِ نظرِ ۔

لوُگتھ پھل گرٛٹس ژھل چرخ مارن آلیس تہٕ کھارِ چھِے مٔنزی مٔنزی لا

شوگکہِ ٹھس ٹھسہٕ لٔج پھلس دارن پان سرٕ کر مٔرِتھ مارن کیا

دچھِ رانٹھ کھٔژ ہلہِ ہلہِ ورماسٔ زانہہ اتھ دراو

کأری گرکۆ تاہ دلہِ کیو ہو کلہٕ کرٹھہراو

تہٕ نہٕ احد زرگرنین یمن دۄن شارن ہند جواب صمد میرنس کلامس منٛز ۔

ژھسپہٕ بیۆٹھ گوسأنی تھپہٕ رٹنہٕ واو ژھسپہٕ میۆٹھ کٔرِتھ کسبس سنیاو

سپہٕ روٹھ سپُن مأیل سونس ہاوِیسی تہٕ وٕنتم باوِکس

تٕلرِ وِیُو رہتھ ژایہِ چلس أندر أنزراوان

زٕلری گیُو رکۆر نفسِ ژھلس سُے مےٚ دلس کان

اہٕندِ کلامک اکھ پہلو چھُ شاستر ورتاون ۔ یہ چھِےٚ دراصل لل دید ہنٛز

ربوایتھ یُس پتہٕ شاہ غفورس ہوٚی شأعر پالان رۆدی ۔ پۆت پےٚ ہہند بو صوفی

شأیرو منٛز بۆ راتھ صمد میرن تہِ لول تہٕ احد زرگرن تہِ ۔ امین کأمل صأب چھِ

صمد میرس متلق رائے تھوان زِ "شاستر ورتاونس منٛز چھُ یمن پزٔی پأٹھی باقےٚ صوٗفی

شأیرن ہٕندِ کھۆتہٕ زیادٕ پہن شو دیوٗد" پۆز مےٚ چھِ باسان زِ اتھ سلسلس منٛز ہکہِ نہٕ

سُہ احد زرگرس برونٛہہ نیرِتھ ۔ یہ دمہٕ دوٚشوٚنی ہٕندِ کلامہٕ منٛز اکھ اکھ مثال ۔ صمد میرُن

شار چھُ ۔

زپہٕ مال زنار پأراوو کأٹی بگوانس ڈأٹی ہاوو

ڈبکہ ٹِکہٕ موگرزافران ہیُوٚ پڑاوم سوٚ پڑاوم سوٚ

تہٕ احدزرگرن شار ؎

ہوشہٕ ڈول ٹھُوکر پوشہٕ پوزایو جوشہٕ آو اپشر زل کڑ یہ ستی

گوشہ گوشہٕ شنکرس شینکھ کونہٕ وایو گہہ پیوم میمہٕ چوگرایوس ستی

لفظن ہنٛز ترتیب چھےٚ یمن دوشوٚنی ہندس کلامس منٛز وایاہن جاین تمہِ آیہِ

زِاکہِ خاص قسمُک آہنگ چھُ پاُدٕ گژھان تہٕ سازٕت چھُ تھنہٕ پوان۔ باسان چھُ زِ

لفظ چھِ ربابہٕ تارن ہندی پاٹھی وزان تہٕ اہٕندی ذٔری یہِ پاُدٕ گومُت ساز چھُ بوزن

وإٔلس ذُہتھ نوان۔ مثالہِ پاٹھی صمد میرٕنی یم شار ؎

سیٛندرے ٹیکہِ چانہٕ چھندرے مُتٕ یے اتی نظر تژاو

سنہِ سدرے منٛزٕ دُر یمیٚ کھولو ونہٕ لیس ییہ تے تس لوٚگ باو

منہِ منٛز کوٚرمس رونہِ منٛزولو رُح میون قالو بوزِتھ آو

تہٕ احدزرگرٕنی یم شار ؎

وڑِھ وأنجہِ تس مےٚ آلو دِتی یے یژھ ہنٛزِ مالہٕ چھس ناٗلی تژاوان

پژھ ہندی لال چھم مژھ گنٛڈی مُتی یے کوٚت گوم اُتی یے مارس پان

اصٕلچ نمکی چھےٚ یاون ژورس فصلچہِ پھلیہِ چھُ تمیُک نشان

وصٕلچ شربتھ چینٛی رنجورس یہ کرے نوٗرس ہوتے ہو

مروجہ شارٕ سانچن منٛز تبدیلی انہٕ نچ کوٗشش چھےٚ یمو دوشوی شأیرو سبٹھاہ کم

کٔرمژ۔ نہٕ آسنس برابر۔ غزل، پدتہٕ زیادٕ پٔہن وژُن چھُ ورتاوس منٛز انہٕ آمٕت۔

احدزرگرنہٕ کلامہٕ منٛزٕ چھِ مےٚ اُکس جایہِ یژھ کوٗشش نظرِ گأمژ۔ تمہ مثال چھےٚ یہ ؎

اسہِ ونہٕ ھۆرے مس ونہٕ مورے

کھسہٕ ونہٕ ٹورے شر نے وژام

کونے وبسی دلبر خبرے آم

أندرِمہٕ وُزِنی چھُ احد زرگرس مقابلہٕ صمدی میرس رِوایتی شار ہیتھ

پھڑ اونس کُن اؤ نمت اکھ زٕ مثالہٕ ۔

پتھ جنگل موٗرتھ شکاری ستھ جنگل تژأوِتھ نبر

شاہ چینس نازنیس دایہِ اکہٕ ۆنی سوے خبر

اکہٕ نندٕ نہٕ سُند قصہٕ چھُ صمد میرن تہِ بیان کۆرمُت تہٕ احد زرگرن تہِ ۔ اتہ

قصس منز چھےٚ جوٗگی سُنز تہٕ اکی نندٕ نی سراپا نگاری تہِ کرنہٕ آمژ ۔ اکہٕ نندٕ نہٕ سُندس

مارنس پتھ تسندس مأ لی سُندی ماجہِ ہندی تہٕ بیٚنن ہندی جذبات تہِ ہاونہٕ آمٕتی تہٕ

کیژن موقن ہنز منظر کشی تہِ سپز مژ ۔ سراپا نگأری منز چھِ احدزرگر بوٚنٹھ

وژامُت ۔ ییٚتہِ صمد میر ونان چھُ زِ ۔

ژھوٚٹہٕ ہیتھ دردس کش چھس نأ لی ژھأ گس تل چھس شہہ سُنز ڈأ لی

جولہٕ منز وُچھمس جوأنی جے گو سأ نی ژاو سانہِ آنگأ نی

تتہٕ چھُ احدزرگر أمی سُنز تصویر یمن لفظن منز پیش کران ۔

ژھوتہٕ کشکول ہیتھ چھکھا پھیرانو لوٚٹہٕ چھےٚ دردس مس پریشان

گوٚٹہٕ دار کھژ اوِ چھُکھ ٹھس مارانو جوٗگی مستانو وندیو جان

جذبات بیان کرنس منز چھِ دوشوے شأ یرہشے فنکأری ہُند ثبوت دوان

۔صمد میر چھُ ونان ۔

داپہِ دوڈِ ماجہِ آسہِ گاٚمژ اپٔیے بیٛہ چھس ودان ستھ بنِیے
ہائے اکہِ نَنڈِ نُے باپہِ سانہِ کُنٔے کھیٚنیے پیٛہ مبزمان

یہِ حالتھ چھ احد زرگر ییتھہِ پاٹھی بیان کران ۔

ستھ ببنہِ چھس ہیرِ پان ماران اکہِ نَنڈِ ننہِ دادِ خون ہاران
باپٔی جانو ژلتہِ کُن کُئیے کتہِ تھووُن اکہِ نُنڈِ یے

شبیہہ سازی منزٕ تہِ چھُ احد زرگر پنٕنی ہنر مندی برقرار تھاوان یمیک اندازٕ
یموشاروٕ ستی سپدتھ ہیکہِ ۔

پوٚر کوٚر پوٚربر جوٗگی گفتارن سوٚرِ ژولہِ بٹنے نوٚر پھوٚل زن
ویٚوٚر ہیتھ ٹُکراہ آیہ گلزارن بسرے نارن زاٗ جنم تن

داپہِ دوڈِ ماجہِ کیا آیہِ ژٔری ژٔری ژٔری موہرِ چھچہِ ہس کم تاٗریف ژٔری ژٔری
جاپہِ جاپہِ گوسونہِ ووتھرُن تہِ لولو زندِ سأپن اکہِ نُنڈُن تہِ لولو

اتھ مقابلہِ چھےٚ صمد میرنی یتھ شارس منزٕ وو تلاونہٕ آمژٕ شبیٖہہ ہناوٕسی پاپہِ

مٔتی ٲسی حدٕ ژٔسی سبد بن اوس حال کبتھ چیتھ دتی ہکھ ستھ ستھ لال
تتبن پوتیوٚت موختہِ متبولوٚ دچندِ نے ژاٹہِ ہال سون اکہِ نُنڈ نے دراو

احد زرگرن چھےٚ کیئنژ ن موقن پیٹھ ڈرامایی کاٚفیتھ ہش پاٚدٕ ژٔرمژٕ ۔ جوٗگی
یِنہِ وِزِ اکہِ نَنڈ ننہِ ماجہِ ہنٛز زبو ۔

بٹنے دوٚپ نس سانہِ جوانو
پاٗنی پانس ستی کیا چھکھ ونان

اسہِ ستیٚ کونہٕ چھکھ بات کرانو

جوٗگی مستانو ونٛدیو جان

جوٗگی سنٛد اولاد دنک شرط تھاوٕنۍ وزِ

بٹنے دوٗپ بٹس کیا چھکھ ونانو دون ہنٛد مشوٗر چھُ پھرٕوٕژ نیران

اکھ اکس تمہ اَسی رائے پرٕژھانو جوٗگی مستانو ونٛدیو جان

صمد میرن تہٕ چھےٚ یہ ڈرامایی کاٗفیتھ پاٗدٕ کرنچ کوٗشش کٔرمٕژ یوٚز سبٹھاہ کم

اکھ مثال چھےٚ یہ ۔

جوٗگی سُنٛد اکہِ نُنٛدن واپس مگنٕی وزِ اکہِ نُنٛدنہٕ ماجہِ ہنٛد داین گن ونن ۔

یہ چھُ ونان دیوانہٕ گی نتہٕ واتیا وُنن یی

بتہٕ اٗنی توس دم سنبالے وعدٕ پالے لولو

تہٕ جوٗگی سُنٛد جواب ۔

بوٗزِتھ جوٗگی خنٛدٕ کوٚرنس بتہٕ واژنی چھکھ ژٕ بس

یمن دوشوٕنی شاعرن ہنٛدس کلامس پیٹھ کلہم پاٗٹھی نظر تراٗوِتھ چھُ نَنان زِ یمن چھےٚ بیانس پیٹھ جان قوٗدرتھ اَسمٕژ ۔ تجربہٕ چھکھ اَسی اَتی پزٕی ، تہٕ جذبس منٛز چھکھ اوسمُت خوٗلوٗص ۔ فنی لحاظہٕ چھُ اکس جایہِ اکھ بوٗنٛتھ درامُت تہٕ بیٚین جایہِ بیا کھہٕ تہٕ کاشرِ شاعری ہنٛد سرمایس منٛز چھ دوشوٕنی ہنٛدِ کلامہٕ ستیٚ برٕژر سپنمُت ۔

# تاریخِ کبیر ............ اکھ موختصر تنقیدی جائیزٕ (پرکھاوِ سام)

کلہن پنڈتہٕ سُندِ زمانہٕ پیٹھے چھ کشیرِ ہنٛدی وارِیاہ توأریخ لیکھنہٕ آمتی۔ سنسکرت، فارسی، انگریزی، اوٗردو، مختلف زبانن منٛز۔ یم توأریخ چھِ کینٛہہ کشیرِ ہنٛدبن سیأسی حالاتن متلق، کینٛہہ اولیاہن، سادن سنتن، ریشن تہٕ خدادوستن ہنٛز زندگی متلق تہٕ کینٛہہ شاعرن تہٕ اُدیبن ہنٛدبن کارنامن متلق۔ یمن توأریخن منٛز چھِ تتھی چیز تہٕ یمن صرف تذکرٕ ونتھ ہیکو تہٕ یِتھ کتابہٕ لیکھن والیو چھُ پانہٕ تہٕ یمن تذکرے ووٗنمت۔ مثالہٕ پأٹھی تذکرة العارفین از بابا علی رینہٕؒ۔ تتھین تذکرن منٛز زیادٕ پیٹھ ریشی نامہٕ تہٕ اولیاہن تہٕ ساداتن متلق کتابہٕ۔ مثالہٕ پأٹھی نورنامہ از بابا نصیب الدین غازیؒ یا راحتہ الطالبین از خواجہ حسن قاریؒ۔ تتھی ریشی نامہٕ تہٕ تذکرٕ چھِ زیادٕ پیٹھ فارسی زبأنی منٛز۔ یمن تذکرن منٛز چھِ کینٛہہ تتھی تہٕ یمن توأریخ وننہٕ آمٕت چھُ مثالہٕ پأٹھی حاجی محی الدین مسکین سُند لیوٗکھمُت تذکرٕ ''تحائیف الابرار فی ذکر الاولیا الاخیار'' یہ تذکرٕ چھُ ''تاریخِ کبیر'' ناوِ مشہوٗر۔ مے چھ باسان زِ توأریخ آسنٕچ چھینہٕ کتھے یہ کتاب چھینہٕ تذکرٕ آسنٕکی لوأزِم تہٕ پوٗرٕ کران۔

عربی زبأنی منٛز گو تذکرٕ لفظُک مانے یاد کرُن۔ یاد پاوُن، یادگار، یہ اُوس سفرنامہٕ خأطرٕ استعمال سپدان۔ یتھ کتابہِ منٛز لگن ہُند حال لیکھنہٕ اِیہ ہا تتھ اُسی نہٕ تذکرٕ ونان۔ تمہٕ خأطرٕ اُسی ترٛے لفظ۔

۱۔ **طبقات**:یتھ کتابہِ منز لُکن ہُند حال طبقہٕ طبقہٕ ،نسلہٕ نسلہٕ یا زمانہٕ زمانہٕ حسابہٕ لیکھنہٕ اِیہ ہا۔ مثالہِ پأٹھؠ ''طبقات الادباء''

کمال الدین ابی البرکات عبدالرحمٰن سنٛز کتاب۔ یہ شخص گو ۵۷۷ھ یس منز یمہِ عالمہٕ۔

۲۔ **انساب**:یتھ منز لُکن ہُند حال نسبتہٕ تہٕ روزن جایہٕ حسابہٕ لیکھنہٕ اِیہ ہا۔مثلن کُس کُہند اُوس سُہ کہند اوس۔

۳۔ **معجم**:یتھ منز لُکن ہند حال حروف تہجی حسابہٕ لیکھتھ آسہِ ہا۔مثلن معجم الادباء معجم المومنین بیترِ کتابہٕ۔

فارسی زبأنی منز تہِ آو لوغتہٕ حسابہٕ تذکرس یو ہے مانے تھاونہٕ پوٚز اصطلاحی مانیس منز پیوس رژھا پھیر۔ یہ پھیر پیوس صفوین ہٕندِ زمانہٕ پتہٕ۔ تذکرِ دولت شاہ بغأراوس یہ لفظ اوٚ تام تتھی مانیس منز استعمال سپدان یتھ منز عربیس منز ورتاونہٕ یوان اوس۔ باضے اوس تذکرِ خأطرِ فرہنگ تہِ استعمال سپدان مثلن یادداشت تہٕ نصیحت ونہِ کس مانیس منز (فرہنگ آنندراج) واقاتن ہُند توأریخ تہٕ اشعار (فرہنگ نظام) مسأفرن ہند یاداشت (گذرنامہٕ) شأیرن ہٕندی حالات (فرہنگ نفیسی)

صفوین ہند زمانہٕ پتھٕ ہیوٚتن تمہِ کتابہِ خأطرِ یہ لفظ استعمال سپدُن یتھ منز شأیرن ہٕندی حالات تہٕ کارنامہٕ بیان آسن سپدان یا بزرگن ہندی حالات۔ گوڈنیک تذکرِ گو خواجہ فریدالدین عطار سُند تذکرۃ الاولیا۔ واریہس کالس رود فارسی زبأنی منز توأریخ خأطرِ تہٕ تذکرِ لفظے استعمال سپدان۔ مثلن تذکرہ طہماپ شاہ صفوی۔ یہ کتاب أس أمی پادشاہن پنہٕ زمانہٕ کین حالاتن تہٕ واقاتن

متلق لیچھی مژ۔ تھے پاٹھی تذکرہ ہمایون واکبر۔ تذکرۃ الملوک بیتر۔

پتہ ہیوٚتن تذکر لفظ تمے کتابہ خاطرِ استعمال سپدن یتھ منز شائرن ہند حال تہٕ کلامک نمونہ آسہِ۔ یتھ منز کلامے یوت آسہِ سو گیہِ بیاض۔

تذکرس منز چھُ کانٛسہِ شائرسُند ناو، لقب، نسب، زبنہٕ ؤری، زبنہٕ جائے، اُمی سٕندِ زمانٕکی حالات، ووستاذی شاگردی، مشغلہٕ، کأم کار، کیالیوٚکھُن، شرٕی زُری کیا اُسس تہٕ شاگرد کم، لُکن ہنٛز اُمس متلق رائے تہٕ اے موتبر ماخذ و پٹھ حأصل گرِتھ لکھنہٕ یوان یُس مواد موتبر ماخذو پٹھ آننہٕ ییہ تتھ پٹھ تہٕ چھےٚ تحقیقی تہٕ تنقیدی نظر ترٛاوٕنی آسان تہٕ فضول زٕتچھرس تہٕ جادٕ ژھوچرس چھینٛہٕ کأم ہیٛنز آسان۔ اتھ کہوچہِ پٹھ کھاُرِتھ چھُ واریاہن فارسی تہٕ اُردو تذکرن مول وسان۔

توٲریخ اوس عربہ کِبن لُکن نزدیک گوڈٕ گوڈٕ علم حدیثُک اکھ حصہٕ تہٕ پتہٕ گو یہ فن اتہِ وارٕ وارٕ بالغ۔ ونہٕ چھُ یوان زِ اتھ فنس منز اُسی عرٕبکی یونانہٕ کِبن، رؤمہٕ کِبن تہٕ یؤرپہٕ کِبن لُکن بوٚنٛتھ تہٕ توٲریخ نویسی ہندی اوٚصول گرٕی گوڈٕ عبدالرحمٰن ابن خلدونن یُس ۸۰۸ھ لیس منز ییمہِ عالمہٕ گو، مقرر، پوٚز یہ کتھ چھینٛہٕ ہٹہِ وسان۔ یؤنانُک توٲریخ نولیس ہیروڈوٹس چھُ امہِ بوٚنٛتھ واریاہ کال دُنیہس آمُت تہٕ تٕسند زمانہٕ چھُ ۴۸۴ تا ۴۲۵ قبل مسیح۔ اُمس چھِ توٲریخُک بابہٕ آدم ونان تہٕ اُمی چھِ گُزریمتی واقاتھ لیکھنُک دسلابہٕ کوٚرمُت۔ اُمی کوٚر یتھبن واقاتن ہندر کارڈ باپتھ "ہسٹری" لفظ استعمال تہٕ تٕسندِ گٕنٛز اوس امہِ لفظُک مطلب پتِمِ زمانہٕ وچھُن داچھن تہٕ امیُک مطالہ کرُن۔ اتھ مطالس منز چھُ سارِنے زمانن ہند تہذیب تہٕ تمدن یوان۔ توٲریخُک طالب علم چھُ پزٕ واقاتھ ژھاران تہٕ پرٛتھ قسمہٕ کس موادس زول دوان۔ توٲریخ لیکھن والس چھِ زمانہٕ حسابہٕ واقاتھ

ترتیب دِنی پیوان۔

حاجی محی الدین مسکینہٕ سٕندِ زمانہٕ اگر کشیرِ منز تواریخ لیکھنُک فن عروٗج
ووتمت اوس نہٕ پوٗز کوٚٹھی کھوکشہِ تہٕ اوس نہٕ پکان۔ اتھ فنس منز چھےٚ اَتھ سارےٚ
ہندوستانس منز راز ترنگنی کنٕز اولیتھ حاصل۔ امہِ بوٚنٹھ تہِ آسہٕ تواریخی کتابہٕ لیکھنہٕ
آمژٕ مثالہِ پاٹھی۔ نیل مت پوران، رتنا کر پوران تہٕ وقایع کشمیر۔ حاجی محی الدین
مسکینہٕ سٕندس زمانس تاں واتاں واتاں تہٕ اُسی واریاہ تواریخ لیکھنہٕ آمتی۔ مثلن
تاریخ حیدر ملک، بہارستان شاہی، تاریخ ہدایت اللہ متو واقعات کشمیر، تاریخ
شایق، لُب التواریخ، منتخب التواریخ، مجموعہ التواریخ بیترِ تہٕ حسن شاہ کھویہامی تہِ
اوس یمنےٚ دوہن تاریخ حسن ژون جلدن منز ترتیب دیتمت۔ حاجی محی الدین
مسکین گوٚژھ یہ فن بیہٕ بوٚنٹھ پکناوُن یتھ کُن تمی خاص کل چھنہٕ کرمژ۔ سُہ
چھُ لیکھان زِ یہ کتاب کرمےٚ دون جلدن تہٕ دہن حصن منز تقسیم۔ گوڈنکس جلدس
چھِ ستھ حصہٕ تہٕ دویمس جلدس ترےٚ۔ گوڈنِکہ جلدٕکین ستن حصن منز چھ
گوڈنکس حصس منز ساداتن ہندی حالاتھ، دوٚیمس منز رشین ہندی تریمس منز
مشائخن تہٕ صالحن ہندی، ژورمس منز عالمن تہٕ فاضلن ہندی، پاںژمس منز
مجذوبن ہندی، شیٚمس منز شاعرن ہندی ہ ستمس منز متبرک جاین تہٕ تبرکن
ہندی سُہ چھُ لیکھان زِ گوڈنیک حصہ چھُ پادشاہن خاطرٕ، دویم جغرافی خاطرٕ،
تریم دوہن، جرٕبن بوٹین تہٕ حلال حرام جانورن متلق۔ پوٗز گوڈنِکہ جلدٕکس
اندس پتھےٚ چھُ سُہ ''خاتمہٕ کتاب ہٰذا'' عنوانس تحت پنٕنی کتھ لیکھان تہٕ امہِ پتے
چھےٚ مختلف عالمن ہنز تقریظ لیکھِتھ۔ زن نہٕ دویم جلد لیکھنےٚ اوس تہٕ تمہِ لیکھنُک
دعوٰ ہے کرنہٕ آمت اوس نہٕ۔ تقریظ لیکھن والی چھِ کتابہٕ تاریف کران کران

لکھان زیٖمہٕ خطکی ، ییٚتہ کِتھ حاکمن ، پادشاہن ، اہم جاین ہنٛدی واقاتہٕ ہسا چھ یہٕ جان شیٖر ژاگرٕ کرتھ لیکھنہٕ آمٕتی تہٕ اتھ سلسلس منٛز چھے یہ بانٛتی توارٕخن ہنٛدہ فضیلتھ تھاوان ۔ یتھی تقریظ لکھن والین منٛز چھہٕ مفتی اعظم کشمیر مولوی محمد شریف الدین تہٕ بوٚڈ وعظ خوان ابوالحسن واعظ رسول شاہ مل ، میر کمال الدین اندرابی مولوی غلام نبی مفتی تہٕ تقریظ لیکھن والی بانٛتی حضرات چھنہٕ لکھان زِ اتھ منٛز کم تہٕ کِہنٛدی حالاتھ چھ صرف چھہٕ لیکھان زِ لیکھن والی ہسا چھ جان منجلتھ کرہٕ ۔ سوال چھُ زِ اَمیک دوییم حصہٕ چھا لیکھنہٕ آمُت کنہٕ نہٕ ۔ مےٚ لوٚب نہٕ یہ ژھانڈ گارِتھ تہٕ کُنی ۔ اگر یہ لیکھنہٕ آمُت چھنہٕ یہ کتھ گژھ "خاتمہٕ کتاب" عنوانس تحت لیکھنہٕ آمٕژ عبارژ منٛز درج آسٕنی ۔ پٹھ اگر تقریظ لیکھن والو پادشاہن ہنٛدی حالاتھ لیکھنہٕ ییٚنس کُن اشارٕ کوٚرنہٕ کیازِ ۔ کیا تموتلاہانٛ مأنی قلم تہٕ کتاب وُچھنہٕ داچھنہٕ ورأیی نیکھ کتھاوٕنتھ ۔ تہٕ تے آسکھ کوٚرمت تأجب چھنہٕ ۔ وں اگر یہ دوییم جلد لیکھنہٕ آمُت چھُ تہٕ چھُ کتہٕ ؟ بہر حال مےٚ بوٗنٹھ کنہٕ چھُ وُنکین گوڈنکے حصہٕ تہٕ بہٕ کرأتھی متلق کتھ ۔

حاجی صابنس زمانس تام چھنہٕ ، کشیٖرِ منٛز توأریخ نویسی ہُند صحی طریقہٕ بارسس آمُت آسان ۔ توأریخ چھُ گزریمتین واقاتن ہُند بیان ۔ صرف سیأسی واقاتنے ہُند نہٕ ، پرٛتھ قسمہٕ کین واقاتن ہُند ، امہٕ کس دأریس منٛز چھہٕ سیأسی ، سمأجی ، تہذیبی تہٕ تمدنی حالاتھ یوان ۔ کُنہٕ تہٕ زمانس متلق چھُ ونہٕ یوان زِ سیأسی حالات کیٛا آسی ، سماج کتھ ڈنٛجہٕ اوس ، تہذیبی تہٕ تمدنی ماٗدانس منٛز کیا اوس سپدان بیٚترٕ ۔ توأریخ نویسی ہند یہ جامع اندازٕ اوس نہٕ لُکن ویٚود ۔ توے اوس ترٛشن کتابن توأریخ ونہٕ یوان ییم ژکہٕ تذکرٕ آسان آسہٕ تہٕ باضے نہٕ تذکرٕ تہٕ ۔ ییٚژھے اکھ

کتاباہ باسے یہ مے تأریخ کٲشِرٕ تہٕ۔ اتھ منٛز چھ مختلف طبقن ہندی مشاہیر بیٛون
بیٛون تھونہٕ آمٕتۍ تہٕ امہِ لحاظہٕ ہیکو اتھ کتابہٕ تمہٕ قسمٕک تذکرٕ ونتھ یتھ فارسی پأٹھی
طبقات ونان چھہِ۔ یہ کتاب لیکھنہٕ وِزِ یمن کتابن مدد ہینہٕ آمٕژ چھُ تموٚمنٛز چھےٚ اکثر
کتابہٕ تذکرٕ تہٕ زٕ ے ترٕ ی تواریخ۔ مثالہِ پأٹھی نورنامہٕ بابا نصیب الدین، دستور
السالکین، اسرار الابرار، منہاج الریشی، تذکرۃ العارفین، ہدایت المخلصین، تذکرہ
مرشد، کتاب مقامات، مراۃ الطیبہ، اشجار الخلد، ثمرۃ الاشجار، درجات السادات،
بحر الفرقان، تحفۃ الفقرا، حسنات المقربینؒ، خوارق السالکین، فتحات کبرویہ،
تاریخ واقعات کشمیر، تاریخ شایق، تاریخ مولوی ہدایت اللہ متو، بیٛترِ۔ سوال چھ یہ
پأدٕ سپدان زِ اگر صالحن تہٕ بزرگن ہند بن حالاتن متلق پیٛژ کتابہٕ موجوٗد آسہِ تیٛلہِ کیا
ضرورتھ پیو حاجی صأبس یہ کتاب لیکھنٕک؟

پرٛتھ کانٛہہ مصنف یا مؤلف چھُ کانٛہہ کتاب تصنیف یا تألیف کرنٕک کانٛہہ
نتہٕ کانٛہہ خاص وجہ بیان کران تہٕ اتھ منٛز ونان زِ یہ کتاب لیکھنٕچ ضروٗرتھ اے پیٚیہ تہٕ
کیٛازِ؟ حاجی محی الدین مسکینن تہٕ چھُ اُمیک وجہ وٕنمٕت۔ یہ وجہ چھُنہٕ یہ زِ کانٛہہ
خاص کتھ کیا ٹٕ رووم کانٛسہِ متلق یوسہٕ نہٕ بوٛنٛتھ ونہٕ اٚس آمٕژ۔ یا یہ زِ شاعرو منٛز کیا
اوس کانٛہہ ترٛاونہٕ آمٕت تہٕ مےٚ کوٚرسہٕ یتھ منٛز شأمل یا کانٛسہِ بزرگہٕ سُند زمانٕکی
کینٛہہ اہم واقعہٕ یموتیٚژ زندگی پٮ۪ٹھ اثر ترٛووکرم بیان نہ، یہ وجہ چھُ سیٚٹھاہ موٗمؤلی
یانے کینٛژن خاندان ستی ہسا اُسم خاص تولقات، کینٛژن ہُند اوسس شاگرِد،
کینٛژن ہندو وستاو کینٛژن ستی اُسم یار دوستی کینٛژن ستی برادری، کینٛژن ستی رشتہٕ
دأری تہٕ کینٛژن ستی لحاظہٕ، یہ تہٕ گیو جانےٚ پوٚز یمن متلق گوژھنہٕ بوٛنٛتھ کینٛہہ تہٕ
لیکھنہٕ آمٕت آسُن دپہ ہوٗز تولقات تہٕ آے رژھراونہٕ، یار برادری ہندحق تہٕ آونکھ

والنہٕ تہٕ کیٚنژن مشاہیرن ہند حال تہٕ سپن قلم کا کدٕ کہٕ ذٲرٕ یہ محفوٗظ۔ پوٗزیژھ کتھ
أسی نہٕ، لحاظہٕ رچھنہٕ خاطرٕ آیۓ مشاہیرن ہنٛدی حالاتھ ہیٚیہ تہٕ ہیٚیہ پھرنہٕ۔ یانے
ریپی ٹی شن سپنٛ یُس نہٕ گنہٕ حسابہٕ جان آسان چھُ۔ بیاکھ وجہ چھُ حاجی صاب سُہ
بیان کران یتھ منٛز ثواب زینہٕ کنٛی یارٕ وحانی فایٔد حاصل کرنہٕ کنٛی موقولیتھ چھےٚ پوٗز
تذکرٕ نویسی ہُند حق ادا کرنہٕ کنٛی نہٕ کینہٕ۔ تہٕ گوٗ صالحن ہنٛدی کارنامہٕ بیان کرنہٕ ستی
یاتہندی حالاتھ پھرنہٕ ستی ہساچھہٕ رُح تازٕ گژھان۔ دِلس ستھ سپدان تہٕ اخلاقی
قووتھ بڑان۔ اتھ سِلسِلس منٛز چھےٚ یمو مثالہٕ تہٕ دِژمژٕ۔ مثلن یہ زِ اخلاق حُسینی
کتابہٕ منٛز چھُ لیکھِتھ زِ بشر بن باٚژن بوٚنٹھ کنہٕ گژھن عالمن تہٕ صالحن ہنٛز کتھ کرنہٕ
تا کہٕ تہنٛدِ موحبتھ گژھکھ پاٚدٕ تہٕ یتھے ہیوٚ بنہٕ ٹُک گژھکھ شوق یا یہ زحضرت جنید
بغدادیس پرٛژھکھ مریدس کیاحض فایٔد چھُ پیٚر ستنز کتھ پھرٕ ٹک۔ دوٚپ یہ ہکھ پرٛژھ
کتھہٕ پھرنہٕ گو خدایہٕ سُند شکر کرنک بہترین طریقہٕ۔ مریدے دِل شکس سپد
صبرس تہٕ شُکرس ہیٚنہ کاٗم۔ بہرحال عملی طور چھُ یہ کتاب لیکھنُک یہ فایٔد درامُت
زِامہٕ بوٚنٹھم کاٗنہہ تذکرٕ نے دسیاب تہٕ سپدٕ امہٕ ستی ہیکہٕ مدد میلتھ۔

گوڈنکہ جلدُک گوڈنیک حصہٕ چھُ ساداتن متلق تہٕ امیُک آغاز چھُ بلبل
شاہؒ صابنہٕ پیٹھ سپدان۔ یہُند اصلی ناوٕیم سید عبدالرحمان ترکستانی تہٕ لیکھان چھِ،
سید شرف الدین تہٕ تہٕ شاہ بلال تہٕ۔ تحقیق کٔرِتھ نہٕ گنہٕ ینچس پیٹھ واتنچ کوشش
گٔرمژٕ۔ أتھی جایہٕ نہٕ، باقیٚ ین جاین تہٕ۔ اتھ موضوعس متلق دسیاب کتابو منٛزٕ
ییٚتہٕ یوس کتھ اوچھمژٕ پننہٕ کتابہٕ منٛز تارٕمژٕ سو تہٕ! اکثر جاین کتابہٕ یا مصنفہٕ سُند ناوہنہٕ
بغاٚرٕ ے ''نقلست'' لفظ سند مونمت تہٕ کتابہٕ یا مصنفہٕ سُند ناوہنہٕ روستےٚ کاٗنہہ کتھ
یا واقہٕ لیکھِتھ نیوٚمُت۔ کتابہٕ یا مصنفہٕ سند ناوے ہیٚنہٕ بغاٚرٕ ے حوالہٕ دِیُتمت تہٕ تہٕ

گُنہٕ گُنہٕ۔ شایقنہٕ تواریخہٕ منزٕ چھ حصن ہندی حصہ نقل گرٕمتی۔ اتھ حصس منزٕ چھ لگ بگ ژٔون ہتن تہٕ پنڈٕہن سید بزرگن ہُند حال۔ دویمس حصس منزٕ چھُ لگ بگ أکس ہتس تہٕ ستتن ریشین ہند حال۔ ترٕیمہِ حصس منزٕ چھ لگ بگ نوٕن شتن تہٕ ترٕہن مشائخن ہند حال لیکھنہٕ آمت۔ ژٔورمس حصس منزٕ چھ أکس ہتس تہٕ پنژتائژ ہن عالمن ہند حال تہٕ پانژیم حصس منزٕ دُہمتن مجذوٕبن ہند حال۔ شیٚمس حصس منزٕ چھُ کشیرٕ ہندبن فارسی شاعرن ہند ذکر تہٕ یہند تیداد چھُ ہتھ شتھ۔ أخری حصس منزٕ چھُ تمن تبرکاتن ہند ذکر یم کشیرٕ منزٕ کیٚنژن جاین موجوٗد چھِ۔ یتھہٕ پأٹھی چھُ اتھ کتابہِ منزٕ لگ بگ ساڈن ارڈٕہن شتن مشاہیرن ہند ذکر کرنہٕ آمت۔ کانہہ کانہہ شخصیت چھےٚ ترٕشہ تہٕ یوسہٕ مختلف ہٕشہ یژو،کنہٕ مشہوٗر چھےٚ مثالہِ پأٹھی لل عارفہؒ۔ سوٗ أس عارف تہٕ تہٕ شأیرتہٕ۔ یتھے پأٹھی شیخ یعقوب صرفیؒ یہند ذکر مشائخن منزٕ تہٕ سپدتھ ہیکہِ ہا۔ عالمن منزٕ تہٕ تہٕ شأیرن منزٕ تہٕ۔ یژھن جاین اوس یہِ فأصلہٕ کرن مشکل زِ یژھن شخصیژن ہنزٕ کتھ ہٕشہ گژھ جاہ اہمیتھ دنہٕ یِنہٕ۔ یمن موقن پیٹھ تہٕ چھنہٕ حاجی صأبن غوروفکر کوٗرمت۔ حضرت شیخ یعقوب صرفیؒ سُند ذکر چھ مشائخن ستیٚ کرنہٕ آمت۔ شأیرن منزٕ چھ تہند ناو ترٕ اونہٕ آمت یہِ زن جان باسان چھنہٕ۔ یتھے کنہٕ چھُ ملا محمد آنی، تہٕ حبیب اللہ نوشہریؒ سُند ذکر تہٕ مشائخن ستیٚ کرنہٕ آمت۔ ملا محسن فانی سند ذکر چھُ عالمن ستیٚ کرنہٕ آمت یِیلہِ زن یم ترٕیشوے بہلہِ پایہِ شأعرتہٕ أسی متی چھِ۔ حضرت لل عأرفہ چھےٚ مجذوبن ستیٚ شأمل کرنہٕ آمژ یہِ زن درٚس باسان چھنہٕ۔ حاجی صأبن چھُ تسندی کیٚنہہ واقہٕ درج کرٕمتی۔ یمن منزٕ ہنا لفظ پھیر دٕپیٹھی گوٚھان چھُ۔ مثالہِ پأٹھی

لاالٰہ الااللہ صحی کوٗرُم وحی کوٗرُم پٔژن پان
وٕجود ترٕاوِتھ موجود روٗژُم تیلہِ مےٚ میوٗلم لا مکان

أمس ستؕی منسوٗب کرامژتؠ تمہٕ کہ تمہِ کھوتہٕ تہٕ موخصریم دوٚیمبن کتابن یا تذکرن منز لیکھتھ چھےٚ۔

حاجی محی الدین مسکین چھُ فارسی زبانٕ ہند جان شاعر اوسمت تہٕ امیک ژوٗپوٗت چھُ تاریخ کپہر پرِتھ میلان۔ تس چھُ شاعری ستؕی سبٹھاہ لوٚے خوٚے۔ ییتہٕ سہٕ بییٚن شاعرن ہنٛدی شار ورتاوان چھُ یا کانٛسہٕ ہنٛز مثنوی یا ربٲعی ہند حوالہِ دِوان چھُ تتہِ چھُ نثر لبکھان لبکھان منظوم اندازس منز پانہٕ تہٕ کینٛہہ کتھ باوان یانے تاریخ کبہر لیکھنس منز چھےٚ تمی نثرس ستؕی ستؕی نظمس تہِ کام ہیٚژمٕژ۔ نظمس منز چھےٚ یمن مثنوی جادٕ مرغوٗب۔ رزم لیکھنس منز ماہیکہِ ہن نہٕ مہارٕژ ہند ژوٗپوٗت دِتھ پوٚز بزم لبکھنک اندازٕ چھُکھ زبر۔ ساداتن ہند ذکر کرنی وِزِ چھِ لبکھان

| | |
|---|---|
| زدیباچہ کردم سخن مختصر | من و ذکر سادات والا گہر |
| کنم وصف سادات والا تبار | کز ایشان منور شدہ ایں دیار |
| بدہ بادہ ساقی مکُن قال وقیل | ہماں مے کہ اصلش بود سلسبیل |
| شوم خوش ازآں آب عشرت بہشت | کنم سر حکایات اہل بہشت |

یم شار چھِ تتھی بحرس منز یتھ منز عبدالوہاب شایق صاٮ۪بن لیوٚ کھمُت منظوم توٲریخ چھُ۔ تمہِ کُنی چھُ گُنہ جایہِ پرن وول شبن ترٛ بن گژھان۔ زِ یم شار چھا تمی پانہ وُنی ہتؕی کنہٕ شایق صاٮ۪بنہِ مثنوی منزِ ہتؕی۔ مثالہِ پاٹھی بُلبُل شاہ صاٮ۪بس متلق شایق صاٮ۪نی یم شار

| | |
|---|---|
| بیان کردہ راوی زِ روے کتاب | ببرہان صادق چو فصل الخطاب |
| کہ یک روز آن بلبل باغ جان | زبہر وضوشد بآب روان |

کنار بہت کرد آرام گاہ　　بہ شاخ درختے فتادہ نگاہ

ہزاری عجب دید شیرین نوا　　کہ میکرد از دردِ دل نالہ ہا

حاجی محی الدین مسکین۔یتھ یتھ جایہِ کأنسہِ ہندی حالاتھ نظمس منز بیان کران چھِ تتہِ تتہِ چھنہٕ أکی سے بحرس کأم ہیوان نٮ۪ولی کہ مختلف جاین چھےٚ نظمہِ ہنز بحر بدلان۔مثالہِ پأٹھی شیخ بہاوالدین گنج بخشؒ سٕندی حالاتھ بیان کرنہٕ خأطرِ چھِ یہ بحر

اللہ اللہ زِ خطِ کشمیر　　ایں چہِ صاحب لے دست پاک ضمیر

تہ بیٚیس جایہ بدل بحر استعمال کران۔وچھو یہ شار ے

گنج بخشی تام شد برنام تو　　گنج بخشی کم ترین انعام تو

مثنوی ہندی مختلف بحرو رتاونہٕ علاوٕ چھ تم کُنہٕ کُنہٕ ربأعی تہٕ قصیدٕ کہِ اندازٕ تہِ شارونان تہٕ گاہے بیٚیہ کأنسہِ ہنزٕ وٕنی ہٕز ربأعی تہٕ قطعہ تہِ درج کران۔مثالہِ پأٹھی سید جلال الدین مخدومؒ جہانیاںؒ سندس شانس منزٕ وٕنی ہٕتی بابا داوٕد خاکی سٕندِ قصیدٕکی تتھی ہوی شار ے

علامہ عصر خویشتن بود　　درفقہ و حدیث وعلم تفسیر

بعضے زِ صفات او مریداں　　کردند بچند جلد تحریر

ساداتن،مشأئخن تہٕ باقےٚ بزرگن ہندی حالاتھ لیکھنس منز چھنہٕ یتھہٕ کُنہٕ کأنہہ تأریخی سلسلہٕ قأیم تھونہٕ آمُت تہٕ نہ چھُ حروف تہجی حسابہٕ لیکھنک اُصوٗل پانناونہٕ آمُت۔ساداتن ہندس سلسلس منز چھ تم زمانہٕ درنظر تھاوان تہٕ کُنہِ زمانٕچ حد بندی کرنہٕ وِزِ چھِ پادشاہن ہندِ دور حکومت مدنظر تھاوان۔مثالہٕ پأٹھی

سلطان قطب الدین سُندس زمانس منز کم سادات آسۍ تہٕ سلطان سکندر سُند وقتہٕ کم۔ مگر ریشین تہٕ مشائخن ہند حال بیان کرٕنۍ وِزِ چھنہٕ امہِ حسابہٕ تہٕ زمانچ حد بندی کرنہٕ آمژ۔ حالاتن تہٕ واقاتن کُن چھُ کم توجہ دنہٕ آمت تہٕ روایژن تہٕ کرامژن کن جاۓ یم کتھ لگن منز مشہور سپز مۄ آسہِ تم چھےٚ تحقیقہ کہٕ پھیارنہِ کڈنہٕ ورأے پرٕزأنتھ لیکھنہٕ آمژ۔ کأنسہ کأنسہِ صأحبہٕ سُند ذکر چھُ صرف أکس أکس سطرِ منز کرنہٕ آمُت تہٕ واریاہن صاحبن ہند زینہٕ وری تہٕ سن وفات تہٕ چھنہٕ دنہٕ آمُت۔ مثلن میر مقصود کریری لیس متلق چھُ یوٗتے لیکھتھ زِ سبٹھا پرہیز گاراوس۔ حاجی عبدالسلام دار تہٕ شہرُک حأکم سردار عبداللہ خان اوس تٔمسِندس خدمتس منز یوان یہٕلہِ یمہِ عالمہِ گوٚ کریر کوٚرکھ دفن۔"

حاجی محی الدین مسکینن چھُ یہ تذکرٕ تژوہ شتھ تہٕ دہ ہجری لیس منز لیوٚکھمُت۔ حسن شاہ کھویہامی اوسِ کشیرِ ہند تواریخ ترٕوہ شتھ تہٕ اکھ ہجری لیس منز لیکھن ہیوٚتمُت تہٕ اوٚ تاں آسہ ہأتی سہ اندتہٕ واتنوومُت۔ بزرگن صالحن، ریشین تہٕ عألمن متلق واقاتھ سوٚمبراونس تہٕ ترتیب دنس منز پیژہ محنتھ تس کرٕنۍ پیمو چھےٚ تمہِ نشہِ چھُ مسکین صأب دوٗرے روٗدمُت۔ حسن شاہن چھُ وقایع کشمیر حأصل کٔرتھ تہٕ تمیک حوالہِ دِتھ حضرت شیخ العالمؒ سُند زینہٕ وٗری ۷۵۷ھ تہٕ سن وفات ۸۲۰ درج کوٚرمُت پوٚز مسکین چھُ بوٚنتھ لکھنہٕ آمتین تذکرن پٹھے بروسہ کٔرتھ اہنز پیدأیش ۷۷۹ھ تہٕ سن وفات ۸۴۲ھ لیکھان۔

ساداتن ہند ذکر کرنہٕ پتہٕ یہٕلہِ تم ریشین ہند ذکر کرُن ہیوٚان چھےٚ تم چھِ ریشی لفظک مانے تہٕ وبوٗھناوان۔ گوڈٕ اتھ سنسکرت "رکھشی" لفظس ستۍ واتھ

دوان تہٕ پتہٕ عربی ریش لفظس نکھ انان۔ امیُک مانے چھُ قرآن شریفہٕ کہِ یمہِ آیہ
''یا آدم قد انزلنا علیکم لباسا'' اے اولاد آدم مے سوزُوتوٚ ہہ لباس تہٕ پتہٕ
اُمکی فائیدٕ فکرِ تاران یم لفظ زِ ''یواری سواتکم وریشا'' یہ لباس چھُ توٚہہ کیُت پرٕ دٕ تہٕ
شوٗب ،مد نظر تھاوِتھ مشخص کرٕنچ کوٗشش کران۔ لیکھان چھُ زِ یہ شوٗب گیہِ
خدادوستن کیُت تقویٰ تہٕ امہِ خاطرٕ چھ موٚٹ تہٕ پھہور ریلو جان۔ تقویٰ گو خدایس
کھوژُن تہٕ یہ صفت تھاون وٲلی گےٚ ریشی۔ امہِ پتہٕ چھہِ یم شار لیکھتھ

ریش یعنی خرقۂ تقویٰ لباس  خرقۂ تقویٰ لباس ریشیانست
ریش یعنے قایم اللیلی مدام  روزۂ دہرست رسم ریشانست

یتھے پاٹھی چھ مشأیخن ہند ذکر کرٕنی وِزِ لیکھان زِ لفظ ''شیخ'' اگر کُنہِ ناوس
پوٚتس ایہِ تیلہِ گو امیُک مانے نو مسلم تہٕ اگر ناوس بوٚنٹھ ایہِ امیُک مانے گو قومُک پیشوا
تہٕ کأشری چھہِ تسی بزرگس شیخ ونان ییس غیر مسلمس مسلمان بناوِ تہٕ تس اسلام ہیچھناوِ
پوٚزیپہِ چھُ کینژ وتأجروتہٕ یزتہٕ خاطرٕ یہ لفظ استعمال کوٚرمُت۔ توأریخس منٛز چھُ
شیخ السنّت تس ونان ییُس رسول خدأ سٕندس ہدایتس تہٕ تسنٛز وتہٕ پیٹھ پکِتھ لُکن
شریعت، طریقت، حقیقت، تہٕ معرفت فکرِ تارِ اشارٕ چھُ کران۔ یتھ حدیث پاکس
کُن ''الشیخ فی قومہٖ کاالنبی فی امۃ'' میانہِ امتک شیخ گو کُنہِ تہٕ اُمتہٕ کس
نبیس برابر۔ یِہ کتھ چھےٚ عام پرن والین ہنٛدِ باپتھ فائیدٕ مند تہٕ یمن طبقن
ہُند حال لیکھنی وِزِ مناسب تہٕ برمحل۔ وں گواتہٕ چھُ اکہِ کتھِ ہُند پھیرٕ پھوان۔
''شیخ'' لفظُک مفہوم اے نظرِ تل تھاوِ وتیلہِ ہیکو روحأنی کمال حأصل کرن والین
ساداتن تہٕ شیخ وٕنِتھ تہٕ یہ چھ سپدمُت تہٕ مثالہ پاٹھی شیخ سید عبدالقادر جیلأنی۔ یمن
اوس سید اُسِتھ تہٕ شیخہ سُند درجہ دِنہ یوان۔ تیلہِ کیازِ چھا تھ کتابہ منٛز سادات الگ

آءمتۍ تھونہٕ تہٕ مشائخ الگ۔ ظاہر چھِ زِ حاجی محی الدین مسکین چھ روحانی کمال
تھون والین تمنٕے بزرگن شیخ ونان یم نہٕ سید آسن ۔تہٕ یہ گرِتھ چھِ تم پانے امہِ لفظٕ
باپتھ قایم کرِمتہِ مفہومہِ نشہٕ دوٗر رسپدان ۔ گونا سائنس لاشعوٗرس پٔٹھ ذات پاتک
سُے اثر نوٗن یُس آرین ہند فائضہ پیروارِ پٔٹھ اسہِ سپدان روٗ دمُت چھُ۔

اکھ کتھ یتھ گُن مے بوٗنٹھ تہٕ اشارٕ کوٗر چھےٚ یہ زِ یہ کتاب چھےٚ تحقیقہِ چہ نظرِ
وچھُن وألس جیرِ انان۔ صحی حوالہٕ دنہٕ روستےٚ لیکھُن تہٕ ''میگویند'' وننہٕ چھُ
یوان ''نقلست'' لیکھتھ چھ تہٕ '' آوردہ اند'' وٗنمُت چھُکھ، ہوٚی لفظ کأفی زانٕنۍ۔
وں ؤنی تو کانٛسہِ بزرگس متلق ونہٕ مۄ گُنہِ کتھ اے آگُر ژھانڈ وتہٕ کتہِ۔ پوٚ زاے
بوٗزیوٚ یہ چھینہٕ مسکین صأبنی کوتأہی۔ یہ اوس پرٛانہِ زمانہٕ تذکرٕ لیکھنُک عام انداز۔
تہٕ یموتہِ چھ یوٚ ہے اندازٕ ایختیار کوٚرمت۔ یم ہیکہٕ ہن یہ انداز بدلأوِتھ تہٕ پوٚ زتھ
گُن ماچھُ سارِنے حبس پٮ۪وان۔

یٮ۪مہِ کتابہٕ ہنٛزا اکھ بٔڈ خوٗبی چھےٚ اِمچ زبان۔یوسہٕ وردار،عالمی مانہٕ، دقیق تہٕ
رنٛگین چھینہٕ۔تذکرٕ تہٕ توأریخ لیکھنہٕ خأطرٕ چھےٚ یہ زبان یتھ پزِ تتھ مناسب ٹٮ۪ۄ
کہِ شرِچ صحی زبان گیہ یہأئی ۔روان،صاف تہٕ سادٕ، سارِنے فکرِ ترٕنی لایق تہٕ صحی
محاورٕ مطأبق۔اکھ زٕ جُملہٕ وُچھو۔''اتفاقاً'' روزے رُوبہ شہر آوردو چند کسان رابہٕ
درد چشمی مبتلا دیدوآں دُرہائے شاہوار بر چشم ہاے آں بیماراں بگرداند فی الحال
شفایاب وروشن چشم گردیدند'' ہنگہٕ منگہٕ ووت اکہِ دوہ شہرتہٕ وچھن کینٛژون اُچھِ
دود آمُت ۔تم موٚللی موختہٕ پھٕلی پھرونکھ اُچھن تہٕ اُمی ساتہٕ بلیاے،اُچھن آکھ گاش
یہ کتھ چھےٚ ہردی رٕشس متلق مشہوٗر یم خدایہِ سُندِس عشقس منٛز اکہِ دوہ اوٗش
ہاران اُسی تہٕ پرٛتھ اوٗشی پھیرس اوس موختہٕ پھول بنان ۔لتہِ اوس امہِ ساتہٕ بلغ

شہرُک اکھ عالم مولانا طوسی، تِمۍ تلۍ یِم موٚجتہٕ پھٔلۍ تہٕ تھأوِن سنٛبألتھ۔ اکہِ دوہہ ووت شہرٕ تہٕ بٔلہٕ رأوِن یموٚ ےٚ ستۍ أچھی دأ دٕکۍ لد۔ دوٚیِم جملہٕ ''گفت اسپ مرا کاہ بد ہند و بستہ بگذارند مرد ماں التفات بہ فرمودۂ ایشاں نہ نمودہ بہ کارہائے خود رفتند فردا چوں در خرمن در آمدند دیدند کہ تمامی خرمن خورہ و تودۂ ہائے سرگین گذاشتہ'' دوٚ پنٛنکھ میأنس گُرس ترأیۆ گاسہٕ تھأوِنۍ گٔنڈِتھ۔ لُکو دیُت نہٕ اوکُن توجہ تہٕ درأے پن پنٛنہٕ کامہِ صبحن یِیلہِ کھلس منٛز آےٚ وُچھکھ سوٗرےٚ کھل کھیوٚمُت تہٕ گُہی ڈیر کٔرۍ مٔتۍ'' یہ کتھ چھےٚ مشہور بزرگ زیٖتی شاہ صأبس متلق لیکھنہٕ آمٕژ یِمی سو پرس نزدیکھ لُٹھی شاٹھ گامس منٛز یہ کراماتھ کٔر۔ یہُنٛد آستان چھُ دروٗگہٕ مُلہِ۔

کینہہ خأمی تہٕ کوٚتأہی أسِتھ تہٕ چھےٚ یہ کتاب اکھ کارآمد کتاب۔ واریاہن مشأہیرن ہنٛد تذکرٕ تہٕ واریاہن کتھن ہنٛد گنجینہٕ۔ أسۍ ہیکو اتھ منٛز لیکھنہٕ آمٕژن کتھن ستۍ کُنہِ کُنہِ اختلاف تہٕ کٔرِتھ پوٚز تیٚلےٚ یِیلہِ یِم کتھ اسہِ بوٚنٛتھ کُنہِ چھےٚ تہٕ سانہِ خأطرٕ لیکھتھ چھےٚ۔ آسہٕ ہن نے اختلاف کتھ ستۍ کرہو۔

# کأشرِ زبأنی منز ترقی پسند شاعری

ادبک ترقی پسند نظریہِ ووت نہٕ یور سانہِ ریاسٕتہٕ منز سدٕ سیٖود پننہٕ نوآ گرو پتھ بَلکہ کیٛنژہ وَنأری تاروگوڈٕ کم قلیلا ہندی تہٕ زیاستر اردوزبأنی منز سپد یمتیو ترجمو رٲنگہ تہٕ پتہٕ ترقی پسند تحریکہِ ہندس اثرس تل لیٚکھنہٕ آمتہِ ادبہٕ ذٔریعہٕ یُس مختلف رسالن تہٕ جریدن منز چھپتھ یٖیتہِ کٔمن ادیبن تاں واتان اوس تہٕ یم رسالہ زیادٕ پہن پنجابہٕ پتھ یوان اسی۔ ٲتی تمن شارٕ سۆمبرنن تہٕ افسانہٕ سۆمبرنن ہندٕ گنٕی یمن تاں یٖیتہِ پرن والین پلہٕ اوس۔ تمہٕ علاوٕ تمن شاعرن تہٕ اُدیٖبن ہندی ذٔریعہٕ یم یوروز مشاعرن منز تہٕ ادبی محفلن منز شامل سپدنہٕ کہِ غرضہٕ واتان اَسی تہٕ لُکن ہندٕ بن کٔمن تاں پننہٕ تخلیقہٕ واتناوان اَسی۔ کمیونسٹ پارٹی ہندٕ ین تمن کارکنن ہندٕ ذٔسی تہِ یم مٹہ تھاونہٕ آمژٕ کأم نکھہِ والنہٕ یوان اَسی۔

سانہِ ریاسٕتہٕ منز اوس نہٕ کُنہِ قسمک صنعتی معاشرٕ قأیم سپد مُت نہٕ اَسی تمِکہٕ آثار دُورٕ دُورتان نظرِ گژھان، تہٕ دُنہِ تہِ چھنہٕ۔ خود ہندستانس منز تہِ اوس نہٕ کیٛنژہ وَبڈٕ بو شہرو ورأی کُنی لبنہٕ یوان آں کیٛنژہ وکھوگنٕی اوس یٖیتھٕ فضا اتھ لایق تہٕ ہوا نوا دیہِ وُنیٕ باسان۔ مُلکس منز انگریزن ہنٛز سدٕ سیٖود عملدأری منز آمٕت علاقہٕ اٰوک طرف ترٲوِتھ، اوس راجواڑو منزٕ یِتی یوت شخصی حکوٗمو خلاف قدم تُلنہٕ آمٕت تہٕ آزأدی ہنٛز تحریک شروٗع سپز ہو۔ جأگیرداری نظامس تل پہنہٕ آمٕتی

لُکھ اَسی لَرِ پھرُن دِین ہیوان۔ تہٕ ننبھ ہبنہٕ کمن سارِنے طریقن اَسی پھیش دٕین یژھان۔ ظلم اوسکھ وُچھمت تہٕ سبٹھاہ ژولمت تہٕ ہالین اوس جکھتھ جوٗرتھ موچھ موٗرتھ ننہٕ یوان تہٕ کھنڈٕ واون تہٕ باقٕے اتھ کامہ کرن والین نہٕ اُچھن ہُند تیل زاٲلتھ تہٕ زٔٹ میٹ پوٗران۔ تنگ یتھ اَسی لُکھ اوذقہٕ ژھارنہٕ کشیرٕ نبر ژلان تہٕ کُنہٕ وزاوسکھ تتھ تہٕ ٹھاک۔ یم اَسی کُنہٕ تتھس نظامس لولہٕ متہٕ لائے کرنس تیار یُس یمن امہٕ ظلمہٕ نشہٕ نجاتھ ہیکہٕ ہادِتھ تہٕ یُس کانٛژھاتہٕ یتھ کنہٕ نجاتچ کتھ تُلہٕ ہایاپژھ کانٛہہ بڑانتھ دیہٕ ہاتس اَسی گلی آکہٕ وان۔

کأشرس ادبس منٛز آسہٕ ترقی پسندی ہنٛز واو گژایہٕ تموٕے دوہو پیٹھ واتنہٕ ہیٛوموٕ۔ یلہٕ ہندوستانس منٛز ترقی پسند ادبی تحریک بارسس آیہٕ۔ ریاستٕ ہنٛز سیاسی آزاُدی ہنٛز تحریک اُس ہبتھے ہندوستانچہٕ تحریک آزاُدی ہندوو لرِ پھرنوٕ ستی متاثر گوھان تہٕ وُہمہٕ صدی ہندس ژوٗرِمس دٔہلس منٛز اوس مُلکچہٕ تحریک آزاُدی پیٹھ اشتراٗکی خیالن ہُند زبردس اثر پیوٗمُت۔ تہٕ سأنی ریاست کتہٕ روزہا امہٕ اثرٕ نشہٕ بچتھ۔

یمن دوہن اوس کأشرِ شاعری منٛز زیاستر مہجورن تہٕ آزادُن ضرب چلان۔ یم دوشوے یُدوے ژکہٕ رومأنی شاعر اَسی پوٗز یموتٔل کیژھن تھبن موضوعن پیٹھ قلم یم اوٗ تاں نوینے اَسی۔ مثالہ پأٹھی حبِ وطن، بأے بندٕت، روادأری، طبقأتی ببن، نادأری، ننبھ ہبنہٕ والین ہنٛز بیٹھولی بیترٕ۔ مہجورن یبتہٕ "دسنگر مالن پو پزٕ اگاش"، ہش نظم لیکھتھ اکہٕ لوٗبہٕ ونہ پیش کالچ خوش خبر دِژ تہٕ کوٗرن فرقہٕ وارانہٕ ملہ ژارتھاونگ تہٕ باند باند۔ سہ اوس گوڈنیک کأشر شاعر یمیش خوجہٕ باین مول وألتھ گرزیسی کورٕبد ہررو۔ آزادٕ دزاو عام لُکن ہنٛز دردٕ ضوٗژ پرد

تُلتھ ننہٕ وانہٕ ماْدانس منٛز تہٕ بنیوٚ کاْشرِ زبانٛی ہند شاعرانقلاب۔ حب وطنٕکۍ ترانہ گٔوو تمۍ تہٕ یکتیٚگ پاْغام تہٕ دیتٕن پوٚز سرمایہ داٖری، سماٚجی نابرابری تہٕ طبقاتی نظامس خلاف لیکھنس منٛز پوٚک سُہ مجبورس بوٚنٛتھ۔ تمۍ بنوٚو ''انقلاب'' باقایدٕ موضوع تہٕ اتھ موضوعس پیٹھ لیچھن کیٚنہہ نظمہٕ۔ رٔوسہٕ کس انقلابس تہٕ مارکسزمس کرِن تاْریف امہِ بزاْنٛثہ زِیہاے ماآسہِ بہتر زندگی ہنٛز وتھ۔ ڈٔریاو۔ شکوہ ابلیس، شکوہ کشمیر بیتر تسنٛزن زیچھن نظمن منٛز تہٕ چھےٚ ترقی پسندی ہنٛدی خولہٕ خط موجوٗد۔ یٔتےٚ یوت نہٕ تسنٛزن غزلن ہنٛد بن واریہن شارن منٛز تہٕ چھےٚ امہِ چےٚ ژھایہِ گژایہِ۔ مجبور تہٕ آزاد نہٕ پوٚت وانہِ ہنٛدی شاعرٲسی نہٕ کاْشرِ زبانٛی مازان۔ تہنٛد خاْطرِ اوس باوٕژ ہندوسیلہٕ اردو تہٕ کاْنٛسہِ کاْنٛسہِ ہندی۔ اتھ وٕنی زِیانہٕ تکٕن کنہٕ تکن گری سوچھےٚ الگ کتھ۔ پوٚز وانہن ٕستی اٚسی یم تہٕ دانہِ مُنانٕ۔ صرف اوس مرزا غلام حسن بیگ عاْرف یُس کاْشرس مُتی گوٗمت اوس تہٕ تمی پھیٖر کیٚنٛہوٚن شاعرن یمن منٛز دینانا تھ ناْدِم خاص پاْٹھی ناوہیٚنٛز لایق چھِ، کاْشری پاْٹھی لیکھنس کُن ماْل۔

وُہمہِ صدی ہندِ پاْنٛژِی مہِ ڈٔہلہٕ کِس ڈٔسلاسے منٛز آسہٕ ییٚتہٕ کیٚنہ ادبی تنظیمہٕ بارسس آمٕژ۔ یمن منٛز پژاگژ یسیو رایٹرس لیگ یُس کُل ہند انجمن ترقی پسند مصنفین کے انمانہٕ تہٕ تمہِ کے اثرٕ قایم سپنز ٕمژ اٚس۔ پوٚز زیادٕ مشہور اٚس نہٕ سپٕژ ٕمژ۔ اتھ تنظیمہٕ ٕستی اوس ترقی پسند خیالات تھاون والین اردو تہٕ ہندی ادیبن واٹھ۔ انجہانی پریم ناتھ پردیسی اوس اُمیک تھٕر کوٚنڈ۔ بیا کھ تنظیم حلقہ ارباب ذوق، یٚیمہٕ ناوٕچ اکھ ادبی تنظیم پنجابس منٛز موجود اٚس۔ پتہٕ بنے یم دوشوے تنظیمہ کشمیر ہنٛزا انجمن ترقی پسند مصنفین۔ پوٚزنہٕ اٚس حلقہٕ ارباب ذوق ناْوِی تنظیم

پنجابچہ امہِ ناوچہ تنظیمہِ ہنٛز لنڈتہٕ نہٕ پیٛچ انجمن ترقی پسند مصنفین ہندوستانچہ انجمن ترقی پسند مصنفین تنظیمہِ آویٛزٕ۔ فراق صأبنہِ نظمہِ ''سازندرس کُن'' ''فنکأری'' تہٕ کأمل صأبنیٚ ''انسان چھُ دُچھان'' چھ امکی نوٚمونہٕ۔ ترقی پسند تحریک اُس، تمن دۄہن ہنداکھ دۄر فلسفہِ اشتراکیت ڈُکھس آسنہٕ باوجود عالمی سوٚتھرس پیٹھ ہنگأمی حالاتن ہُند نتیجہٕ۔ روسس منٛز اکتوبر ۱۹۱۷ ہک مشہوٗر انقلاب، یتھ منٛز زارشاہی ختم سپٕز تہٕ امہِ پتہٕ یُس نظام قأیم سپُن، سُہ ہرہمیشہٕ پوٚشنچ پریشأنی۔ گوڈنکس عالمی جنگس منٛز جرمنی کمبر پھٕٹتھ یہ فکر زِ بیٚیہ ماہیکہٕ تھوٚ دوٚ ٲتھ۔ لہٰذا یس یہ گوٚ تہٕ تس تہِ بیٚیہ یورامن تھاونچہ کوٗشش تہٕ سوٗرے دُنیا کھوژناوُن زِ جرمن قومس اگر حبس پھیوٗر فاشزم کریو سأری سےٚ فان، سوٗرے دنیا گرِن اُمس خلاف اُٹھ۔ پتہٕ عالمی معأشی بحران ییٚمکی وجوٗہات ژھاران یہ وننہٕ آو زِ یہ چھےٚ سرمایہ دأری ہنٛز پشرموٚ بیمأرِی تہٕ محنت کشن بتھ ہینٛگ نتیجہٕ۔ چونکہِ عوام چھُ موٚزوٗر گرٛیسی تہٕ باقیٚ محنت کش لہٰذا چھُ یہند طاقت بوٚڈ طاقتھاہ۔ پھِر گرِتھ گوٚ یوٚہے طاقتھ حأصل کرُن۔ مُلکی سوٚتھرس پیٹھےٚ تہٕ ونواتھ تحریکہِ ہنگأمی حالاتن ہُند نتیجہٕ۔ اکی دویمہِ عالمگیر جنگُک بیم، بی انگریزن نشہٕ آزادی حأصل کرنہٕ باپتھ آزأدی ہنٛز تحریکہِ نوٚ وزوٗ زبہٕ تہٕ دیٚن۔ دوٚشوٚ یو طریقو روٗس مخألف طاقت ہارناوٗنی تہٕ ہندوستانس منٛز اشترأکی نظام قأیم کرُن یس بنٛیأدی حقیقوٗن نشہٕ اُچھی وٹنک نتیجہٕ اوس۔ اُمی خام خیألی کرناوِ ترقی پسندن وٹُل بُجہٕ۔ اتی دویمس جنگس تان انگریزن مخالف تہٕ ییٚلہِ روٗس تہٕ زدس منٛز آو، انگریزن حمایتھ کرٕنی تہٕ اتھ جنگس منٛز شأمل گژھنس مأل پھِرُن۔

ریاستی سطحس پیٹھ تہٕ آیہ یہ تحریک ہنگأمی حالاتو کنٛی بارسس۔ یہ وُنن نے

ویوٚتھ پہن گژھ، توٚ تام اوس نہٕ یہ تہٕ واضح زِ یہ اٲسی لیکھان چھِ یہ گو ترقی پسند ادب۔ ملک سپٕن تقسیم۔ بھارت تہٕ پاکستان زٕ ملک آے ووجوٗدس۔ پوٚز سٲنی ریاست نہٕ اور نہٕ یور۔ اتھ پیٹھ سپٕن حملہٕ تہٕ پتہٕ جوٲبی حملہٕ۔ اسہِ آو حملس خلاف ووتھنک تہٕ جوٲبی حملس ساتھ دِنک باند باند کرنہٕ۔ اکھ نیم سیٲسی، نہ مکمل سیٲسی قسمُک ثقافتی محاذ سپٕن قایم تہٕ نظرِ تل روٗد صرف حملہٕ آورس لار کرٕنی۔ ئستی باسیو زِ یمن پننٕی مفادر اوٕنچ فکر چھےٚ تم ماچھ حملہٕ آورس مدتس۔ یم نوٚو نظام قایم کرنس ٹھوٚر تھاونچ کوٗشش کران اٲسی، تم گے دیاٗرٕ وٲلی تہٕ چکدار، سوٗ دخوار تہٕ جاٗگیر دار۔ ئستی مذہبی اجارٕ دارٕ کڈی توکھ سارنےٕ پٕٹ۔ تِتھے جنگ بندی سیٕز پننٕی کلچرل محاذ چ وٲنس تہٕ وٲژاند۔ مُلکس منٛز اٲس ترقی پسندن یمن دہن لار ہِچ تِکیا زِ سہ نظام اوس نہٕ قایم سپٕنمت یُس تہند خاب اوس۔ تمن لوٚگ ژھانڈو۔ اٲڈی گے روپوش، اٲڈی آے یور ژٕلتھ تہٕ کینہ ژٕلی پننہِ مُلکہٕ کنہ دور دراز علاقن ہُریمانہٕ پاکستان کُن تہِ۔

یم ترقی پسند یور آے، تہندِ ئستی گوٚیہ تہِ کینہ ترقی پسندن در بر، تمن پرنوٗ کھ تہٕ ہیٚچھ نوٗ کھ زِ ترقی پسندی کیا گیہِ۔ ئٹی کہِ لیکھ نوٗ کھ تہِ یتھ ترقی پسند ادب ونہٕ آو۔ اٲمیُک بیشتر حصہٕ اوس خود مارکس سٕندس نظریس ئستی سبٹھا کم واٹھ تھوان۔ ونہٕ ٹک مطلب چھُ یہ زِ تژیشوٗنی سوٚتھرِبن پیٹھ روٗد گوڈٕ گوڈ کیٛشن ؤری ین ہنگامی ادب بوٗنٹھ کُن یوان تہٕ شاعری ہُند حال تہِ اوس تِتھے۔ کتھ کمہِ آیہِ تہٕ رِکتھہٕ پاٗٹھی گژھ ونہٕ تنٛز تہٕ اوس نہٕ اہم۔ ونہٕ کیا گژھ یُن تہِ اوس ہم۔ اولیت اٲس موضوعس نہ زبیانس، ہیُو یا اظہارکس طریقس۔ اتھ مان مٲنی منٛز روٗد نہٕ یہ یادِ ے زِ یِتھ شاعری گوٚن دہن پوشہِ۔

اکتوبر ۱۹۴۷ء پتہٕ ۱۹۴۹ء لیس تام یہ کینہٕ لیکھنہٕ آو۔ تتھ ووٚنِتھ حفاظتی ادب۔ اتھ منز اُسی ترانہٕ تہٕ جنگی بأتھ بیترٕ۔ ۱۹۴۹ء ہس منز بنیو قومی کلچرل کانگریس یمیُک اعلان نامہ تریمہٕ تہٕ ژوٗری مہٕ جلسہٕ کس اجلاسس منز پاس سپٕن۔ یتھ منز ونہٕ آو زِ اسہِ چھُ ترقی پسند تمدن پأدٕ کرُن۔ امہٕ تنظیمہٕ ہُند ترجمان رسالہٕ کونگ پوش آو ستمبرس منز جأری کرنہٕ۔ کأشرِ زبأنی منز گوڈنیک باقأدٕ رسالہٕ۔ یُتہٕ کہِ کأشر ترقی پسند ادبُک نمایندٕ رسالہٕ۔ یہ کتھ حدس تام اُس سیأسی کیٛو سرکأری تنظیم امیُک اندازٕ ہیکہٕ یٖمہِ حقیقژ کٔنز سپدِتھ زِ صدر اوس غلام محمد صادق تہٕ ترٕے نایب صدر، محمد افضل بیگ، جسٹس جیالال کلم تہٕ مسٹر اسداللہ کاظمی، جنرل سیکریٹری عأرف صاب، سیکریٹری شیودان سنگھ چوہان تہٕ خزانچی مس محمودہ احمد علی شاہ۔ اتھ تنظیمہ آسہٕ ترٕے لنجہٕ اکھ انجمن ترقی پسند مصنفین یتھ دینا ناتھ نادم جنرل سیکریٹری اوس۔ بیا کھ ترقی پسند تھیٹرس ایسوسی ایشن یتھ شیلا بھاٹیہ جنرل سیکریٹری اُس تہٕ ترٕیم انجمن ترقی پسند مصورین یتھ ترلوک کول جنرل سیکریٹری اوس۔ شیخ محمد عبداللہ سنز گرفتأری پتہٕ یٖلہِ حکومت بدلے ......... کلچرل کانگریس سپز کلچرل کانفرنس تنظیمہٕ منز تبدیل۔

امہٕ وقتہٕ کیٚن شأعرن منز اوس مہجور صأبس علاوٕ غلام حسن بیگ عأرف، عبدالستار عاصی تہٕ دینا ناتھ نادم، نور محمد روشن، غلام نبی عارض، شرید ررینہ زار بیترٕ یہُند کلام کونگ پوشس منز چھپان اوس۔ پتہٕ سپٕن یمن منز ارجن دیو مجبور، رحمان رأہی، پریم ناتھ پریمی، عبدالمجید سایر، امین کأمل، نندلال امبار دار' غلام نبی فراق تہٕ شأمل۔ یمن ورین ہنز کأشر شأعری یُد وے پٔننہِ خطیبانہٕ لہجہٕ، بیانہٕ کہِ زیٖچھر، لفظن ہندا اسرافہٕ، فکرِ ہنز بلندی نہ آسنہٕ، تأثیرٕ چہٕ کمی، خیالچہِ نزاکژ

ہنز وبڑھیہ گنی ییمہٕ زمانہٕ قابل قدر باسان چھنہٕ پوٚز بیٚیوٚ کینٛہہ وگوٚئی چھینہٕ راوراوٕنی لایق تہٕ امیُک لہجہٕ چہٕ نوٚو، مشاہدٕ چھُ وسیع، تشبیہ چھےٚ ساہٕد روار بیان تازٕ زبان عام فہم۔ یہ چھینہٕ شارتہٕ نشہٕ بلکلےٕ اتھ چھوٚنی۔

گوڈٕ گنز راومژن خاصٕ ین چھےٚ ناٗدم صابنہٕ تمہٕ زمانہٕ چہٕ نظمہٕ جنگ باز خبردار، پرژھُن چھُم، واون وونم، میانیو شاروکیا وون۔ مےٚ چھُم کاٗم باقےٕ تہٕ گگراے بیٚترٕ تہٕ راٗہی صابنہٕ ژٕ کتھ چھکھ وٕں پیاران، بہار آویٚتہٕ لولہٕ سان شولہٕ ماران، تہٕ ٹھہر کتہٕ جاٗ گیر داٗری ہشہٕ نظمہٕ، فراق صاٗبنۍ نظم ''طفانن توپھ کیا پوشن'' نورمحمد روشنٕنی نظمہٕ، موٚزورٕ سُند یرادٕ، کوشُر زرما، یونہٕ ہردٕ، یہ کیاٗ بوزٕ ناوے، تہٕ پریم ناتھ پریمی سٕنز نظم ''ژینہٕ ون'' بیٚترٕ گواہ۔ امہٕ علاوٕ تھی ہوی شارتہٕ

شڑ اونس منز سوٚت پھلبن پٹھ راٗژ گزاریٚتھ مدٕنو
پھاگنس منز ٹیٚٹھی گلبن پٹھ ساتھ نباوان ژٕرے چھکھے

(عاٗرض)

تھزرپستی کرٕنی ہموار ساقےٕ کرٕنی مے ختم جنگ زرگری چھم

(راز)

اتھ واس گرِتھ گزیوس ہیٚہ مزدوٗر پکُن چھےٚ
سرمایہٕ دارو ظلم گارو روز خبردار

(ارجن دیو مجبور) پتہٕ گنز راوِ متبن گونن ہنزٕ مثالہٕ چھےٚ عاٗرفہٕ صاٗبنۍ نظم ''موٚزرٕنی'' ''ناٗدم صاٗبنۍ'' مےٚ چھم آش پگہٕ ہچ'' یا ''سوٚنتھ تہٕ ہردٕ'' راٗہی صاٗبنۍ نظم ''وبشاٗ کھی تہٕ روٗفی گر'' خیال صاٗبنۍ ''زندگی تہٕ امن'' یا ''نوٚو عہد نامہٕ'' مکھن

لال بیکس سۄز "خاب تہٕ مجنتھ" بیترٕ۔

کم کاسہٕ اندازٕ ہیکو توٚہی یمو مثالو سٟتی تہٕ کٔرِتھ

یِشمہٕ بٔزلنہٕ سرنو مرأوِتھ واون ژھٔن شبنم چھکرأوِتھ

مالنیٚ شیچھی یٔزِتھ میہرِنی زن وأریو گرٕ گٔژ اوش ترٛاونے

نوٚوجوش چھُ کھوٚتمُت پوشہٕ تھرِ بن    باوُڈ گلہٕ نیٚ تہٕ بنگرٕ زرِ بن

دوہنیٚ ہُند دودٕ شُر پنہٕ پوٚشر    کھونہٕ کھونہٕ پھروتھ گٔژ ہاوِنے

چھ کم تیٚمی زندٕ گی ہِندس زوٗس منز    خبر کیا تس بٔتھے تیٚمی رٕٹ پٔننی ناو

(راہی)

زچہٕ نالی ژھنتھ خسہٕ گموٗ استہٕ منگان دان    کیٚنژون دوہن ہنز لوسہٕ شُرس تازٕ ژٔتھ نان

(عارف)

یمن کیٚنژون ؤری ین منز آو ترجموٕ رنگی تہٕ کأشرِ شاعری منز واراہ کینژہ۔ ترجمہٕ آے اردو پیٹھٕ تہٕ کرنہٕ تہٕ بیٚیو زبانو پیٹھٕ تہٕ یوٚزامہٕ عبوٗری دورٕکی ترجمہٕ چھنہٕ تیٚتی قأبلِ توجہ۔

ترقی پسندی ہِندس اتھ دورس منز آی گوڈنچہٕ لٹہٕ کأشرِ شاعری منز شارٕ ہیٚیہٕ رٔنگی آزاد نظم ورتاونٕکی یِسلہٕ پأٹھی تجربہٕ کرنہٕ۔ غزل لیکھنس کٔن گیہٕ نہٕ کل۔ غزل ہیٔت سۄز نظم لیکھنہٕ باپتھ استعمال۔ کأشرِ شاعری ہنز بوٗتھمہٕ شارٕ ہیٚیہٕ تہٕ آیہٕ ورتاونہٕ مثالہٕ پأٹھی ؤژن تہٕ یہ فارم ورتأوِتھ سۄزٕ لگہٕ شاعری نکھہٕ ینچ کوٗشش۔ محنت کش

طبقن ہنز زندگی ہند بن طور طریقن پٹھ آو قلم ٹلنہٕ۔ گیت، لولو، ننذٕ بأتھ بیٚتر آے لیکھنہٕ تہٕ پڑھن کوٗشش دوران آیہ کیشہٕ رٕژتہٕ دلس ویہ وٕنہٕ مثالہٕ تہٕ بوٗنٹھ کُن۔ اتھ سلسلس منٛز چھ نأدم صأبُن لیوٗ کھمٗت گیت ''ڈل ہأنٛزنہٕ ہند وژن'' یا ''گأری واژتی'' یُس شام لال در بہار سٕنذِ ناوٕ چھپے یو۔ پریم ناتھ پریمی سٕنذی لیکھی ہٕتی بأتھ کونگ ژأر، تھل رٕون، تہٕ ہوہو تہٕ وٕنس تل تھاوٕنی۔ یتھبن بأتن ہنٛذِ ذٕری یہ تہٕ آیہ ترقی پسند ہندی مُدا تہٕ مقصد پوٕر کرنٕچ کوٗششہٕ کرنہٕ مثالہٕ جورا بوٗزیوٗ، ڈل ہانٛزنی چھے پننس دوٕ دُشرس متلق ونان۔

آرٕ ول چھوٗت سہٕ چھٕم واٹہٕ مُج ہیوٗ    چھوٗن تہٕ نوٗن ترہوٗت شینہٕ ژُج ہیوٗ

اوش ہران آب زن پٹھ کھلبے ہے

نأدم

شوقہٕ سوٗ ندر ولولہٕ ہتھ پھوٗلر وومکھ    سونہٕ وُڈرے کنہٕ دوٗرالہٕ روومکھ

وارِ اندر کھنذِ کر ہُرنے آئے    کونگہٕ پوشو کریو لولہ متہٕ لاے

مرزا غلام حسن بیگ عأرف صأبن ورتو و نظم تہٕ غزل لیکھنس ہٕتی اکھ ژُمصرأے قسیچ شأرٕ ہیئت تہٕ ترقی پسند خیالات کرٕنی أتھی منٛز ادا بوٗزیوٗ یم مثالہٕ۔

غریب اے موتہٕ بچہ سألاب گالبس    وندے ترٛاوبس بچأرس تاپھ زالبس

زمینس آسمانس أمی سنٛزرے رٕش    دوہابنہٕ ہیرِ بوٗن سے زوٗل زالبس

تتان ترٛان ہنگ دارس اگر ہنگ    اگر لیڈر ریژھان ویر بن منگان ٹنگ

ذٕرتھ أتھی پیٹھ چھے درویشی امیری    غریبس گرٛیستس خوٗنس دوہے منگ

میر غلام رسول ناز کی صأبس رودنہٕ ترقی پسند تحریکہ ستی کانٛہہ خاص تولُق تہٕ نہٕ آلیس مزاژ سۍ راس۔ پۆز ژاتھ وقتس منٛز اوس امہِ ہوانو ہُک تیٚوٗت زور زِ تس تہٕ پیٚو وُنُن

أکتھ گٔنز دولتس انبار انبار         بیٚیتھ گٔنز زندگی دشوار دشوار

ڈ زِتھ وون راتھ أکی موحتاج ڈومبن         خدایا ظأ لمن لگی تن گرس نار

ترقی پسند تحریک لٔج پتہٕ ہنہٕ ہنہٕ ژھوکنہ۔ اتھ أسی مختلف وجوہات۔ پۆز ملکہٕ چیٚن سارنے زبانن ہندس ادبس ووت أمہِ تحریکہ ہند فأئضہٕ واریاہ فأیدٕ تہٕ تتھے پأٹھی ووت کأشرس ادبس تہٕ۔ کأشرِ شأعری، ہیٚژ رٔنگی کیٚو موادٕ رٔنگی یا اظہار کِنۍ تہٕ بیانہٕ کِنۍ مختلف طور طریقہٕ گٔنزلوٚب سیٚٹھاہ وُستھ، أچھی آیہِ مُژراونہٕ۔ بند تلاوس لٔج تتھ واو، گزای زِ وولر سرکی ہوی ملر لگس ووتھنہِ۔ کینٛہہ ؤری گژھتھ ییلہِ پھژ کہِ وِنس سونچس قرار ہیوٚ آو۔ ہنگأمی دورُک کژ بکہٕ نادہمیوتہٕ شأعر وہیوٚت ژبتھ دِتھ سونچن زِ شأعری چھےٚ بدل کیاہتام چیز۔ یہ گژھِ فنکی تقاضہٕ تہٕ پوٗرٕ کرٕنی تہٕ اتھ گژھ تیٚتھ مول آسُن تیٚتھ حُسن آسُن زِ افأدی آسنہٕ باوجود ییٚہ پرن والین لونٛچہِ لگُن۔ تہند مطالہ تہٕ مشأہد رودُستھ لبان تہٕ وارٕ وارٕ وأتی تم فن پارٕ تخلیق کرنہٕ کِمن منٛزٕ لن تام ییٚمہِ ستی سأنی کأشر شأعری ترقی لبہٕ مژن زبانن ہنٛز شأعری ستی أچھی رلأوتھ ہیکہِ سہٕ تہِ پننی کأرتھزتھأوِتھ، مثالوستی اے یہِ دعویٰ وبژھناونہٕ ییٚموتہٕ کتھ زِ تِھ ییٚمیک نہٕ وُنہِ کِمن وق اجازتھ دوان چھُ۔

# منشی پریم چندتہٕ ترقی پسند تحریک

منشی پریم چندٕنی افسانہٕ تہٕ ناول اؔسن ۱۹۱۸ءپتھے روسہٕ کہ انقلابہٕ نشہٕ متاثر سپدٕنی ہیٚتہٕ متی۔ یمیک اشارٕ ''گوشہٕ عافیت'' ناول تہٕ تہند بن کینژ ن افسانن منٛز میلان چھُ۔ ووٚنی گوو ۱۹۳۰ءلیس تام رُوٗدتمن پیٹھ ٹالسٹایؠ تہٕ گاندھی جیٚن جادٕ اثر یمہِ کِنی تہندی تحریر تصوریت تہٕ مثالیت پسندی ہندی شکار سپنہٕ۔ اتھ وٕری یس تان تہِ چھُ تہندی افسانہٕ تہٕ ناول حقیقت نگاری ہندی جان نموٗنہٕ پیش کران پوٚز یمن منٛز ووتلاونہٕ آمُت سماجی حقیقتُک تضاد چھُنہٕ کِنہٕ منطقی انجامس واتان۔ اوٚت واتان واتان چھ تہند بن کردارن ہنٛز ہنگہٕ منگہٕ قلب ماہیت سپدان، تمن منٛز چھِ رُوحانی تبدیلی یوان تہٕ تم چھِ رٔتی تہٕ نیک بٔنتھ گژھان۔

''انگارے'' افسانہٕ سوٚمبرن یدوے بازر پیوٚانی ضبط سپٕنی۔ توتہٕ سپٕز یمن افسانن ہنٛز سبٹھاہ شوٚ ہرتھ تہٕ وارِیاہ لیکھن وٲلی گئے متاثر۔ یمن افسانن ہندی بأغیانہٕ لہجن پھیرُ خاصکر پرٕن والین ہُند توجہ پانس کُن۔ پریم چندُن متاثر گژھُن تہِ اؔسنہٕ بڈ کتھ۔ تمن اؔس اوٚ تان اہنساتہٕ گاندھی ازم پیٹھٕ پزٕھ ڈٕھرٕ۔ چنانچہ امہِ دورچہ اؔکس کہانی ''بھاڑے کا ٹٹو'' منٛز چھ لیکھان۔ ''رمیش چھُ جیلہٕ نیرتھ پوٚزتہٕ انقلابی بنیوٚمُت جیلہٕ چہِ کالہ کوٗٹھرِ منٛز اوس سُہ دُہی دوہس سخت محنت کٔرِتھ غریبن ہُند پاے کرنُکی منصوٗبہٕ بناوان سوٗنچان زِ انسان کیاز زِ گوناہ کران۔ توے زِ زندگی

گزارنس منز چھ مختلف دربن منز سبٹھاہ پھیر، اکھ محلن منز بسان بیٚیس نہٕ کلٕو شیوٚل تہٕ، اُکس ریشم تہٕ لال جواہر نالی، بیٚیس نہٕ زچہ پلوتہٕ، اگر دُنیہس منز ژوٗر بے ایمانی تہٕ جرم چھُ، قصوٗر کہند چھُ۔ سُہ اوس تژھ انجمن یژھان یوسہ دُنیاہہ منز یہ ختم کرِ۔ دُنیاہ چھِ پرتھ اُکِ سُندِ خاطرٕ تہٕ بیتہٕ چھُ سارنے رتھ تہٕ آسائیش حاصل کرنک حق۔ تہٕ نہٕ چھُ ڈاکہٕ ڈاکہٕ تہٕ نہ ژوٗرِ ژوٗرِ۔ اگر دیارٕ وول پننہٕ خوشی پننٕہ دولتھ بأ گراونہٕ تہٕ تسنز مرضی خلاف یم دیار بأ گراونی کتہٕ گوگوناہ۔ دیارٕ وول ؤنی تنس گوناہ تسند بنومُت قونوٗن دی تن سزا۔ سأنی عدالتھ آسہِ بیوٚن۔ اتھ بوٚنٹھ کنہٕ آسن تم سأری ملزم یمن نش ضروٗرتہٕ کھوتہٕ جادٕ پونسہٕ چھُ“

یوٗ ہے وجہ اوس زِ ییلہِ سجاد ظہیر لندنہٕ پتھ ترقی پسند مصنفین ہنز انجمنہ ہُند اعلان نامہ ہتھ ہندوستان آو تہٕ دسمبر ۱۹۳۵ ءیس منز الہ آباد پریم چندس سمکھ، یوٚت سُہ ہندوستأنی اکیڈمی ہندس کانفرنس منز حصہٕ ننہٕ آمُت اوس تہٕ بیتہٕ مولوی عبدالحق تہٕ جوش ملیح آبادی تہٕ اُسی۔ یموتژ یشویواد یوگری اتھ اعلان نامس پتھ دستخط۔ امہٕ پتے پو سجاد ظہیرس خیال سُہ بلاوِ ترقی پسند مصنفن ہنز اکھ کانفرنس امہِ خأطرٕ بلووٕتم اکھ میٹنگ الہ آبادٕ پننہِ گرٕ۔ اتھ منز اُسی زمانہٕ رسالکی اڈیٹر دیانراین نگم، مولوی عبدالحق تہٕ منشی پریم چند۔ سجاد ظہیرن ووٚن پریم چندس زِتس چھُ کانفرنس بلاونک خیال تہٕ صدارتھ چھے منشی صأبس کرٕنی۔ جوابس منز تژ ووتمواسنہٕ ہناتہٕ بس۔

ترقی پسند مصنفین ہنز کانفرنس اُس اپریل ۱۹۳۶ ءیس منز الہ آباد منعقد سپدن وارتی۔ سجاد ظہیرن لیوٚکھ منشی پریم چندس خط۔ تمو لیوٚکھ جواب زِ ”صدارتچ کتھ؟ یہ چھُس نہٕ اتھ لایق۔ یتھے چھُسے نہٕ ونان، مے چھے کمزوٗری،

مسٹر کنیالال منشی روزِ میانہِ کھوتہٕ جان یا ڈاکٹر ذاکر حسین، پنڈت جواہر لال نہرو آسہِ سبٹھاہ آوٚر نتہٕ اوس سُے موزوٗن، اتھ موقس پیٹھ آسن ساریٚ سیاستہٕ کس نشس منز، ادبس ستی کتہٕ آسہِ کانٛسہِ دلچسپی، پوٚز ازسہِ چھ کیٛنہ کرٕن۔ اگر جواہر لال نہرون دلچسپی ہاو، جلسہٕ روزِ کامیاب"

سجاد ظہیرن مانٛز نہٕ یہ ماذرتھ کیٛنہ تہٕ پریم چندس پیٛیہ مجبورن صدارتُچ پیشکش قبوٗل کرٕنی۔ کانفرنسہٕ کس موقس پیٹھ یِیلہِ منشی جیس واتنس ژیر ہیوٚگو۔ منتظم تنبہٕ لے۔ تہٕ لگی سونچنہِ زِ تار سوزِ واکنہٕ کیا کرو۔ سجاد ظہیر دراو کتھ تاں کامہِ نبر اورٕ پھیوٚر تہٕ منشی پریم چند اوس سس ستی، نہ یہ ملالہٕ زِ اسٹیشنس پیٹھ کیاز اوس نہٕ کانٛہہ پیٛاران نہٕ یہ پرواز بُتھ کیاز دراونہٕ کانٛہہ۔ یِوٚت بہلہِ پایہِ ادیب تہٕ یُتھ مزاز نرم۔

امہِ کانفرنسک ہرتراوس سُہ تقریر یُس پریم چندن صدارتھ کرنہٕ وِزِ اتہٕ کوٚر۔ اتھ منز اوس امہِ وقتُکہِ ادبک رفتار، اکہِ نیٛچ، زمانُچ منگ، دنیاہہ کیٚن حالاتن ہُند تقاضہٕ، ادبُچ ترقی ہُند مانہِ مفہوم، ترقی پسند تحریکہِ ہند مقصد تہٕ مدا۔ اکہِ اہمیتھ سماجی تہٕ تہذیبی زندگی منز ادبک رول، سارِنے کتھن ہنٛز وضاحت کرنہٕ آمٕژ۔ تمو وٚون زِ "ازتاں اوس اردو تہٕ ہندی ادبک منشہٕ زبان بناونی نہ زِ خیالن پیٹھ اثر تراوُن زبان بناوِتھ تہٕ اتھ پوچھر دِتھ یُس احسان پیتُن مواسہِ پیٹھ کوٚرتمیک شکریہ نہ کرُن گیہِ احسان فراموشی، پوٚز زبان چھے ذٕری یہ، منزل چھنہٕ۔ اسہِ پزِ زبانٛز بوٗتھ پیٛن پکِتھ مانیس تہِ سنُن" ادبچ تعریف کران ووٚنکھ زِ "ادبچ بہترین تاریف چھ یہ زِ سہ چھُ تنقید حیات۔ یِیلہِ ادبس پیٹھ دنیاہچ ناپایدارٕی سایہِ تراٚوِتھ آسہِ تہٕ اکھا کھ لفظ آسہِ عشقس تہٕ زمانہٕ کیٚن شکون گلیٚ آلوان زانُن گژھ قوم چھُ پسُتی گَن

گوھان'' ادبچہ افأدیۂ متلق وۄنکھ زِ'' مے چھُنہٕ یہ ونس منز پس پیش زِ بیٚن چیزن
'' ہندی پأٹھی چھُس بہٕ آرٹ تہٕ افأدۂ ہنز تارِ ژتولان۔.......... آرٹُک مقصد چھُ
ذوق جمالس اتھ ڈالُن تہٕ یہ چھُ سانہٕ روحأنی مسرتچ کُنز، مگر یژھ روٗحأنی مسرتھا
چھنہٕ کأنہہ ییتھ نہٕ افأدی پہلوتہٕ آسہٕ، مسرت چھ پانہٕ اکھ افأدی چیز،........شفق
پھوٚلنٕی چھِ خوشوٗنی پوٚز ہارُس منز پھوٚلنہٕ کینہٕ تِکیا زِ امہٕ رہتہٕ چھےٚ سہٕ کو کانٛچ چھی
ونان۔اسہٕ پزِ حسنُک معیار بدلاوُن۔أز یک تام اوس امیک معیار امیرانہٕ، سون
آرٹسٹ اوس اہندسے دامنس چونہٕ جران سہٕ اوس نہٕ ژھیٚیہ پھربن کُن أچھ
تُلان۔سون آرٹ اوس یاونس مُتۍ۔ یاون چھُ ناو آیڈیلس، ہمبژ، قوربأنی تہٕ
اقبالس ستۍ وُنُن۔

در دشت جنون من جبریل زبون صیدے
یزدان بکمند آور اے ہمت مردانہ

پریم چندن وون زِ اسہٕ گژھ اکھ نقطۂ نظر آسُن تہٕ سہٕ نقطۂ نظر گژھ پننہٕ زمانہٕ
کِہن اہم مسلن ستۍ بتھی لاگے گرِتھ ہکُن۔تیٚلہٕ ین تمام لُکھ تمہٕ کس وانکس منز،
سہٕ روزنہٕ کُنہٕ خاص طبقس تاں محدوٗد تیٚلہٕ ہیکو نہٕ أسۍ سہٕ معاشرت برداش کرِتھ
ییٚتہٕ ساسہٕ بدٕی انسان أکس جابرس منز غولأمی کران آسن۔تیٚلہٕ لیکھونہٕ أسۍ کا کدو
ورقسےٚ پٹھ بلکہٕ سہٕ نظام انو بارسس یُس حسنس، خودداری تہٕ انسانیژھرِ آسہٕ نہٕ۔
ادیب سنز کأم چھنہٕ دل رنزون......سہٕ چھُنہٕ سیاستس پتہٕ پتہٕ پکن واژی حقیقت
بلکہٕ بوٚنٹھ بوٚنٹھ گاش ہاون وول ژونگ........ اسہٕ پزِ ادبک علمی معیار
تھزراوُن.........سانہٕ کھوچہٕ پٹھ کھسہٕ سہٕ ادب ییتھ منز تفکر آسہٕ، آزأدی ہند
جذبہٕ آسہٕ، حسنُک جوہر آسہٕ تأمیرک روح آسہٕ، زندگی ہندبن پزرن ہند گاش

آسہ، یس اسہِ منز حرکتھ، ہنگامہٕ تہٕ ہبقرٲری پاۂدٕ کرِ۔

منشی پریم چندٕنی یہ دلچسپی روزنہٕ صدارتی تقریرس یا اُتھی کانفرنس تاں محدوٗد۔ تم رُوٗدی پننہٕ آیہٕ کوٗشش کران زِ یہ تحریک گژھہ مُلکہٕ کِنی دویمِن حِض تاں پھاۂلنہٕ تہٕ ترقی پسند منصفن ہنٛز امہِ تنظیمہٕ ہندی لنگ لنٛجہٕ گژھن پزٕ بتھ جایہٕ قاۂیم سپدٕنی۔ بنارس، پٹنہ تہٕ ناگپور ہشن جاین ہندی اُردوٗ تہٕ ہندی ادیب گٲریٚمی اتھ تحریکہِ سٟتی اتھٕ واس کرنس پتھ آمادٕ۔ کانگریس یا ہندی ساہتیہ پریشد کِنی جلسن منز تم یوٚت یوٚت گژھہ ہن تتہٕ تتہٕ اُسی امہِ تحریکہٕ ہند مقصد تہٕ مدا ویٚژھناوان۔ بنارسہ پتھ چھُ سجاد ظہیرس اُکس چٹھہ منز لیکھان ’’مےٚ چھےٚ پیٚتہٕ اکھ شاخ قاۂیم کرنٕچ کوٗشش گٲمٕژ۔ تحریکہِ متلق یوٗتاہ لٹریچر سوٗزتھ ہیکِکھ سوز، پیٚتکی ادیب کروکھا اکہِ دوہہ جمع تہٕ تمن سٟتی کروکتھ باتھ۔۔ بنارس گو قدامت پرستی ہند اڈٕ، سبٹھاہ مخالفت سپد، وٕں گوٚ زٕ ژور جان انسان میلنٕے یِم اسہِ سٟتی اتھ واس کرن۔ ...... پتہٕ گژھے بہٕ پٹنہ تہٕ تتہٕ تہٕ کرٕ شاخ قاۂیم۔ مےٚ کٔر بابو سمپورنانندس سٟتی تہِ کتھ۔ دپان اوس سُہ نیر ہا برونٛہہ، ظاہر چھ اوٗر، بابو جے پرکاش نرایس سٟتی تہٕ کٔرم کتھ۔ تمو دیُت مشورٕ زِ ہندی یس منز گژھہ اکھ ترقی پسند پرچہ شایع کرُن‘‘

یہ اُس تحریکہِ ہنٛز بدقسمتی زِ گوڈٕ کانفرنسہِ پتے گو تہند صحت جادٕ ناساز ژورے پاںژہ رہتی گے تم ییمہِ عالمہٕ۔ پوٚزیمن ژون پانژن ریٚتمن منز تہِ اوس تہندِس فنس پتھ ترقی پسند تحریکہٕ ہند سرُون اثر پیوٚن ہیوٚتمت۔ اکتوبر ۳۶ء ہس منز سپز تہنز اُخری کہانی ’’دو بہنیں‘‘ دلہ ہندس عصمت رسالس منز شایع۔ اتھ منز چھ لیکھان ’’پیٚتا دولتھ مند چھِ، سٲری لوٗٹرِ بہٕ تہٕ چھُس ییموے منز اکھ۔ پگہ بنن مےٚ دیار، درم سالہ بناو۔ پتہٕ وچھتہٕ تاریف، یہ گٔس پزٕ ژھ یِم دیار کتہٕ آئے‘‘ بمارِ

ہنٛد بن دوہن ہیٚژ وکھ ''منگل سوتر'' ناٴوِ ناول لیکھُن ۔ پٔز زامکٕ اٴسکھ کینٛہہ صفحے لیکھی ہٮ۪تؠ زِ موتُک پیادٕ آکھ۔ اگر یہ ناول مکمل گژھ ہا یہ ما آسہِ ہا ترقی پسند ادبٕچ تھٔکنٕ لایق ناول۔ نِوا احساس چھ تہٕ نٔوِ شوعورٕچ ژٮ۪نہٕ وَن وُ چھتو ''دِوتا گےٚ تم یم انصاف رأچھ کرن، امہِ خاطرٕ زٔ دِن، اگر سأرِ تھ موت لاگن، درمہٕ نشہٕ ڈلن، اگر تسٕژن أچھن منٛز یہ نظام أچھی کُٹر چھنہٕ سُہ چھُ اون تہِ تہٕ بیوقوف تہِ، دِوتا چھُنہٕ کنہِ صورتس منٛز ۔ درندن ہٕتی لڑنہٕ باپتھ چھ تمن منٛز روزتھ سلاح سامانہٕ گنٛڈن، اہنٛدن پنجن منٛز یُن چھنہٕ دِوتاہُت باسان'' کفن کہانی تہِ لیچھکھ امنٕے دوہن ییٚتھ منٛز یہ ونہٕ چھُ آمُت زِ لوٗٹ کھسوٗٹ چھ انسانہٕ سنٛد کامہِ کارُک طاقت ختم کران۔ منشی پریم چندس رود تحریکس ہٕتی سبٹھاہ کم کالس تولق تہٕ یمن آونہٕ امہِ تحریکہِ کٮ۪ن مقاصدن مطأبق پٔژن فن پھاپھلاونُک موقے۔

# عبدالاحد آزاد ............ کتھن ہنٛز گینہٕ

آزاد صابس گےٚ یمہِ عالمہٕ گامتس صرف پنٛژ وٕنزہ وٕری۔ تو تان اوس سُہ اسہِ منٛز بہ نفسِ نفیس موجوٗد۔ یہ چھُنہٕ تیوٗت زیادٕ وَق۔ لرِ پھرنس منٛز چھِ پنٛژاہ وٕری نیرتھ گژھان۔ تہندی کالہٕ باج، خصوٗصاً یمن ہستی تہندی وٕری تولقات اُسی رٕوٗدی اُسی منٛز راتھ تام تہٕ کانٛہہ کانٛہہ چھُ وُنہ تہٕ حالے حیات۔ تہِ گرِتھ تہِ چھُنہٕ آزادس متلق کینٛژن اہم کتھن پوٗرٕ پاٹھی دل دنہٕ آمُت، یم کتھٕ وننہٕ آمٕژ چھےٚ تِمن چھُ کھرٕ ے آمُت تہٕ دژ امُت چھُکھنہٕ۔ حدچھُ یہ زِ تہندِ تارٕیخ پادٲیش تہٕ تارٕیخ وفات تہِ چھِ تضادٕ کی شکارٕ ہتی۔ یہ گو حال سانٛس اُمس کالہٕ باج شاعرِ سُند، وٕنہ چھیٚنہٕ کتھےٚ تِمن نپہ نپہٕ کرٕ نٕہن تارکن ہنٛز یم کانٛسہ ادبہٕ کس نبس پیٹھ ہتہٕ وادٕ وٕری بوٗنٛتھ پژ بزلان اُسی۔

مرحوم آزاد اُسی رانگر گامکی یُس از بڈگامی ضلعس منٛز شامل چھُ، تتی زائے تتی بڈے، اتھ کتھِ ہستی چھُ سارنے اتفاق، پوٗز زاے کر؟ اتھ متلق چھےٚ متضاد رایہِ۔ اکتھےٚ یہندس مرن تارٕکھس تہٕ وٕری لیس متلق تہٕ۔

آزاد صابنہِ یمہِ عالمہٕ گژھنہٕ پتہٕ دٕہن وُہن وٕری ین اند راند رٕ ے آیہ ترٕ ے موتبر کتابہٕ شایع کرنہٕ۔ اکھ تہنٛزٕ ے پچھمٕژ کتاب "کشمیری زبان اور شاعری"، گوڈنیک جلد، بیاکھ کلیات آزاد یوسہٕ ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو صابن ترتیب

دِژٕ تہٕ یِیہ ماہنامہ ''تعمیر'' سرینگر .......... ''عبدالاحد آزاد نمبر''۔ ڈاکٹر گنجو صاب چھِنہٕ تأریخ پیدائیش درج کرٲنی، زبنہٕ ؤری چھ ۱۹۶۰ بکرمی، ۱۹۰۳ عیسوی یِیمہٕ وِزِ کلیات آزاد ترتیب دیتٕھکھ[1] ''کشمیری زبان اور شاعری کس گوڈنکس حصس منٛز چھ پننس تعارفی مضمونس منٛز ۱۹۶۰ بکرمی مطابق ۱۹۰۲ ء ہاوان[2]۔ یہُند تأریخ وفات ۴/اپریل ۱۹۴۸ ء۔ پۄز مرحوم آزادن قریبی دوست پنڈت پریم ناتھ بزاز چھِ پننہٕ انگریزی پاٹھِی ''سٹرگل فار فریڈم ان کشمیر'' کتابہِ منٛز ۵/اپریل ۱۹۴۸ ء لیکھان[3]۔ تہٕ ستی ونان ''زِہری سنگھ ہسپتال کس أکس عام وارڈس منٛز گزریوو کشیر ہُند یہ عظیم مفکر تہٕ شاعرِ انسانیت'' ناجی منور تہٕ شفیع شوق یمو کشمیر یونیورسٹی ہُند کأشر شوبہٕ باپتھ ''کأشرِ ادبُک توأریخ'' لیۄکھ تہٕ ییس ۱۹۷۸ ء ییس منٛز چھاپ گو تأریخہٕ رۄستے یہُند زاسنہٕ ۱۹۰۳ ء لیکھان[4]۔ شاید چھُ یہ مغالطہٕ اِو کِن حأرتس ترٛاوان زِ اتھ گزٕنۍ منٛز چھِنہٕ صفر انگریزی گزٕنۍ ہُند حسابہٕ لکھنہٕ یِوان۔ تاریخ وفات چھُ یموتہِ ۴/اپریل ۱۹۴۸ ء دیُتمُت۔

اوحال نامہِ کۄر مرتب چمن لال چمن تہٕ بشیر اخترن، کشمیر یونیورسٹی ہند کأشر شوبہٕ باپتھ۔ یہ گو ۱۹۷۹ ء ییس منٛز چھاپ، اتھ منٛز چھ تأریخہٕ رۄستے زاسنہٕ ۱۹۰۳ ء تہٕ مرن ؤری ۱۹۴۸ لیکھنہٕ آمُت[5] از چھُ مے بۄنٛٹھ کنہٕ حال حالے شایع سپُنمت اردو شیرازک ''عبدالاحد آزاد نمبر'' اتھ منٛز تہٕ چھِ مختلف مضمون نگارن ہِندی لیکھہٕ بیۄن بیۄن۔ سید رسول پۆمپُر چھُ پننس ''عبدالاحد آزاد۔ اپنی منظومات کے آئینے میں'' مقالس منٛز یہُند زاسنہٕ ۱۹۰۳ ء تہٕ مرن ؤری ۱۹۴۸ ء لیکھان[6]۔

۱۔ کلیات آزاد، پدم ناتھ گنجو، چھاپ ۶۷، ص ۳۵
۲۔ کشمیری زبان اور شاعری، حصہ اول، چھاپ ۱۹۵۹ ء
۳۔ سٹرگل فار فریڈم ان کشمیر چھاپ اول ص ۳۰۴
۴۔ کأشرِ ادبُک توأریخ ہناجی منور، شفیع شوق، چھاپ ۱۹۷۸ ء ص ۱۵۹
۵۔ اوحال نامہ، بشیر اختر، چمن لال چمن چھاپ ۱۹۷۹ ء ص ۱۵۹
۶۔ شیرازہ اردو، آزاد نمبر

تأریخ ندارد۔ غلام نبی گوہر چھِ ''مرحوم آزاد اور تاریخ آزادی'' مضمونس منز لیکھان ''عبدالاحد ڈار، رانگر چاڈورہ کے درویش محمد سلطان ڈار کا دوسرا بیٹا ۱۹۰۳ء میں پیدا ہوا[۱]۔ محمد یوسف گنایی چھُ ''عبدالاحد آزاد اور تحریک آزادی'' مضمونس منز لیکھان ''عبدالاحد ڈار ۱۹۰۲ میں بڈگام کے رانگر گاؤں میں تولد ہوئے'' تہٕ مرن سنس متلق ونان ''عبدالاحد آزاد ۵ اپریل ۱۹۴۶ء دار فانی سے چل بسے[۲]۔ آفاق عزیزن مضمون ''عبدالاحد آزاد۔ جدید تحقیق کی روشنی میں'' تہٕ چھُنہٕ اتھ سلسلس منز اتھ کھٕرس کُن اتھے نوان۔ وومیدٕ اُس زِ کاشر زبانٕ ہنٛدی کینہٕ ادبی تھوٚنگی چھِ وُنہٕ خاٚرسان حالہِ حیات، تہنٛد ذٕرۍ یہ نیرِ کتھن واش، اتہٕ تہٕ لوٚب نہٕ کینہٕ۔ مرزا عارف تہٕ محمد امین کاٚمل دوشوے چھِ مرحوم آزادٕنی کالہٕ باٚج روٗدی متۍ۔ اکھ زیٹھے پھن تہٕ بیاکھ ہناکوٚنس۔ عاٚرف صاٚب چھِ کینہٕ کتھ ونان، یم بیاکہِ منز چہ باسان چھےٚ، پوٚز زاسنس تہٕ مرن سنس کُن چھُنہٕ کانٛہہ اشارٕ کران۔ کاٚمل صاٚب تہٕ چھُ کینٛژن اہم کتھن یم ازتاں در پردے آسہٕ، وُرن تُلان، تموچھُنہٕ زاسنہٕ ہووُمتے پوٚز مرن وٕری دنہٕ وِز، چھُ ڈاکٹر پدن ناتھ گنجو سٕنٛدِس دِتی متس تاریخ وفات کِس بیانس سٕتی اختلاف کران لیکھان ''ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو نے آزاد کی تاریخ وفات ۴/ اپریل ۱۹۴۸ء لکھی ہے، اور اکثر و بیشتر یہی نقل کی جاتی رہی ہے۔ حالانکہ تاریخ صحیح نہیں ہے۔ غلام احمد نے ان ایام میں رائج بکرمی سموت کے مطابق ۲۳/ چیت ۲۰۰۴ ب لکھا ہے جو ۵/ مارچ ۱۹۴۸ء بنتا ہے اور یہی صحیح بھی ہے۔ آزاد کے لوح مزار پر صرف ۱۹۰۳......۱۹۴۸ کندہ ہے۔ پیدایش اور وفات کی تاریخیں نہیں دی گئی ہیں''[۳]۔ فٹ نوٹس منز چھِ غلام احمدس متلق لیکھان ''غلام احمد ڈار زوٕ ہامہٕ۔ آزاد

۱-۲-۳ شیرازہ، اردو، عبدالاحد آزاد نمبر ص ۱۶۸، ۱۹۴، ۱۹۰۳

کے خاص دوست اور مقرب'' زبان زد تاریخ وفات ۴/اپریل بنیوو ۵/مارچ سٕہ تہٕ
کأشرس ادبس منز اہم محقق سٔنز ژٔشی ـ یتھ تھاون وألس اِمین کأمل صأئز گنز۔
شیرازُک ایڈیٹر کرِ ہافٹ نوٹس منز اتھ گینٛز کڈنچ کوٗشش تمی چھُنہٕ اوٗ کُن ظوٗنے
کوٚرمُت۔

موتی لال ساقیہٕ چھ سکوٗلس منز آزادٕنی شاگرد روٗدی متی تہٕ بوٚڈ وأنتھ پٔنٛز
تہندی ہوش مندی تہٕ تھیکنی لایق ژاتھ ثابت۔ تموچھُ کأشرِ بن شاعرن (ہم کال
شاعرن) ہیٚنٛد تذکرٕ ''گاشرٕ'' ناوٕ ۱۹۷۳ ٕ یس منز شایع کوٚرمُت۔ یہ تذکرٕ چھُ
آزادسےٕ ہیٚتھ شروٗع گوٚ ھان۔ تم چھِ آزادنس زاسنس متلق لیکھان ''عبدالاحد آزاد
زاو ۱۳/جون ۱۹۰۳ ٕ یس منز رانگر (تحصیل ژوڈُر) خواجہ سلطان ڈارنہٕ گرٕ'' تہٕ
مرن سنس متلق ''اَخر سپٔنی ۴/اپریل ۱۹۴۸ ٕ یس منز رحمت حق[1]''

اَتی وُ چھتو ۴/اپریل تہٕ ۵/مارچ تأریخن ہُند پھیرٕ۔ بکرمی تأریخ تہٕ وٗری۔
عیسوی تقویمس منز ژھارنہٕ باپتھ چھِ شونٛزہ وٗری۔ اَٹھ ربتھ تہٕ ارداہ دوہ تفریق
کرٕنی پیٚوان بکرمی تارِخس تہٕ وٗرِ ین۔ یوٚہے چھُ فارمولا یعنے ۲۳ ژتھر ۲۰۰۴ ب
بنہٕ 23-12-2004 / 18-8-56 / 5-4-1948 ۵/اپریل ۱۹۴۸ ٕ اکہٕ
دوٚ ہک پھیرٕ کیازِ پیوٚ۔ آزاد اگر سرینگرٕ ہسپتالس منز گزرے یہ تہٕ گرواتنہٕ پتہٕ بیٚکہٕ
دوہ دفن سپٔنی تہٕ یوٚہے تأریخ آونوٹ کرنہٕ ۴/اپریل بنہٕ ۵/اپریل۔ مرن تأرِخس
چھ واریاہ گواہ تہٕ یہ تأریخ ۴/اپریل آسنس ستی چھُ سارنٕے اتفاق۔ اپریلس مارچ
گوٚھُن چھُ پوٗراکہٕ ربتچ فرق پأدٕ کران۔ اتھ ہیٚکہٕ اکھ وجہ اَستھ۔ بکرمی وٗری چھ
۱۷ ارژِتھرِ پیٹھٕ شروٗع گوٚھان تہٕ ۱۵/۱۶ ژتھرس پیٹھ اندواتان۔ کینہہ چھ ژتھرٕ

[1]۔ گاشرٕ، موتی لال ساقی

گنڈان گوڈنیک ربتھ تہٕ کیٛنہہ بیساکھ۔ دپوزن کاٲل صاٲبس ماگوئ ہے ٹُل ژُک
پۆزتیٛلہِ نبہِ پانٛژوم مۍ نہٕ زپانٛژوم مارچ۔ میانہِ خیالہٕ چھُ ساقیِ صاٲبن لیۆکھمُت
زاسنہٕ تہٕ مرن سنہٕ تاریخ ہبتھ صحی تہٕ ڈاکٹر بشر بشیرنہِ چھ ۱۳/ جون ۱۹۰۳ تاریخ
پیدایش تہٕ ۴/اپریل ۱۹۴۸ ء تاریخ وفات آسنس ستۍ اتفاق کران۔ کلچرل
اکیڈیمی یُس لوح مزار لوگمُت چھُ آزاد صاٲبس ,تتھ گژھِ ؤریس ستۍ ستۍ
تاریخ تہٕ ربتھ تہِ آسٕنۍ۔

آزاد صاٲب یێلہِ بیمار گے ,تم رٛوٗدۍ کیٛنہہ دوہ گامے حکیم یلاجس تل, پتہٕ
آے سری نگر ننہٕ, کتھ ہسپتالس منٛز سپٕنۍ داخل, کیٛنہہ چھِ ونان سرکاری ہسپتالس
ہری سنگھ ہسپتال تہٕ کیٛنہہ رتن رانی ہسپتال۔ اکثر بیان چھ زِ یہ اوس رتن رانی
ہسپتالے۔

عبدالاحد آزاد اُسۍ نہٕ صرف مہجورن ہم پایہِ شاعرٕ یاتہ ٹٲکہِ تھکنس
لایق محقق تہٕ نقادتہٕ "کشمیری زبان اور شاعری" چھُ کاشرِس قومس پێٹھ تہنٛد زبردس
احسان۔ امہِ کتابہِ ہُند مواد جمع کران کران پیوٚ اہ محنت مرحوم آزادس ٹٲنٛگۍ پیمٕژ
چھےٚ ,تمیٛک جواب ہیوٚک نہٕ وُنستام دِنہٕ یتھ۔ تہنٛز زندگی منٛز ہیچ نہٕ یہ کتاب شایع
سپدِتھ تِکیازِ اتھ یُس رقم کثیر چھپاینہِ پێٹھ خرچ گژھِ ہاسہ اوس تہنٛد مقدورٕ نبر۔
تہنٛد رحمت حق گژھنہٕ پتہٕ کیٛنژٕ ؤہری سپٕز یتہ کلچرل اکیڈیمی قایم تہٕ یہ کتاب سپٕز
شایع۔ اتھ سلسلس منٛز تہِ چھےٚ کیٛنہہ کتھِ وننہٕ یوان, یمو کنۍ کیٛنہہ سوال پادٕ گژھان
چھِ یمن اگر از جواب یِیہ نہٕ دِنہٕ تہٕ کھر گژھن نہٕ زنہیے دوٗر۔ اکھ کتھ چھےٚ یہ زِ مسودٕ
کتھٕ کنۍ سپٕن حاصل؟ بیاکھ یہ زِ ترتیب کمۍ دیُت؟ ترٛیم کتھ یہ زِ مقدمہٕ تہٕ
دیباچہِ کمۍ لیۆکھ؟

یوٚ تاں چھاپ گأمژ امہِ کتابہٕ ہُند تولق چھ۔ گوڈنیک ایڈیشن چھُ ہاوان
زِ ییلہِ امہِ کتاب ہندی مسودٕ آزد صابنین وأریٚشن نشہٕ مُلی ہینہٕ آئے، یم آے
ریسرچ محکمس سپُرد کرنہٕ۔ پتہٕ ییلہِ کلچرل اکیڈیمی قأیم سپز، فاصلہٕ آو کرنہٕ زِ یہ
کتاب سپدِ ترین حصن منز چھاپ۔ ترتیب تہٕ تدوینُک کأم سپز ترین صاحبن
ہنز أکس خصوٗصی کمیٹی ذمہٕ، ییمیُک کنوینر امین کأمل صأب اوس۔
ڈاکٹر شکیل الرحمان تہٕ ڈاکٹر پدم ناتھ گنجوٗ أسی ممبر۔ گوڈنکس جلدس چھُ حروف اول
لیوٚکھمُت امین کأمل صأبن تعارف ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو صأبن تہٕ تنقیدی تبصرٕ شکیل
الرحمان صأبن۔ دویم جلد سپُن ۱۹۶۲ ء یس منز چھاپ، اتھ چھُ دیباچہ لیوٚکھمُت
محمد یوسف ٹینگ صأبن پنژہن (۲۵) صفن پیٹھ تہٕ اکھ مبسوط مقدمہٕ چھُ ۷۵
صفن پیٹھ علی جواد زیدی سٚندِ ناو لیکھِتھ۔ ڈاکٹر شکیل الرحمن تہٕ علی جواد زیدی
دوشوے صاحب أسی نہٕ کأشرس ادبس متلق تیٚتی موٗلوٗمات تھاوأنی زِامہٕ قسمٕکی لیکھ
ہیکہٕ ہن تہندِ قلمہٕ نیرِتھ ظأہر چھُ زِ یم جز شأمل کتاب آسنس ع کوئی معشوق ہے
اس پردہ زنگاری میں۔ ہیکہِ بأعث أسِتھ۔ ترٛیم جلد سپُن ۱۹۶۳ء یس منز چھاپ
تہٕ اتھ چھےٚ گوڈ کتھ محمد یوسف ٹینگ صأبنہِ قلمہٕ۔

اتھ کتابہِ متلق چھُ مرزا غلام حسن بیگ عأرف صأب پننس أکس
مضموٗنس یُس ''عبدالاحد آزاد عنوانہٕ'' شیرازہ (اردو) کس عبدالاحد آزاد نمبرس
منز چھاپ سپُن، منز لیکھان زِ آزاد صأبنہِ رحمت حق گوٚھنہٕ پتہٕ کینژو کألی سوٗزتس
پریم منسٹر شیخ محمد عبداللہ صأبن نادتہٕ دونس زِ سہ چھُ تموٚ شیخ عبداللہ سٚندِ ٹٔکی یتہٕ
بلوومُت تہٕ غلام حسن سٚندِ ٹٔکی یتہٕ چھس اکھ کأم سپرد کرنہٕ یوان۔ سو چھےٚ
آزاد صأبن لیوٚکھمُت تأریخ شعرائے کشمیر مسودٕ تہند بوٗ وأرثو نشہٕ حأصل کرن

تِکیازِ یہ چھُ خبایہ گوٗھنگ اندیشہٕ۔ یہ کام اُس مہجور صابس مٔتہِ تھاونہٕ آمُت پوٗز تموٚ پیچ نہٕ کرِتھ۔ آزاد صابنس وصیت نامس منز چھُ تسنٛد بن بیٚیہ کینٛژن دوستن ہٕنٛز یِہنٛد (عارف صابن) ناو تہِ یمن یہ مسودٕ حوالہٕ گژھ کرنہٕ یِن۔ عارف صابنے زبوٗ چھُ مولوٗم سپدان زِ عارف صاب گٔے دوٚیے دوہے رانگر، تم اُسی تمن دوٚہن ڈایریکٹر سری کلچر۔ ڈپٹی ڈایریکٹر تہِ متلقہٕ اسسٹنٹ تہِ اُسکھ ہٕتی۔ کیمپ تھوو کھ رانگرے۔ تموٚ آنہٕ نوٚو آزاد صابن زیٹھ بوٚے علی ڈار تہٕ بنٛتھر عارض۔ آزاد اوس شاید لاولد موٗدمُت تہٕ خانہٕ دارِنی اُسس زندے عارف صابن ووٚن تمن زِ سہ کمہ غرضہٕ چھُ آمُت، تموٚ ووٚن در جواب زِ آزاد صابنس کمرس منز چھ واریاہ کاغذ تم کرن تتہِ تلاش۔ دوٚیمہِ دوہ آے تہٕ دوٚیکھ زِ وصیت نامہٕ لوٚب، تتھ منز چھُ عارف صابن ناو تہِ ووٚنی چھُنہٕ تمن یہ مسودٕ عارف صابس سپرد کرنس منز کانٛہہ اعتراض۔ تموٚ کوٚر مسودٕ پیش پوٚز عارف صابن ووٚنکھ زِ تہٕ واُتیوٚ دوٚیمہِ دوہ تمن نش پانے شہر، سہ سمکھاو تمن شیخ صابس تہٕ مسودٕ کرن تمن پانے حوالہٕ۔ تی سپُد تہٕ شیخ صابن دیُت اکھ ساس ڈبل ینامہٕ رٔنگی (عارف صابس) مسودٕ آو کلچرل اکیڈیمی ہنٛدس سیکریٹری یس حوالہٕ کرنہٕ تہٕ عارف صابس آو اتھ دیباچہٕ لیکھنہٕ باپتھ وننہٕ۔ تموٚ لیوٚکھ اتھ مفصل دیباچہٕ تہٕ کوٚرکھ کلچرل اکیڈیمی ہنٛدس سیکریٹری یس حوالہٕ۔ پوٚز یِیلہِ امہِ کتابہٕ ہنٛد گوڈنیک حصہٕ چھاپ سپُن۔ یہ دیباچہٕ یا مقدمہٕ چھپیوٚ علی جواد زیدی سیکریٹری کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ ناوٕ، تموٚ چھ، افسوس سپُدکھ پوٚز کتھ کھیٚکھ۔ عارف صابن گُف چھُ زِ یِہنٛد امہِ دیباچُک مسودٕ چھُ اکیڈیمی ہنٛدس تس ملازمس نش یُس اُتی مولانا آزاد کالج جوٗمہِ اکھ لیکچرر چھُ، موجود تہٕ شیرازُک ایڈیٹر ہیکہِ حاصل کرِتھ۔

سوال چھُ یہ زِ علی جوادزیدی اوس کلچرل اکیڈیمی ہند سکریٹری بخشی غلام محمد نس دورس منز، کلچرل اکیڈیمی آیہِ ۱۹۵۸ ءَ یس منز قایم کرنہٕ یتھ بخشی غلام محمد پرایم منسٹر اوس نہ زِ شیخ محمد عبداللہ۔ شیخ صاب اُسی تمہِ وِزِ نظر بند تہٕ علی جوادزیدی اوس دویم کینہ ترٚییم سکریٹری کلچرل اکیڈیمی۔ زیدی صابنہِ ناوٕ یوسہٕ مقدمہٕ چھاپ سپُنمت چھُ۔ سُہ چھُنہٕ گوڈنکس جلدس منز بلکہ دویمس جلدس اندر یُس ۱۹۶۲ ءَ یس منز چھاپ سپُن۔ اگر یہ مقدمہٕ عارف صابن گوڈے لیُو کھمُت اوس یہ گوڑہ گوڈنکس جلدس منز چھپُن۔ اگر وُن عارف صابس مشرف گو، تمن اوس وُنہ زِ دویمس جلدس منز گو چھاپ پتہٕ وُونِتھ گوڈنکس جلدس منز چھپیو، اگر یہ تہند ے قلمہٕ دزاو، پتہٕ یتھ زیدی صابنہِ ناوٕ چھاپ گو، تمو کیاہ زِ کھییہ کتھ؟ اگر وُن تمہِ ساتہٕ بخشی راجک یا سپیشل سٹافکس حاکم اعلیٰ غلام قادر گاندربلی سُند بیم اوسکھ، سُہ مدہمنہٕ پتہٕ ازتاں کیاہ زِ روُدی ژھوپہ کرِتھ تہٕ ازکو رُکھاتھ کتھ نیٖر۔

غلام حسن ڈار یعنے جاوید آزاد چھِ شیرازٕ اردوکس عبدالاحد آزاد نمبرس منز "آزاد میون والد"، مضمونس منز اتھ کتھِ متلق ونان زِ "یہ مسوّدٕ اوس آزاد صابس شاگردس آسان۔ یتھ تِم بیمار گئے تہٕ تکلیف روُد ہرٲنی، مے (جاوید آزادن) کوٚر یہ مسوّدٕ برزلہ کس گُلہٕ ڈارس حوالہٕ یُس آزادس واراہ نکھہٕ اوس۔ پتہٕ موٚنگ مے تس واپس، تمی ہیوٚت از پگہ کرُن۔ پتہٕ گوس یہ اکہِ دوہ تہند گرِ تہٕ تہنز غار موجودگی منز کوٚرم یہ بڈٕ چالاکی سان حاصل۔ کینژِ کالی آو مے نش ڈاکٹر پدم ناتھ گنجوتہٕ غلام نبی عارض تہٕ نیوٚکھ یہ مسوّدٕ۔ پتہٕ آو اکہِ دوہ عارض تہٕ نیوٚنس یہ شہر کتھ تام دفترس پٹھ۔ تتہٕ اُسی ڈاکٹر پدم ناتھ گنجوتہٕ مرزا عارف موجوٗد۔ یہ مسوّدٕ چھاپ کرِنکی حقوق ہیتکھ مے لیکھتھ تہٕ دِتھم روپیہ ساس، یتھے پاٹھی دِتھ ساس

روپیہِ آزاد صأبنہِ خاندارنہِ تہٕ اکھ ساس روٗٹ عارض صأبن۔ ہتھ ڈبل تھوٗ کھ
تسنٛزِ خاندارنہِ رہتہٕ وار وظیفہٕ۔

پوٚناعأرف صأبنس بیانس بیّہ پھیر، تموچھیٚنہٕ ڈاکٹر پدم ناتھ گنجوٗسنٛز کانٛہہ
ذکر کرمُت، یمنٛز کوٚششہِ مسودٕ حأصل کرنس منٛز برابر شأمل آسہٕ تہٕ ییتھ ''کشمیری
زبان اور شاعری۔ حصہ اول'' کتابہِ منٛز تہنٛد لیوٗکھمت تعارف تصدیق کران
چھُ۔ ساس روپیہِ اگر مسودٕ دِنہٕ وألس ادا کرنہٕ آویاییتھے پأٹھی تسنٛز خاندارنہِ تہٕ
دنہٕ آو۔ عأرض صأبس کیاۂ زِ آو ساس روپیہِ دنہٕ۔ منٛزِم یار زِہنٛد ینامہٕ تہٕ بیّہ کیاہ؟
تہٕ عأرف صأبس کیاۂ رِ میوٗل ینامہ؟

آزاد صأبنٛین عقأیدن متلق تہِ چھےٚ سٹھاہ غلط فہمیہ پأدٕ کرنہٕ آمٕژ۔ اتھ
چھُ زیادٕ پہن پریم ناتھ بزازس ستی تہنٛدی تولقات، تسنٛدس ''ہمدرد'' اخبارس منٛز
چھپن وول آزادُن کلام، خصوٗصن تسنٛز نظمہٕ، تسنٛدِ کلامٕچ أندرم شہادت تہٕ ترقی
پسندن ستی تسنٛد و تھن بیوٚہن ذمہ دار۔ پوٚز لگن چھےٚ کشن پھلس اَربتھ پیر بناونٕچ
ہونرتہِ آسأنی۔ أتی چھےٚ کینٛہہ تہٕ کتھ تہٕ بوٗنٹھ کُن آمٕژ یمن اگر ہنا سنوتہٕ سونچو،
بیّہ سپہٕ نتیجس کُن چھےٚ وَتھ نیران۔ شیرازہ اردوکس آزاد نمبرس منٛز ییتہٕ پشپ
صأبن مضمون پانہٕ آزادنہِ شأعری ہنٛدی حوالہٕ پیٚٹھ تہٕ تتھ ''ہمدرد'' اخبارس منٛز وِزِ وِزِ
چھپن والین مضموٗنن ادارن تہٕ عبارژن[1] ستی واٹھ دِتھ حسب پسند تأویلین ہنٛدِ
مدتہٕ اتھ منٛزلس کُن پکناوان چھُ زِ آزادس اُس نہ مسلمانہٕ سنٛز ہش پرٛھاوژھا کینٛہہ
تہٕ تس اُس لادینی کُن ترٛاے، تتہِ چھِ أتھی مضموٗنس منٛز آزادنین خطن ہنٛدی حوالہٕ
یہ باسناوان زِ آزاد اوس پزٕس مسلمانہ سُنٛد ہیوٗ عقیدٕ تھاوان۔ وونی گوسہ اوس نہ

[1] ادب اور سماج...... آزاد کی نظر میں، پروفیسر پشپ، شیرازہ اردو، چھاپ ۲۰۰۲، شمارہ ۷، ۱۰، ص ۱۰۱ تا ۱۵۵

کرٕ ریک منہٕ موٚنڈُک، تسنٛز نظرٕ اُس کشادٕ سہٕ اوس نکتہٕ رس تہٕ پنٕنہٕ اندازٕ، پنٕنہٕ عقلہٕ
کُنہ کتھ سام ہوان ۔ پشپ صأب چھُ مرزا عأرف سُندِ ناوٕ ۲۰ رساون ۲۰۰۴ء
کأشرِ پأٹھی لیچھ ہٕ آزادنہٕ اکہِ چٹھ ہٕندِ یم لفظ حوالہٕ رٕنگی پیش کران ۔

''طریق خانقأہی چھُ مےٚ کھٹکان ۔ مذہبن ہٕندِس اہمیتس کرٕ کانٛہہ احمق
انکار، مےٚ نش چھُ مذہب سوسایٹی ہنٛد پأداوار، میون عقیدٕ چھُ، محمدؐ، قرآن تہٕ خدا،
عام لُکھ تہٕ مذہب دار حضرات چھِ ونان خدا، قرآن، محمد، یوٚہے خیال چھُ میأنس
یتھ شارس منٛز ۔

دین دارٕ ژٕےٚ چھے دین پٕنُن چھُم مےٚ پٕنُن دین
ایمان خدا چون تہٕ انسان مدا میون[1]

أتھی خطس منٛز چھِ لیکھان ''رود سوال تصوفُک، بہٕ چھُس اقبالہٕ سُنٛد
تصوف حقیقت مانان، بس[2] عأرف صأب چھِ ''عبدالاحد آزاد۔ میری نظر
میں''، مضمونس منٛز لیکھان ''عام طور آزاد کو دہریہ تصور کیا جاتا ہے، یہ صریحاً لغو
ہے۔ وہ نہ صرف ایک بزرگ خدادوست شخص کے فرزند تھے بٔلکہِ خود بھی صاحب
دل تھے[3]''

تِم چھِ یہ ِسرٕ تہِ فاش کران زِ آزاد صأبن وٕنۍ تس پانہٕ ''مےٚ چھےٚ ووستاد
آسنہٕ ِکنۍ ترٕہ روپیہٕ تنخواہ تہٕ بزاز صأب چھِم پنٛژترہ دوان، تو ےٚ چھُس
''ہمدرد'' اخبارس منٛز کُنہٕ کُنہٕ تسندِ پسنٛدِ مطأبق شعر لیکھان'' ۱۹۴۵ء لیس منٛز
پرٛژھ ''کشیر'' ناوی انگریزی کتابہٕ ہندی مصنف ۔ جی ایم ڈی صوفین زِ آزادس

۱۔ ۲۔ ادب اور سماج...... آزاد کی نظر میں۔ پروفیسر پشپ، شیرازہ اردو شمارہ ۷ تا ۱۰ ۲۰۰۲ ص ۶۹ ۳۔ عبدالاحد آزاد...... میری نظر میں، مرزا غلام حسن بیگ عارف ایضاً ص ۶۸ عارف...... شیرازہ اردو شمارہ ۷ تا ۱۰ ۲۰۰۲ ص ۶۹

متلق دہریہ آسنک یُس تصور عام لُگن چھُ، سُہ چھا صحی، عارف صأب ونان'' مے وونس، غلط چھُ'' پتہٕ لیوٗکھم آزادس خط اتھ متلق، تمۍ لیوٗکھ جواب زِ یہ لیبل چھےٚ تس بزار صأبنہٕ مہربأنی کنۍ لگمُت............ نتہٕ چھُ سُہ خدایہ سُندِ وحدہٗ لاشریک آسنک قأیل۔ لوکہٕ چارٕ پٕٹھ توحید کس ہوانواہس منٛز پلےٚ مُت مشہور صوفی بزرگ سلطان ڈار رانگر سُند نیچو، ذکر و فکر ہُند قأیل، کیٚنژن چیزن ہند حصار دِتھ البتہ ملاازمس خلاف، انسانہٕ سُندِ احترامُک پرٛژارک۔ دنیاہس منٛز برادری تہٕ برابری مانن وول[1]''

آزاد صأبنے گرُک فرد، تہند اولادے، جاوید آزاد چھُ اردو شیرازٕ کس آزاد نمبرس منٛز ''آزاد.............. میرے والد'' عنوانس تحت لیکھان'' آزاد کی شاعری کے بارے میں بعض اشخاص نے یہ غلط تاثر پیش کیا ہے کہ اُن کی شاعری میں اشتراکیت کی نمایندگی ہے۔ لیکن یہ لغو اور بے بنیاد ہے'' اُتھۍ منٛز چھِ تہندۍ شب و روز بیان کران ونان'' اکثر شب بیدار رہتے اور وظایف میں محو ہوتے'' غلام نبی گوہر صأب تہٕ چھِ اُتھۍ رسالس منٛز'' مرحوم آزاد اور تحریک آزادی'' عنوانس تحت لیکھمتس مضمونس منٛز مزید شہادت دوان'' یہاں یہ بات اگرچہ بے محل سی لگے گی لیکن آزاد کی ذات اور اس کے عقاید کے حوالے سے کیے گیے پروپگنڈے سے پیدا شدہ غلط فہمی کے ازالے کیلئے یہ بتادینا ضروری ہے۔ کہ اپنے صاحب دل درویش باپ کی درویشی کا تسلسل تھا جو خود ہی قادری اور نقشبندی کی رہبری کرتا تھا۔ پنٛنس بیکس مضمونس منٛز یُس'' آزاد کی ذاتی ڈایری۔ بعض اندراجات'' عنوانس تحت لیوٗکھمُت چھُکھ، تہٕ چھِ یہأے کتھ پھران'' آزاد کے والد صاحب خواجہ سلطان ڈار ایک روحانی رہبر کی حیثیت سے قادریہ اور نقشبندیہ سلاسل میں مریدوں کی تربیت دیتے تھے'' یم چیز پٕرتھ

[1] میری نظر میں، مرزا غلام حسن بیگ عارف ایضاً ص ۶۸ عارف...... شیرازہ اردو شمارہ ۷ تا ۱۰ سنہ ۲۰۰۲ ص ۶۹

چھنہٕ پڑھ یوٗنی زِ آزاد کیا آسہِ ہا عقید وڈولمُت۔ پوٗز جاوید آزادُن یہ وَنُن زِ لُکھ چھِ یتھے تہنٛز شاعری اشتراکیت نظریچ نمایندگی کرنچ ہانٛژھ لاگان، یہ تہٕ چھنہٕ صحی۔ یہ شاعری اے پانہٕ لگن ہنٛز ہانٛژھ صحی آسنس تصدیق کران چھِ تہٕ جاوید آزادنس بیانس پھیش دوان چھِ۔ آزادن پنٕنس گرٕکس مذہبی تہٕ متصوفانہٕ کہ ماحولہٕ کس اثرس تحت یُن تہٕ پنٕنس ماٗلِ سٔندِ بِن عقیدن ہنٛز عاٗن غاٗن پاٗروی کرُن تہٕ چھنہٕ ضروٗری، یوٗ دوے یتھ ماحولہٕ نشہٕ قطعی طور متاثر نہٕ سپدُن یا یہُند کہنہِ اثر زندگی پیٹھ نہٕ پیوٚن تہٕ چھنہٕ ممکن باسان۔

ماٗلِ سٔندی تھی عقید اُسِتھ تہٕ ہیکہِ آزاد بدل وتھ رٕٹتھ تکیاز؟

بامن میں میاویز اے پدر فرزند آذر رانگر
ہرکس کہ شد صاحب نظر دین بزرگاں خوش نہ کرد

تہنٛزِ شاعری منٛز اشتراکی نظریہس ستی ہشر تھاون واٚلی خیالات یا موضوعات ڈُھنٛڈھِتھ تہٕ ہیکہِ نہٕ یہ نتیجہ کڈنہٕ یتھ زِ تس اُس اتھ پیٹھ پڑھ تہٕ مارکسس تہٕ لینِنس اوسن ایمان اوٚنمُت۔ شاعر یہ ونان چھُ تہٕ چھ بحیثیت شاعر ونان، تسنٛز عملی زندگی ہیکہِ امہِ نشہٕ مختلف اُسِتھ۔ یتھِ چھُم حضرت علامہ اقبالس متلق اکھ واقعہٕ یاد پیوان۔ تس پرٕژھ اکھ لٹہِ دوٚیو تِژ یوٚردوستوٚ زِ تہنٛزٕ شاعری چھے حرکژٕ ہُند تہٕ عملہٕ ہُند سبق دوان، سخت کوٚشش تہٕ جفاطلبی ہیچھناوان، خون رگن منٛز گرٕبکہٕ ناوان پوٚز پانہٕ چھوٚ ہیتی آلژھی، آرام طلب، عملی ماٗدانس منٛز یتھ چھنہٕ تہند کانٛہہ خاص دیُت۔ یہ کیا ڈلیل؟ اتھ کیاز نہٕ ہشر؟ فرموٗ کھ شاعر چھ قومُک قوال۔ سُہ چھُ بیین نژناوان، پانہٕ چھنہٕ نژان۔ یہ چھ وارِیہس حدس تاں پوٚز۔ امہِ کنٕ گوٚھنہٕ شاعرٕ سنٛز زندگی، تسنٛز شاعری ہنٛز تِژ کرمنٛز توٗلنی۔ زندگی چھِ واریا پہلو، واریاہ ڈِہی، یہ کتھ مدنظر تھاوِتھ پزِنہٕ اُچھی ڈٕٹھ مانٕنُن زِ آزادس اوس لادینی ہند چھیہ لوٚگمُت۔

آزادنہِ کسمپرسی تہٕ مفلسی ہُنٛد تہٕ چھُ واریاہ ڈول واینہٕ آمُت۔ یُس پانہٕ گامہٕ ماحولُک آسہِ نہٕ سُہ ہیکہِ نہٕ کأنٛسہِ گامہٕ کس شخصٕس متلق صحی پأٹھۍ وٕنی تھےٕ زِ یہ چھا مفلس کنہٕ آسن وول۔ تتہِ یم میٖژ لگان چھِ تِم چھِ گامہٕ کہ سےٕ وبدی آسان۔ گامہٕ چھُ سُہ شخصٕ آسن بسن وول مانَنہٕ یوان یس زمین زراتھ آسہِ۔ کُل زُل آسہ، مال جاداد آسہ (مال گو تتہِ گُری گُپن، تیر ژھاؤلی، چار وأے چُر وأی) تہٕ امہِ لحاظہٕ اوس آزادن مول آسن وول، آزادس اُس امہِ علاوٕ سرکأرۍ نوکری مفلس اوس تہٕ کتھہٕ پأٹھۍ ..........................۔

# آزادنس کلامس منز تصوف

عبدالاحد آزادس متلق بوزان بوزان یا تمی سُنٛد کلام پران پران گژھ
خالی اتھ کتھِ کُن ظون، نتہٕ ما گژھ نہٕ بلگلے، زِ امس شاعرس چھےٚ تصوف کس
موضوعس ستی کانٛہہ موموٗلی برابری تہٕ اسہٕ، ''برائے شعر گفتن'' تینٛہٕ۔ ول چھینٛہٕ
کتھے امہِ نشہٕ متاثر گژھنٛچ۔ تیمی شخصن اتھ تصورس یا اتھ نظامس پٔتمن شارن منز
مخالفت تہٕ کرمو آسہِ۔ بلکل علامہٕ اقبالنی پأٹھی، تس متلق کتھہٕ پأٹھی ہیکہِ یہ سوچنہٕ
تہٕ یتھ زِ تمو آسہِ زانٛہہ یہ موضوع اتھہِ لأدی کوٚرمُت۔ پوٚز اتھ کیاہ گری زِ تسنٛد
سورُے کلام اندہتھ پرِتھ تہٕ سٔنتھ پرِتھ چھُ کتھن ننبر گژھان۔ بقول مرزا غالب۔

کھلتا کسی پہ کیوں مرے دل کا معاملہ شعروں کے انتخاب نے رسوا کیا مجھے

آزادن یمہِ ساتہٕ شارونٛن ہیوٚت، تمہِ ساتہٕ آسہٕ کاشر شاعری منز موضوع
رنٛگی زِ نہج زوراور۔ اکھ لولہٕ شاعری ہنٛز نہج یتھ حبہٕ خوتوٗنہِ ہنٛدِ پٔتھ روٗسُل میرس
تاں اکھ زبردس رو ایتھ ڈکھس اس، بیٚیہ صوٗفی شاعری ہنٛز نہج تہٕ اچھ رو ایتھ تہٕ
اس نہٕ ہمہِ کھوتہٕ آژھ یاڈیچ کینٛہ، شاہ قلندر نہِ پٔتھ صمد میرس تہٕ احد زرگرس
تاں۔ ہیوٚ حسابہٕ اوس وژُن تہٕ غزل لیکھہِ نس چلے جاویمہٕ دوشوے شارٕ ہیوٚ چھےٚ
لولہٕ شاعری تہٕ صوٗفی شاعری خأطرٕ واراہ موزوٗن تہٕ مناسب، خصوٗصن کاشر شاعری
ہنٛدِ حوالہٕ۔ مثنوی لیکھنٛچ زبردست رو ایتھ اس زن ژھوٚکنی ہیٔو ہو، پوٚز ختم اس

نہٕ سپز مژ۔ تیٚمیک ژوٗ بوٚت خود آزادانہٕ مثنوی چھےٚ۔

بہر حال، کتھ چھےٚ بدل چلان، سوال چھُ بیا کھڑ ژِ آزادنس کلامس منز چھا تصوفُک کانہہ چھہا نظر گژھان؟ یا تس چھا اتھ ستۍ زانہہ کانہہ تولقا وسمت کنہٕ نہٕ؟ اتھ کتھِ سام ہینہٕ خاطرِ چھُ تمہِ وقتُک ادبی ماحول کأشر شأیری ہُند پوٚت منظر، سمأجی تہٕ سیأسی ہوانوا، آزادُن گرکلی ماحول، تٔسندِ خاندانکی حالات، تہندی طور طریقہٕ، شوق تہٕ ذوق نظرِ تل تھاوُنی، تِکیازِ یم سأری چیز چھِ شأیرسٕنز زندٕگی۔ تسندِس کلامس، تٔسندِس فنس تہٕ سوچن تژ این پٹھ اثر تراوان۔

کلیات آزاد ناوِ آزادنہٕ شارِ سوٚمبرِنی ہند ترتیب کار ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو چھُ آزادنہٕ زندگی ہنٛدی حالات بیان کران لیکھان ''آپ کے والد بزرگوار سلطان ڈار ایک صوفی انسان تھے اور صوفیانہ زندگی بسر تے تھے''[1] آزادن چھُ پانہٕ لیوٚکھمُت زِ ''والد بزرگوار صوٗفی منش تھے۔آپ درویشانہ استغنا کی وجہ سے مجھے قرآن شریفِ اور دوتین فارسی کتابوں کے علاوہ کچھ نہ پڑھا سکے۔آپ مجھ کو بھی صوفی بنانا چاہتے تھے؟''[2] آزادنہٕ زندگی پٹھ اُوس امیُک اثر پیوٚن لأزمی۔ ییلہِ سُہ گرنکھے اُکس سکوٗلس منز وستادِ سندِ ژٔ ی تہٕ کأم کران اوس، سُہ آو سیأسی مألن منز دخل دنک الزام لأگتھ تژ ال تبدیل کرنہٕ تہٕ اتھ دوران اوس تژالہِ حضرت شاہ ہمدان' سٕنز زیارژ پٹھ برابر حأضری دِوان۔ پانہٕ چھُ لیکھان ''شاہ ہمدان کی خانقاہ فیض پناہ میں حاضر ہونا میرا معمول رہا۔ایک دن وہیں بیٹھے بیٹھے آزاد تخلص کرنے کا خیال آیا''[3]۔تہند یہ شارتہِ چھُ اتھ کتھِ تصدیق کران

تژ اُلی منز جانباز باز نیوٗ اُنی ہالہ ہندی پاُٹھی نیوٗلأنی یے
آزاد دونس شاہ ہمدأنی پیہ نا چھم مہربأنی یے

۱،۲،۳۔کلیات آزاد، تعارف۔ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو

آزادنِ ہوش سنبالنہٕ تہٕ فکر پیٚنہٕ کس زمانس منٛز ٲسی کیٛنہہ نامور صوٗفی شاعر حالے حیات تہٕ تہنٛد کلام اوس نہٕ صرف درویش مجلسن منٛز ٹلی کہِ باقیٕ موقن پیٹھ مثالے خانٛدرن کھوٚ ندرس منٛز گیوٗن والین ہنٛدی ذٔسی گیوٗنہٕ یوان، تفریحک تہٕ دِل رٔنٛز ناونک سامانہ اوس یاتہٕ گیوٗن یا جنگ نامہٕ تہٕ مثنوی پرنہِ ۔ یوٗتےٕ یوت نہٕ صوفی شاعرن ہنٛدی معراجنامہ یا باقیٕ بأتھ ٲسی سیٚٹھاہ مقبوٗل، یم ٲسی ڈوربن تہٕ مکانٕہِ دجن منٛز یسلہٕ پأٹھی گیوٗنہٕ یوان ۔ عام شاعرن ہنٛد سونٛچ تہِ اوس نہٕ امہِ رَزِ نبر نیرأنی، سمأجی رنٛگہٕ تہِ اُس لُکن ہنٛز زندگی قأبل رحم، نم ژم ژٕٹنی سیٚٹھاہ تہٕ حأصل کم، رنٛگہٕ رنٛگہٕ اوسکھ نبتھ ہینہٕ یوان تہٕ وِزِوِزِ ٲسی سرکأری کارندن تہٕ تہنٛد بن پٔلون ہنٛد بن پنجن تل ۔ تم ٲسی مایوٗس تہٕ دِلن تسلا دنہٕ خأطرٕ ٲسی صوٗفی شاعرن ہنٛدی بأتھ بوٗزِتھ تسکین لبان ۔ آزادن یٔیلہ لیٛکھُن ہیوٚت ذٔسلابہٕ کوٚرن لولہٕ شأعری تہٕ صوفیانہٕ رنٛگہٕ بأتوٕ ستی یم تمہِ وقتہٕ یک رنگ ہوٚی آسان ٲسی ۔ عشق مجاز تے آسہِ ہے، زانہٕ اوس یوان یہ چھُ خدایہ سُنٛدُ ے موحبتھ یا پیر سےٕ گُن وننہٕ آمُت ۔ شاعر اوس زانہٕ یوأنی خدا دوست ۔ یہ ہیکہِ ہانہٕ پٔرٕھے بیٚہتھ ٲمس چھےٚ کأنٛسہِ مسولہٕ ہنٛز مائے ۔ کیٛنٛژن جاین تہٕ کیٛنٛژن لُکن منٛز چھُ شاعرن متلق ۔ ازتہِ یوٗ ہے تصور ۔ موزوٗن کلامہٕ ہیکےٚ نہٕ زبو نیرِتھ یوٚ تال نہٕ "بہٕ کمیٛو وانہٕ چوونس مے" کنہٕ خاص وانہٕ تمی کیٛنہہ چومُت آسہِ ۔ پنٕہِ وقتہٕ ادبی ماحولہٕ، خاندأنی ربوایٔژ تہٕ زمانہٕ کیوٚ تقاضو گُنی کوٚر عبدالاحد آزادن تہِ لولہٕ شأعری تہٕ صوٗفی تژایہِ کلامہٕ ستی شاروَنہٕ نس ذٔسلابہٕ ۔ زیادٕ پہن وژن ہیوٚ منٛز تہٕ گُنہِ گُنہِ غزل ۂیت ورتأوِتھ ۔ صوٗفی شاعریم موضوا ظہارس منٛز انان ٲسی، تم چھِ ٲسی یہنٛد بس کلامس منٛز تہِ وُچھان ۔ مثالہِ پأٹھی پان گالُن تہٕ دیہِ سٕنٛزِ دتہِ منٛز سفر ٹلان روزُن ۔ آزادنہٕ اکہِ وژن بأتک

یہ بنٛد وُچھِ تو۔

سنہٕ وُن سنطور ینہٕ بوزم یے　　تنہٕ زوٗنم یے پنہٕ نے پان

سوز دل عالم بوزٕ نووُم یے　　تنہٕ زوٗنم یے پنہٕ نے پان

انٛد رِمہِ نارٕ دزان روزُن تہٕ وبگلان روزُن چھےٚ حقیتھ کہِ شمع کمن پروانن ہنٛز خأصیت، یارٕ سُنٛد پرٕ بتھ کانٛہہ ستم ژالُن، پرٕ بتھ کانٛہہ ظلم وبتراوُن تہٕ دم لاگُن یہنٛد شیوٕ۔ آزادُن تہِ چھُ وونمُت۔

تھاویوم کھٕڑٕ کھٕڑٕ مےٚ گوپالے یہ آتش گوژھ نہٕ ہیوٚن تالے

اڑٕ دز ژٕنی گیم بالے دزان منٛز تھترے بوٚمبرو

سوز و گدازُک خوان پورم یے　　صبرُک سرپوش تھووُمس ٹھان

صأحب دلہِ نے اتھ کھیووُم یے　　تنہٕ زوٗنم یے پنہٕ نے پان

صوٗفی لُکھ چھنہٕ دوٚگنیارٕ کمن فریبن منٛز ہینٛہٕ یوان۔ یہنٛد مذہب چھُ انسانٔیتھ۔ انسانس تہٕ انسانس منٛز چھنہٕ بٔہن۔ حضرت امیر خسروؒ چھُ ونان۔

کأفرِ عشقم مسلمأنی مرادرکار نیست　　ہررگ من تار گشتہ حاجت زنار نیست

تہٕ یژھے کتھا چھُ آزادتہِ ونان۔

کفرس تہٕ دینس کینٛہہ نہٕ وُچھم یے　　فتنہٕ منٛز سفرس چھنہٕ شایان

تورٕ کنہِ رولیس نوٗرمےٚ تھووُم یے　　اڈٕ زوٗنم یے پنہٕ نے پان

آزادنس اتھ تصورس آے پتہٕ کینٛہہ کال گژھتھ بدل جامہٕ لاگنہٕ، گژھے گُنبر وننہٕ تہٕ گژھے ہندو مسلم آشتی۔ پوٚز یہ چھُ صوفی لُکن ہُنٛد بُنٛیأدی اصوٗل۔ تہٕ یہ اُوس آزادنس دلس منٛز گوڈٕ پیٹھے جائے

ۂ ئِتھ۔ تتھ وقس منز تہٕ ییلہِ سہٕ اشترأ کی آسنچہ ہانٛژہِ بدنام گومت اوس، چھِ تتھی شارتہٕ باتھ تسٕندِ امہِ بُنیادی اصوٗلچ گواہی دوان۔

کیٛا چھُ فرقان کیٛا چھےٚ گیتا کیا چھےٚ پوزا کیٛا نماز

دھرم تے اسلام چونے کعبہٕ تے بُت خانہٕ ژے

یا یہِ شار۔

| | |
|---|---|
| نہٕ کعبس منزٕ نہٕ بُت خانس چھُ آزاد | یتھس مرد مسلمانس مبارک |

یا

| | |
|---|---|
| ہیندِس تہٕ مسلمانس چھےٚ وتھا پانس پانس | منز درٕ ہِندِستانس آزادٕ چھےٚ آزأدی |

دُنیا چھُ ناپایدار تہٕ اتھ مُتی گژھُن چھےٚ سراسر نادأنی، کبر، حسد تہٕ امہِ قسمہٕ چہ بُرأیی تہٕ بدصفت چھِنہٕ آدمس کُنہِ لایق تھاوان ئلی کہِ چھِس تھزٕ رپیٹھ پتھرس پیٹھ دب دوان، یموٗنش لوٗب رۄژتھےٕ ہیکہِ اکھ شخص رۄحأنی منزل طے کٔرتھ۔

آزادن تہِ وون۔

| | |
|---|---|
| سونہٕ سپر لاجے یہٕ ہیر جم جمہٕ نےٕ | بوزم ڈبہٕ ٹلٕو روتس دزاو |
| کتہِ رود وتہٕ ییلہِ ڈول منہمنےٕ | لالہٕ کوسمنےٕ کرٕیو کزاو |

| | |
|---|---|
| دوہ تارٕ گزرأوی ژھوہ مارأنی | دوہ تارٕ ستی گُل روین دزاے |
| زیوٗن اسہِ دُنیا ژیون ینہٕ فأنی | کرٕہس چشمہٕ نورأنی جاے |

| | |
|---|---|
| عاشقن کیٛت چھُ بوالہوس آسُن گوناہ | یہٕ تصورے چھُ سینہٕ چہ صفأیی دُشمن |

پاکیزٕگی تہٕ پاک دامنی چھِ پزٕ بن تہٕ رٕتمن عاشقن کیٛت شرط اول۔

آزادنس کلامس منز تہِ چھُ یہ تصورییمہِ آیہِ

کُنے اختابہٕ گہہ ماران — چھُ اٲینن تہٕ دیوارن
صفائیس پانہٕ سُے روشن — ژٕ گوشن پانہٕ بے پروا

اے بوالہوس کر جامہٕ چاک — دامن پٔژن تھاو وارٕ پاک
اِدٕ نیر درباز ارگل — وُچھ بلبلو دربارگل

تٔسندِ عشقُک چھُہ چھُ ازلے لگان۔ یہ چھنہٕ کوٗششوٕستی حاصل سپدان۔
بقول حضرت شیخ العالمؒ

ع کیٛنژن دیُت ہے اورے آلو۔ پتہٕ یٔسندِس دلس منز یہ زُتنی آسہِ، تس پزِ
رچھنی تہٕ کوٗششہِ چھےٚ اوتے تاں فائدِ مند زِ زُتنی بنہِ تارُک۔ آزادن خیال تہٕ چھُ
یی

ازلے گیں گیں اوس بوٚمبوٗرس — ازلے بُلبل نالہٕ دواں
آزاد وایان آو سنطوٗرس — کالہٕ بوٚمبوٗرس للہٕ ناوان

عاشق تہٕ معشوق چھنہٕ اکھ أکس نشہٕ کھٔتتھ یادوٗر۔ اکھ چھُ طالب بیاکھ
مطلوٗب۔ عشقہٕ نس زالس منز دوشوے ہنہٕ إٓمتی۔ وں گواکھاکہِ رٕنگی تہٕ بیاکھ بیکہِ
رٕنگی۔ عاشق گژھنہٕ زانُن زِتس چھنہٕ میون پروایی

عشق اول دردل معشوق پیدا می شود — اظہارُک طریقہٕ چھُ بیوٚن بیوٚن

بُلبُل تہٕ گُل چھنہٕ پانہٕ واٲنی دوٗر — دونہٕ وٕنی پھوٚرمُت عشقن ژوٗر
بُلبُل نالان گُل خاموش — پوشہٕ متہِ لالو چھاو اچھ پوش

اکھ فارسی شار چھُ ۔

میانِ عاشق و معشوق رمزیست کراماً کاتبین راہم خبر نیست

پننۍ معاملہٕ چھہِ پانہٕ وأنۍ عاشق معشوقے زانان ۔ یمنز کتھہٕ ترن نہٕ فکرٕ ۔
ون گوو اُری داتھ گوھن صحی آسنۍ، تہٕ عشق صادق ۔ آزاد چھُ ونان ۔

سلطان محمود زانہِ ایازس ترٲوتھ سرتہٕ سردأری یے
معنہِ شہہ وولے بوز شہنازس تیراندازس پأری یے

معشوقہٕ سٕندِ اتھہ سپدٕ متۍ ستم چھُ عاشقے زانان تہٕ أمۍ سٕندِ خنجرٕ لگٕ متۍ چھوکھ
چھہِ تُسی یوت وبدی ون گو یموستموٕ ستۍ چھُ لولہٕ نار تیز آسنہٕ ، ژھوان نہٕ ۔

پوٗتُس پتھ ضرب چھکھ لایان یہ میون سنطور دل وایان
بہتھ پردن اندر روپوش وولو موروش بہٕ مارے پان

تسٕندِ دیدارٕ چ توژھ کس چھےٚ ۔ اکہٕ زٕ ژٕ اے طوٗرس سوٗ رکرٕ یو ۔ انسانس
چھا مجال زِ وچھنگ تاب انہٕ ۔ یٚیتہٕ اے دُپھرک اختابہٕ أچھن زٲلتھ تژاوان
چھُ، یُس تسٕندِ حُسنٕچ اکھ پرٕوتہٕ چھینہٕ ۔ ون گوژھایہٕ أستھ تہٕ چھُ سُہ بوٗنٛتھ کنہٕ ۔ آزاد
چھُ اکہِ رٕژ مثالہٕ ستۍ فکر تاران ۔

چھُ روزِتھ اصل پوشیدٕ ژٕے دیدن چھےٚ سُہ نادیدہ
کھٕٹِتھ نوٗن مشک منز پوشن ژٕ گوشن پانہٕ بے پروا

صوٗفی شأیرن ہُند اصوٗل چھُ رأضی بہ رضا روزن ۔ خدایہ سٕندِس وبرٕ چھنس
گردن دارٕنۍ تہٕ "خأرٕ و شر من اللہ تعالیٰ" مأنُن تہٕ اتھ پتھ پژھ کرٕنۍ توے چھُ تمو
"یی مالہِ لیوٗکھنم لوح محفوظس تی چھُ نکھ والان"

وُنتھ پھِری پھِری وُنتھ یہ پڑھ ذٕرراٰ وٕٹھ

آزادنس کلامس منز تہٕ چھےٚ یتھے پاٹھی تقدیر پرستی ہٕنز مثالہ، خصوٗص اتھ دورس منز یێلہِ سہٕ اٰمی نہٕج ہٕندِس اثرس تل شارونان اوس۔

تدبیر چھُ کیا مردس تقدیر کسے کردس | یِی گوم لیکھتھ فردس تی کونہٕ مے یارآسے

یتھ وژن بأتس منز چھےٚ اندیٖتھ اٰمی رنٛجہ باوتھ میلان۔ یہ کتھ تہٕ زِ بنٛدٕ گژھ پننہٕ فرض پوٗرٕ کرُن۔ تس گوٚژھ اتھ نکتس کن ظوٗن آسُن زِ معبوٗد چھُ کُنے۔ تسنٛز عبادتھ کرٕنی چھُ زندگی ہُند مقصد تہٕ مُدا۔ زانن والین نش گژھتھ، صاحب بصیرت لُکن ہنٛدس صوٗحبتس منز روٗزِتھ چھےٚ گوڈٕ پنُن پان زانہٕ نچ تہٕ پتہٕ خدا پژ زناونچ تربیتھ میلان، بیگانن ہنٛز صوٗحبتھ چھےٚ وتہِ ڈالان۔

| | |
|---|---|
| آرٕ کتہِ لارمو نشہٕ بیگانس | پننہٕ نس پانس معنے ژار |
| یُس چھُ ہن ژھاران چھی نشہٕ پانس | پننہٕ نس پانس معنے ژار |
| حق پنُن نکھ وال حق سبحانس | اِدٕ حق ژھانڈٕنک چھُکھ حقدار |
| پانہٕ کر حسابے دانس دانس | پننہٕ نس پانس معنے ژار |

حقہٕ سنٛز وتھ رٹن والین نش، صاحب دل لُکن نش تہٕ درویشن نش چھُ ''دمس'' مسبٹھاہ مول۔ دمے چھُ زندگی، دم چھُ ساتھ تہِ، وقتک لوکٹہِ کھوتہٕ لوکٹ اکأیی تہٕ امہِ لحاظہٕ تہٕ مولل۔ یہ چھُ شیہ تہِ یانے سہٕ ہواگوٚل یُس اٰسی چیوان چھِ، تہٕ یتھ پیٹھ زندگی ہند دارومدار چھُ۔ امہٕ حسابہٕ تہٕ قاٰمتی۔ اکھ دم گوژھنہٕ خدایہٕ سنٛد ناوہینہٕ تسنٛد حمد پرنہٕ نشہٕ خاٰلی گوژھن یِی چھُ دمک مقصد۔ اتھ متلق چھُ آزاد

ونان ؎

شیر سُند دم دوان پھیر نیستانس    دمہٕ دمہٕ دمہٕ سیٚ چھُ نمسکار
دمہٕ ستیٚ پمپوش پھولہٕ وأرانس    پنہٕ نس پانس معنے ژار

آزاد کلامہٕ کہِ امہِ دورٕ نبر نیرِ تھ تہٕ اے تسٕندس کلامس سام ہیمو۔ تمہٕ زمانہٕ ییلہِ سہٕ چھرا اشترأکی تہٕ انقلأبی موضوعن پٹھ لیکھان اُوس سہٕ ابتدأیی تصور یُس تس بابہٕ صابنس تربیتس منز ذیہنس منز آمت اوس، چھُ پرٕ ژٕ ژٕ بوٚنٹھ کُن یوان۔ مثلن ؎

یُس ڈیکے الہٕ راوِ عرشس فرش ہیتھ وقت نیاز
سُے ڈیکے درواژنے پٹھ کیاز ترٚوتھ تی پرٚنیا

؎ سرِ گوم ییمہِ گاٹہٕ جارٕ کہِ دفتر کعبہٕ چھُ نشہٕ بُت خانس دوٗر
لوٗلکہِ ژاٹہٕ ہلہٕ آیہٕ قوراٖنکی ڈیٹھم منز گیتایے

سأر گیتایہٕ ژٕ کر یا کلام اللہ پر    جان نے چھےٚ ژٕ عمل زان یہ سوداخألی

اتھ سلسلس منز چھےٚ تسٕنز ژٕ نظمہٕ خاص کر قأبل توجہ۔ أکس چھُ عنوان ''خدا'' ییمیک گوڈنیک شار چھُ ؎

سادٕ مضموٗنا چھُ ییتھ سأری پران    زیادٕ یُس پرِ تس نہٕ ژانہہ فکرے تران
پانہٕ آگر پانہٕ جوین منز یوان    روٗمُت ژھاران لوٗبمت راوٕ ران

تہٕ بیاکھ نظم مناجات، ییتھ منز سہٕ خدایس پٹھ پوٗر پرٕژھ آسنک یقین دوان چھُ۔ یم شارو چھوتہٕ ستی نُوس زمانس منز لگن ہندس قولس فعلس منز تضادس تہٕ سٕینٛو ؎

ژٕ خدایے چھُکھ تہٕ مے بندگی چھےٚ ژٕ ے کُن کرٕنی ہمیشہ روا

نہٕ بہانہٕ تہٕ حیلہٕ کیٚو تہٕ کیا یہ ژٕ سوزہم تہٕ مےٚ چھُم دوا

ژٕ کُنے تہٕ چھُے نہٕ شریک کانٛہہ یہ چھُ دین یی چھُ یقین میون

مگر از وُچھان تہِ چھُس اَچھو یہ نہٕ مانہٕ ہا یہ نہٕ زانہٕ ہا

شاعرٕ سٕندِ فکروفنٕکی کینٛہ گوشہٕ نٔنی کڈِتھ تمنٕے اہمیتھ دِنٕی چھُ کانٛہہ کتھ

سیاق وسباق نشہٕ بیٚون کڈِتھ ہاونس برابر۔ آزادس ہٕتی روز یہ بے انصأفی ازتاں

سپدان تہٕ یہ چھُ ادبی دیانٔژ خلاف۔ تہنٛز شأیری ہٕندس یتھ گوشس کُن آونہٕ

ازتاں زانٛہہ توجہ کرنہٕ۔ تورے پیٚو مےٚ یہ موخصر مضمون لیکھنُک خیال۔

# مرزا غلام حسن بیگ عارف مرحوم سُند کأشُر کلامہٕ

## اکھ سرسری جائزٕ

زمانکی پأٹھی چھُ کُنہِ قومہِ کس ادبس تہٕ اکھ تسلسُل آسان۔ یہ چھُ اکہِ ڈری یا وچہِ روأنی ہنڈے حسابہٕ اژھُن أمیک رفتار ہیکہِ گاہے سوٗت أستھ تہٕ گاہے تیز، پوٗز اژھُن ڈری یاوکی کینہہ گاٹھ چھِ نٕنی تہٕ اہم آسان تہٕ کینہہ ژھیٚپتھ تہٕ غأر اہم، کینٛژن منٛزی لن چھےٚ دِوے آسان تہٕ کینٛژن دٕہی ژھبتے۔ کینہہ منٛزِل چھِ وِیدی وِیکھی تہٕ نظرن تل کینہہ بے خبری کنٛز نا مولوٗم۔ سمأجی تہٕ سیأسی تحریکن ہنٛدی پأٹھی چھےٚ ادبی تحریکہِ تہِ پننہِ وقتہٕ کٮ۪ن حالاتن کأتہِ کالہٕ پیٚٹھ ڈنٛب لجہِ منٛز آسان تہٕ پتہٕ تھنہٕ پیوان۔ لہٰذا چھُ یہ وُنن ویوٗٹھے پھن زِہمی شخژن تُل یتھ تحریکہِ دِس یا تیمس شخصہ سُند پیٚٹھ گوہہ دور شوٗروٗع۔

مرزا غلام حسن بیگ عارف مرحوٗمس متلق کتھ کرنہٕ بوٗنٛٹھ چھُ مناسب زِ أسی تراوو تِمہِ وقتہٕ کاشر ادبہٕ کس پوٗت منظرس پیٚٹھ نظر۔ مرزا عأرف مرحوم دژاو وُہمہِ صدی ہنٛدس پأنٛژمس ڈہلس منٛز کأشرِ زبأنی منٛز أکس شاعرِ سُندِ کُنٛی یتہٕ نوٗن۔ امہِ وِزِ اوس مثنوی لیکھنُک سلسلہٕ ژھیٚو کیوٗ متے پوٗز ختم اوسنہٕ گوٗمُت محی الدین مسکین سریہ ٔلس۔ محی الدین مسکین یور خوشی پور تہٕ، علی شاہ ہری لس أسی ترتیب وار گنوہ، ترٕ وٕ ہ تہٕ شیٚے ڈری یٮ۪مہِ عالم گأمتس گأمتی۔ نعمہٕ صأب

صفا پوٗری ،لسہٕ خان فداتہٕ ، غلام رسول کامگار اَسی حالے حیات ۔ مرثیہ لیکھن والین منز اَسی منشی محمد صادق تہٕ منشی محمد عباس نامور ۔ مزاح لیکھن وول لالہ لکھیٔ من تہٕ اوس زندے ۔ مذہبی شاعری منز اَسی مولانا احمد بانہالی تہٕ مولانا انور شوپیانی حال حالے رحمت حق گاٮ۪تی ۔ صوٗفی تہٕ اَیہ ہندی نامورتہٕ بہلہٕ پایہٕ شاعر احد زرگر ،صمد میر ، عبدالکریم ، تہٕ لالہ آرٕ گاٮ۪ی تہٕ اَسی موجوٗد ۔ لولہٕ شاعری ہنٛز تہٕ اَسی نہٕ وبژھے ۔ روٗسُل میر اُوس مہجور لاٚگتھ دُبارٕ عشقہٕ مس بانن بران ۔ عبدالاحد آزاد ن اوس لولہٕ شاعری منز ناویژاونہٕ علاوٕ انقلابی شاعری ہنٛد آلو گربژناون ہیوٚتمت ،ماسٹر زندٕ کول اوس پننہٕ آیہ آگرے چینٛگ تمنا کران ۔ مولانا حیرت پاندانی تہٕ مولانا فطرت گیلانی تہٕ اَسی تخلیقی کاوشہٕ جارٕی تھٲوتھ ۔ کاشُر نثر لیکھ نک آغاز تہٕ اوس گوٗمُت ۔ مسلہٕ کتاب تہٕ کاشرِ پاٹھی تفسیرِ قرآن لیکھنہٕ چوکوششو کٔنی ۔ لہٰذا گژھ نہ یہ زاننہٕ ییٚن زِ کاشُر اوس وُنہٕ بولہٕ ہندی سےٚ منزٕ لس منز یہ زن عارف مرحوم سُند گف اوس ۔

مرزا عارف مرحوم یوٚ دوے طالب علمی ہندٕ وے دوہو پتھ شارونان اَسی پوٚزتموپھیرٕ پانس کُن کُنوہ شتھ ژتجی اپتے ظون ییٚلہٕ تم ایم ایس سی کرِتھ علی گڑھ پیٹھ یور آے ۔ بی ایس سی اوسکھ لوہر کوٚرمُت ۔ لوٗہر تہٕ علی گڑھ ،دوشوے جایہٕ آسہٕ اردو ادبس منز گوڈ جدید ادب تہٕ پتہٕ ترقی پسند ادب پھاٹھلاوٕ کٕ زِ اہم مرکز ۔ اردو تہٕ ہندی زبانن ہنٛدی شاعر تہٕ ادیب اَسی یتھ کٔنی تہٕ کشیر یوان ، ترقی پسند تحریکہٕ ہنٛدس زمانس منز زیادے پہن یہنٛدِ اثر ییٚتکی اردو ادیب تہٕ شاعر تہٕ ترقی پسند تہٕ جدید ادب تخلیق کران رٲودی ۔ لہٰذا اگر کاشرِ شاعری منز تہٕ یہ رنگ ینہٕ لوٚگ تہٕ تاجب گوژھنہٕ سپدن ۔

مرزا عارف مرحومس اوس گرکلی ماحول مذہبی تہٕ متصوفانہٕ۔ سرفراز بیگ اوسکھ بابہٕ صأبس ناویُس اکھ جان عالم، فارسی شأعرتہٕ صوٗفی خیالک بزرگ اوس ییمہٕ کنیٚ یہند طبیعت، مزاژ تہٕ سوچ اُمی رنگہٕ رنگنہٕ آو۔ یوٚ دوے لوہر پروفیسر ڈاکٹر مٹھایی تہٕ علی گڑھ پروفیسر محمود ہویو کمیونسٹو تُند ذہن زبردس متأثر کوٚرتہٕ اہندِ مأثرنہٕ کنیٚ تم کیوٗنژو کالا کمیونسٹ تہِ بنے تہٕ اتھ ۱۹۴۷ برونٚہہ پتہٕ کشیرِ منز موجوٗد بی پی ایل بیدی ہوبن کمیونسٹن ہندِ ستی ہنا پیہ تہِ دربرگوپوٚز مذہبی تہٕ صوفیانہٕ رنگ اوس تیُتھ کھوٗتمُت زِ یہ ہیوٚ کنہٕ اند ہتھ ڈلتھ تہٕ تم آئے پتہٕ بیہ پنہٕ نہٕ وتہِ پیٚٹھ، ییمیک ثبوت جایہِ جایہِ تہندس کلامس منز میلان چھُ۔ خاص کرتمن تظمن منز تہٕ یم کأشرِ زبأنی منز ترقی پسند ادبکی تھکبن لایق نوٗمونہٕ زانٕنہٕ یوان چھِ۔ مثالہٕ پأٹھی تہنز نظم "موٗزرِنی" یتھ منز موزرنہٕ ہنز معأشی بدحألی تہٕ امیرن ہندی غریبن نبتھ ہینکی دلس ترِتھ گوٚھ وُنی اظہار اُستھ تہِ "یتہِ وُچھ دمایتہِ وُچھ دوہا" ووج مصراتھ دنیاہہ چہ ناپأید اُری ہندس موضوعس پیٹھ لیچھمٕز نظم بناوان چھُ، پیٚٹھ ییلہٕ اتھ منز کرمہ لانکی تہٕ ازلہٕ بأگرنہٕ ہندی وبدا کھ تہِ دنہٕ آمٕتی آسن۔

لِمتھ لِستھ چھِ پتم زِ بند اتھ ترقی پسند ادبک حصہٕ مانٕنس منز مدد کران

| | |
|---|---|
| شکٕس قناعتھ تھوو ناو | توکل، شرافتھ، ورزٕ واو |
| یموٚے ترٕیو یوٚڑٕ ناو ناو | زٕھٹھ تالہِ پیٚٹھی یڈنار دزاو |

یا

| | |
|---|---|
| ظلمس دلس نیٚسترٕ یلاج | وُنی عالس بدلے مزاج |
| نوٚ ویوٚگ موٗزورس آو راج | مل ٹوٗپی، ہیٚہ تاجس خراج |

اتھ دورس منز لیچھ مژن باقےِ نظمن تہٕ ہکبن نہٕ ترقی پسندی ہندی شبقہ

میٹھ راس یتھ۔ تسٕنز ن ''پہاڑی جوے'' ''اہر بلچ آبشار'' تہٕ شاعرہشٕن نظمن پٹھ
چھُ علامہ اقبال سُند سیدِ سیوٗ داثر باسان ۔اتھ وقتس منز یم وژن تہٕ غزل تموٗ لیکھی،
تمن پٹھ تہٕ چھےٚ صوٗفیانہٕ تصورات تہٕ خیالات سایہ ترٛاوِتھ۔ مثالہٕ پاٹھی

رُم گیم شیشہِ بگر گوبانہٕ میوٗن | ساقیاوایتھ رٹیا جانانہٕ میوٗن

ویٚسی یام لبن وٹدس کلہٕ | تہٕ کمہٕ ژھلہٕ ڈیشن یار
تیر قضہٕ ہٕکی رضیہ ہکس سینس رٹم | اہ تہٕ ماکوٗرمس مےٚ صبرٕ کی ووٹھ ڈٹم

یاسو غزل یتھ یہ لیٚو کھٔت چھُ

سُہ ضرب لیس بناوِ ٹکس حُسنہٕ ڈکس شوٗب | خدائے کرِن عارفس یتھے ضراب نصیب

''مےٚ یاوُن چھُم دوہن تارن'' | ''گنہٕ ہیتھ گرٕ گوم آبس''
ہا کرٛالہٕ مانڈکھ نامے تے

ہوٚ وژن ۔ ع ''ہرٕ دیوٗنی دردٕ نارن زاج کھے'' تہٕ ''نفر تھایا
ٹاٹھینا راہ زندگی'' ہشہ نظمہٕ چھےٚ میانہٕ خیالہٕ ،عارف صابنہٕ صوٗفی فِکر ہنٛدٕ ے نتیجہٕ
ع ''نار حسدُک شیہہ لاون سانی کام'' چھُ سیوٗ دے مہجور صابنیٚ پاروی تہٕ یتھے
پاٹھی ''زاگ ہیتھ باغس اندر بوداغ لا گتھ پزارہا'' یا

ع چھُ کس پزاران تارکھ راتی راتس درشنس ونہٕ کیا ۔یوٗ دوے
عارف صابس باوتھ پنٕنی چھےٚ ووزمنہ کینہ۔

سُہ کلام یتھ صوٗفیانہٕ رنگ چھُ، پرٛتھ چھُ باس لگان زِ کیٛژون جاین چھُ جبرٕ
کہ نظرِ یک قائیل۔

ع ئ لانہ لیٚو کھنم لوح محفوظس تی چھس نکھہٕ والان۔ اتھ عینہ چھُ

عارف قدر یہ ڈرس ستی رلان لبنہٕ یوان۔ پننہٕ نوٚ یتھو شارٕ وُکنہٕ ؎

یہ دُنیا زان موتاون مدأنو ؎ ییٚتی دلدار روٗئے ہاون مدنو

گٹہٕ منز پھٹہٕ یار ٹہ نوٗرانس ؎ یہ چھُ انسانس پانس تام
سودرچہ ژھٹہٕ وسہ رٹہٕ دردانس ؎ یہ چھُ انسانس پانس تام

نظر پاکیزٕ دل ہُشیار یدٕ چھے ؎ کرن سمسار سرٕ موردار موزان

ہرنہٕ لٲگتھ جنگلن منز سیر للہٕ وِنہٕ نیرٕ ہا ؎
نافہٕ سپدتھ یارٕ سُند سنگار ڈیہہ رتھ کھار

ییٚتہٕ باقٕے صوٗفی شأیر (بہلہٕ پایہ صوٗفی شأیر ترٚ اُوِتھ) یِمَو پأٹھی ژوپمتے ژاپان چھِ، تتہٕ چھِ عارف مرحومہٕ سُند ورتاوییٚ ن یہ اندازٕ چھُ تس پنُن ؎

تِلہٕ وأنٕی ترٚتھ چھم اشہٕ وانہٕ چھلہٕ ؎ بُتھ کیا دمہٕ چھُم مل گٹہٕ کار
چھل چھوکھ نہٕ سہی توتہٕ پھُٹہٕ ملہٕ ؎ دیوٕ امہٕ ژھلہٕ ڈیشن ہار

عارف صأبنہٕ لولہٕ شأعری منزٕ تہٕ چھُ مجازک رنگ گوٚ ٹے ہیوٗ، اتھ ژادرِ چھِ دونان وونان ییٚ شونک پأٹھی صوٗفی رٕنگکی کندی کھسان تہٕ یک رنگ آسنک طمع چھنہٕ جمہے یوان ؎

عارفہٕ کتھ چانہٕ کن کُس دارے ؎ کتھِ رتھ کھارے صاحب دل
وٕژھ یُس ترٚ اوے دلہٕ پے دارے ؎ زُلفچہ تارے نیوٚنم دل

؎

زنارمے ہرتار سیاہ مار زلف چأنٕی ؎ یارلنہٕ لٲگتھ ترٚ ووٚتھم زولانہٕ ونے کیا

عاًرف صاًبنہٕ شاًعری ہُنٛد اکھ خاص رنٛگ چھُ طنز تہٕ مزاح تہٕ یہ رنٛگ چھُ تسنٛد بن ٹکن منٛز زیادٕ نوٚن تہٕ ٹاکارٕ ۔ یٮ۪تھین چھُ یہ وُنن تہٕ مناسب زِ یِٛتہٕ عاًرف صاًبن باۂ ژوسپلو کٕنز غزل، وژُن، ترجیع بند ہشو شارٕ ہیٚژ وعلاوٕ آزاد نظم تہٕ ورتاوس تل اًنی تتہِ روزتسنٛز من پسند تہٕ مزازس ویہٕ وُنی شارٕ ہیٔت صرف ٹٕکھ، یتھ تِمی گِہے رباًعی وون، گِہے ٹکھ تہٕ گِہے ژاکھ، اتھ شارٕ ہیٚژ منٛز کوٚر تمو رنٛگہٕ رنٛگہٕ خیالن ہُنٛد اظہار، لول، حب وطن، تصوف، طبقہٕ بندی، اتحاد، سلوک، یژھ پژھ، وہم وگمان ہو بو موضوعو علاوٕ اًنکھ سیاًسی تہٕ سماًجی مسلہٕ تہٕ بیانس منٛز پوٚز یتھ یتھ جایہِ نوٚنہٕ مژ لگان چھُ، تتہِ چھُ سادیوان تہٕ بیٚتہٕ مژ روانگن ژٕری پہن راًوی متی چھن تتہِ چھِ زبوہ تیوٚ نگُل ووتھان ۔

عواًمی راج کھوٚت جیٚپن تہٕ کارن
وُٹھتھ فریاًدی موچھ، ننہٕ وور لارن
برِتھ آوگردٕ، وۄنہس چھُکھ بلیومُت
چھِ کیاًوُنی واٹھ باکارن بےٚ کارن

غریبے موتہٕ بچہِ سہلاب گالبس
ونٛدے تژاوبس بچاًرس تاپھ زالبس
بچارس زرچھُ سُے زچہِ ہنٛد تہٕ مچہِ ہنٛد
دوہا بنہٕ ہیرِ بون سُے زول زالبس

جنس خوجہِ گو بلبلکی دیار زیٚنتھ
پنٛڈتھ گنگایہِ سۆدک نار زیٚنتھ
وناًن اوس پیر گورس چھےٚ مبارک
دھرم وُنہِ زندونہ دیندار زیٚنتھ

غریبس گولہِ لاران ژوٹ ژلان دوٗر
چھُ آزاًدی اندر بے چارٕ مجبوٗر
کٹھاہیوٚسے پھرتس ذکس رضامند
بچی بدلان کھشگ سُے پژون دستوٗر

۱۹۵۰ ءیس منٛز ہپز رباعیات عارف ناوس تل اہنٛد بن ٹکن ہندی زٕ

کتابچہِ شایع تہٕ پتہٕ ۱۹۸۴ ءیس منز ''لولہٕ وبژار'' ناوٕ أکس ہتس ژۆن صفن ہٕنٛد باڈوٚ ٹکن ہٕنز اکھ پورٕ سوٚمبرن شایع۔یتھ ساہتیہٕ اکیڈیمی ابوارڈ تہٕ دیُت۔ یِم ٹُکھ چھ بیوٚن بیوٚن عنوانن تحت ترتیب دِتھ، حمدیہ، نعتیہ، خطابیہ، منقبت تہٕ سیأسی، سمأجی بیترٕ یمن ٹکن چھےٚ تہٕ ژٕ ری بوٚنٹھی مبن ٹکن ہٕنٛد نشہِ زیادٕ پوٚختگی تہٕ فنکأری لبنہٕ یوان

لکھی منن سیتا یہ رٕکھ تھوٗرأچھی دژاو | منگنہِ راوٗن، رامہٕ سنٛد ہیتھ ناو آو
دژ لیہِ رٕکھ سیتأےتھپہِ نیہِ راوٗنن | رووٗسےٚ یلس رامہٕ رٕکھ ییتہِ کھور دژاو

وچھم ڈٲری یا وژھتہٕ ماران بے حد | سبٹھا کولہٕ آیہِ اتھ منز گیہِ برابر
سمندر آو بُتھ تمی سپنہٕ دورس | فقیرن وۆن مے سُے کیا گومحمدؐ

شہادژ ناو تعزیہ کوٚر غلط کوٚر | شہیدن اسہِ مرثی پوٚر غلط کوٚر
قیامژ تام یمی رٕچھی زندگی لاج | سُہ مااسہِ سوٚرنہٕ زانُن پھوٚر غلط کوٚر

روٗہُن اوس گاوٚ کھیوٗمت گودوٚدس پھکھ | پھٔٹر بجہِ ماجہِ ژۆڈ توبہٕ کھٕرٕس ژکھ
مگر سوٚنچن اژ چھا کھبن چینس یوٚت | دوٚپُن زوٚ یڈرٹکھ نے عملہِ پتھ پکھ

اگر بڈِ اَس مُورٕ راوان، دوان پند | زبون لاگان شرٕنز امنکی نگہبان
مِتھر چاوان ننگےٚ ساوان تکس پیٹھ | تمے پانس ونان امنکی نگہبان

آنگنس منز ہوٚنی بنگلس گیٹ بند | لانس اندر گُل تہٕ دلبر دلپند
شیشہٕ خانن پیٹھی قوٕمکی زِٹھی تہٕ زیٹھ | کرٕ یوٚتھ..........

بجرُک بہارناوِ چھپے متس صفہِ شیٹھ مرِ باڈوکس أکس کتابچس منزٕ تہِ چھ چھراٹکھ۔ یہ چھُ تہند آمژِ وأنسہِ ہُند توبرُک یتھ اندر پوختہٕ عمرٕ ہنٛدی تجربہٕ شأعرانہٕ باوتھ لُبتھ پوٚت پُین ہُند باپتھ أچھن گاش ہُراون وول سورمہٕ بَنتھ ہیکن۔

عأرف صأبن چھےٚ عمر خیام سُنٛز رباعیہ تہِ کأشرس منٛز پھرِمژٕ۔ ترجمہٕ چھُ منظوم تہٕ ربأعی ہنٛز مخصوص بحرِ تژٕ أتِھ چھُ تموپننہِ آیہ بدل بحرٕ ورتاوِمژٕ۔ چھاپ چھےٚ سپٕزمژٕ ۱۹۶۶ ہس منٛز یہ چھےٚ ٹارِ کھسن لایق کوٚشش۔ اکھ مثال وُچھو۔

در دہر کسے بہ گل عذارے نرسید — تا بر دلش از زمانہٕ خارے نہ رسید
درشانہٕ نگر کہ تا بہ صد شاخ نہ شُد — دستش بہ سر زلف نگارے نہ رسید

دُنیہ ہس منٛز گُل روخس نش ووت کس
دیُت زمانکی کنٛڈی تمس یوت تاں نہٕ ترٛس
کنگنہِ کُن وُچھ گے نہ یوٚت تان زٲلی تتھ
اتھ وأتتھ زلف یارس ماہیوٚ گُس

حضرت امیر کبیر سید علی ہمدانیؒ سُنٛزن ''چہل اسرار'' ناوس تل سوٚمبرمژن غزلن تہِ چھُ عأرف صأبن کأشر منظوم ترجمہٕ کوٚرمُت۔ غزل ہیٚومنٛزے، ردیف قافیہ ہیچہِ پابندی سان۔ پوٚز بحرِ چھکھ بدل ورتاوِمژٕ۔ امہِ علاوٕ قرآن شریفس منٛز بیان سپدی متس حضرت یوسفؑ سُندس قصس تہِ چھکھ منظوم ترجمہٕ کوٚرمُت۔ تہٕ بجرس اندر رٹوٚ رقرآن شریفس تہِ تتھے پأٹھی۔ یوسہٕ گفہٕ کتھ چھینہٕ۔ یہ ترجمہٕ بنیوٚ و بخشک موضوع تہِ تہٕ کیفیژن عأ لمن باسیو ونہٕ یہ جان قدم۔ یموچھ کأشری پأٹھی اکھ

لوٗکٕٹ مثنوی تہٕ لیٚچھمژ ''لیلیٰ و مصطفےٰ'' ناٗوی روان بحرِ منز اکھ نفیس کوٗشش ۔لولہٕ سفرک اکھ کاشُر قصا چھکھ بیان کوٗرمت ۔سبٹھاہ پُر اثر اندازٕ ۔امہِ علاوٕ بیاکھ مثنوی عالم آشوب ۔یموچھُ کاشرس نثرس تہِ پننہٕ مقدوٗر رفائض واتنوومُت ۔کاشرِ پاٹھی چھ لیٚچھ مژ ۔سفرنامہٕ چین لیٚوٗکھک تہٕ اناٹمی پیٹھ لیچھک ''آدمی موٗر'' عنوانہ کتاب یوسہٕ اتھ موضوعس پیٹھ اکھ علمی کتاب چھےٚ ۔شاعر تہٕ ادیب آسنس ستی ستی آسی تم کاشرِ زبانۍ ہندی باعمل ژُکر در ۔اتھ سلسلس منز ییٚژاہ ووتھ ژھانٹھ تموٗ کر سوٗروٗزِیاد ۔تموبنوو کاشر زبانۍ ،ہنز خدمت پنُن مشن ۔شوٗعوری کوٗشش کٔرکھ کاشر زبان مال دار بناونچ ''بزم ادب'' بناونہٕ کہوٗ دوہوپیٹھ کشمیر کونسل آف ریسرچ قائیم کرنس تاں ۔اقبال اکیڈیمی تہِ اوس یہند اتھ بنٛدُت حاصِل ۔ماہنامہ گلریز شایع کرنٛک سنٛز کرُن تہِ اوس یہند باعمل ادیب آسنٛک اکھ ثبوٗت ۔اٚکی ربتہٕ وار رسالن کیا خدمتھ کٔر کاشرس ادبس، اتھ پیٹھ ہیکہِ اکھ الگ مضمون لیٚکھنہٕ یتھ ۔کاشر لیکھنہٕ خاطرِ قایم سپدے مژ گوڈنچہِ سکرپٹ کمیٹی منز آسی شامل ۔کوٗنگ پوش رسالس روٗدی جوائنٹ ایڈیٹر ۔ییلہِ ریاسژ منز ریڈیو اسٹیشن قائیم سپُن ۔تم بنے گوڈ ڈایریکٹر پروگرامز تہٕ پتہٕ ڈایریکٹر ۔امہِ حسابہ تہ آکھ کاشر زبانۍ تہٕ تمدنس فائیدواتناوٕنک موقہٕ ۔ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہندس ڈکشنری پروجکٹس روٗدی مشاورتی کمیٹی ہندی ممبر ۔ساہتہ اکیڈیمی منز روٗدی کاشرس مشاورتی بورڈس ستی تہِ وابستہٕ ۔

# کأشُر شیراز..........لل دیٚد نمبر

بییَن رسالن ہندی پأٹھی اردو تہٕ کأشرِ شیرازٕ کی ''خاص نمبر'' ترتیب دِتھ شایع کرٕنی چھےٚ جموں وکشمیر چہ کلچرل اکیڈیمی ہنٛز خاص ربوایتھ روٗزمٕژ۔ کأشر شیرازٕ کی ''أزِچ کأشر نظم نمبر'' ڈراما نمبر، افسانہٕ نمبر، غألب نمبر، مثنوی نمبر، شیخ العالم نمبر، بیٚترِ چھِ تھکبن لایق چیز تہٕ لل دیٚد نمبر تہٕ چھُ امے سلسلُک اکھ کوٚر۔ یہ نمبر چھ ''لل دیٚد'' وٚری مناوٕنکس سلسلس منٛز تیار کرنہٕ آمُت۔ گیٹ اپ تہٕ کاکٕد چھس کلچرل اکیڈیمی ہنٛدس ربوایتس ہٕکھ سرورق مشہور آرٹسٹ بھوشن کولن شوٗرمُت۔ کتابت چھس جی حسن سٕنٛز۔ یتھ کٕنی صاف تہٕ پرٕنی لایق پوٗز زہناز أوِج پہن تہٕ یژھ کتابت چھےٚ پرن وزِ أچھن پیٹھ سبٹھاہ دباوتھٕ اوان۔

لل دیٚد نمبر چھ ترٛبن حصن منٛز بأگرِتھ۔ گوڈنیک حصہٕ چھُ باگہِ بوٗرُت۔ اتھ منٛز چھ اردہ مضمون تہٕ ستھ نظمہٕ۔ دوٚیمس حصس منٛز چھِ نوجوان لکھاربن ہٕنٛدی زٕ مضمون تہٕ ترٛیمس حصس منٛز چھِ اکہِ سیمینارٕ کی مضموٗن یتھ منٛز نوجوان لکھاربو حصہٕ نیوٗمُت چھُ۔ گوڈنکہِ حصہٕ کین اکثر مضموٗنن ہکبو ہرتروٗنتھ تِکیازِ یموٗے چھ اتھ نمبرس مول ہُررووُمت۔ گوڈنیک مضموٗن چھ موتی لال ساقی صأبن ''لل دیٚد..........ذات نامہٕ'' یہ عنوان وُچھِتھ کچھ مےٚ ووٚٹھ ہٕش زِشکر چھُ ازما سپدن مےٚ تم کتھِ مولوٗم یم نہٕ یہٕ لل دیٚد متلق زانأنی چھس۔ پوٗز مضمون پٕرتھ سپزٕم

موٗہٕ سی ۔ تمے کتھ پھرنہٕ آمٕژ یمن واریاہ لٹہِ پھیٗر لوٗ گمت چھُ ۔ زونرازن چھنہٕ
لل دبد ہنٛد تذکرٕ کوٗرمُت ۔ ہُتھ فارسی توٲرٟخس منٛز چھُ یہ تہٕ یتھ منٛز چھُ یہ
حضرت بابا نصیب الدین غازیؒ صأبنہٕ نورنامہٕ بوٗنٹھ چھُ تمن تذکرن منٛز لل دبد
ہُند ذکر میلان یم حضرت شیخ حمزہ مخدومؒ سُند بوٗ طالبو لیکھی ٲسی چھِ ۔ مثالہِ پأٹھی
بابا علی رینہؒ صأبن ''تذکرۃ العارفین'' یمن کُن چھنہٕ اشارٕ کرنہٕ آمُت ۔ زبنہٕ تہٕ
مرن وچ أنکہٕ ون گرِتھ چھُ رامہٕ جوملہٕ نہٕ کتابہٕ ہُندِ حوالہٕ یہ لیکھنہٕ آمُت زِ مألس
اوسس ژُندٕ ربٹ ناو ۔ خاندارس سومہ بٹ تہٕ ہیٚہرس شو بٹ، یتھے ٲسی ہکھونہٕ أسی
اتھ مضمونس ذات نامہٕ دِنتھ ۔ ڈاکٹر بلجی ناتھ پنڈت صأبن چھُ ''لل دبد گژھی یتہٕ
شویو گژ'' عنوانہٕ مضمون بڈٕ مجنتہٕ سان لیٚو کھمُت ۔ اتھ منٛز چھُ شِو فلسفہٕ کین
پرانین علمبر دارن ہند ذکر کرنس ٲسی امہِ فلسفہٕ کین تمن آکارن کن تہٕ اشارٕ
کوٗرمُت یم ہندوستانس منٛز بیٚین جاین مروج أسی ٲسی چھِ ۔ لل دبد ہنٛدِ وقتہٕ
ویدانت بُد درم تہٕ ویشنومت چہ یم ریوایژ کشیر منٛز موجود أسمژ چھےٚ تہٕ اسلام ینہٕ
وِزِیُس اثر مسلمان صوٗفی ین ہنٛز تالیمہِ ٲسی پیوٚمُت چھُ، تتھ تہٕ چھُ سام ہیٚنہٕ آمُت ۔
لل دبدیُس فلسفہٕ وکھنو وتمِکی اوٗصوٗل تہٕ چھِ سرٕ کھرٕ کرنہٕ آمتی ۔ شیوازم تہٕ ویشنوازم
چہ کینژہ زاوی جہِ تفاوژ تہٕ چھےٚ بدکڈنہٕ آمژ ۔ یہ مضمون پرنہٕ ٲسی چھ پزی پأٹھی
مولوٗمات ہُران تہٕ واریاہ کینژہ صاف گوٚہان ۔ لل دبد نمبرٕ کی بیشتر مضموٗن چھِ تتھی
یم لل دبد ہنٛد کلامہٕ بُنیادی بناوِتھ لیکھنہٕ آمتی چھِ ۔ یوٗ زأکی خاص وجہن چھِ اہنٛدس
قدرو قامتس ہیٚتھ اثر تژ وومُت ۔ سہ وجہ چھُ یہ زِ لل دبد ہنٛد کلام چھنہٕ وُنستام
سائنٹفِک بُنِیاد پیٹھ مرتب کرنہٕ آمُت، تحقیقہٕ چہ کھوچہِ کھأرِتھ یہ مدون کرنٕچ چھنہٕ
کانٛہہ کوٗشش کرنہٕ آمِژ ۔ لل دبد وٗری مناون والین ہنٛز خاص ذمہ دأری أس

یہے۔ باقۍ کتابہٕ تہٕ مقالہٕ لیکھنہٕ یہن یانہٕ یہ کأم گژھ کرنہٕ آمژ آسنۍ۔ تکیاز تسند فلسفہٕ تہٕ فکری تژ ایہٕ مشخص کرنہٕ تہٕ تسند کلامکۍ گون ٹئ راونہٕ خأطرٕ چھنہٕ تسٕندس کلامس پیٹھ تگۍ یہ کرنہٕ سوابیہٕ کانہہ چارٕ۔ تہٕ ییٚلہٕ یہ بٕنۍ یادٕ ے غلط آسہٕ، اتھ پیٹھ تیار کرنہٕ آمژ یمارتھ کتہٕ آسہٕ ڈٕرتہٕ پژھ دار۔ تاہم چھہٕ پروفیسر کاشی ناتھ درصابن تہٕ جے ایل کے جلالی صأبن مضمون یہ باس دوان زِلل دیدِ ہند اصل کلامے چھُ مدنظر تھاونہٕ آمُت۔ درصابنس ''تنتر ترک شاستر تہٕ لل دید'' مضمونس منز چھہٕ ترکہٕ شاستر فلسفہٕ وبژھناونس ستۍ ستۍ لل دید ہٕندس کلامس منز اچھ نشان دہی کرنہٕ آمژ۔ تہٕ فأضل مصنفن چھہٕ زبر پأٹھۍ تحقیقی اوصولن کأم ہیژمژ۔ امہٕ مضمونہٕ کس أکس أکس حصس چھُ مضمون نگارٕ سٕنزن أچھن ہند تیل پژیڈان۔ اتھ منز چھےٚ شوشاستر چہٕ مختلف اصطلاح وبژھناونہٕ آمژ۔ جلالی صأبن چھُ ''لل دید...... یژھ مےٚ وُچھ'' مضمون لل دید ہٕندِ کلامکس أنس کُن وُچھتھ لیوٚ کھمُت۔ اتھ مضمونس ہیکونہٕ کنہِ لحاظہٕ تہٕ تحقیقی وٕنتھ۔ لل دید ہٕنز زندگی ہند مختلف مرحلہٕ ہاوان ہاوان چھُ تسٕندس کلامس مددہنہٕ آمُت۔ مرزا عأرف صأبن مضمون ''لل دید...... اکھ ہمہٕ گیر شخصیتھ'' تہٕ پروفیسر غلام نبی فراق صأبن مضمون ''لل تہٕ انسأنی دوستی'' دونوے چھہٕ واریہس حدس تام تاثرأتی مضمون۔ عأرف صأبن مضمون چھہٕ موخصر تہٕ اتھ منز چھےٚ کیٚنژن چلہٕ ونن رِوایژن ہنز وِکھنے۔ فراق صأبن چھُ انسان دوستی ہٕنزن تمن کوششن کُن یم مختلف زمانن تہٕ ملکن منز کرنہٕ آمژ چھےٚ، اشارٕ کٔرتھ، کشیر منز یمن کوٚششن ہُند ذکر کوٚرمُت تہٕ اتھ سلسلس منز للہِ ہٕندِ کلامچ اہمیتھ ہاوِمژ۔ دہن صفن ہٕندس اتھ مضموٗنس منز چھہٕ ستھ أٹھ صفہٕ تمہید بزی گأمتۍ تہٕ صفہٕ جوراہ چھہٕ لل دید ہٕندِ کلامچہ اکھ زٕ مثالہٕ دِتھ اصل موضوٗعس متلق لیکھنہٕ آمتۍ۔

رتن لال شانت صابن مضمون ''لل دید تہٕ بکھتی تحریک'' چھُ ہندستانہٕ کِمن مختلف
حصن منٛز بھکتی تحریکہِ ہنٛز موخصر سام بوٚنٛتھ کُن انان تہٕ امہِ تحریکہٕ ہٕندی سیأسی تہٕ
سمأجی وجوٗہات تٕتھ راوان۔ ڈاکٹر مرغوب بانہالی صابن چھُ پننہٕ نس مضموٗنس منٛز
لل دید ہنٛد تہٕ نندٕ ریشی صابن اکھ تقوبلی مطالعہٕ پیش کوٚرمُت۔ اتھ مضموٗنس منٛز
چھِ گوڈنکی زٕ صفہٕ غأر ضروٗری باسان۔ تقوبلی مطالہٕ چھُنہٕ اہنٛد کلامُک ٹلی کہِ
اہنٛد بن سارِنےٚ پہلون ہنٛد۔ تہٕ یہ چھےٚ بڈٕ رٕژ کوٗشش۔ تہنٛد زمانٕک، فکرتہٕ
فلسفٕک ہشر بنبر ہاون ہاوان چھےٚ تہنٛز زندگی تہٕ مدنظر تھاونہٕ آمٕژ۔ اہنٛزن واریہن
کتھن ہِتی ہیکہِ اختلاف تہٕ أسِتھ۔ مثالہِ پأٹھی یہ کتھ زِ لل دید ژٕڑی گرہستی زندگی
ہٕندی زولانہٕ أکس ذأتی مجبوٗری تحت تہِ زن گوہشہِ ہندستاون وادتہٕ رأنی سنٛد
عذاب'' تہٕ اتھ بجایہِ چھُنہٕ نندٕ ریوٚش کنہِ ذأتی مجبوٗری کُنٛہ ٹلی کہِ اکہِ اجتماعی خدمٕژ
یا اکہِ تبلیغی مشنچہِ تحریکہِ باپتھ گرٕ بار تژٕ اوان'' لل روٗزناوٗری وادن ہشہِ ہنٛد تہٕ
رأنی سنٛد عذاب برداش کران؟ اگر یہ تسنٛز انفرأدی مجبوٗری آسہِ ہا یہ وتھ تمہِ کُنہِ جبرٕ
کُنٛہ رٕٹمٕژ آسہِ ہا، تمہِ سٕنٛز گرکولی زندگی منٛز گژھہن نہٕ تتھی واقہٕ نظرِ ییمہِ کُنٛہ یہ باس
لگان چھُ زِ تس اوس گوڈٕ پیٹھ پرٕزُک تلاش تہٕ سوأس خوداین گأرمٕژ۔ بیاکھ کتھ
چھِ تم لیکھان زِ شیخ العالمہٕ سُنٛد تہٕ تسنٛد بن خلیفن ہُنٛد ووٚرس آگان چھُ۔ لل دید کونہٕ
یتھ پأٹھی لل کھوٗل کرنہٕ یوان۔ یہ ؤنتھ چھِ تم یہ ثابت کرُن یژھان زِ
شیخ العالمس چھُ أکس روٗحأنی پیشوا سُنٛد درجہ حأصل تہٕ للہِ چھُنہٕ۔ پوٚز تمہٕ
چھِ یہ کتھ مشر اوان زِ لل دیدٕ ہٕندی حالات زندگی چھُنہٕ تتھی پأٹھی مو یسر
یتھہٕ پأٹھی شیخ العالمہٕ سُنٛدی چھِ یہ چھُ اکھ بوٚڈ وجہ زِ شیخ العالمہٕ سُنٛدی یادگار
چھِ موجوٗد تہٕ لل دیدٕ ہٕندی چھُنہٕ۔ امہِ علاوٕ چھےٚ زمانٕچ تہٕ دوٗنوٗنی ہنٛد وچھ فرق تہٕ

مدنظر تھوٗنی ۔ مرغوٗب صابن چھُ یہ مضموٗن بڑ مجنتہٕ سان لیوٗکھمُت ۔

ڈاکٹر ٹی این گنجو صابن مضموٗن ''لل واکھ۔لسانی زاوی جار'' تہٕ چھُ دسیاب واکھنہٕ پٹھ مبنی۔ تحقیقی میزانس پٹھ کیا چھُ صحی کلام تہٕ چھُنہٕ ننان۔ گوڈنچی سطر چھےٚ ''کاشرس ادبس منز چھُ للہٕ واکھن ہند شوزرتہٕ پزراکھ تھوٗد مقام تھوان'' امہٕ پتہٕ چھ پانے لیکھان زِیم واکھ چھِ سینہٕ بسینہٕ چلان روٗدی متی تہٕ ''زمانہ چہِ گردش تہٕ زبانی ہند ہیر پھیرٕ ستی چھےٚ یمن واکھن ہنز زبانی منز سبٹھاہ تبدیلی آمژ'' اگر یہ کتھ چھےٚ تہٕ پزی کنی چھےٚ یہے کتھ تیلہٕ کتہٕ روٗدیہند شوزرتہٕ پزر؟ وٕن ییلہٕ یہند شوزرتہٕ پزر مشکوک چھِ، یہند لسانی زاوی جار ژھارنچ کام کتہِ کھسہِ رتھ۔ شفیع شوق صابن مضموٗن ''للہٕ واکھن ہندفن'' پرتھ چھنہٕ وق راونک ایحساس سپدان تہٕ اکس جوان تنقید نگارٕ سٕند ووتھی نیر چھُ شانہٕ ووگناوان۔ ہیٚتی تنقیدِ کی انتہا پسند نظرین چھ رژھ کھنڈ تھٕنز تنقید غارٕ متوازن بناوٕمژ۔ پوٚز تمو چھُ گوڈنیتھےٚ واضح کوٚرمُت زِ یہ چھےٚ جدید تنقیدٕ چ نہج۔ للہٕ ہند کلامچہٕ یم خصوٗصیژ نقاد ننٕراوان چھُ تم سارے چھنہٕ ہیٚتی تنقیدِ کس وانکس منز یوان۔ جذباتی مانے خازی ہنز خصوٗصیژ چھنہٕ میانی کنی ہیٚتی تنقیدس ستی کانہہ واتھ۔ اکس جایہٕ چھےٚ اکھ عجیب کتھا نظرِ گژھان شیخ العالمہٕ سنز تشبیہ ''موت چھے سہہ'' استعارٕ ناوکرنہٕ یوان۔ پتہٕ چھُ لیکھنہٕ آمُت زِ استعارٕ چھُ صرف سُہ ییٚتہٕ موروٗض نوٚن روزِتہٕ اکھ نفیس مثال چھےٚ ''ہچو ہارنجہٕ پیٚرئ کان'' موتی لال ساقی صابن مضموٗن ''لل دید تہٕ گریرسن سند تحقیق'' چھ اکھ تحقیقی مضموٗن یتھ منز گریرسن سٕندس تحقیقس تجزیاتی نوٗیتک سام ہینہٕ آمُت چھُ۔لل دیدِ ہند کلامہٕ کس فنس متلق۔ گوڈٕ چھےٚ تشبیہہ، استعارٕ تہٕ تلمیح ہس وضاحتھ کرنہٕ آمژ۔ یمی چیزن یہ مضموٗن درسی درجس پٹھ

واتنووُمت چھُ۔ خاریہ چیز ہیکہ تمن پرن والین فأید دِتھ یمن وننہِ یہ زان چھنہٕ۔ اِد پتہٕ چھےٚ للہٕ ہند کلامچہ فنی خصوٗصیژ ہاونہٕ آمژ یمہٕ ستی لل دید ہند کلامک مول سرٕ کھر سپدان چھُ۔ بدری ناتھ کلا صأبن چھ ''لل دید'' بیٚین فلسفن ستی ہشر'' مضمونس منز ویدانت، شیوازم تہٕ بودمت فلسفن ہنز خصوٗصیژ ہاوِمژ۔ اہنز ے ملہٕ مش چھےٚ لل دید ہندس کلامس منز نظر گژھان۔ یہ چھنہٕ وننہٕ آمُت زِلل دیدِ ہند فلسفہٕ چھا یموبدۄن کانہہ چیز کنہٕ نہٕ۔ اگرچھُ تیٚلے ہیکو بیٚین فلسفن ستی تمیک ہشر ہاوِتھ، نتہٕ کتھٕ پاٹھی۔ ارجن دیو مجبوٗر صأبن چھِ ''لل دید ہنز زبنہٕ جائے'' مضمونس منز وجوٗہات دِتھ یہ کتھ باور کرناونچ کوٗشش کرمژ زِ سو چھےٚ سیمپوٗ رِ زامژ۔ اتھ مضمونس منز چھنہٕ رواینتہٕ یوت ٹلی کہِ دراتیس تہِ کأم ہننہٕ آمژ تہٕ أمی چیزن چھُ یہ مضمون متوازن تہٕ مدلل بنووُمت۔ روٗسُل پوٗشر صأبن چھُ ''لل دید تہٕ ساداتن ہنز تحریک'' مضمونس منز پزٕی کنی وۄنمت زِلل دید اوسنہٕ اتھ تحریکہِ ستی کانہہ تولُق۔ غلام نبی ناظر صأبن چھ ''لل واکھ تہٕ کأشری محاورٕ'' گوٚڈ آسُن ''لل دید۔ کینٛہ تاثرات'' اتھ منز چھُ پننس تمہِ وقتہٕ کس سماجس منز لل دید ہند انقلأبی رول نوٚن کڈنہٕ آمُت تہٕ شوتہٕ شکتی تصورن ہنز سمأجی اہمیت واضح کرمژ۔ ستی صوفی شأیرن پیٹھ لل دید ہندِ بن تصورن ہنداثر ہووُمت۔ مضموٗن چھُ کلہم پاٹھی نے تہٕ واریاہ حدس تام تاثرأتی۔

نظم حصہٕ چھنہٕ برٛژر ٹلی کہِ پرُن لایق۔ غلام نبی آتش سند لیوٚ کھمُت قصید، الیس راضی، المست تہٕ موہن لال آشنہٕ نظمہٕ چھےٚ جان۔ ترٛیمس حصس منز چھُ نوجوان لکھار بن ہندی مضمون شأمل۔ فاخر حرمین چھِ پننس مضموٗنس منز لل دیدِ ہنز شأیری پیٹھ مختلف مذہبی تہٕ فلسفیانہٕ تحریکن ہند اثر ہاونچ کوٗشش کران۔ أمس

اندر چھِ جان مضمون نگار بننچ صلاحیت ۔رشید راشدن چھ ''لل دبد بخشٕ یتہٕ شائیر''، مضمون لیوٗکھمُت تہٕ یہ لیکھنس منٛز راٰہی صائبنن ،شوق صائبنن تہٕ اتھ موضوعس متلق لیکھنہٕ آمتین باقٕی مضمونن مدد ہیوٗتمت ۔واریا کتھہٕ چھےٚ مضمون نگارس پانس تہٕ فکرِ ترٛمژ تہٕ بیٚین تہٕ چھن فکرِ تارنٕچ کوٗشش کرمٕژ ۔''لل دبد تہٕ شیخ العالمؒ ۔اکھ تقابلی جایزٕ'' سیمنارٕکی ساری مضمون چھُ اُکی سےٚ موضوٗعس متلق تہٕ یمن منٛز لیکھنہٕ آمٕژ کتھہٕ چھےٚ مشترک ۔یہ اُکی مضمون نگارن لیوٗکھمُت چھُ تی چھُ بیکی تہٕ لیوٗکھمُت ۔تہٕ کرِتھ تہٕ چھےٚ یہ اکھ جان کوٗشش زِ نوجوان لکھاربن پیہ ،پیش کالکی ادیب بننچ تربیت دِنہٕ۔

یہ نمبر چھُ 28x8/22 تختہٕ کین ۳۲۰ ہن صفن پیٹھ پھاٗلتھ اکھ ضخیم نمبر تہٕ اُمی چھےٚ کلچرل اکیڈیمی ہندطرفہٕ نیرن والہِ شیرازٕ رسالہٕ کین دویمین خاص نمبرن ہنٛز رِوایتھ برقرار تھاٗوِتھ ہیٚچمٕژ۔

# فوک لور (لُکہٕ مٔژ)

زبان چھےٚ باۄ ژھُنڈ وسیلہٕ تہٕ امہِ کنی سماجِچ پاداواریانے سماجن تھٕر مٔژ۔ کُنہِ تہِ معنہِ باپتھ چھِ لفظ اُسی تھٕران یا کُنہِ لفظس معنے اُسی پٔتھر اوان۔ لفظ چھ مانہ ہس کوم کرٕنچ کوٚشش کران تہٕ اتھ عملہِ منز چھُ معنے اکثر زندٕ گاڈِہندی پاٹھی، اتھو منز ژلان تہٕ لفظ چھُ ژھٕرٕ بٕ ژھٕرٕ ٹھ کران روزان۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ کینہہ تصور یا خیال یا معنے باۄ ژھٕنڈس زالس منز اُنُن چھُ مشکل تہٕ توے چھیٚنہٕ کُنہِ اصطلاحہِ منس بیٚیہٕ وِنی یا کلہم پاٹھی فِکر تارٕ وِنی تاریف کرٕنی موٚمکن۔

انسانن یٚیمہِ ساتہٕ جنگلی جانورٕ سٕنز یا حیوانہٕ سٕنز زندگی گزارٕنی ترٕ اُوتہٕ امہِ سوٚتھرِ تھوٚ دوٚرنچ کوٚشش کرٕنی ہیٚژ تنہٕ پیٹھ ازتاں یہ کینہہ تمی پرٕ ووتہٕ چھُ تسُند کلچر۔ ظاٗہر چھُ زِ مختلف موقن پیٹھ تہٕ مختلف زمانن منز آسہِ ہا کُنہ خاص قومُک کلچر مختلف۔ ازیتھ قومس اکھ کلچر ڈ قوم ان کلچر ڈوٚنتھ ہیکہِ سٕے قوم آسہِ ہا کُنہِ زمانہٕ پانہٕ تتھی اَن کلچر ڈ سو تھرس پیٹھ۔ لہٰذا چھُ کلچر اکھ relative term اضافی اصطلاح۔ مطلب چھُ یہ زِ جنگلی جانورن ہنٕز ہِش زندگی تھون وٚ الس انسانس تہٕ اوس اکھ کلچر۔ وُنی اے ان کلچر ڈ آسُن ونو تہٕ کتھ؟ یتھس حالس منز اگر کلچر اصطلاحہِ مفہوم دموتہٕ کیا۔ یہ پیوم امہِ کنی وُنن زِ تہٕ واریاہ کینہہ یہ اُسی فوک لورکس وانگس منز ژانان چھِ چھُ کلچرکس کھاتس کھوٚتمُت۔ پوٚز اے بوزوتہٕ لور چھُ کلہم پاٹھی کلچرک اکھ

حصہٕ۔ ون کتھن چھُ پرن وول یا ژاتھ ڈُبا نبر گوٚھان؟ یِیلہِ سہٕ فوک لورٕچ یہ تأریف پران چھُ یس ۱۸۴۶ ، یس منٛز أکی (انگریز مأہر اثریات Antiquarian ڈبلیو، جے تھامسن پیش کرٕ۔

Traditons, customs and supersitition of the uncultrured classes in civilised nations.

شأیستہٕ یا مہذب قومن ہٕنٛد بن غأر مہذب طبقن ہٕنٛدی روایات، رسوم تہٕ اوہام۔

سوال چھُ زِ کُنہِ تہِ مہذب قومن چھا پٔننی روایات، طور طریقہٕ تہٕ یِژھ پٕژھ حتیٰ کہ اوہام تاں کُلہم پأٹھی ترٛأوِمتی آسان؟ میانہِ خیالہٕ نہٕ کینٛہہ۔ انگریزن ہُنٛد ہیوٚ مہذب قوم چھُ وُنہِ تہِ ترٛاوٕہمہِ تأریخہِ چہِ منحوسیٖژ پیٹھ پٕژھ کران۔ روایات یا اوہام چھُنہٕ ہینٛڈن ہٕنٛدی پأٹھی پھٹان۔ یم چھِ تمن تجربن تہٕ دولابن یادکن ٹھونچن ہٕنٛد بن نٮ۪چن ہُنٛد ترآسان یمو منٛز کینٛہہ قوم گزرٕمتی آسان چھُ۔ آس اتھ تہِ ہکو نہٕ انکار کٔرِتھ زِ زمانکس رفتارس یا انسأنی زندگی ہٕنٛزِ ترقی سٟتی چھےٚ کینٛہہ روٲیٔژ ژھوکان تہٕ کینٛہہ اوہام پُھٹان پوٚز کُلہم پأٹھی نہٕ کینٛہہ۔ آتش پرست چھ وُنہِ تہِ موردن ٹُکھ ٹُکھ کٔرِتھ کاون گانٛٹن ترٛاوان، ہیٚنٛد زالان تہٕ مسلمان دفناوان۔

مطلب یہ زِ فوک لورُک یا لُکہٕ مژ ہُنٛد سرمایہِ چھُنہٕ غأر مہذب قومنٕے یوت آسان ئلکہ مہذب قومن تہٕ۔ اتھ چھےٚ تیٚژ اہمیتھ زِ مہذب قوم چھ اتھ پیٹھ ناز کران تکیا زِ تہندِ ماقبل توأریخ کہِ زمانٕچ توأریخ چھےٚ أتھی سرمایس منٛز موجود آسان تہٕ یؤتاہ کُنہ قومس یہ سرمایہِ باگہِ یوٚ رُت آسہِ تیوٚتاہ چھُ سہٕ قوم مہذب مانہٕ یوان۔

یتھ کُن زن مےٚ اشارٕ کوٚر، کُنہِ تہٕ اصطلاحہِ چھیٚنہٕ کانٛہہ شقہٕ یا پوٚرٕ پوٚر وحاطہٕ کروٗن مطلب پُشراوٗن ممکن توے چھِ فوک لورس مختلف تأریف کرنہٕ آمٕتۍ۔ یمن پانہٕ وأنی ہشر چھُ تہٕ تہٕ چھُنہٕ تہٕ۔ فوک چھ ونان أکس طبقس۔ انسان چھُ مختلف ٲثریٚو مختلف طبقن منز بأگرِتھ، جنسہٕ حسابہٕ، معأشی لحاظہٕ، جغرأفیأیِ اندازٕ، مذہبی نوعیٚژ کنۍ۔ تہذیبہٕ وتمدنہٕ کنۍ، لسأنی اعتبارٕ بیترٕ۔ جنسہٕ حسابہٕ ونوWonenfolkیاmen folkزنانہٕ ذاتھ تہٕ مردذات تہٕ کُلھم پأٹھی عمومی ٲثریتہٕ چھےٚ کینہٕ کتھٕ یا کینہٕ چیز کُنہِ طبقس ستی مخصوٗص آسان۔ تِتھن چیزن ہنٛز زان کأری گو لور۔ توے چھ فوک لورس فوک لرننگ تہٕ ونان یعنے علم، مولوٗمات کُنہِ طبقس متلق، مثالہِ پأٹھی Bird lore جاناوارن متلق معلوٗمات۔ لورٕ گوٕ صرف معلوماتھٕ۔ مےٚ چھیٚنہٕ یہ کتھ وبٕوان۔ میأنی کنۍ گوسہ سرمایہِ، یتھ متلق أسی معلوٗمات حأصل کرٕنی یژھو۔ توے تھووٕ مےٚ فوک لورس مقابلہٕ کأشرس منزٕ لُکہٕ مُوٗ نہِ زِ لُکہٕ زان یا لُکہٕ علم۔ لیکسی کان یونیورسل انسایکلوپیڈیا ہس منز چھےٚ فوک لورٕچ تأریف یہ۔

> The term folklore, literally folk learning"is generally limited to knowledge that is transmittted from one gereration to another by word of month or immitation. In societies without writing all traditional knowledge can be considered folklore.

یم معلوٗمات اکھ نسل بیٚیس تان زبأنی زبأنی یا نقل کٔرِتھ واتہٕ ناوِ، تتھ چھ عام طورٕ فوک لور ونان۔ یتھ سماجس نہٕ لیکھٕ پرٕ آسہِ، تمیٚک سورُے ریوأیتی علم ہیٚیہ فوک لورٕ مانٕنہٕ۔

انسایکلو پیڈیا برٹانیکا ہس منز چھُ لیکھتھ زِ گۄنو ہمہ صٔدی ہِندس دویمس حصس منز آیہ فوک لورکس وانگس منز تم چیز تہِ اننہٕ یم بونٛٹھ تر اوِنہٕ آمتی اُسی تہٕ ون چھِ اتھ منز مقبوٗل عام فن تہٕ ہونر یانے پس طبقن ہند مأدی کیو ذہنی کلچر ،شأمل۔

سرایڈورڈ ٹایلر سرجیمس فریزتہٕ تھی ہوی باقٕے انگریز مأہرین بشریات Anthropologists رٕوُدی پرانین تمدنن ہنٛزن مماثلژن یا تمن متلق قیاسن analogies ہِندس سلسلس گُن ظون پھِران۔ تموو ون زِ سمأجی بشریات Social anthropology تہٕ فوک لورس منز چھُ بَنہٕ۔ ییمہ گٔنی اکھ اُکس بدل استعمال ہیکن نہٕ سپدِتھ۔ فوک لورس متلق چھےٚ اُتی بیا کھ رائے میلان زِ ہوبن حالژن منز ہوبن منزِ لن پیٹھ ہوبنِ ماحولن اندر انسأنی ذیہنس پنن نارمل ردعمل ہاوان چھ ہوی نتیجہٕ وُچھنی پوان تہٕ تو ے چھُ مختلف قومن ہِندِ بن فوک لورن اکھ غأر محسوٗس ہشر لبنہٕ یوان یُس رِوایژن، بأتن نظمن، دلیلن تہٕ اوہامن منز موجود آسان چھُ۔

ولیم جان تھامس سندگف چھُ زِ فوک لور چھنہٕ گأمی لُکن ہِند بنےٚ طبقن تان محدوٗد، عام طور چھُ شہر باشن تہٕ فوک لور آسان یہ چھُ خاندانہ چونٛی یأدی اکأیو پیٹھ قومن تان تمام ہم قسم Homogenous کھیچن Group ہنٛز زان کأری یا مولوٗماتن ہُند حصہٕ۔ فوک لور چھنہٕ زانٛہہ تہٕ شٹھنیا رُک شکار سپدان۔ یہ چھے شبقہٕ پأٹھی اکھ تخلیقی عمل تہٕ برابر جأری۔ پرأنی لُکہ بأتھ اگر مشن، نٔوی نٔوی چھِ بارسس یوان۔ اسہِ چھ تم ونہٕ ون ہُری کنن گأمتی، یمن منز شیر کشمیرس تأریف کرنہٕ آے۔ کرکٹ ٹورنامنٹ تہٕ کھیلن ہنٛز بین اقوأمی اہمیژ

وُچھتےِ عمران خانس وننہٕ آے۔ یا تمہِ پتہٕ خبرے چھُو سانٮ۪ن اٗ تر کٮ۪ن بہودرن یہ ونونہٕ آو ............ مسلسل تخلیقی عمل آسنک یُو ہے گون چھُ اتھ ترقی یافتہٕ قومن تہٕ تائلیم یافتہٕ لُکن ہٕنٛد بن ذیٚہنن منٛز تموٚ یژھ شوٚ پژھو، رِوایژ وتہٕ وہموٗرٕ نگی موجود تھاوان یمن نہٕ کانٛہہ پرکھاوِ ے لوٗ گمُت آسہِ یا کانٛہہ سَنٛدٕ ے آسہِ۔

فوک لورس چھےٚ زٕ اہم پھیرٕ ہاو خصوٗصیژ۔ اکھ گژھ یہ سیٚنہٕ بہ سیٚنہٕ یعنے زبأنی زبأنی چلان روٗ دمُت آسن، دوئیم یہ زِ یہ گژھ پھِری پھِری پھِرنہٕ یِن۔ بقول جان تھامس ''یُو سہٕ ڈلیل یا کتھ صرف اکہِ لٹہِ وننہٕ یا پھِرنہٕ یِیہ یوٚ دوے زبأنی زبأنی ہیکہِ نہٕ لُکہٕ کتھ اسِتھ۔ انسایکلو پیدیا ہکی لفظ چھِ یم۔

A story that is told only once is not a folktale, because although oral's not traditional"

یتھے پأٹھی چھُ وننہٕ آمُت زِ

"A very inportant limitation of folksong, must be mentioned that it survives by purely oral traditon"

یعنے اکہِ بأتس چھےٚ اکھ اہم حد بندی یہ زِ یہ چھِ صرف زبأنی رِوایژ پٮ۪ٹھےٚ زنٛدٕ روزان۔

یا بقول رچرڈ ڈارس

"A folk lore lives in the spoken word and dies onthe printed page"

یعنے اکھ لُکہٕ کتھ چھےٚ زبأنی زبانے زنٛدٕ روزان تہٕ کاکدس کھُسی تھےٚ مران۔

امہِ حسابہٕ اَے وُچھو، اَسی یُس لُکہٕ ادب یا لُکہٕ مژ محفوٗظ تھونہٕ یار ژھرٕ اونچہ نیٚژ لیکھتھ تھاوو، سہٕ روزنہٕ فوک لور، سہٕ ہیکہِ فوک لٹریچر کس کھاتس کھسِتھ تہٕ امہِ کنہٕ

اگر أسی پنہٕ نبن لُکہٕ بأتن یا لُکہٕ کتھن فوک لٹریچر یا لُکہٕ ادب ونو منأسب باسہٕ نہ یۆ تاں نہٕ یہ کا کدس کھسہِ ۔ توٚ تاں روزِ یہ فوک لورٕ ے ۔ فوک لورک تڑیم شرط چھُ یہ زِ ونن وول یا ربواج دنہٕ وول آسہِ نہٕ اکُے شخص یا آسے سُہ آسہِ نہٕ ویوٚ د ۔

وڈ چھُ سوال یہ زِ فوک لور یا لُکہٕ مڑکس وانکس منز کیا کیا ہیکہِ یتھ ۔ عمومن اوس یی خیال زِ صرف سأنی لُکہٕ بأتھ یا لُکہٕ کتھٕ ۔ پوٚ ز لُکہٕ مڑہینٛد وانگ چھُ امہِ کھوتہٕ واراہ وسیع ۔ یورپی عألمن یا لُکہٕ مُڑ ہند بن مأہرن Folk lorists فش تہٕ رود یہ وانگ بڈان تہٕ اکھا کھ چیز اہ اتھ منز اژان ۔ اکہِ وِزِ آوونہٕ زِ ''اتھ منز ہین عام لُکن ہنز پرٛتھ قسمہٕ چہ ربوائیٛ ، نظمہٕ ، بأتھ ، دلیلہٕ ، کتھٕ تہٕ اوہام '' بیٚیہ ساتہٕ آوونہٕ زِ اتھ منز اژن عقیدٕ ، زبنہٕ مرنکی لوأ زماتھ ، لسنہٕ بسنکی طور طریقہٕ ، عادات اطوار ، رسوم ربواج ، بیٚترِ تہِ یتھے پأٹھی بیوٚن بیوٚن موقن پٹھ بیوٚن بیوٚن کتھٕ ۔

نیتوٚن لُکہٕ کتھٕ یہ گڑھ گوڈنتھے مقبوٗل عام آئسٕ پتہٕ چھِ اتھ تہِ تڑے قسم کرنہٕ آمتٕ ۔ Myth, legend, story یعنے اسطوٗر یا دیوی دیوتا کتھ دوٗیم خوش یوٗنی ربوایتی کتھ مہم جویی ہنز یا دلیری ہنز مثالہِ پأٹھی سامہٕ سنٛزتہٕ گلدوخ پٔری ہنز دٔلیل ۔ ترٛیم تفریحی کتھ یا نے سٔنی کسرِ ہنز یا کھٔری سٔنز کتھ ۔

وونی چھِ فوک لور کین حدن منز لُکہٕ بأتن تہٕ لُکہٕ کتھن ، ربوایژن ، تمثیلن ، کہاوٕژن ، ڈٕپتین ، گنٛڈیتین ، محاورن ، ضرب المثلن ستیٚ ستیٚ لُکہٕ لے ، لُکہٕ ساز ، لُکہٕ گبون ، لُکہٕ نژن ، لُکہٕ فن ، لُکہٕ گنڈُن تہٕ لُکہٕ یلاج یا لُکہٕ دور دواتہِ آمُت ۔ أسی ہیکو وٕنتھ یمہِ پأٹھی أچ درجہ بندی یتھٕ پأٹھی کٔرِتھ ۔

ا ۔ خیالات ، تصورات تہٕ لُکہٕ عقیدٕ یا لُکہٕ پژھ یا توہمات (شنہٕ رأ ژن ہنٛد

بزم بزم چوک، یِچھ پھکُر، ہوٗنی وۄنگنی) بیتر۔

۲۔ ریوایژ: زبنہٕ مرنکی یا دوہدِ شی ہنٛدی رسم ریواج، ارتاو برتاو، خاندرن خوندرن ہنٛدی، سأِلن مألن گرٕھنکی یا گنٛدٕنکی درونکنکی طریقہٕ۔

۳۔ بیانیہ؟ یانے لُکہٕ بأتھ، لُکہٕ کتھٕ، کہاوژ، پرٛبژھ، ڈٕپتہٕ، گنٛڈتی مثالہٕ بیٚترٕ۔

۴۔ لُکہٕ فن یا فوک آرٹ: شیرٕنکی پورٕنکی، گھوٕنکی نژٕنکی طریقہٕ، انداز، سجاوٕنکی سامانہٕ بیٚترٕ۔

۵۔ لُکہٕ یلاجکی طریقہٕ: شیر شربژ، ضماد، ٹکوبر، جڑبوٗٹہٕ بیٚترٕ۔

یوٚتاں سانہِ کشیرِ منٛز کأشرِ لُکہٕ مُژ ہینٛد یا فوک لورک تولق چھُ۔ یہ چھُ پرٛتھ آیہ تھسکبن لایق۔ یورپی عالمو مثالہٕ پأٹھی سٹین صحبن بیٚترٕ چھُ امیک اعتراف کران لیوٗکھمُت زِ کأشرس قومس چھُ لُکہٕ سرمایہٕ تیوٗتاہ مولل زِ کانٛہہ تہٕ ترقی یافتہٕ قوم ہیکہٕ یتھس سرمایس پیٹھ ناز کٔرِتھ۔ یہ سرمایہ رٔژھرنس کُن پوٚگوڈٕ یوٗرپی عألمن ظون تہٕ حاتم ٹیلرٕ ہشہٕ سوٚمبرنہٕ سپٕز چھاپ۔ پتہٕ کوٚر سانہِ کلچرل اکیڈمی یمہٕ صدی ہنٛدس پتٛمس ڈٔہلس منٛز اتھ کُن ظون جناب موتی لال ساقیٕ تہٕ ناجی منور صأبس آیہ کأشری لُکہٕ بأتھ سوٚمبراونچ کأم مٔتھٕ تھونہٕ۔ یتھ پتہٕ مرحوم علی محمد لون صابن شیرِ ژأرِکرِتہٕ أمچ سوٚمبرن سپٕز ۱۹۵۶ ءلس منٛز چھاپ۔ یمن ہنا بوٚنٛھ تہٕ ہنالرِ لوٗرِکری مرحوم پروفیسر محی الدین حاجنی صأبن ''گامو منٛز پھیری پھیری تہٕ ''لُکہٕ رس'' نأوی دون کتابہٕ جُزون منٛز فوک لورٕکی کینٛہ چیز جمع کٔرِتھ شایع۔ یمن منٛز ہوٚدُ رگنہٕ یٚن اکہٕ نُنٛدن، حبہ خوتوٗنہٕ ہنٛز لُکہٕ کتھٕ تہٕ پرٛژھ، تلمیحہٕ، ڈٕپتی، گنٛڈٕتی تہٕ ضرب المثلہ شأمل آسہٕ۔ لُکہٕ بأتن ہنٛز گوڈنچہ سوٚمبرٕنی منٛز أسی

رؤفی ، ننٛد بأتھ، لڈی شاہ، شُری بأتھ، منزٕلی بأتھ، عام بأتھ، پڑبڑھ، کھاندرگبون تہٕ دیگر وژن تہٕ ونہٕ وَن ہُری شأمل۔ یم بأتھ أسی سبٹھاہ مجنتھ گرِتھ جمع کرنہٕ آمتی ۔ پتہٕ روز یہ کأم جأری تہٕ لُکہٕ بأتن ہنز دوویم سوٗمبرن دِژ موتی لال ساقی صأبن کُنی زٕنی ترتیب تہٕ پتہٕ ترٛیم سوٗمبرن تہٕ۔ یم زٕ سوٗمبرن سپٕز ۱۹۷۰ء بوٛنٹھے چھاپ ،ترٛیمہِ سوٗمبرنہٕ منز أسی برٛز منٛچہ ہنٛدی بأتھ تہٕ چھکر بأتھ تہٕ جمع کرنہٕ آمتی ۔ پتہٕ سپٕنی لُکہٕ بأتھ سوٗمبرنہٕ چہ کامہِ منز ناظر کولگأمی صأب تہٕ شأمل تہٕ لُکہٕ بأتہٕ سوٗمبرٕنن ہُند تیداد ووت ستن أڑھن تام۔ یتھے پأٹھی آیہِ لُکہٕ کتھہٕ جمع کرنٕچ کأم تہٕ دردس ہنہٕ۔ گوڈٕ آسہٕ کینہٕ ڈلیلہٕ بوٛنٹھے پشکر بھان صأبن سوٗمبرأوِتھ شأیع کرِمژٕ پتہٕ سوٗمبراوٕ ناوِسانہِ کلچرل اکیڈیمی پانے۔ ترتیب کار رٔدی کینہٕ کالا ٹاک زہنہٕ گیری، کأمل صأب، محمد احسن احسن تہٕ نشاط صأب۔ لُکہٕ کتھن ہنٛز تہٕ چھےٚ شیےٚ ستھ سوٗمبرنہٕ چھاپ گأمژٕ۔ میون یہ بیان چھُ یاداشس پیٹھ مبنی تمہِ کٕنی ہیٚکِس پھیرتہِ أستھ، کأشرس منز یُس طنزیہ تہٕ مزاحیہ قسمُک کینہٕ سرمایہِ چھُ، تمکی واریاہ چیز تہِ ہیٚکن لُکہٕ سرمایہِ سے منز گنٛزراونہٕ یتھ، مثالہِ پأٹھی ٹأنہٕ، ٹسنہٕ، ہبڈن ہُری، ٹیپ، جٕٹہٕ تہٕ مذاکھ بیترٕ۔

لُکہٕ بیانیہٕ Naratives یعنے لُکہٕ بأتھ یا لُکہٕ کتھ سوٗمبراوٕنی وِزِ آیہِ یتھ کتھ گوڈٕ انوأرِی دِنہٕ زِ یہ سرمایہِ گژھِ یتھ تیتھ جمع سپدُن۔ لہٰذا یہ کینہٕ دسیاب سپُن ،اتھ آوتہِ آو قلم بند کرنہٕ۔ دوٕیم مرحلہٕ اوس اتھ پرکھاونک تہٕ وچھنٛگ زِ اتھ منز کوٗتاہ چھُ پزی پأٹھی تہٕ یتھ أسی لُکہٕ سرمایہِ وٕنتھ ہیٚکو۔ کأنٛہہ بأتھ ما چھُ تیتھ یُس لُکہٕ بأتھ چھُنہٕ۔ کأنٛسہِ شاعرٕ سٕندِ کھاتہٕ منز نیرتھ چھُ اتھ ستی رل گوٚمت۔ واریاہ قول یا کتھ چھےٚ شیخ العالمس ستی منسوٗب کرنہٕ یوان۔ خالے چھِ کٲشیرِ منز

کانٛہہ گام تیتھ یتھ متلق نہٕ شیخ العالمن کینہہ وٕنمت چھُ۔ مثالہِ پأٹھی یہ دپت پانتہٕ چھوکھ، نوشن سوکھ تہٕ کوربن دوکھ، یتھی چیز چھِنہٕ وُنہِ لُکہٕ سرمایس منز شأمل سپنمتی۔ یم چھاپزی پأٹھی شیخ العالمؒ کِنہٕ کُنہِ وِزِ لُکہٕ زبوٗ وژاٮ۪متی تہٕ خامخاہ ہٕض شیخس سٕتی منسوٗب۔ یہ وچھنُچ چھےٚ ضرٗرتھ۔ یہ کأم ہیکہِ کانٛہہ ادارے انجام دِتھ کلچرل اکیڈیمی اگر سوٚمبراونٕچ کأم کرٕ۔ یونیورسٹی ہند کأشر شوبہٕ یا یہأے اکیڈمی۔

کأشرس لُکہٕ مژس کوسہٕ مقام چھُ۔ یہ سرمایہ کوٚتاہ موٗلُل چھُ مقدأری لحاظہٕ تہٕ معیارٕ کِنہ تہٕ۔ اتھ متلق سوٗنچان سوٗنچان پیوٚمے یاد زِ ۱۹۵۰ ہٕ پتہٕ پتہٕ از بوٗنٛھ ؤری پنٛژتأجی مرییلہِ گلریز رسالس منز حأجنہٕ کس غلام نبی شکأری سُند اکھ دلچسپ لیکھ چھپے یو۔ عنوان اوسس ''کشمیری ادب میں معشوقہ کا تصور'' اتھ منز أسی ماشوقہٕ سند بن ناون یعنے یم لفظن کیٛت ورتاونہٕ یوان چھِ یہنٛد ذکر تہٕ یہنٛد تیداد اوس ہتہِ پیٹھی۔ تولق اوسکھ بالا فطری مخلوقن علاوٕ پأداوأری شعبس تہٕ جمادات، نباتات تہٕ جاناوارن ہندس دُنی یاہس سٕتی، یمن لفظن سٕنتھ باسے یوزِ یم چھِ سأری لُکہٕ مُژ منز ے ننہٕ آمتی۔ تہٕ شأعرو ورتاوی متی۔

لُکہٕ مُژکس سلسلس منز چھےٚ یہ کتھ ٹاکارٕ زِ یہ چھےٚ مسلسل تخلیقی عمل، لُکہٕ سوٚتھرسے پیٹھ سہی ییمہِ کنٛز زمانہٕ گورنس سٕتی سٕتی اتھ منز تبدیلی یوان روزٕ پوٚز کینٛژون چیزن ہندروز افسوس۔ پھرن چھُ سون لُکہٕ پوشاک لیس ڈبزاین تہٕ کپٹن پھری پھری دوہ دوہ کڈان چھُ۔ لُکہٕ گہنس منز یم زیور شأمل أسی تہنٛد چھِنہٕ نیب نشانے۔ پلہٕ ہورس تہٕ کھژاوِ اس فوک اہمیت تہٕ پننہِ نوعیتہٕ چہ افادیژ کنٛز وانٛکھ نہٕ کُنہِ تہٕ قسمُک موٗلُل کھوربانہٕ۔ کھبن چین کس لُکہٕ مزازس یہ پسند اوس تچ کتھے موکہٕ لے یہ۔ نوٗنہٕ چاے گوٚ ھنہٕ کترِ وِچھولہٕ تہٕ سماوار ورژس تیار۔ گیس دان عام

گژھنہٕ ستی ژٕڈی تواُچ تہِ کتھا۔ سانیوٚ سنیوٚ منٛز اوس ہند، ہاکھ، کرٛ بژھ، گُلہٕ تہٕ کینٛہہ نیٛری سبزی، فوک سنٛز۔ بانہٲج گُلی کوڈ تمن کرٛاٹھ، کاشرامبُر ، قدوُسری ، نابد ٹنگ اُسی فوک موٚہ، تجارتی ذٕہنن دیُت یمن پھیش، گُلی میوٕٹھ کرٛنک رودنہٕ رِواجی تہٕ یتھے پاُٹھی گٔے خاندرن ہنٛدی واریاہ رسوم یتھ دورس منٛز ختم پوٚز امیُک مطلب چھُنہٕ یہ زِ لُکہٕ مُژ یا فوک لور گژھ فنا۔ یہ چھےٚ اکھ پوٚشہٕ تھٔر۔ اُڈی پوٚش برٕ گژھان، اُڈی ٹوٚری نٔنی یران تہٕ پتہٕ پھولان۔ یتھ یتھ چیٖزس روزن آسہِ روز۔ روم ہیٹر عام گژھتھ تہِ چھےٚ کانگرِ پنٛنی اہمیتھ تہٕ امیُک چلے جاوچھُ جاری۔ ژار چہِ ٹنگہٕ ہچہِ یژھ تیٚلہِ مقبول آسہِ تِژھ چھےٚ از تہِ۔ ونہٕ وُن روزِنہٕ سُہ یتھ منٛز گُر تہٕ گوٚند یاٚنہٕ زانیانہٕ اوس۔ ٹیکسمن تہٕ ماروتی کارن پیٖیہ ونوٚنہٕ۔ دستارس نے ہُری ین ونہٕ نہٕ، قراقُلی کھسن زبون۔ فلُمی آے سہی، کمپیوٹر بأتھے سہی، گبوٚنہٕ ین۔

پننہِ زبأنی وُسہٕ جاردنہٕ خاطرٕ پزن اسہِ تم سأری لفظ وٕنس تل آنٕنی، اتھ سرمالیس تمہِ آیہِ زول دِیُن زِ مُشراُوی متی تہٕ گال کھاتس گأمتی لفظ، مثالہٕ، تشبیہہ تہٕ استعارٕ ین نوِ سرٕ پر بزرلاونہٕ تہٕ ورتاوس منٛزانہٕ نہٕ۔ اگر اتھ کُن توجہ دِمونہٕ سون واریاہ کینٛہہ گژھ گال کھاتس تہٕ وُنہِ کینہ اے لبو کینٛہہ وق گژھتھ لبونہٕ گُنی۔ یوسہٕ کتھ اُسی ازتاں تھسکہٕ ناواں چھِہ، تمیُک بوٚش وسہِ تہٕ تھکُن لایق روزِنہٕ گھینٕنی۔ اتھ سلسلس منٛز ہکو اُسی انفرأدی کوٚششہِ تہِ گُرتھ تہٕ اجتمأعی تہِ۔ یمن دوہن تہِ لیس لُکہٕ بأتھ بوزنس تل پیٖیہ۔ سُہ رژھراوتہٕ یتھے گٔی لُکہٕ سرمایکی باقے چیٖز تہِ یم ڈٕنب لگنہٕ سوا کأنہہ تہِ زمانہٕ روزان چھُنہٕ۔

# مورخ حسن سُنٛد لیوٗکھمُت جغرافیہ کشمیر

پیر حسن شاہ کھویہأمی چھُ بیوٚن بیوٚن تہٕ مختلف صلأحیژن ہُند مأ لک اوسمُت۔ سُہ اوس اکھ جان شأعر۔ یُس فارسی تہٕ کأشُر دوٚشوٕنی زبانن منٛز شارونان اوس۔ فارسی زبأنی ہُنٛد اکھ ناماوار ادیب، کشیٖر ہُنٛد اکھ تھٕکبُن لایق مورخ تہٕ اکھ پوٚز محبِّ وطن۔ نیشلزمُک یُس تصور انگریزن ہنٛدِ فأضہٕ برصغیرس منٛز کنوٗہمہٕ تہٕ وُہمہِ صدی اندر عام گو، کشیٖرِ ہنٛدبن حسن شٕہس ہوٚبن دأنشورن ہنٛدبن ذیہنن منٛز اوس گوڈے موجوٗد۔ حسن شٕہس چھُ کشیٖرِ ہنٛدبن فارسی زبأنی منٛز لیکھن والین مورخن منٛز اکھ امتیأزی تہٕ انفرأدی مقام حأصِل۔ سُہ چھُ وأحد مورخ ییمی کلھن سٕنٛزِ راز ترنگنی ہُنٛد اکھ بوٚڈ بارٕ کھن، رتنا کر پران نأوی اکہِ پرٛانہِ سنسکرت توأریخک وقایع کشیٖر نأوی علامہ احمد سُنٛدٕ فارسی ترجمہٕ لٕبتھ، پرُوتھ ہیوٚک۔ سُہ اُوس تحقیقی ذہن تھاون وول توأریخ نولیس ییٚمی کشیٖرِ ہنٛز مدلل تہٕ مفصل توأریخ لیکھٕنی وزِ تمام دسیاب وسیلن کأم ہیٚژ تہٕ تی تأجی اہم کھوٚ غأر اہم توأریخ، تذکرٕ تہٕ اتھ موضوٗعس سٕتی توٚلق تھاون وألی مسودٕ تہٕ کتابہٕ حأصل کٔرِتھ تہٕ تمن ہرٕ ترِ تُلِتھ پنُن لیوٗ کھمُت توأریخ بااعتبار تہٕ موٚلل بنوو۔ سُہ چھُ میأنہِ خیالہٕ کشیٖرِ ہُنٛد سُہ گوڈنیک لکھأری ییمی مورخ آ سٕنس سٕتی سٕتی تفصیلہٕ سان کٔشیٖرِ ہنٛز جیوگرافی پیٚٹھ تہٕ قلم تُل۔ سانہِ زمانٕکی عألم تہٕ توأریخ دان تہٕ جیوگرافی زانن وألی ہی تن أزی کھوٚ پیمانو تُسنٛد دیٚت میٚئن تہٕ

أزِ کہ معیار نظر تل تھاوِتھ تسنز کأم پرکھاوٕنی تہٕ امہِ حسابہٕ تمن مجرانہ دِیُن۔ پوٚز تسُند زمانہٕ تصورس منز أنتھ تہٕ تمہِ وقتہٕ یتھ پاوِس تاں علم ووتمت اوس تہٕ یم وسیلہٕ دسیاب أسی تتھ کُن وُچھتھ یہِ نایژھ کوٗشش اکھ بڈ نا انصأفی مانہٕ۔ حسن شٲہ اوس اکھ توأریخ لیکھن۔ سُہ ہیکہِ ہا صرف اکھ سیأسی توأریخ لیکھتھ، تہٕ بس پوٚز ماجہِ کشیرِ ہندی لولن تہٕ کأشرین ہم وطنن ہند دود دگ للہِ ونہٕ کُنہٕ تُل تمی جیوگرافی ہوس موضوعس پیٹھ تہٕ قلم تہٕ یینہٕ کبن ریشن، مشأیخن تہٕ اولیاء الٰہن کیوٚ شأعرن متلق تہٕ تھوٚون واریاہ مواد ترتیب دِتھ تہٕ کأفی موٗلوٗ ماتھ جمع کرِتھ۔

حسن اوس نہٕ ژکہِ اکھ پیشہٕ ور جیوگرافر، مگر ویوٚژھ کشیرِ ہُند توأریخ لیکھنہٕ باپتھ ییتیک محل وقوع، اوند پوٚک تہٕ لسُن بسُن تہٕ کاکدس کھأرُن تہٕ یوہے حصہٕ بنیو وتسندِ لیکھنہٕ ینہٕ والہِ توأریخُک گوڈنیک حصہ تہٕ کشیرِ ہنز جیوگرافی۔ اتھ موضوعس پیٹھ اوس تس فارسی توأریخن منز کم کاسہٕ مواد موٗلمُت تہٕ امہِ علاوٕ کشیرِ متلق سرسری زان کأری مویسر تھاوٗن واجنہِ انگریز لکھارین ہنز کینہہ کتابہٕ۔ مثالہٕ پأٹھی فریڈرک ڈریوسنز نار درن بیر یرس آف انڈ، یا اینڈرسن سنز ورلڈ جیوگرافی۔ یتھے پأٹھی فارسی زبأنی منز لیچھمٕژ کریم الدین سنز ''مفتاح الارض'' پوٚز یژھ کتابہِ ہیکہ ہن نہٕ ہرگز تہٕ سوو بژھے پورٕ کرِتھ یوسہٕ حسن شاہنہِ لیچھ مژ جیوگرافی پوٗرٕ کر۔

أزی چہ سانہِ پُیہ خأطرِ کہے پہن تہٕ نوٚ پُیہ خأطرٕ چھُ امہِ کتابہِ ہند فأض تلُن واریاہ مشکل۔ نہ صرف اِو کُنہِ زِ فارسی زبان گیہِ ول کشیرِ منز گال کھاتس ئلی کہ امہِ کنہِ زِعلم تو رکأ تھوٚ نوبو تارو۔ زمانہٕ بدلیوو تہٕ زمانہٕ روز بدلان۔ اصحاب کہف اے چندن منز روٗدی مِتی ٹانکی ہتھ بازرنیرن، تمن تژ اون نہٕ اسن کھنگالے یأتی

اُلٕہِ کہِ رٲژتھ تہٕ بنکھ زِیٖم چھِ کمہِ تان تلہٕ پاتالہ آمتۍ۔ مقدٲری پیمانہٕ کھارتہٕ ترکھ چھُ دُنہٕ گُنہِ وِزِکنن گوٗہٲنی۔ پوٗز یہ چھُ ازصرف توٲریخہٕ کس طٲلب علمس نوکری ژھانڈنۍ وِزِ انٹرویوٗ وس منٛز پرٛژھنہٕ ینہٕ وول سوالہٕ یوت زِ ڈوگرِن ہٕندس دوٗرس منٛز گۄ ضرب اَسۍ چلان۔ یا خام روپے تہٕ چِلکی روپے کیا گیہِ؟ نانک شاہی ضرب اوساموٗلل کنہٕ وکٹوریہ ضرب۔ دام لفظہٕ چھُ پوٗنسہٕ رٕنگۍ صرف اردو محاورس یاروزمرہسے منٛز۔ آم کے آم گھٹلیوں کے دام، یادام کیالوگے؟ نتہٕ یہ کس چھےٚ خبر زِ موغلن ہند وقتہٕ اوس کشیرِ ہنٛز آمدنی ہند حساب دامنہٕ منٛز تہٕ اکبر بادشاہ سٕندِ وقتہٕ اوس جنسہٕ رٕنگۍ آمتہِ ماٲلیک موٗل ستھ کرورشیٖیہ تاجی لچھ ستھ ساس ژورہتھ تہٕ کہہ دام تہٕ نقدِ رٕنگۍ حاٲصل سپُنمت ماٲلیہ نولچھ اکھ ساس اکھ ہتھ تہٕ ترٛیہ شیٖتھ دام۔ اَزی کس طاٲلب علمس زن پرٛژھو پرگنہٕ کیا گو؟ سُہ گژھہ ترٛہن تہٕ ترٕوہن یم چھےٚ وٕن پرانے منٛز کتھہٕ۔ تہٕ یم کتھہٕ تھاوحسن شہس ہولکھاریوتتھہٕ پاٹھۍ رژھرِتھ یُتھنہٕ تہذیبہٕ کس توٲریخس گُنہِ جایہ ٹُکھ لگہٕ۔

حسن شاہ سٕندِ لیکھیٖمتہِ توٲریخکس گوڈنکس حصس یانے جیوگرافی پٹھ کتھ کرٕنۍ وِزِ چھےٚ یہ کتھ یاد تھاوٕنۍ سبٹھاہ ضرٛوٗری زِ حسن شاہ چھُ صرف کشیرِ ہند توٲریخ لیکھان تہٕ تتھے پاٹھۍ جیوگرافی تہٕ۔ امہِ ساتہٕ چھُ سُہ کشیرِ اکھ ملک سمجھان نہ زِ گُنہِ مُلکچ اکھ ریاست۔ یا گُنہِ مُلکُک حصہٕ۔ سُہ چھُنہٕ جۄم تہٕ اتھ ستۍ رلاوان۔ یوٗدوے یہ توٲریخ لیکھنہٕ وِزِیان زِ ڈوگرٕ راجہ کس مہاراجہ پرتاپ سنگھ نس زمانس منٛز یہ ملک ''جموں وکشمیر وتبت'' ناوۍ زانہٕ یوان اوس۔ کشیر اَس تہٕ پزۍ اکھ ملک تہٕ اکھ سلطنت یمِکۍ حدوٗ دشاہ میری پادشہن ہندِ وقتہٕ دلہٕ پٹھ کوبُل اپورتان پھہلِتھ اَسۍ (سلطان شہاب الدین سٕندِس دوٗرس منٛز) یِس متلق علامہ اقبال حسرتہٕ سان وناں چھُ۔

عمر ہاگُل رخت بر بست و کُشاد

خاکِ مادیگر شہاب الدین نہ زادِ

تہٕ پتھٕ راجُت راوٕنہٕ پتہٕ گے گیٚہے مغل سلطنٕژ ہند حصہٕ بٕنتھ گیٚہے افغانستانک اکھ صوبہ تہٕ گیٚہے رنجیت سنگھ سُنٛزِ سلطنٕژ ہنداکھ حصہٕ۔ یٚمہٕ کِنۍ اَمچ مرکزی رازدأنی گیٚہے دِل رۆز، گیٚہے کوبل تہٕ گیٚہے لوہُر۔

حسن شہن چھُ کٲشیرِ ہند پتھ کال تمن دیومالأیی قصن ستۍ تہٕ وٕتُمت یم راز ترنگنی منٛز بیان آمتۍ چھِ۔ تمۍ چھُ امیک محل وقوع ہاوان دُنی یا تتھے پٲٹھۍ ستن اقلیمن منٛز بٲگرووُمت یہ تمہِ زمانہٕ بوٚنٛتھ سپدان اوس۔ تہٕ کٲشیر ژۆرِمس اقلیمس منٛز ہاوِمٕژ۔ پتہٕ آو جیوگرافی لحاظہٕ دُنی یا منطقن منٛز تقسیم کرنہٕ یا خطن منٛز مثالہٕ پٲٹھۍ منطقہٕ حارہ منطقہ باردہ یا ستوأیی خطہ، مۆن سون خطہ یا بحیرہ روم کا خطہٕ بیٚترِ۔

حسن چھُ فارسی نثرس منٛز لیکھمتہِ امہِ حصک ابتدا کران، حمد، نعت، تہٕ مناقبو ستۍ۔ پتہٕ کایناتک بیان کرنہٕ وِزِ آسمان، سیارن، ستارن، زمینہٕ چہن حرکژن یا گردشن، موسمن ہنٛزِ تبدیلی، سمندرن، براعظمن ہنٛد بن مشہور مُلکن ہند موخصر ذکر کران کران پننس موضوعس یعنے کٲشیرِ تان واتان۔

کٲشیرِ ہند محل وقوع ہاوان چھُ سُہ طول بلد تہٕ عرض بلد رٕٹھن ہُندسہ انمان دوان یتھ ازکل کم کاسہٕ فرق لبنہٕ یوان چھےٚ۔ عرض بلد چھُن ہووُمت شالس کُن پنٛژترٕہ درجہ تہٕ یہ چھُ ساڑدوی ترہ پیٹھ پنٛژترٕہن درجن تام۔ طول بلد چھُن ہووُمت ۴۷ تہٕ یہ چھُ ترستتھو پیٹھ ست ستتھن درجن تانی۔ روقبہٕ تہٕ آبٲدی تہٕ چھُ سُہ کٲشیرِ ہنٛزے یأژ ہاوان۔

۱۹۴۱ عیسوی ہنٛزِ نفر شمٲری مطابق سداہ لچھ اٹھووہ ساس ستھ ہتھ تہٕ پانٛژوٕٹ

یتھ منٛز مسلمان شرٛاہ لچھ پندہ ساس ژور ہتھ تہٕ ارٛترہ اٲسمتۍ چھِ۔ سُہ چھُ کشیرِ ہنٛزٕ پنداہ خصوٗصیژ بیان کران۔ یتھ منٛز کشیرِ ہنٛز قدرتی خوبصورتی تہٕ ویہِ ؤنہِ آبہٕ ہوا پیٹھ لُکن ہنٛدس مزازس تہٕ تہذیب وتمدن کس وکھرِ آسنس تام سورُے کینٛہہ یوان چھُ۔ آب وہوا، موسم، سوتھُر، بال، مرگہٕ، وُڈر، سر، پوکھر، ناگ، کولہٕ، آرٕ، نمبلہٕ، پٲداوار، سبزی، پوش، جنٛگلُک کُلی، اناج، تملہٕ بیاٚلی، جانور، حیوان، کیمی کرٛیل، وتہٕ، طرفات، پرگنہٕ، یانے تمن سارِنے موضوٗعن پیٹھ چھکھ تفصیلہٕ سان لیٚوکھمُت یہنٛد تولق جیوگرافی سٕتۍ چھُ۔ مغل پادشہن[1] ہنٛدس دورس منٛز چھُ سُہ کشیرِ ہنٛزٕ آبادی کُنوہ لچھ تیتاجی ساس تہٕ تیٚترہ نفر لیکھان یمن منٛز ییٚتہِ کے فوج نمتھ ساس ژور ہتھ پیادٕ تہٕ ژور ساس اٲٹھ شتھ دُنمتھ سوار اٲسۍ ٲسۍ چھِ یانے لگ بھگ اکھ لچھ۔ مطلب پربتھ کُنوہ نفرو منٛز اکھ زون فوجی۔ کشیرِ ہنٛدۍ پرگنہٕ چھِ تمہِ وِزِ ۳۷ اٲسۍ ٲسۍ یم ہُران چھُو نان روٗدی ٲسۍ چھِ تہٕ ڈوگرٕ راجس منٛز آو پرگنس تحصیل ونہٕ۔ تحصیلن ہندی ناو روٗدی پرگننے ہنٛدی۔

کشیرِ ہنٛدبن باغن، مشیدن، مندرن، تہٕ خانقاہن ہُند ذکر تہِ چھکھ وِبژھناٲوِتھ کوٚرمُت۔ سٕتۍ چھُ حسن کاشُرن لُکن ہنٛدبن، قومن، مذہبن، لُکن ہنٛدبن رسمن، رِواجن، عادتن، پلوٚ پوشاکن، کھنن چینٛن چیزن، یوٚتے یوت نہٕ ییٚتہِ کمن دراگن، بنلن، نارِ وٲرداتن، سہلابن تہٕ باقے سختین ہندتہِ تمہِ آیہٕ ذکر کران ییٚمہِ رٕنٛگہٕ یہ نوٚن نیران چھُ زِ سُہ کتھ حدس تاں چھُ کشیرِ ہند دگ داراوسمت۔ تمن منٛز چھِ کینٛہہ تژھ کتھ یہنٛد یہ ظاہر جیوگرافی سٕتۍ تولقے باسہِ نہٕ پوٚز حسن چھُ کینٛژھا پننہِ وطنُک ژُک آسنہٕ کُنۍ تہٕ کینٛژھا یہ موادر اونہٕ نشہٕ بچاونہٕ باپتھ یہ

[1] جہانگیر پادشاہ سنٛدِ عہدُک آصف خانن نفر شماری۔ کاشُر فوج اوس نہٕ دُنہِ بے سلاح کرنہٕ آمت۔

سوٗرے جیوگرافی ہٕنٛدس دأریس مٔژانان تہٕ اسہِ پٔٹھ سٕہ احسان کران یُس نہٕ أسی ہرگز تہِ مٔشرأوِتھ ہیکو۔ جیوگرافی ہُند علم ووت کتہِ کور ہَتھ ؤری بروٗنٛٹھ گرٕمٕژ کأم یتھہِ گٔنی مےٚ ڈٔسلابسےٕ مٔژ وون، زن کھسہِ نہٕ اسہِ ونکین ٹارِپٕوٚ زیوسہٕ محنت یہ کأم کرنس دوران لبنہٕ یوٚان چھےٚ۔ سو چھیٚنہٕ از ہتھ ؤری پتہٕ تہِ ممکِن۔ اتھ مٔژ چھنہٕ شک زِ از چھِ بہترین تہٕ رنگہٕ رنگہٕ وسیلہٕ مویسر۔ انٹرنیٹ کہِ فأضہٕ کیازن ہیکہِ نہٕ سپدِتھ۔ سرِ ثوٚبٕتھ کتابہٕ ہیٚکن دنیاہس کہِ اکہِ اندٕ پٔٹھٕ برق رفتأری ہٕستی بیٚیس اندس تاں واتناونہٕ یِتھ۔ پوٚز آلوٚ ژھ تن آسأنی تہٕ سہل انگأری چھےٚ پیٚژ زِتن دِتھ کأم کرٕنی چھِ سٕبٹھاہ مشکل بنیومُت۔ یہ صورت حال وُچھِتھ پزِ اسہِ پنٕہ نِمن بزرگن ہٕنٛزن کامین تہٕ کارنامن وژِھ وأنجہِ قدر کرٕنی تہٕ تہنٛد دیُت اکھ احسان زأنِتھ تمن وژِھ وأنجہِ لول برُن تہٕ تتھ سرمایس رأچھ کرٕنی۔

# غلام احمد مہجور

از بونٹھ ؤری ؤہ مرِ لیچھایوٗمےٚ مہجورَ تہٕ کأشر نظم ''عنوان اکھ مضمون یُس کتھ تاں سیٚمنارس منٛز پرُن اُوس یہ مضمون سپُد پتہٕ میانین مضمونن ہنٛز سوٚمبرٕنی ''وٚبوٗھنے'' منٛز شایع۔ تمن دوٚہن اوس نہٕ مہجورُن سورُے کلام دستیاب۔ أمہِ پتہٕ سپٕز محمد یوسف ٹینگ صأبنٕ ترتیب دِژٕمژٕ مہجورٕنی کأشر کلیات شایع۔ ناجی منور تہٕ شفیع شوق صأبنٕ لیچھمٕژ ''کأشر ادبک توٗأریخ'' ناوٕچ کتاب تہِ آیہٕ پتہٕ لیکھنہٕ تہٕ پروفیسر حامدی صأبنٕ ''جدید کأشر شأعری'' تہِ یموٚ علاوٕ آیہٕ کتی تحقیقی تہٕ تنقیدی مضموٗن تہٕ تِھہٕن عنوانن پٮ۪ٹھ یایمن ہتی اکِہ نتہٕ بیٚ رٔنگی واتھ تھاون وألی پرن والین بروٗنٹھہ کُن یٮ۪مہٕ کنٛی کیٚنژن کتھن بیٚ ہن واش دراویابیہ ہن پھٹ نیرُنک امکان ہُریوو۔

میانہِ خیالہٕ اوس مہجورن زمانہٕ کأشر زبأنی منٛز نظم لیکھنُک سُہ دور یتھ أسی اکھ تشکیلی دورٕ ؤنتھ ہیٚکو تِکیازِ أسی چھِ پربتھ زبأنی منٛز یورپی زبانن ہندی ادبی تہٕ صنفی معیار مدِ نظر تھأوِتھ نظم متلق کتھ کران نتہٕ چھےٚ یہ کتھ ٹاکارٕ زِ نظم أس نہٕ کأشر شأعری منٛز کانٛہہ نوٚو چیز۔ موضوع کیاتہٕ أسی تن، بیانہٕ کہِ تسلسلہٕ، خیال چہِ وحدٕژ تہٕ تاثر چہِ مرکزیٮ۪ژ حسابہٕ چھےٚ دسلابہٕ پٮ۪ٹھے کأشر شأعری منٛز نظم موجوٗد۔ حضرت شیخ العالم سنٛز کونگل نامہٕ ہشہِ نظمہٕ، سأنی جنگ نامہٕ، لولہٕ مثنوی، معراجنامہٕ، وفات نامہٕ، بہارنامہٕ، گرٛیسی نامہٕ تہٕ ملہ نامہٕ، ہشر طنزیہ مثنوی، غلام محمد لونن آگر نامہٕ تہٕ سانین

صوفی شاعرن ہنز لیچھہِ مژ نظمہِ اکھ نُنڈُن یُس مختلف شاعرو پنہ پنہ آیہ وونمت چھُ ،رحمان ڈارنی ،مانچھ تلر وہاب کھارُن طوطہِ، ژندن گُل، احمد بٹہ وارِنی "نے" چھےٚ سارے نظمہِ ہندس دایرس منز یوان مثنوی ہنز کتھ ژٕٹتھ اُس نہ یمن نظمن کیُت کانہہ خاص شار ہیئت مقررون گوزیاد پہن آسہ وژن ہیئہ منز لیکھنہ یوان۔ کاشر نظمہِ ہنز یہ ریوایتھ اُس مہجورس وراثہ منز میچھ۔ یتھہِ پاٹھی تہِ چھینہ نظمہِ خاص کربیٚن زبانن منز تہِ کانہہ شار ہیئت مخصوٗص۔ نظم چھےٚ اکھ موضوٗعی شار ہیتی صنف نہ۔ اردو ادبی سرمایس اگر نظمہِ تژ اوو ،قطعہ ،مثنوی ،مخمس مسدس ،ترجیع بند ،ترکیب بند کتھ کتھ ہیئہ منز آیہ نہ نظم لیکھنہ۔ مختلف ریوایتی شار ہیئہ آیہ ورتاونہ۔ لہٰذا کتہِ ییہ کاشرس ادبس گزاو۔ کتھ چھےٚ چلان مہجورنہ نظم ہنز تہ مطلب چھُ مےٚ یہ ونُن زِ مہجورن تہ ہیٚو ریوایتی ہیئہ نے کام۔ وژن، غزل یا کاشر لوک ہیئہ ،مثالہِ پاٹھی باتھ ہوی سانچہ آنن ورتاوس منز تہ کورن اظہار خیال۔ تمہِ تہِ آزادن کوٚر کاشرِ نظمہِ ہندِ امہِ تشکیلی دورچ یژھ پُز تژھ نمایندگی تہ کاشر نظمہِ ہنڈ ینہ والہِ زمانہ خاطر تھاوکھ وتھ مانڈتھ۔ اتھ سلسلس منز چھےٚ میانہِ خیالہ مہجورس اولیتھ حاصل یہ زَن پانہِ تُنڈ ستی بوج عبدالاحد آزاد تہِ مانان چھُ "کشمیری زبان اور شاعری" ہندس ترِیمس جلدس منز چھُ لیکھان۔

یہ نہیں کہا جا سکتا کہ کشمیری زبان کا کوئی موجودہ
یا گذشتہ شاعر اس صنف کی نظمیں نہیں لکھ سکتا یا زبان میں
وسعت نہ تھی لیکن یہ یقینی امر ہے کہ کشمیری زبان کے شعراء
میں سب سے پہلے مہجور ہی پر اس کا اثر پڑا اور آپ نے تسلسل
بیانی اور خاص موضوع کی غزلیں لکھ کر یورپ کی مایہ ناز

ہستیوں سے ہمسری کا دعویٰ کیا“

آزاد چھُ دُباشر، اتی ”اس صنف کی نظمیں“ ونان تہٕ اتی، خاص خاص موضوع کی غزلیں، یمہٕ ستی اتھ زمانس ”نظمہٕ ہُند تشکیلی دور“ ونچہ میانہٕ کتھ پوشنے سپدان چھےٚ یانے آزادنس ذیہنس منٛز تہٕ چھیٚنہٕ نظم تہٕ غزلہٕ ہنٛز پھیرِ ہاوُھؤیٚژ واضح آسہٕ مژٕ۔

مہجورن کوٚر پنٛن کلام پننہٕ وٲنسہٕ منٛز دون سلسلن تحت چھاپ، کلام مہجورتہٕ پیام مہجور۔ یانے یہ بٲگرووکھ پانے دون خانن منٛز۔ دٕہن کہن حصن منٛز ژور ژور پانژھ پانژھ ایڈیشن کلام مہجور سپد ۱۹۳۰ پیٹھٕ ۱۹۵۱ ءیس تان چھاپ تہٕ ووتھ اتھو اَتھ، تتھہٕ پٲٹھی زِ پتہٕ سپُن نایاب۔ پیام مہجور سپد شیٚن حصن منٛز تتھےپٲٹھی ۱۹۳۵ء پیٹھٕ ۱۹۵۱ ءیس تان چھاپ پتہٕ چھُ کلیاتس منٛز تہٕ اُمی ترتیبہٕ چھاپ سپُد مُت۔ باسان چھُ زِ تموچھُ پننہٕ کلامہٕ چہٕ زِ تژ ابہٕ پانے بیٚون کرِ مژٕ۔ کلام مہجورس منٛز تہنٛز لولہٕ شاعری، وژن تہٕ غزلہٕ یانے غم جاناں تہٕ پیام مہجورس منٛز وطنی تہٕ سیأسی شاعری یانے غم دوراں۔ تہٕ گرِتھ تہٕ چھُ کلام مہجور پرن وول یتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ کلام مہجور سلسلس تحت چھپن والین کتابچن منٛز تہٕ چھےٚ نظمہٕ موجود، نہ صرف تم نظمہٕ یہنٛد موضوع لول چھُ بلکہ تم تہٕ یمن منٛز پننہٕ وقتہٕ کین باقےٚ مسئلن یا باقےٚ مألن ہُند بیان میلان چھُ۔ مثالہٕ پٲٹھی گرِیسی کوٗر، سنگر مألن پوٚپُژاگاش، آزادی، نالۂ کشمیر بیتر۔

میانہٕ خیالہٕ چھےٚ ”لوکہ چار“، مہجورنی لیچھمژ گوڈنیچ نظم یوسہٕ تمو ۱۹۳۲ءیس منٛز لیچھی۔ یہ نظم چھےٚ وژن ہیٚژ منٛز تہٕ اتھ منٛز چھُ کھسہٕ وِنہٕ وٲنسہٕ ہُند ولولہٕ، تاوتژر، لطف تہٕ کأفیژ، پھرنہٕ آمژ تہٕ ژلہٕ وِنس لوکہ چارس پیٹھ اظہار افسوس سپُد مُت۔

میون لوکہ چار جوش دار کاپُر نار
شولہِ ماران خون خوار زوراوار
جوش سور بوم ژھبتہٕ گوم نارو ہو
نو بہارو میانہِ لوکہ چارو ہو

یہ نظم لیکھنہٕ وِزِ چھُ مہجورِ پانہٕ پنٛژتاجی وُہراو سمت، ییمہِ کنٛی لوکہ چارراونہٕ کس احساس زبو دِنی تہندِ خاطرِ غاأر فطری اوسنہٕ ۱۹۳۴ ءیس منٛز اردو، فارسی تہٕ پنجابی زبانن ہندس مشاعرس منٛز سری نگرٕ کاشرٕ پاُٹھی "باغ نشاط کے گلو" پرُن اوس مہجورُن اکھ انقلابی قدم۔ یہ یدوے اکہ نو طرزُک باُتھ باسان چھُ، پوٗز موضوعی آسنہٕ کنٛی چھےٚ اکھ نظم۔ یتھے پاُٹھی چھےٚ کلام مہجورس منٛز شاأمل دۄ ررو زِتھ ژورِ کمی نیوٗ میون دل، کرو بلبلو دیدار گل، بلبُل لاٗ رِگتھ اژولولہِ باغس چھاوان لولُک بہار، پھولہم ژٕ پٔتی مے پیارِ کتھ رنگہٕ وارِ گولابو۔ ینٛبرزل لاٗجِ نس داوس، تہٕ وژن یا غزل ہیٚرٕ منٛز تیٚتھ کلام یتھ منٛز تسلسل علاوٕ تیوٗت خاأرجی عنصر چھُ یُس اتھ نظمہِ نکھہٕ انان چھُ۔

۱۹۳۵ ءیس منٛز لیٚچھ مہجورن "گرٛیسی کوٗر" عنوانہٕ وژن ہیٚرٕ منٛز اکھ نظم یتھ منٛز گرٛیسی کورِ ہُند سراپاتہٕ تسند بن وصفن ہندی تاأریف کرنہٕ آے۔ اتھ نظمہِ منٛز ییٚتہٕ یہ وننہٕ آوزِ ـــ

حیا یکہ آبہ چھے چشمہ بُرٛی بُرٛی یے
غاأرِ چ چھے دلاٗوری یے
شرمہِ چانہِ ہٕرو تاأریف گرٛی یے
گرٛیسی کوری نازٕنین سوٗندری یے

تتہِ آو طبقاأتی نابرابری ہُند یہ احساس تہٕ باوُنہٕ ـــ

ژٕے تہٕ خوجہ باین چھا برابٔری یئے
ژٕے گلن ستین دلبٔری یئے
خوجہِ بایہِ تژوپرتھ دارِ تہٕ بٔرٕ یئے
گژیسی کوری نازنین سوٗندری یئے

بُلبلہٕ سُند ژھوگ، بہار، وُزمل، صبح چھُم باغ چھُم مستانہٕ دل چھُم تازٕ یاوُن چھُم، تبرٕ چھوکھ تہٕ چھِ کلام مہجورٕ سلسلکی تِتھی چیز یم نظمہِ ہند مزاز بدون چھِنہٕ۔ سرتژ اوس پادن تل، تہٕ پے بوز لے تھاوز مانس ستی، چھ یتھے پاٹھی ہیژ گنی وژن۔ سرسری پرنہٕ کنہٕ تہٕ چھِ وژنے باسان، پوٗز کشیر ہندن قدرتی نظارن ہند بیان تہٕ یِنہٕ والہِ زمانچ ژینہٕ وَن اکہِ خاص تسلسلہ دِنہٕ حسابہٕ چھےٚ یم دوشوے تہِ نظمے باسان۔ اکھ زٕ مثالہ چھےٚ یتھہٕ پاٹھی

آزادی میچ ساری سے جہانس
روزِ کُس عہدو پیمانس ستی
محکوم کیٲ کرِ دین وایمانس
پے بوز لے تھاو زمانس ستی

یا

یوس مرگہِ ہندی سبزار ہاوس
ووتھراوس فرش مخمل
نیلہِ ناگچہِ گلہِ بولہِ ناوس
سرتژاوس پادن تل

یژھن نظمن منز چھُ مہجوررِ بوایٔتہٕ جدتس اتھواس کرناوان۔ ریوایتہ نشہ

چھنہٕ تولق ژٕتھ ہبکان تہٕ نوٗر، پیش کالہ نشہٕ چھنہٕ أچھی وٕٹھ ہبکان۔

۱۹۴۰ ءیس منز پچھی مہجورن "سنگرمالن پیٹھ پژ اگاش" نظم۔ یتہٕ چھہٕ ہیٛوٗ کُنۍ وژنۍ تہٕ شروٗع چھےٚ گاش ینہٕ کہٕ منظرٕ ستی سپدان۔ پوٚز یہ گاش ییٚن چھُ ذومعنی تہٕ گاش چھےٚ اکھ علامتھ

گٹہٕ ژٕج گاش آو گاہ تژوو لالن
سنگر مالن پیٹھ پژ اگاش
باغکی ریژول وارلین گالن
بُلبُلہٕ غم تژاو کڈ پکھن واش
ییتہٕ یور چونے مذہب پالن
سنگرمالن پیٹھ پژ اگاش

یہ نظم چھےٚ حوصلہٕ، ہمتھ تہٕ جرأت مندی ہُند پأغام۔ وومید وُزناوک وُتش تہٕ موئوٗسی ہٹاوُنک پژتو۔ دُرس دُنیاہس ستی ستی برصغیرس منز ینہٕ واجنہٕ فکری، سیأسی، سماجی تہٕ اقتصادی تبدیلیہٕ تہٕ برصغیرس ستی ستی خودسأنہ ریاسژ منز آزأدی ہنز تحریکہٕ ستی مہجورن متأثر سپدُن اوس تہٕ کانہہ تأجب۔ نوین حالاتن ہنز پچھی خبر أس کالہٕ پگاہ کتابن، رسالن، اخبارن ہندِ ذٔرۍ یہ کشیرِ تاں واتان، امہٕ علاوٕ اوس مہجور پانہٕ اکہٕ دو یہ لٹہٕ پنجابہٕ پھیرتھ آمت تہٕ زمانکی لرِ پھرن وُچھتھ آمت۔ بے شونک پأٹھی ہیوٚتُن یہ احساس مہجورنس کلامس منز تہٕ اظہار لبُن۔ حب وطن اوس تیٚنتھ اکھ زبردس جذبہٕ، یس سأرنے لُکن منز ووتلاونہٕ یوان اوس۔ محض امہٕ غرضہٕ زِ لُکھ ہیکن پنن پنہٕ مُلکچہٕ پاپر جأیی تہٕ پنہٕ نن لُکن ہنزِ بہتر زندگی باپتھ کوٗشِشہٕ کٔرتھ۔ کشیرِ متلق اوس وارِیہاواد ہیوتہٕ شأعروبوٚنٹھے اتھ احساس وُتش

دیٖنمت، چکبست، فوق، علامہ اقبال، حفیظ جالندھری بیترِ اردو شاعرن ہِنٛدی کلامن کوٚراتھ سلسلس منٛز خاص رول ادا، چناں چہٕ مہجورن صبح چھم باغ چھم مستانہ دِل چھم "ولو ہا باغوانو نو بہارک شان پیدا کر" نالۂ کشمیر تہٕ "گُلشن وطن چھُ سونٛے" بیٚیتہٕ پنٛنہٕ وطنچہٕ خوبصوٗرتی تہٕ اتھ ستی لول ورتاونس کُن ظوٗن پھِران چھےٚ تتہٕ چھےٚ وطنچہٕ سیاسی تہٕ معاشی ابتری ہند احساس تہٕ پاۆد کران تہٕ صوٗرت حال بدلاونہٕ خاطرِ جُرتگ تہٕ ہمتُک پاۆغام دِتھ کوٚششہِ کرنہٕ باپتھ تہٕ آماد کران۔ وطنُک ماری منٛز رِچھُ یتھ زِ۔

أندی أندی سفید سنگر

دیوار سنگ مرمر

منٛز باگ سبز گوہر

گلشن وطن چھُ سونٛے

باغن کوہن تہٕ بالن

نارن ونن تہٕ نالن

کم رنگ گل چھِ کھالن

گلشن وطن چھُ سونٛے

پوٚز سانٛزِ حالتھ۔

عالمکی بیمار گرِ میون آے واپس گے بِلتھ

تریشہِ ہتی ہیتی وتن پیٹھ زوٗ دوان بیمار میانٛی

میانہِ بچہِ نک میانہِ گرِ یدُ آسہِ ہا کانٛہہ انتظام

پھیرِ ہن ماوندِ راٗژن دربدر بے کار میانٛی

لہٰذا کیٛاپزِ پیٛتہٕ کٔبن لگن کرُن

چھےٚ ہوٚ چھمٕہ پوشہٕ تھٔر باغس کمی آبس گمُت ناگس

گھسُن چھُم اوٗ برلأ ر گتھ آسمان باراں تژ اون چھُم

کری کُس بُلبلا آزاد پنجرس منٛز ژ نالان چھُکھ

ژ پنہٕ نے دستہٕ پننِ مشکلن آسان پیدا کر

اگر وز ناوٕہن بستی گُلن ہنٛز تژاو زیرو بم

بُنیل کرواو کر گگرایہِ کر طوفان پیدا کر

پنُن کلام شایع کرنک یُس بیاکھ سلسلہٕ ''پیام مہجور'' عنوانہٕ شروع کوٚرن تتھ متلق چھُ کلیات مہجورک ترتیب کار محمد یوسف ٹینگ لیکھان۔ ''مہجورن کوٚر ۱۹۳۸ ءیس منٛز کلام مہجور پتہٕ پیام مہجور چھپاونک سلسلہٕ شروع۔ اتھ منٛز اُسی زیادٕ تر تِتھی باتھ یمن منٛز قومی جذبہٕ یا سیأسی خیالاتھ آسہٕ ہن، اوے کوٚر تمی یمن نظمن ہندناو''۔ اتھ سلسلس تحت یُس کلام چھپان رُو دتھ منٛز چھُ نہ صرف کشیرِ ہنٛز سیأسی حالژ یا تحریک آزأدی ہنٛدس سنٛرس دوگنیارس متلق کلامےٕ یوت ئلی کہِ بی کینٛہ ترایہِ تہِ پوٚزاتھ ءستی ءستی رُو دکلام مہجور سلسلُک کلام تہِ وننہٕ یوان تہٕ چھپان۔ پیام مہجور سلسلہٕ کس کلامس منٛز چھےٚ وژن ہیٛژ کٔہن کأم ہبنہٕ آمژ، زیادٕ پٔہن چھُ غزل یا قصیدٕچ ۂیت (فارم) ورتاونہٕ آمژ۔ وژن ہیٛو منٛز چھےٚ زوٗن، پنُن باغ تہٕ کأشُر زنانہٕ بیترِ نظمہ، اکھ جنگی ترٛانہٕ، گرٛیسی سنٛد ترانہٕ یا الہٕ بانہٕ پٔٹھ لیچھی پچھی مژ نظم تہٕ ''قایداعظم شیر کشمیر'' اُکس دون نظمن منٛز چھ ہیٛو ہنٛدی (فارمکی) تجربہٕ کرنٕچ کوٗشش کرنہٕ آمژ تہٕ باقٕے سارے نظمہٕ چھےٚ غزل ہیٛو منٛز۔

یہ کلام پرِٕتھ چھُ باسان زِ مہجورس آو خاص گرِتھ محض اُمہِ موکھہ شأعر کشمیر

خطاب دنہٕ زسہ بنہِ کشیرِ ہنز تحریک آزأدی ہُند ترجمان۔ تسُند کلام رودامہِ کمبن لرِ پھرنبن ہتیٕ ہتیٕ۔ کشیرِ ہنٛدِ نوسیأسی، سمأجی تہٕ معأشی ترقی باپتھ یُس دستور، یاداشت گٔژ مہاراجہ ہری سنگھس پیش کرنہٕ آو تہٕ یُس پتہٕ نیا کشمیرُک منشور بنیوو ہتمیک ٹاکارٕ اثر، بلکہِ ترجمأنی چھےٚ شاعرانہٕ اندازس منز "تھاوتوکن بامتہِ لالو" نظمہِ منز سپز مژ۔

ا۔ شُنیاچأنۍ نسأرو زن شُنۍ یا
شُنۍ یا ہن اندر رٕنسہِ نوٚ وُنۍ یا
گلشن بنہِ وأرانا
تھاوتوکن ہامتہِ لالو
لولک ونے افسانہ

۲۔ تارسر مارسر بنہِ امرتسر
توسہٕ مأدان بنہِ سوٗرت بندر
کونگ وٹن لگہِ کاخانہ
تھاوتوکن ہامتہِ لالو
لولُک ونے افسانہ

امہِ نظمہِ ہنز ہیٔت چھےٚ وژن ہیٔو کپٹن گرِتھ بناونہٕ آموٚ تہٕ ترجیع بندس نکھہٕ واتان۔ اتھ ہیٔو منز چھینہٕ بلی کاثہہ نظم۔ زیٚکھر گٔژ تہٕ بیٚو نظمو کھوتہٕ زیٚٹھ، پٕز زِ ہوزتو بندو کھوتہٕ زیادٕ نہٕ، ییٚمہِ کٔژ اتھ طویل نظم وٕنن مناسب چھنہٕ، سیأسی رٔنگۍ اُس مجبوٗرٕ نی نظم "دسگر مالن ہیٚو پزاگاش"۔ تسنٛز گوڈنچ نظم ییتھ منز کأشرِ بن لُکن ہنٛدِ باپتھ شاعرانہٕ اندازس منز آزأدی ہنزتہٕ رٕتہِ پیش کالچ بشارت

اُس۔ یہ نظم چھےٚ وژن ہیٚؤمنز ۔

بونہِ پٔتھہٕ گانٹھہٕ ہنٛد اول ییٚلہِ والن
بُلبُلس پأدٕ گوٚژھ بچہٕ نچ آش
پوشہٕ نۄل ہوشہٕ ین دم سنبالن
سنگر مالن پھو پڑاگاش

قسمچ دویم نظم چھےٚ ''پأدٕ کرپنہٕ نے باغچ زان'' یہ چھےٚ وژن ہیٚؤمنز ۔

ییٚلہِ کھسہٕ نۆ سمسارک رو
گوڈٕ پیٚیہ چانے ڈیہ پرتو
اڈٕ گژھِ روشن باقےٚ جہان
پأدٕ کر پنہٕ نے باغچ زان
وارٕ وارٕ وارلی گژھن نابوٗد
بُلبل تہٕ کوستور واین سروٗد
باغ کر سورگس ستی مان مان
پأدٕ کر پنہٕ نے باغچ زان

''نۆ وۄنی یا'' نظمہِ منز چھےٚ تمن سارنے ارمانن تہٕ اورزوین زبو دنہٕ آمژ یم

وقتہٕ کس کأشرس اندرٕ روو تلان اُسی ۔

سبٹھاپڑانیوٚد رسمِ حکمرأنی یتھ جہانس منز
نۆوے قونون نۆوے دفتر نۆوے دربار اَسن گوژھ

عوأمی نمایندن اتھ ییمہِ ساتہٕ تہٕ یتھ حالس منز ریاستچ حکوٗمت آیہ تہٕ

جنگ بندی ستی ییمن نوین مسلن منز اُسی گرفتارسپٕنی کشیر ہنز آزأدی یتھ

کھری دأج منز ہبنہٕ آیہِ۔ حدٕ رٛۄس حساس تہٕ پزٕبن لفظن منز ذی شعور آسنہٕ کنۍ یوٚسہٕ دگ مہجورنہٕ وأنجہِ وِژھ تمۍک اظہار چھُ ''باغوانا مہبر بانا''۔ ''نوٚوے شوراچھُ وۄ تھمُت''، ''واوٕ ضیجکہٕ یُد ژٕ واتکھ''، ''پوشہٕ نۆلو ہوشہٕ سان روز''، بیترِ نظمن منز ٹاکارپأٹھۍ موجود، کینہہ مثالہٕ چھےٚ یِم۔

بہارس تُلرِ گژھ ہن دۆر انہٕ ہن ویٚوٕر سوٚمبرأوِتھ

فضا چھُنہٕ صاف تم ءگن ءگن کران پنہٕ نبن پھرن اندر

چانہِ باغک خارٕ جگرس نیرٕ مبن جاناوارن

ژأے باغس منز دپان چھُکھ یم کرن میٚونۍ بچاو

بخشتن اسہِ ترأوی تن ؤنی توکھ اسہِ کیٛت تی چھُ جان

أسی سنبالو گرٕ پنن یم نیرِ تن سأری نبر

ہیرٕ وارئیل بژور بوٚنہٕ زاگان یتھ میأنس زُوس

پوشہٕ لبجن ژھایہِ رۆزِتھ کوٛت کال بچراوٕ دپان

مہجورن ییٚتہِ شخصی حکومت ختم سپدنس پتھ خوشی ہنداظہار کوٚر۔ آزأدی ہنْد ترانہٕ لیوٚکھ تہٕ یہ وونن۔

بُلبلا آزاد گژھنس چاوبر

پوشن کژاو کر چھاو گلزار

پنجرس سلام کرنیر امہ نشہٕ نبر

پوشن کژاو کر چھاو گلزار

پتہٕ ییٚلہِ کیمہٕ کال گژھتھ آزأدی ہنٛز ژوچہٕ لجبس تہٕ وُچھن زِییٚمہِ آزأدی ہنْد خاب وُچھمُت اوس، یہ چھُنہٕ سو آزأدی، تمۍ کوٚر اتھ پتھ زہر خندتہٕ ووٚنُن۔

یہ آزٲدی چھےٚ تژاوان مغربس کُن رحمتک باران
کران سائنس زمینس پٹھ ژھرے گگرایہِ آزٲدی

یہ آزٲدی چھےٚ سورچ حوٗر پھیٖر یا خانہٕ پتھ خانہٕ
فقط کینژَن گرن اندر چھےٚ ماران گژایہِ آزٲدی

مہجوٗرن یہِ زہرخند چھُ تہندس اُمہِ دورٕکس کلامس منٛز بییہ تہٕ کُنہِ جایہِ نوٗن
نیران ''لالولالو ہاگُل لالو'' چھےٚ سرِتھوٗ بوٗت اُمی قسمچ نظم تہٕ اتھ منٛز چھُ پننہِ وقتہٕ چہ
سیأسی، سمأجی تہٕ معأشی ژھومبہٕ گریٚوٗرن ٹلنہٕ آمٕت۔

تتہِ تہِ چھا زمیندار کاشتکارنان گارٕ تتہِ تہِ چھا بڈٕی چکدار
تتہِ تہِ چھا آلرٕژھین رنگہٕ رنگہٕ نیامژٕ کمی لبن گژھان بتہٕ مار
تتہِ تہِ چھا مُلزمس وقتک یہ انصاف یار بأے ہتھ کران خار
تتہِ تہِ چھا زوٗ زٲٹھی بتہٕ سازندر دورٕ وان موٹر کار

روٗسہٕ کہ انقلابہٕ پتہٕ ترقی پسندی ہُند یُس شورٕشر کینژَن مُلکن ہٕندین
دأنشورن اُدیبن تہٕ شأعرن بژمران رود تمیک اثر تہِ پییٚو مہجوٗرس پٹھ، خود
''نیا کشمیر'' مسودٕ تہٕ اوس تمی اثرُک نتیجہٕ۔ مہجوٗرن تہِ ہیٚتی طبقأتی نابرابری تہٕ معأشی
ناہموٗدٕگی ہٕندی ماملہٕ پننہٕ نین شارن منٛز آنٕنی۔ پیام مہجوٗر سلسلہٕ چیٚن نظمن منٛز چھِ
جایہِ جایہِ یتھی شار نظرِ گژھان۔

کیٛاونے ؤری لیس جلھکِتھ جوٗرتھ بہٕ رودس فاقہٕ مس
بیٛارزو وانیٛو تہٕ سونرو غأب گری انبار میأنی
انسان چیٚوان تژیشہِ کنہِ انسانہٕ سُندے خون
انسأنی یتھ نا روٗز ہٕش انسان کلن منٛز

غرِبن کیٚت چھُ یک انار صد بیمار مشکلہٕ سان

دپان زر دار اکھ بیمارصد انار آسُن گوژھ

فاقہٕ پھرِ شوٗنگہِ متہِ موٗزوٗر تژاو غفلت گژھ ہُشار

ووتھ سپن استادِ ظلمن چھکھ ژٕ کوٗرمُت نابکار

ہاموزٕروٗ گزِیستیو اتھ واس تھاٲویو تھوٗد وٕتھیو

حق پنُن حاصل کٔرِو تراٲویو کرُن وُنی زارٕ پار

بڈبن ہندبن گرن اندر چھ جانٛگ ڈر تہٕ ماٲلک زر

چھےٚ ہمتھ تے دلیری مفلسن ہٕندبن گرن اندر

یتھ کُن مےٚ بوٚنٹھےٚ اشارٕ کوٚر مہجورن چھ ہیٚوٚ ہندی کینہٕ تجربہٕ تہٕ کٔری متی۔ یم

اسہٕ گوڈنیتھ باغِ نشاط کے گلو" باتس منز نظرِ گژھان چھِ۔

سیر ڈلُک ژٕ وُچھ بہار

باغ نشاط و شالیمار

چشمہٕ ژٕ تھاوے تیار

تارٕ تران وولو

اگراتھ پرٛتھ تژبہٕ مصرٕ پتہٕ ووج ہُوےآسہٕ ہا یہ ہبکہٕ ہاوژن ہیٚوٚ منز شمار

سپدتھ۔ "لول" نظم تہٕ چھےٚ نہٕ وژن ہیٚوٚ منز۔ اتھ منز چھ بدل قسمُک نوبر۔

لولچہٕ پوشہٕ تھر لولچہِ رنگہٕ ژرِ لوٕلکی ونان اسرار

لوٕلکی ونان اسرار

لولُک ناد ووت نشہٕ لولہٕ پوشن لولس کران وِوٕہار

لولس کران ووٕہار

بلبُل لأ گتھ اژو لولہٕ باغس چھاون لولُک بہار

یٖیمہِ وژنچ ہیٔت تہِ چھےٚ عام وژنو نشہٕ وکھرٕ۔ دویو دویو قافیو پتہٕ چھُ ردیف۔

سوٗنتہٕ دراو بُلبل لول پرکھاوان
گلزار چھاوان چھاون گو
ہرٚدُک واو چھُس حبہٕ ویٚسہٕ راوان
دل میٚون راوان راوان گو

یتھےپأٹھۍ یتھ بأتس منزٕ۔

فنٛد بازن وأجنس مدٕ لأجنس زن زالہٕ گُل
کربہٕ ڈیشتھ حال باوس وارٕ ہاوس زخم دل
پاوس ژٹیتس سُہ یار مأرۍ ئے ناوس لکس پأرۍ پأرۍ یے

گوڈنیک شارأکس بحرس منزٕ تہٕ قافیہ بند۔ دویم شار گوڈنیک مصرٕ بدل بحرس منزٕ تہٕ پتہٕ ووج مصرٕ یعنے غزل تہٕ وژُن ہیٔت رلہٕ گڈ گأمژ۔

''ٲوکشیر'' نظمہِ منزٕ تہٕ چھُ ہیٚو ہنٛد تجربہٕ نظرِ گژھان۔ پرتھ بنٛدٕ کۍ گوڈنکۍ زٕ مصرٕ قافیہ بندتہٕ أکۍ سےٕ بحرس منزٕ ترٕیم مصرٕ بدل قأفیس پۄز زأتھۍ بحرس منزٕ تہٕ ووج مصرٕ أتھۍ قأفیس پۄز بدل بحرس منزٕ۔

گانٹھ واتہٕ ناوِنہٕ زُوزأژ آزار
مازِنہٕ مازس بنہٕ پرہیزگار
ژھأرِتھ کھیٚیہٕ پھل دانا
تھاوتو کن ہامتہٕ لالو لولک ونے افسانا

مہجورن چھےٚ ترانٕ منزٕ بدل ہیٚو ورتاوِمٕژ۔ یم نہٕ غزلس ستۍ واٹھ تھاوان

چھےٚ تہٕ نہ وٕژنس ستی ۔

کشیر ہنٛز بہودری

تأزی ہٕنٛز سپاہ گری

شکست فوج اکبری

یاد ہوان ہوان گژھ

یا

بوٗنٛتھہٕ ینے ژےٚ شیر نر

حملہٕ کرکھ ژٕپِن پتھر

لارِ رٹکھ ژٹکھ جگر

یُتھنہٕ کرن ستم گری

ہاو پنٕنٛز بہودری

وقتہٕ چہِ تبدیلی تہٕ مختلف قسمکی فکری، علمی و عملی تجربہٕ سپدنس ستی، نٔوی نٔوی منزل مانٛدنہٕ کہِ نتیجہٕ کنہِ چھِ تنقیدی معیار تہٕ مولانکوٗنی ہنٛز نہجہٕ تہٕ متأثر سپدان روزان۔ نظمہٕ متلق چھنہٕ ازسون تصور سُہ یُس مہجورنہٕ زمانہٕ اوس۔ از چھےٚ اتھ منٛز غزلہٕ ہنٛدی پأٹھی تہہ دأری ژھارنہٕ یوان تہٕ شارُت وُچھنہٕ یوان، محض بیانیہ آسُن چھُنہٕ ٹارِ کھسان تہٕ منظوم کلام چھُ نغمہٕ نشہٕ الگ تھاونہٕ یوان۔ وُنہٕ تہٕ بدلن نظمہٕ متلق رایہٕ تٕژ ایہٕ مطلب یہٕ زِ از ماین نہٕ مہجورٕنہٕ نظمہٕ کُنہِ لایق زاننہٕ۔ پوٚز اتھ کتھ انکار کرنس چھینہٕ گنجأیش زِ اتھ ما دانس منٛز مہجورنہٕ کوٗششہٕ سپدن نہٕ زاہ تہٕ نظر انداز۔ کأشر نظمہِ ہنٛدس سفرس منٛز اوس یہٕ اکھا اہم پڑاو۔ اگر نظم أمہٕ منٛزلہٕ دژ اہٕژ آسہِ ہانہٕ ناوٕمٕژ ''نابدتہٕ ٹٹھ وبن'' تہٕ رأہٕنٛز ''قعر دریا سلسبیل'' ما آسہِ ہن نہٕ لیکھنہٕ آمٕژ۔

# محی الدین نوازتہٕ تسٕنٛز شارِ سۆمبرن الکوثر

کتھ چھےٚ ۱۹۵۶ء کہ ستمبر رہتہٕ کہ اکہٕ دوٚہچ یہ اوسس گلمرگہٕ ہنٛدس دامنس منٛزٕ اکس ابتدائی مدرسس منٛز وۄستادٕ سٕنٛدِ شٹی یتہٕ کأم کران تہٕ مدرس شُربن ہتی ایکسکرشن مناونہٕ گلمرگہٕ کھۄتمت۔ سأل کران وأتی کلبس نکھٕ تہٕ اکہ سپہٕ ہن رُکأوی۔ کلبہٕ کس لانس منٛز اوس ریاستک وزیراعظم بخشی غلام محمد کُنے زون اکس کرسی پیٹھ بہتھ۔ سأرے لڑکہٕ تنٛدل آیہٕ امس بوٚنٛٹھ کُن واتناونہٕ، سکوٗلک ناو بیانہٕ پرٛژھنہٕ پتہٕ دوتھ یہ لڑکن کُن، توہہ منٛزٕ بوز ناوٕ یا کانٛہہ مے بأتہٕ ہنا؟ اکھ لڑکہٕ اوس خوش دہن، مے دِژٕ امس ہمتھ زِ بوزٕ ناوکینہٕ۔ امی ٹل بأتھ۔

وولو دلدارٕ کوٗرتھم پارٕ یکھنا لگم چھوکھ تن ذزم بلگارٕ یکھنا

بخشی صأب رود بوزان۔ پتہٕ ییلہِ لیکھٕت وۄنُن

”رٕتی پورے بہتھ دوٚبی داتھرس پیٹھ“

تہٕ بخشی صأب رود امی سے ہتی گبوان۔

محی الدینس کرو کتھ تارٕ یکھنا

یہ اُس مے امس شأیرس ہتی گوڈنچ زان۔ داتھر لفظ اوسم نہٕ اوتاں ویوٗد تہٕ نہ امیُک مانے۔ یہ تورُم پتہٕ پنٛنی مألی فکرِ۔ خأر لیکھتہِ گٔیہ کوٗرُم قیاس زِ شأیر گوٚہ دوبیوٗ منٛزٕ آسُن۔ ازچھس بیکسے گمانس تل دوٚبی داتھرس تہٕ محی الدینس بدل آیہِ واٹھ دوان۔ پوٗز زانہٕ خوداہ۔

سید محی الدین نواز چھُ میوٗن بزرگ ہم کال شاعر تہٕ پیہ وُنی کمن سانٛین برونٛہہ پکھ ہندٚ بن کاشُر بن شاعرن منٛز شامل۔ مزاز ملہٕ وَن چھبس مرحوم فاضل کشمیری غلام نبی عارض، عبدالمجید سایر، غلام نبی دلسوز ہو بن لولہٕ شاعرن ستیٚ۔ علم یہ چھُکھ تہٕ تہٕ ذاتی مطالعکے دیُت۔ عربی، فارسی، تہٕ اردو تٕریشونی منٛز جان زان کاری۔ پرکلن منٛز اتھ لایہ نشہٕ بجنہٕ کنٛی رٚو دیہ اکھ شوٗد شاعر۔ کوچہ پھیُر گوسنہٕ۔ طبیعتھ رٚو دس ڈنجہٕ تہٕ زبانی ہندس ورتاوس پییس نہٕ پر چھپن منٛز ژھایہ۔

الکوثر چھے نواز صابٕنی شیٖم شارٕ سوٚمبرن۔ امہٕ بوٗنٛتھ چھے لولہٕ تب، سوزِ دل، مضراب، گل ریحان تہٕ برزخ ناوی اہنٛز پانٛژھ شارٕ سوٚمبرنہٕ چھاپ سپدِتھ پرن والین واتٕمٕژٕ۔ شارٕ سوٚمبرنٛن ہندی ناوچھِ اکثر ٹھٔٹھی لاگان۔ پوٚز یہنٛزن سوٚمبرنٛن ہندی ناوچھِ پزی یہند شارٕ سفرچہ میلہٕ کنہٕ لول، سوز، ضرب، جلوٕ تہٕ۔ وٕن از کوثر ہیتھ۔

ہوشہٕ گوشہٕ پرتوِ الکوثر درد دل والین سپدِ اثر

یہ شارٕ سوٚمبرن پرن والین باسہٕ نواز صابٕنی شاعری روایتی، شارٕ ہیٚژ ورتاونہٕ کنٛی تہٕ، اظہارک اندازٕ وُچھتھ تہٕ، موضوعکہٕ اعتبارٕ تہٕ ترتیبہٕ لحاظٕ تہٕ پوٚز یہ چھنہٕ داوی نالے یوت، اتہ چھُ بدلے ووستہٕ کار نظرِ گژھان۔ بدل سرٕژن ہیتھ، بدل چھاپ، بدل بخیہ، بدل گُل کھالان، غزل ہیٚژ چھِ تموکے کام ہیٚژمٕژٕ، وژن ہیئت چھے یسلہٕ پاٹھی ورتاونہٕ آموٕ تہٕ امہٕ علاوٕ ترکیب بند تہٕ ترجیع بند تہٕ، کُنہ کُنہٕ مثنوی چالہٕ تہٕ کینہہ کلام۔

نواز صاب چھُ لولہٕ شاعر، یہ لول ما آسہٕ ہاگوڈٕ گوڈٕ ''افتد ودانی'' حسابہٕ کٔے تیچ ژٕینہٕ وَن یہنٛز گوڈ کالچ شاعری دوان چھے، سُہ لول چھُ وق گزرنس ستیٚ ستیٚ

ہمان تہٕ پتہٕ وارٕ وارٕ سوتاں تہٕ۔ بقول فاروق نازکی۔

راتھ وُچھمکھ تہٕ پھوٚلی گولاب اُچھن

ازٕ مےٚ وچھکھ تہٕ گو عذاب اُچھن

گولاب پھولنگ دور چھُنہٕ روزٕ وُن، پتو چھُ سُے وق واتان ییلہِ عذاب تلن پیوان چھُ۔ اِ عذابچ دگ للہٕ وٕنی چھُنہٕ سہل۔ یہ دگ چھےٚ پوشہٕ وٕنی۔ نوازس نش چھےٚ یہاَے دگ زندگی ہُنٛد حاصل تہٕ ہرٕ تر۔ باسان چھُ یم چھِ وٕنۍ سُہ لول رچھان یُس پوشہٕ وُن چھُ، یُس غنچ ڈٲلی ہتھ یوان چھُ فراقُک وِیہہ تمہِ دٔرِ رچ ریٚہہ وِیترٕ ناوان چھُ۔ کینٛہہ کال بوٚنٛٹھ لیچھو مرحوم غلام رسول نازکی صأبن اہنٛدس کلامس متلق ''نوازن حقیقی سرمایہٕ چھُ غم تہٕ درد، غم نصیب آسُن چھُنہٕ کم نصیب آسُن مگر سُہ غم گژھ ہیوٚن لایق آسُن۔ نوٚنہٕ تیلُک غم چھُنہٕ کانٛہہ غم۔ علامہٕ اقبال فرماوان ؎

من از غم ہا نمی ترسم ولیکن

مدہ آن غم کہ شایان دلے نیست

یتھے پاٚٹھی چھُنہٕ دودتہٕ دگ بدقسمتی بلکہِ خدایہ تعالیٰ سنٛز بڑٕ عنایتھ بشرطیکہِ آسہِ تہٕ کلہٕ دود............

نوازس چھُ مولوٗم زِغم کیا گوتہٕ دود کتھ چھِ ونان۔ یموٚے دو یو چیز وچھُ سُہ سرشارتہٕ مست کوٚرمُت''

سورگہٕ واٚسی موتی لال ساقیٚ چھُ لکھان ''نوازس چھُ دلس منٛز غمُک تہٕ دادیُک اکھ الاو وُہان تہٕ یہ الاوٕ چھُ رژھ کھوتہٕ رژھ برادان تہٕ تیزان...... دادِ تہٕ موحبتُک یہ سرودتہٕ سرمستی چھِ تہنٛز شاعری پرٕتھ کانٛسہِ انسانہٕ سٕندِ دلچ آواز بناوان۔

یہ عشقہٕ دود، یہ لولہ دگ، یہ ہولہٕ تب چھُ تہنز شأیری ہندس موضوٗع، پوٚز اتھ کُنہِ آرگژھنی وزِ چھ بیٚین موضوعن ہندی سنگ تہٕ ژٕلنی پیوان۔ سمأجی مسلہٕ، مانہٕ مان، ہِپھی ہاین، ول تہٕ ژھل، دغل دوسی، سیأسی ووڈہٕ کھوری، ٹھگی لہٕ، یُس یہُندس کلاسس زمانہٕ آشوب تہٕ بناوان چھُ عمل آشوب تہ تہ شہرآشوب تہِ مثالے۔

وونی لگی ہاوٕنہِ أنی وتہِ پکنٕچ چال

کلبو ہیوٚت ٹلی کرن اظہار احوال

یا

مُشک روزان کھٔٹِتھ پھیران بدبوے

بہ باطن سگ بہ ظأہر آدمی خوے

اندرٕ شیطان نیبری کٔنی کیاز برروے

گلاسس چھی دپان أچھو اسے جوے

ینگہٕ پھکھ بنگہٕ دہ کونگہٕ ٹیوٚک تہٕ سمندر رنگدار جند ہیوٚن نألی آبس نألی دِتھ اتھٕ ژناوان ہیوٚرکن پھرٕن أچھی ٹور پوشن یا جاناوارن ہنز زبأنی نصیحت یا تہنز ومثالوٕستی کتھ واتناوی چھے مشرقی زبانن ہند ادبچ اکھ خصوٗصیتھ مثالے پنٕچ تنتر۔ نوازصأبن تہِ چھے جاناوارن ہنز زبو یا یہنز تمثیل بنأوتھ اَسہِ کأشر بن کتھ واتناونچ کوٚشش کرمژ۔ وُچھو یمہ مثالہٕ

ون ژرتہٕ رنگہٕ بُلبُل ونان أسی جنگلک احوال

أسی أسی تنہا کیازِ خوش رنگ اوس سونے حال

یم یارِتہٕ دودار گلی چھل چھترٕ سونے مال

ییلہِ یم ژٹتھ ژھنی ٹھیکہٕ دارو أسی سپدی پامال

یا

مُنزِ گانٹھ آوازہ کرٲنی توبہٕ تہٕ تقصیر
تس جانور لگی پڑژھنہِ امہِ کے ونتہٕ اسہِ تاپیر
امسال ڈوپنکھ کیٛنہٕ کوکر چھنہٕ چھس اوے دلگیر
پھل وژاگہِ موجب کأشریو گٔنز ٹھول ژھاوِلی تیر
یُتھ گو کٔنن جأری مویسر چھُ تہٕ کُنہِ موردار
منز ہندرِ اوسس گوس اِدٕ بیدار

نواز صابنہِ کلامچ اکھ پھیر ہاوتھ چھےٚ یہِ زِ تم چھِ چھرا کأشرِ مثالہٕ، علامژ تہٕ پیکر ورتاوس منزانان۔ یہِ شوٚد کأشر لفظت چھُ دلس تھپھ ژھنان تہٕ مزاز س ویان۔

گرٛٹہٕ کمہِ تتہِ پشہِ سُہ گونہٕ گارن
یتھ کنہِ سترِ چہِ تہٕ عفوہک آب
ژھل آسہِ فضلک تہٕ رحمچ دارن
یارن نارس پھٔلی گلزار

لفظی مناسبت یعنے ہم آواز لفظ نژاگرٕ ستی لالہٕ پھلبن ہندی پأٹھی مالہ منز برنہٕ ستی چھُ کلامُک اثر کتہِ کوروا تتاوان۔ یہِ مثال وچھو۔

شژوپ مےٚ اُڈی جن دردِ چہِ رگہِ ہنز دگ
ویٚوپ مےٚ تتھ منز رنگدار چھوٚت ہیٚیہ زگ
دوٚپ مےٚ الا لاہکی بول بوشن
کل عالم نورِ ستی گو روشن

یاسمہٕ لۆستھ ڈوکھ دتھ ہوسن تام
گمہٕ وانکہٕ سژانہٕ دوپ مے شوژیوس یام
رُمہٕ رُمہٕ نتھ ژایم مے گمناس
خام پراریوس چانس پاغاس

نواز صاب نس کلامس منز چھِ تتھی کأشر لفظتہٕ رژھراونہٕ آمتی یم وُنہٕ ہنہٕ ہنہٕ
گال کھاتس گژھان چھِ یاویدی چھنہٕ یہ چھے کأشرِ زبأنی ہنز بڈ بارٕ خدمتھ۔ مثالہٕ
پأٹھی کھراو پھیر گژھن

وتہٕ پکنس نظر چھم ساس اغیار کتہٕ نس گژھ کھراو پھیر تہٕ دِن اخبار

شلہٕ شأشتی : کنڈی وور (ڈوٗنی گنڈی وور) ہ گنگٹھ۔ تارٕ بل بیترِ۔

ییمہٕ سوٗمبرنہٕ ہُند بڈ باگہٕ کلام چھُ تصوف کہِ رنگہٕ رٔنگتھ۔ پوٗز بیٖن صوٗفی
شأیرن ہُند طرزِ ادا نشہٕ ہناو کھرِ۔ یہ چھُ شأیرس پننہٕ انداز بیان۔ اکھ زٕ مثالہٕ چھے

قالس میچھر حال گزرنے لاہکس نالس الاہک ڈوو
یہ پھبرن عأرفو نالٕی لوگ زننے یہٕ کیا ونے یہ کُس حال

پانہٕ پنہٕ نیک پانس مے گوتأثیر خانہٕ مألس طمعس مے لویم تیر
وانہٕ لولکہِ تن دِژمے ژون ضربن گندان رؤدساتہٕ ساتہٕ تمہِ کُے ظون

میانہٕ ناقص رایہِ رُکنی چھے یہ بوزنچ شأیری۔ کنو بوزنچ ، گیوتھ بوزنچ ، پرنہٕ
ینہٕ واجنی شأیری چھینہٕ۔ یہ چھُ سرگمے سرگم ترنمے ترنم۔ اتھ منز چھے غضبچ روأنی تہٕ
میچھر یہ کلام چھنہٕ ذہنی آزمایشہٕ سال کران۔ یہ چھُ دلکی پرشیہلا وان۔ یتھ کلام چھُ
وجدانان ، فکرتے ترنہٕ توتہٕ۔

یہ کلام پران پران دژاوےٚ خاص کر، أکس لفظس واش۔ ''لولو'' چھُ کاشرِ نغمأنی شأیری منز یسلہٕ پأٹھی ورتاونہٕ آمُت۔ اتھ چھُ گھے کشیر ہنز مشہور پتھر لولوس ستی واٹھ دنہٕ یوان تہٕ گھے بومبرنہٕ لولرِ پلناونہٕ یوان۔ پوٚز کتھ چھے بدل۔ أسی ییٚلہِ کأنسہِ آلو دوان چھِ تتھ پتہٕ چھِ 'واو' اچھر آسان۔ مثالہِ پأٹھی احدو، لسو، گُری موون ییٚلہِ لولس آلو دِمو۔ یہ بنہٕ سیوٚدے لولو، یانے أسی چھِ لولس ناد دوان۔ تہٕ لول چھُ نہ صرف محبت یا ٹاٹھنیار بلکہ سُہ شخص تہٕ یُس ٹوٹھ آسہ۔ یتھ پأٹھی انگریزی زبأنی منز My love محبوبہٕ سندس مانیس منز تہٕ ورتاونہٕ یوان چھُ

حُسنہٕ باغس کنہٕ عشقہٕ ناگس منز آسان چھِکھ ژوَن کتہٕ لولو

بہرحال الکوثر سوٚمبرنہ منز شأمل کلامس پٹھ کھُلہٕ ڈُلہٕ کتھ کرنی تہٕ واش کڈِتھ امکی گون بدکڈنی چھُ اکہِ زیٹھم زیٹھ مقالچ منگ کران۔ ییمہِ خاطرٕ یہ وق مناسب چھنہٕ۔ لہٰذا روزِ ازیتے وُنن مناسب۔

# کأشرِ زبأنی منز ترجمن ہُند رول

## (اَکھ موخصر سام)

دنیاہس چھن سارِنے زبانن منز چھُ ووزُم وورُدسپدان رٔ دمُت۔ تہٕ ارمکی اہم ذٕری یہ چھِ سأ لانن ہند اکہِ جایہِ پیٹھ بیٚیس جایہِ یُن گژھُن۔ دھرم پرچارکین یا مذہبی مبلغن ہُند وو پرمُلکن ہُند سفر تہٕ سارِوے کھوتہٕ سوداگارن ہُند تجارتی مقصدو کِنی اور یور پھیرُن۔ یوسہٕ تہِ زبان اتھ مالِس منز شٔٹھ لاگہِ، سُہ چھےٚ ژمان تہٕ شروکان۔

کُنہِ زبأنی ہُند ادب تہِ چھُ زیادٕ پھأپھلان تہٕ پھبان تیٚلے ییلہِ تتھ بیٚین زبانن ہِندس ادبس ستی اتھ بندُت روزِ۔ اکہِ زبأنی ہُند ادب چھُ بیٚیہ زبأنی ہُند ادب پننس ہلمس بران تہٕ تمہِ ستی پننس سرمالیس منز ہُر برکران۔ یتہٕ پأٹھی چھُ زبأنی ہُند باوٕ ژبیٹرِ بڈان، لفظہٕ ذخیرس منز اضافہٕ سپدان، نٔوی نٔوی سانچہٕ نظرِ گژھان ،اوبدی قالب بوٚنٛٹھ کُن یوان۔ نوہیٚوٗ ننہٕ نیران تہٕ باوٕ ژہندی نٔوی وَل ہیچھ نکی سامانہٕ سپدان۔

کأشر زبان تہٕ ادب تہِ چھنہٕ امہِ لحاظہٕ پتھ۔ سانہِ زبأنی منز چھےٚ ترجمہٕ روایت پتہٕ وتھ چلہٕ وِنی رٔ زمو۔ ادٕ سُہ سنسکرت کہِ اثرُک زمانہٕ اوس، فارسی کہِ چلے چاوُک دور اُوس یا اردو تہٕ انگریز ژھاین گژاین ہند وق اوس۔ تنہٕ پیٹھ از

تاں چھِ اسہِ ترجمن ہنٛز اہمیت برابر نظرِ تل رٲزٕمٕژ۔

بڈ شاہ صابٕنس دربارس منٛز آسی نامور لُکھ آسان۔ سیٲسی تہٕ سماجی لحاظے یوت نہٕ ادبی تہٕ فنی لحاظہٕ تہٕ۔ سہٕ اوس کشیرِ ہنٛد تواریخُک اکھ بختاور دور۔ امہٕ دورٕ کین علمی، ادبی تہٕ فنی کارنامن ستی ستی چھُ سہٕ دارالترجمہ ناوی ادارٕ تہٕ مشہور، یتھ منٛز دوییمین زبانن منٛز لیکھنہٕ آمتی شاہ کار ترجمہٕ سپنٛی۔ سنسکرت زبٲنی ہنٛزٕ کتابہٕ فارسی زبٲنی منٛز تہٕ فارسی زبٲنی ہنٛز سنسکرت زبٲنی منٛز۔ وننہٕ چھُ یوان زِ واریاہ ترجمہٕ سپنٛی کاشُر زبٲنی منٛز تہٕ پوز وقتہٕ کِہو اُلی ناشوٗ کٔنی چھنہٕ یم ترجمہٕ اسہِ تان واتتھ ہیکی متی۔ یتھین ترجمن منٛز چھُ خاص گرتھ فارسی زبٲنی منٛز رامایُن تہٕ راج ترنگنی واتناونی تہٕ سنسکرت زبٲنی منٛز شاہ نامہٕ پھرناونچہ کوٗشش۔ امہٕ علاوٕ حضرت شیخ العالمؒ سُند کاشُر کلام فارسی زبٲنی منٛز پھرُن شامل۔ امہٕ پتہٕ رٲز کشیرِ ہتھے وۄپرن ہنٛدس نبٕژھس تل۔ اتھ رُوو پٹھن راج تہٕ پٹھن راج گوشیرتاج ییلہٕ یختیارٕ ےاتھٕ گو، زبٲنی اے پژٕھ یاتہٕ کس۔ وۄپرن ہنٛز بالا دستی کیا زبردستی ہُند احساس رود گنان تہٕ بے قرار کران۔ یمیُک نتیجہٕ یہٕ دراو زِ سدٲہی مہٕ صدی تاں واتاں واتاں ییلہٕ موغلن ہنٛز حکم رٲنی کٔنی فارسی زبٲنی ہُند راج طیس پیٹھ اوس تہٕ فارسی پاٹھی لیکھُن اوس یزتُک تہٕ شرافتُک نشانہٕ بنیومُت۔ اسہِ ہیوٚتن اتھ کتھِ کُن ظون گرٕژھُن زِ عام لُکھ یم نہٕ فارسی زبان زانان چھِ کتھہٕ پاٹھی ہکبن پننہٕ لاچاری تہٕ مویوٗسی ہنٛدی اسباب زانٕتھ تہٕ تہنٛد غارتھ تہنٛز ہمتھ، تہنٛد ولولہٕ، کتھہٕ پاٹھی ہیکہٕ وُزناونہٕ یتھ۔ چنانچہ کینٛہہ وحببہٕ ہُشارٕ ادیبو تہٕ شاعرو، یم پانہٕ تہٕ فارسی زبٲنی منٛز لیکھان اُسی۔ پھیر کاشرس کُن جلوتہٕ فارسی مثنوی یہٕ کاشُر زبٲنی منٛز پھرنس وۄتھ دس۔ یم مثنوی آسہٕ کینٛہہ لولہٕ مثنوی، کینٛہہ جنگ نامہٕ تہٕ کینٛہہ مذہبی یا عقیدتی موضوعن پیٹھ۔ یمن

مثنوی ین ہند بن ترجمہٕ کارن منز چھ محمود گامی سُند ناو قافلہٕ سالارٕ سُندِ خٕژی یتہٕ بوٗنٹھ کُن یوان۔ یودوے اُمس بروٗنہہ تہِ امہِ نوٗی تیٚچ کانٛہہ کوٗشش کرنہٕ آمٕژ اُس۔ مگر تسنٛز کوششہِ چھے گُلہم پاٹھی سنجیدٕ تہٕ زیادٕ مقصدی۔ اُمس پتہٕ رٕٹ یہ وتھ وارِیہو شاعروتہٕ تھک چھنہٕ ازتاں تہِ گوٚ ہان۔ اتھ سلسلس منز چھے یم ترجمہٕ قابلِ فکر۔ وہاب پرینہٕ ڈٕسی شاہنامک ترجمہٕ امیر شاہ نہٕ ڈٕسی خاورنامک ترجمہٕ، مولوی صدیق اللہ سٕندِ ڈٕری یہ سکندرنامک ترجمہٕ۔ مقبول شاہ کرالہٕ وٕاری سٕندِ ڈٕسی سپُنمت ترجمہٕ گلریز، لولہٕ مثنوی ین ہندی ترجمہٕ یم محی الدین مسکین، عزیز اللہ حقانی تہٕ تھیٚ وٕے کِتھ شاعروگری تہِ باقے واراہ ترجمہٕ۔ ییٚتہٕ چھُ یہ وٕنن ضروٗری زِ یم سارٕی ترجمہٕ چھِ منظوم، نثری ترجمہٕ چھنہٕ کانٛہہ۔

کاشرِ زبانٛی تہٕ ادبہٕ کس توارٕخس منز چھے ترقی پسند تحریک سیٚٹھاہ اہمیت تھاوان۔ امہِ تحریکہِ ہُند مقصد ییٚتہٕ یہ اُوس زِ ہندوستانٛچن مقامی زبانن ہُند ادب گوٚڈہ پزٕ تھٕن تہٕ آے لبُن۔ تہٕ اُسی ملکی تہٕ بین الاقوامی سطحس پیٹھ جان جان کتابن ہند بن ترجمن تہِ شاباش میلان۔ کاشرِ زبانٛی منز یُدوے اتھ اثرس تل کانٛہہ شاہکار پھرنہٕ آونہٕ، پوٗز انگریزی، روسی تہٕ فرانسی زبانٛی ہند بن کینٛژن لیکھن، نظمن تہٕ افسانن ترجمہٕ کرنٕچ کوٗششہٕ سپٕز ضرور۔ کونگ پوش رسالس منز چھِ تھیٚ کینٛہہ ترجمہٕ چھاپ تہِ سپٕنٛی متی۔ خاص کٕرتھ اردو پیٹھہ کاشرس منز۔

ییٚلہِ انگریزن ہُند راج انٛد واتنہٕ پتہٕ عوامی نمایندن اتھہِ حکومت آیہٕ۔ پننس کلچرس تہِ پھیری دوہ۔ مُلکی سوٗتھرس پیٹھ سپٕز اد یکہٕ وٕتھہٕ بوٗ خاطرٕ ساہتہٕ اکیڈیمی تہٕ فنون پھانٛپھلنہٕ باپتھ للت کلا اکیڈیمی تہٕ سنگیت ناٹک اکیڈیمی قایٕم۔ ساہتیہٕ اکیڈیمی ہند بن مقصدن منز چھُ مُلکہٕ چٕبن زبانن ہُند ادب اکھ اُکس تاں

واتناوُن ۔مطلب ترجمہٕ کأری۔اتھ سلسلس منز آے کأشرِس منز تہٕ واریاہ ترجمہٕ
کرناونہٕ۔ یہ سلسلہٕ چھُ ازتام پژٕ ہوٚرِ یوٚپتھٕ چلان۔ یتھہٕ پأٹھی آیہٕ کیٚنہٕ
ناولہٕ، کِتیاہ افسانہٕ تہٕ نظمہٕ بیٚترِ کأشرِ زبأنی ہنٛدس دامنس منز۔ یتھٕن ترجمن منز چھےٚ
تھُج، ژھائے، رازٕ رأنی بیٚترِ یم گوڑٕ گوڑٕ ترجمہٕ سپدی۔ ۱۹۵۸ ءَ لیس منز سپٕز سانہِ
ریاسژٕ منز تہِ اکھ اکیڈیمی قایم۔ امہِ غرضہٕ زِ یتہِ چھن زبانن تمن زبانن ہنٛدس
ادبس تہٕ سائنس رنگا رنگی ثقافتس میلہِ تحفظ تہٕ اتھ لگہِ پوچھر۔ اکیڈیمی ییتہِ مختلف
زبانن ہنٛزٕ ڈکشنری تیار کرِ، کتابہِ چھاپنہٕ باپتھ ادیبن اتھٕ روٗٹ کوٚرتہٕ پانہٕ واریاہ
اہم کتابہٕ لیکھناوِتہِ دِتُن ترجمس گُن تہِ توجہ تہٕ مختلف زبانن منز لیکھنہٕ آمژن اہم
کتابن کرنأوِن ترجمہٕ۔ کأشرِ زبأنی منز سپدے متین یتھٕن ترجمن منز چھِ
میکسم گورکی تہٕ لیوٹالستایی ہنٛزن روسی زبأنی منز لیچھِ مژن ناولن ہنٛدبن ترجمن
ستی ستی عربی تہٕ فارسی زبأنی ہنٛزن کیٚنژٕن کتابن ہنٛدی ترجمہٕ تہِ شأمل۔ مثالہٕ
پأٹھی الف لأل، کلیلہ دمن بیٚترِ۔ امہِ علاوٕ انگریزی تہِ اردو زبأنی منز لیکھنہٕ آمژن
کتابن ہنٛدی ترجمہٕ تہِ۔ مثالہِ پأٹھی مولانا آزادسٕندِ تفسیر سورہ فاتحہ ہُک ترجمہٕ۔
گاندھی جی سٕنٛز خودنوشت سوانح عمری ہُند ترجمہٕ تہٕ بیٚیہٕ کیٚنہٕ کتابہٕ۔ اقبال صدی
تقریبات مناونہٕ کس سلسلس منز آو علامہ اقبال نِس وارِیاہس فارسی تہٕ اردو
کلامس ترجمہٕ کرناونہٕ۔

کأشرِ پأٹھی ترجمن ہنٛدس سلسلس منز چھُ بیٚیہ تہِ کیٚنژٕن ادارن ہُند ناو
ہیوٚن ضروٗری۔ مثالہٕ پأٹھی ریڈیو، دوٗر درشن، محکمہ اطلاعات، محکمہ تعلیم،
بورڈ آف اسکوٗل ایجوکیشن کشمیر یونیورسٹی ہُند کأشر شوبہٕ، ریڈیو کشمیر ژٕری یہِ سپٕز
اتھ سلسلس منز واراہ کأم۔ ملکہٕ چھن بیٚین زبانن منز لیکھنہٕ آمتی ریڈیو ڈارما آئے

کأشُر پأٹھۍ پھِرنہٕ تہٕ نشر کرنہٕ۔

بییَن زبانن منز لیکھنہٕ آمژن نظمن آو کأشُر زبأنۍ منز ترجمہٕ کرناونہٕ، خاص کرتھ نظمہٕ یِم قومی مشائرس منز شأمل کرنہٕ باپتھ ژارنہٕ یوان چھےٚ۔ امہٕ علاوٕ انفرأدی سطحس پیٹھ ترجمہٕ کارن ہِندی لیکھ بیٚترٕ۔ یتھے پأٹھۍ چھِ کینہہٕ شأیردُو رردرشن کِین پروگرامن منز تہٕ ترجمہٕ پران تہٕ بییَن زبانن ہِندی فیچر یا سیریل تہٕ پننہٕ زبأنۍ منز پھِرِتھ پیش کران۔ ریاستی بورڈ آف سیکنڈری ایجوکیشن کہٕ ذٔریعہٕ تہٕ آیہٕ واریاہ کتابہٕ خاص کرِتھ کتابہٕ یِم نصأبی قسمہٕ چھِ آسن یا درسی لحاظہٕ فأیدٕ منٛد ثابت سپدن، کأشُر پأٹھۍ ترجمہٕ کرناونہٕ۔

تألیمہٕ ہُنٛد محکمہٕ تہٕ یِم رسالہٕ بیٚترِ کالجن تہٕ ہایر سیکنڈری سکوٗلن ہِندی طرفہٕ بوٚنٛتھ کُن لنہٕ نس حوصلہٕ افزأیی کران چھُ تِمن منز تہٕ چھ باضے ترجمہٕ چھپان۔ نیشنل کونسل فار پرموشن آف اردو کہٕ ذٔریعہٕ تہٕ آی کینٛژن کتابن ہِندی کأشُر زبأنۍ منز ترجمہٕ تفویض کرنہٕ، خاص کرِتھ مین کینٛژن ؤردین، یِموٚ منز، کینہہٕ چھاپ تہٕ سپٕنۍ۔ مثالہٕ پأٹھۍ ڈاکٹر ذاکر حسین سٕنٛز سوانح حیات یُس مرحوم نشاط انصأری صأبن کأشُرِ زبأنۍ منز پھِر۔

حال حالے یِم کتابہٕ ساہتیہٕ اکیڈیمی ترجمہٕ کرناوِ تِمن منز چھےٚ رُماپد چودھری سٕنٛز لیچھمٕ بنگألی ناول یُس پروفیسر رتن لال شانت صأبن ''گربدلی'' ناو کأشرس منز پھِر۔ بھبأنی بھٹاچاریہ سٕنٛز انگریزی ناول یُس پروفیسر شفی شوق صأبن ''لدانٛچ ژھائے'' ناوٕ ترجمہٕ کٔر تہٕ بھیشم سانی سٕنٛز ہِندی پأٹھۍ لیچھمٕ ''تمس'' ناول یتھ ڈاکٹر رفیق مسعوٗدی صأبن، امی ناوٕ ترجمہٕ کوٚر خاص پأٹھۍ ناوہیٚنٛز لایق۔ امہٕ علاوٕ آے واریاہن افسانن تہٕ ترجمہٕ کرنہٕ تہٕ کینٛژن اسٹیج ڈرامہن تہٕ۔

یموسارِ وٕ ے ترجموٕ ستۍ سپُن کأشرس ادبس سبٹھاہ بُرٕژر، سانہِ زبأنۍ ہُنٛد لفظہٕ ذخیرٕ ہریوٚ وتہٕ اظہارٕکۍ کأتیاہ انہار گٔے وبدۍ۔ اتھ مأدانس منٛز قدم تراوٕنک حوصلہٕ ووت کتہِ کورتہٕ یتھوٕ نموُنوٕ ستۍ گیہِ ادٕبن ہمتھ پأدٕ زِ تمن پیہ نہٕ اتھ مأدانس منٛز بروٗنٹھ کن قدم تلنس اظہارک کانٛہہ ٹھوٚر بُتھِ۔

# ہۆرِتھ تہٕ سبٹھاہ ہوٗرن

پروفیسر محی الدین حاجنی گٔے ۱۶/جنوری ۱۹۹۲ء رحمت حق۔ یہ اوس یِیمہٕ ڈٖیلیگ سٕہ وندٕ ییلہٕ عامن کھوٚ خاصن پانیوٚ پانیوٚ لوٚ گمُت اوس تہٕ حواس ڈٖنجہٕ آسنہٕ اُس کرِپٹھٕ پہن کتھا۔ ینہٕ دوٚل وٗری تہٕ اوس نہٕ گٔلی آلوان آمُت۔ وقتُک عفریت اوس برابر زسمہٕ ژاپان۔ یتھس حالس منٛز تہٕ ییم لکھ حاجن وٲتی تہٕ تعزیت کرِتھ لوٚژ رووُکھ بوس، دلہٕ ڈٖری اٚسی۔ اٚمی وٗری سپٕنہٕ مرحومس خراج عقیدت پیش کرنہٕ باپتھ حاجنہٕ تھنڈے گرا اکھ ادبی جلسہٕ ہناتھ منٛز تسنٛدی یار دوس، کشیر ہنٛدی بہلہٕ پایہٕ ادیب تہٕ شاعر ادبی تنظیمن ہنٛدی نمایندٕ تہٕ باقہٕ زٲنی کار بیٚترٕ موجوٗد اٚسی۔ کینہہ مقالہٕ آے پرنہٕ تقریرا آے کرنہٕ تہٕ منظوم خراج عقیدت آوادا کرنہٕ۔ فٲصلہٕ سپٕن زِ مرحوم سُند کاشُرس ادبس تہٕ زبٲنی پٹھ ایحسان مدنظر تھٲوِتھ یِیہ اکھ منصوبہٕ بناونہٕ۔ تسنٛد بن کارنامن متلق یِیہ واش کڈِتھ لیکھنہٕ۔ ییم کارنامہٕ ژن نیشہٕ ناونہٕ تہٕ یُس سرمایہٕ اچھوپ چھُ، سُہ یِیہ ترتیب دِتھ شایع کرنہٕ۔ مرحومس شایان شان یِیہ اکھ یادگار قایم کرنہٕ۔ غرض زیٹھ زٹھی تہٕ بڈٕ بڈٕی دعویٰ آے کرنہٕ۔ پوٚز یِیہ اوسا اسہٕ تسلی دِیُن کنہٕ صرف زبٲنی جمع خرچ تہٕ ٹورنہٕ تمہٕ وِزِ فکرٕ۔ کینٛژن دوستن ہنٛدیو تقریرو ستی میلی کینہہ اشارٕ ......... یہ زِ ہے حاجنی صاب بناوِی زیون نہٕ تہٕ یِیہ نہ سُہ چھُ۔ اتھ سرِلیس انٛدی پکی چھواپزٕ بجرُک منٛڈل (ہالہ) یہ گٔری زیون نہٕ اسطور

بناونچ کوٗشش۔ اسہِ دوپ یمہٕ سارے کتھ چھےٚ خلوٗصہٕ سٟتؠ وننہٕ یوان۔ پتہٕ کتہٕ سہٕ پروجیکٹ، کوٗت گوسہٕ منصوٗبہٕ، کتہٕ رٕوٗدی تم زیٹھ زٕٹھی دعویٰ۔ مسا مسا لیکھناوی شیرازٕ کی ایڈیٹرن زارٕ پارٕ کٔری کٔری تہٕ وٕگراین پٕٹھ وٕگرایہ کٔری کٔری کاشرِ شیرازکہِ حاجنی نمبر خاطرٕ کینہٕ مضمون تہٕ سوٗمبراوِن خراج عقیدت کِس سلسلس منٛز کینہٕ منظوٗمات، یتھ مضمون لیکھن والین ہنٛد عنایتہٕ تہٕ ادیبن ہنٛز مہربانی ستۍ چھاپ سپدِ تھےٚ ''ٹھاک' لوٗگ تہٕ امہِ نمبرٕ چ تقسیم کاری آیہِ بند کرنہٕ۔ کشمیر یونیورسٹی ہنٛدی اردو شوٗبن لیکھناوی پننہِ تنقیدی مجلّہ ''باز یافت'' باپتھ کینہٕ مضمون تہٕ کٔرِنی اتھ رسالس منٛز ''گوشہٕ حاجنی'' عنوانس تحت شایع۔ ادبی مرکز کمرازس ستۍ وابستہٕ ادیبو تہِ ہیٚکۍ نہٕ تیتۍ مضمون لیکھی تھےٚ۔ یوٗت توقع اوس تہٕ مسا مسا ہیوٚک اسہِ ''پرٕو'' رسالک حاجنی نمبر شایع کٔرِتھ۔ کشمیر یونیورسٹی ہنٛد کاشر شوٗبہٕ گوٚ ژھ ناکاشرِ زبٲنی تہٕ ادبہٕ کس اَمس عظیم محسنس متلق اکھ سیمنار بلٲوِتھ ''انہار'' رسالک خاص نمبر شایع کرُن۔ کشیرِ منٛز ادبی تنظیمہٕ گیٚژھ نامرحومس متلق پننہٕ نین رسالن منٛز کہینی لیکھنی۔ یِیتۍ مقامی اخبار گوٚھیا لاتولق روزٕنی۔ ہائے سٲنی قومی بے حسی، تمدنی بےٚ خبری تہٕ ادبی لحاظہٕ آلوٗ ژھ تہٕ شکس۔ حسبہٕ ہُشارٕ قوم چھہِ یژھن شخصیوٗن ہنٛدس ناوس پٕٹھ قومی یادگار قایم کران۔ یورپس منٛز نہِ، وٕنۍ ملکس منٛز تہِ۔ ییتہٕ چھن باقی زیاسوٗن منٛز تہِ۔ مرحوٗمس اَسنہٕ یژھن کتھن ہنٛز فکر نہٕ اَسس تشہیر پسندی خوش کران۔ سہٕ اوس پربتھ ساتہٕ ونان کینٛہہ گژھہ کرنہٕ یُن۔ کُس دیہِ مجرا کُس دیہِ نہٕ یہِ مہٕ سونچو۔ بقول اقبالؒ۔

ع

اے بے خبر جزا کی تمنا بھی چھوڑ دے

پۄز اسہِ کیا شوبہٕ۔ تہنٛد بن یارن دوستن ہنٛد، تہٕ پۄت پُیہِ ادبن ہُند کیا

فرض چھُ۔ تمن واتیاتتھ کانٛہہ دول دیُن تہٕ شیخ سعدی علیہ الرحمہ سُنٛد یہ قول

مُشراوُن۔

نام نیک رفتگارن ضایع مکن ۔ تا بماند نام نیکت برقرار

کأشر زبأنی تہٕ ادبہٕ چہ ترقی ہنٛدس سلسلس منٛز ییمی صأحبن پیٚشراہ کأم

کٔر۔ یٔہ تاوق قوربان کوٚرتہٕ پیٚشراہ مجنت تٔج تتھ پزٕ اسہِ قدر کرٕنی۔ وٕنۍ گواگریمے

صأب پانہٕ وأنی اکھ أکس بےٚ قدری کرنٕچ رِوایتھ قأیم کرن تہٕ پۄت وانہِ کیا

خطا کھارو۔ییم کتھ چھس نہٕ یہٕ بٔلی ونان۔ گُنہِ مفروٗضس پیٹھ۔ پیٚشہ ژینہٕ وَن لٔج

تموکینٛژو مضمونو ستی ییم حأجنی صأبس متلق لیکھنہٕ آے۔ اکثر مضمون چھِ باس دوان

زِلیکھن وألی چھےٚ پتہٕ پیٹھ شیٚن وانٕنۍ کوٗشش کٔرمژ۔ عألمن متلق چھنہٕ یتھٕ پأٹھی

لیکھنہٕ یوان۔ کأنسہِ سیأسی لیڈرس یا کارکنس متلق پٔنٕنی تاثرات دِنی چھےٚ اکھ کتھ

تہنٛد دیُت چھُ تہِ کیا آسان۔ خصوٗصن ادبس، تہذیبس تہٕ تمدنس۔ ادبس تہٕ

عألمس متلق چھےٚ کتھ کرنہٕ یوان تِہنٛدس پتہ گُن تژأوی متس سرمایس متلق یتھ

گُن سبٹھاہ کم لکھاریو توجہ دِژمت چھُ۔ ظأہر چھُ زِ تمن چھنہٕ یا تہٕ تتھ سرمایس پیٹھ

نظرے یا چھِ تم زأنتھ مأنتھ سہ گال کھاتس تژاوُن یژھان۔ اسہِ کأشرن چھا

من حیث القوم یہ بیمأرِ زِ ییلہِ بیا کھ رِکھ متاوو، ادے نیر سأنی رِکھٕنۍ۔ یہ رِکھ

پٔننے جایہِ تھأوِتھ کیا زِ چھنہٕ اسہِ پٔنٕنی رِکھ زیادٕ سرٕس ہاونٕچ توژھ۔

کینٛژو لکھاریو ییم تھکنٕنی لایق ادیب چھِ چھُ وژھ وأنجہٕ پٔنن سہ انٛدرِم

حباب ژھوٗمُت یُس نہٕ حأجنی صأبنہٕ زندگی منٛز ژھٹنس تمن ہمتھےِ سپد ہے۔ یہ چھا

بُزدلی کنہٕ کینہٕ پروری ویسے دپان، یُس ییمہِ عالمہ گو، تسنٛد گژھ ہاجانٕے پھِرُن۔

اخلاقُک تقاضہٕ تہِ چھُ یی۔ کینژ واُدیبو چھےٚ اتھ دیوارس ءستی ووڈئی روزِتھ پنُن قد قام ہاوٕنچ کوٗشش کرٕمژ۔ تی ناےتھ اُسی ونان "مےٚ تہِ خوجن کرناو" لیکھن چھُ حاجنی صاۓبس متلق۔ پنُن پوٚٹ کیا تژاوُن وو کھلس۔ "مےٚ کوت شابش دتُن" "مےٚ کژ قدٕر کرٕن۔" "مےٚ کس طے کوٚرٕ" یتھہٕ پاٗٹھی ییتہِ یم مضمون مولہٕ وِتھ ءتی چھ تتہِ چھِ یم مضمون نگارتہِ آنتہٕ باسان۔ لکھنٕچ محنت، کاغذٕ کٕ تہٕ چھپایہِ ہنٛدی پونسہٕ، ترتیب کارن ہنٛد وق سورٕے ضایہِ۔ کینژن مضمون منٛز چھےٚ پھِری پھِری تمے کتھٕ وننہٕ آمژ یم بوٚنٹھے بیان سپز مژ آسہِ شیرازٕ کس حاجنی نمبرس منٛز چھِ بشیر اختر صاۓبنہٕ پٔچھمژ گوڈٕ کتھ علاوٕ سداہ مضمون، شانت صابس معراج صاۓبس ءستی اکھ اکھ انٹرویوٗ تہٕ ژووہ منظومات، پرٛوٗکس حاجنی نمبرس منٛز چھِ گوڈٕ کتھ علاوٕ شےٚ مضمون تہٕ کُنہٕ منظومات تہٕ بازیافت اردو کس گوشہ حاجنی لیس منٛز اکھ نظم تہٕ ستھ مضمون۔ یتھہٕ پاٗٹھی چھِ مضمونن ہُنٛد کل تید ادتژ ہن تام واتان۔ یمن منٛز نشاط انصاری صاۓبنہٕ پانژھ مضمون لیکھی ءتی چھِ۔ ساری مضمون پٔرِتھ چھُ باسان زِ پزنہٕ پاٗٹھی چھےٚ مضمون لیکھنٕچ کوٗشش دوٗیو ژورٕوے لکھاریو کرٕمژ۔ یمو ذاتی تولقات ہاونہٕ بجایہِ اہنٛز ادبی زندگی سام ہیوٚ تمُت چھُ تہٕ ادبی سرمایہِ کس اُنس منٛز حاجنی صاۓب پرٛزناوٕنچ کوٗشش کرٕمژ چھےٚ۔ کینژن مضمونن ہنٛد عنوان چھنہٕ کُنہِ رنگٕ تہِ موضوعس تہِ موادس ءستی واٹھ تھاوان۔

ع

پوٗچھی زمین کی تو کہی آسمان کی

یاداش گو یاداشی تہٕ یاداواُری ہیٛٹھ پرٛژھ کرِتھ چھُ کُنہِ وِزِ کھُرٕ ے یوان تہٕ پرٛن والین اکھ کنفیوژن پاۓدٕ سپدان۔ کتھ چھےٚ حاجنی صاۓبس کتھٕ پاٗٹھی سپُن

علی گڑھ گژھنہٕ وزِ فیسک مسلہٕ حل اکھ صأحب چھُ لیکھان پانژھ روپیہِ آسس برنہٕ۔ بیاکھ چھُ لیکھان دہ یہ ترٛہ روپیہِ تہٕ کینٛہہ آنہٕ بیاکھ لیکھان نہ صرف شراہ روپیہِ تہٕ اکھ آنہٕ۔ یتھے پأٹھۍ چھُ اکھ صاحب لیکھان ''مسلم یونیورسٹی علی گڑھ کوٚرن بی اے آنرز، ایم اے تہٕ ایل ایل بی۔ حالانکہِ بی اے آنرز چھُ سہ شہرے ایس پی کالجہٕ کران تہٕ علی گڑھ چھُ کران ایم اے ایل ایل بی تہٕ جرنلزمس منٛز ڈپلوما۔ بیٚیس أکس مضموٗنس منٛز چھُ زِ ادبی مرکز کمرازک خیال زاو بنڈپورِ۔ پزر چھُ یہ زِ امہِ خیالٕچ ژینہٕ ون دِژ گوڈ غلام محمد آجرن یُس از ڈاکٹر غلام محمد آجر چھُ۔ أمی گرووتھ ژھانٛٹھ یژھ تنظیمہٕ باپتھ۔ پتہٕ ییلہِ مختلف جاین گشتی مٹینگہٕ کرنہٕ آیہٕ تہٕ سارِنے ادیبن سپُن اتفاق رائے۔ حاجنہٕ چہ گشتی مٹینگہٕ منٛز کوٚر اتھ حاجنی صأبن صاد۔ پتہٕ ییلہِ أیمن بنیاوتمہِ وزِ آو اتھ تنظیمہِ ناو کرنہٕ۔ ایڈہاک کمیٹی اوس آرگنایزر محمد امین شکیب تہٕ گوڈنیک صدر بنیو ڈاکٹر رشید نازکی تہٕ گوڈنیک سیکریٹری محی الدین گوہر۔

بہرحال یمن مضمونن ہُند دژاو اکھ فأید ضوٚروٗر زِ واریہن کتھن سپز وضاحت۔ اوٗ تام اوس یی زانہٕ یوان زِ پرتاپ میگزینک کأشر حصہٕ اوس حأجنی صأبنس ملازمت پوٚر کرنس تام تمی ہنٛدی سے ادارتس منٛز چھپان۔ وٕنی نیوٗ زِ تیٚچ ادارت چھےٚ ستنےٚ ؤری ین تس مٹہِ أسمٕژ تہٕ ترٛؤہن ؤری ین فراق صأبس تکیاِ زِ اتھ دوران أسی حأجنی صاب اتھ کنویز۔ یتھے پأٹھۍ یہ کتھ زِ علمی ادبی شوٗہرژ کنہٕ آۓ تم لیکچرر بناونہٕ۔ تموٚ چھ انٹرویوٗ دوان شانت صأبس پانہٕ وُنمت زِ درخاس دیُتم۔ انٹرویوٗ ہیوٗتکھ تہٕ لیکچرر بنیوس۔ یتھے پأٹھۍ چھےٚ تہنٛز زندگی متلق واریاہ ترٛژھ کتھ تہٕ ننے موٚ یہنٛز نہ ازتان کأنٛسہِ خبرٕ ے أس۔ نقاد سُنٛد، ترتیب کار سُنٛدِ،

شارح سٕنٛدِ تہٕ محقق سٕنٛدِ حیثیتہٕ چھِ حاجنی صابس متلق جان مولومات بوٚنٛتھ کُن
آمِتۍ۔ منظوٗمات پرِتھ چھُ باسان زِ أدیبن منٛز کوٗت چھُ حاجنی صاب مقبوٗل
اوسمُت۔ شاعرن کوٗتاہ چھُ توٗتھ اوسمُت۔ یُس قمیٛر تہٕ اتھ وارمنٛز بولان چھ، تسنٛد
نغمہٕ چھُ دلہٕ چہٕ تارضرب دِتھ دزامُت۔ اکھا کی سنٛد کھوتہٕ سنہٕ وُن پُراثرتہٕ فنی
پوختگی ہیتھ۔ یہ پوتر چھُ زیادٕ باگہِ بوٚرُت۔ امہِ مقبولیژہُند راز چھُ اکھ، حاجنی
صابٕنۍ بے نفسی تہٕ أدیبن تہٕ شاعرن ہنٛز ماے تہٕ تہنٛد لول۔ یہ ربوایتھ چھےٚ
سبد سیوٗ داحسن صابس تاں وأژمٕژ۔

کٲشیرِ نبر تہِ چھےٚ حاجنی صابس یادکرنٕچ کوٗشش سپزٕمٕژ۔ نیہِ دلہِ پیٹھ چھُ
ساہتہٕ اکیڈیمی تہِ ''قومی ادبکی معمار'' سلسلس تحت یمن متلق اکھ کتاب
لیکھناوٕمٕژ۔ اتھ کتابہِ چھےٚ پننہٕ خوٗبی تہٕ خامیہٕ۔ تہٕ یہ مونوگراف چھُنہٕ کلہم پاٹھی تیٚتھ
یتھ آسُن گوٚژھ۔ عارف صابن لیوٚکھ اکھ مضمون انگریزی پاٹھی۔
''کشمیرٹایمز'' ناوِ جمہٕ نیرن وألس انگریزی اخبارس منٛز سپُن چھاپ تمی وٕری یہِ۔
یتھے کنٕی گری شاہد بڈگامی صابن ''بڈشاہ'' ناوِ اردو ہفتہ وار اخبارس منٛز پننۍ
تاثرات لیکھتھ شایع۔ یہٕ ژھ کوٗششہٕ آسہٕ بہرحال انفرادی قسمچہٕ۔ سانیوٗ اردو اخبارو
ہیوٚک نہٕ پنُن فرض پوٗرٕ کرِتھ۔

الیکٹرانک میڈیایُک ذکر کرن گژھنہٕ نامناسب۔ دوٗردرشن سری نگر کہِ
ذٔری یہ آیہ مرحوم حاجنی صابس متلق ۱۹۹۳ ء لیس منٛز گوڈنچ فلم بناونہٕ۔
پروڈیوٗسر أسی مفتی ریاض، تحقیق أس عزیز حاجنی صابٕنۍ تہٕ سکرپٹ لیوٚکھ
مشتاق احمد مشتاق صابن۔ اتھ سلسلس منٛز ورتوکینٛژ وأدہبو حاجنی صابس متلق
پننۍ تاثرات رکارڈ کرناونس منٛز بٔڈ یہمہٕ کنی یہ کمزور روز۔ ۱۹۹۶ ء لیس منٛز آیہ وُلر

ویڈیوز طرفہٕ دوییم فلم بناونہٕ۔ اسکرپٹ اوس عزیز حاجنی صابن لیوٗکھمُت تہٕ پرٛتھ کانٛسہٕ زانٛنی ہتی مانٛزٕ ہتی اَدٕپن دیُت پنٕنی تاثرات رکارڈ کرنک اجازت۔ ییٚمہٕ کنہ اتھ مول ہرٕ یوو۔ یُہس یانے ۱۹۹۸ ییس منٛز تہٕ آیہ ناصر منصور صابنہٕ ڈسی اکھ T.V پروگرامہٕ ہن ریکارڈ کرنہٕ ییتھ منٛز بہلہٕ پایہٕ اَدٕپن ہٕندی تاثرات شامل چھہٕ۔ مے چھُ یمن فلمن متلق بوزمُت۔ وُچھمٕژ چھم نہٕ کانٛہہ فلم۔ ییٚمہٕ کنہ یہنٛزن گوڈٕ خامین ہُنٛد اشارٕ ہیکہٕ نہٕ کٔرتھ۔ غنیمتھ چھُ یہن تہٕ آیہٕ کرنہٕ۔ یوٗت کٔرتھ چھےٚ کتھ تتی۔ سُہ منصوٗبہ چھُ تتی۔

یوسہٕ کام یمن نسبت سٕرٛ سو چھےٚ نہٕ اَسس برابر۔ حاجنی صابٕنی مسودات چھِ وُنہٕ چھاپ سپدنس پیاران۔ حلقہ ادب حاجنکہ تہٕ ادبی مرکز کمرازٕ کی وسائیل چھِ محدوٗد۔ کورمغزٕ پوٗنسہٕ والین اتھ دارنس اَسی تم خلاف تہٕ یُس پوٗنسہٕ وولے چھُ ییتہٕ باذوق یُس تتھن کارن پٔتھ خرچاوِ۔ کشکول حاجنی یوسہٕ اکھ ادبی ڈایری چھےٚ۔ تسنٛدی اردو، انگریزی تہٕ کانٛشری پانٛٹھی لیکھی ہتی مضموٗن، سوٗرے سرمایہٕ چھُ پتھر، اگروٗنہٕ تہٕ اوٗن ظوٗن پییہ نہٕ وارٕ وارٕ گژھ کموٗ تہٕ گرد بوٗزٕ۔ انگریزی مضموٗن چھِ خاص کٔرتھ تھدِ پایکی۔ یِم چھاپ کرنہٕ خاطرٕ گژھ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ بشر تیار۔ کوٗشش کرنچ چھےٚ ضوٗروٗرتھ۔ حاجنی صابنس ناوس پٔتھ گژھ اکھ شایان شان یادگار قائیم سپدٕنی۔ زمین چھُ حلقہٕ ادب حاجنس زیرٕ قبضہٕ۔ اتہٕ اگر کانٛہہ عمارت بنہٕ ناو گوژھس حاجنی ہال روزٕن۔ شہرس منٛز ہیکہٕ سڑک تہٕ یہنٛد ناوٕ منسوٗب کرنہٕ ییتھ۔ سنبل کدلس ہیکہٕ ہا یہنٛد ناو روٗزِتھ۔ ادبی مرکز کمرازس اے زانٛہہ ییتھ بیٚتر حاصل سپٕن۔ تمیک گوڈنیک مُژ آسہٕ انشاءاللہ حاجنی صابس ارپن۔

☆☆☆☆☆



ناو : مشعل سلطانپوری

زینہٕ ؤری : ۱۹۳۷ء

تعلیم : ایم۔اے (اردو)، ایم اے (فارسی)، بی۔ایڈ، پی، ایچ، ڈی

پیشہ : سرکاری ملازمت محکمہ تعلیم (ہائر ایجوکیشن) ریٹائرڈ پروفیسر

کتابہٕ :

۱۔ دُبراے ........ (شارٕ سومبرن) ۱۹۶۸ء

۲۔ ہی ون ........ (شارٕ سومبرن) ۱۹۷۲ء

۳۔ کأشرٕ نثرٕکی تأمیر کار ........ کأشر شوبہ، کشمیری یونیورسٹی

۴۔ سیف الدین تارٕبلی ........ جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی

۵۔ وژھنے ........ (تنقیدی تہٕ تحقیقی مضموٗن)

۶۔ نگارشات ........ (اردو تنقیدی تہٕ تحقیقی مضموٗن)

۷۔ ژوم اگست ........ (اکہ ڈرامہُک ترجمہ)
ساہتیہ اکیڈیمی، نئی دہلی

۸۔ میزان ........ (کأشرِ تحقیقی تہٕ تنقیدی مضموٗن)

پتہ :

۱۔ سلطانپور کنڈی، بارہمولہ 193101

۲۔ مسکن، جتی روڈ، خواجہ باغ، بارہمولہ 193101